# انہار

جلد:32: شمارہ:1

2008ء

# نظریاتی لسانیات




کاشُر ڈپارٹمنٹ

یونیورسٹی آف کشمیر

یونیورسٹی ہُنڈ تحقیقی رسالہ

انہار : 2008ء

# نظریاتی لسانیات

# ترتیب

سرنامہ

نظریاتی لسانیات : مختصر سام

i. روایتی گرامر

ii. تقابلی لسانیات

iii. ساختیات

iv. تغیراتی گرامر

v. آفاقی گرامر

شفیع شوق

42 ساختیات : اکھ تعارف

حامدی کشمیری

47 لسانیات تہٕ ادبی تنقید

سوسیور نہِ پیٹھ جیکوبسنس تام

مجروح رشید

56 آفاقی گرامر

عادل امین کاک، سجاد حسین وانی

66 کشمیر شبدامرتم

ستیہ بھاما راز دان

اُسلوب ته اُسلوبیات 80

شیخ اعجاز

نفسیاتی لسانیات 89

شیخ اعجاز

بولیات ته کاشرچهِ بولهِ 102

نزیر احمد دار

لفظ ته معنی : باہمی رشتهٕ 113

رتن تلاشی

زبان ته بولۍ : اکھ تجزیاتی مطالعه 129

محفوظه جان

دوزبانی دِماغ : نقصان کنهٕ فایدٕ 141

عادل امین کاک، سجاد حسین وانی

زبانن ہُند رلُن اکھ با قاعدٕ نظام 148

سجاد حسین وانی

لغت نگاری ته امکۍ اصول 163

شفقت الطاف

گلوبلایزیشن تهٕ کشیرِ ہنز بدلوٕنۍ لسانی شکل 181

عادل امین کاک، سجاد حسین وانی

کاشر صوتیات ته اتھ پیٹھ اثرات 198

اویسا فاروق پنزو۔ ناظمه مہدی

# سرنامہ

زبان چھےٚ انسانس تیُتھ اکھ وسیلہٕ حأصل یُیمہِ ستۍ سُہ دُنیاہس منز زِندٕ روزِتھ تمام علم حأصل کران چھ، مگر یہ وسیلہ چھ تیوت عام زِ خالے کُنہِ وزِ چھُ اِسہ امہِ چہِ فطرژ، امہِ کِس ماہیتس، امہِ کِس وجودس ینس تہٕ امہِ کِس افراطہٕ تفریقس کُن توجہ سپدان۔ (یِتھٕ پأٹھۍ پرٛیتھ کانہہ شخص زِندٕ روٗزِتھ تہٕ زندگیہِ متعلق تہٕ حیاتیاتس متعلق توجہ کران چھنہ۔) مگر قدیم زمانو پیٹھٕ چھِ وارِیاہ ذہین لُکھ تِتھے پأٹھۍ زبانہِ متعلق تہِ سوچان آمتۍ یِتھ پأٹھۍ زندگیہِ ہندیٚن باقی مسلن متعلق سوچان آے۔ زبانہِ ہُند علم تہِ روٗد باقی علمن لرِلوٚر بدلان، ارتقا پراوان تہٕ باقی علمو نِشہِ متاثر سپدان تہٕ باقی علمن متاثر کران۔

زبانہِ ہنز مہارت یوٚ دوَے پرٛیتھ کأنسہِ سماجی فردس پنٕنہِ پنٕنہِ بترِ مطابق حاصل چھےٚ، مگر زبانہِ ہُند علم چھُ اَتھ شعبس ستۍ تھاون والیٚن ماہرٕنے حاصل یِمن گرامردان یا ماہرِ لسانیات ونان چھِ۔ اَتھ علمس چھُ وونۍ تیوٗت وسعت میولمُت زِ وونۍ چھُ یہِ علم باقی علمن ہندۍ پأٹھۍ یونیورسٹی ہندس سطحس پیٹھ پرناونہٕ یوان، اَتھ منز چھُ نوِ نوِ اندازٕ تحقیق سپدان تہٕ نہایت احتیاط سان حاصل کوٚرمُت یہ علم چھُ باقی علمی شعبن ہندِ خأطرِ تہِ لگہار ثابت سپدان۔

کأشر زبان اکھ علمی زبان بناونہٕ باپت چھُ کشمیر یونیورسٹی ہُند کأشُر ڈِپارٹمنٹ قأیم سپدنہٕ کِہ دوہہ پیٹھے اژھیٚن پأٹھۍ کأم کران آمُت۔ نہ صرف آے مختلف ادبی تہٕ تنقیدی مسلن پیٹھ پرٛیتھ ؤرۍ یہِ سیٚمنار کرنہٕ، بلکہ آیہِ وارِیاہِ پھِرِ کأشرِ زبانہِ متعلق تہٕ زبانن متعلق تہِ سیٚمنار تہٕ ورکشاپ منعقد کرنہٕ۔ امہِ علاوٕ چھےٚ کأشرۍ ڈِپارٹمنٹن باقی علمی موضوعن ستۍ ستۍ زبانہِ ہندِس علمس پیٹھ تہِ کتابہٕ شایع کرِمژٕ۔ ڈِپارٹمنٹ چین یِمن کوششن ہُند اکھ رُت نتیجہ دراو یہ زِ أسۍ ہیکۍ لسانیات اکِہ مضمونہٕ رنگۍ ایم اے تہٕ

ڈِپلوما سطحس پیٹھ نصابس منز شامل کرِتھ۔ پننین طالبِ علمن تہٕ ریسرچ سکالرن ہندِ ضرورت مدِ نظر تھٲوِتھ کوٚر ڈپارٹمنٹن 2007ہس منز اکھ سہٕ روزٕ سیمنارُک سنز ییتھ منز وُہ پیٹھی مقالہٕ پرنہٕ آے یمن پیٹھ تفصیلہٕ سان بحث سپُد۔ انہارُک وردس خاص شُمارٕ چھُ تمینٕے مقالن ہنز سوٚمبرن۔ یوٚ دوٚے اِسہ کوٗشش کرٕ زِ نظریاتی لسانیاتہٕ کس پریتھ موضوعس پیٹھ گوٚژھ اَتھ منز کینہہ نتہٕ کینہہ مواد شامل سپدُن، مگر وقتٕچ کمی کِنٕز ہیکیٚہ نہٕ اَسہِ اَتھ منز تِم سارٕی مقالہٕ شامل کرِتھ یِم تتھ سیمنارس منز پیش آیہٕ کرنہٕ۔ کینہہ مقالہٕ سپدی نہٕ اَتھ منز شامل تکیازِ مقالہٕ نگار ہیکیٚہ نہٕ اکہِ نتہٕ بیٚیہِ وجہہ کِنٕز اِسہِ پننٕی مقالہٕ شایع کرنہٕ بابت سوٗزِتھ۔

اِسہِ چھُنہٕ کانٛہہ دعواہ زِ ییتھ خاص شُمارس منز شامل مقالن منز چھُ خیالن ہُند نوٚیر۔ اِسہِ چھُ پَے زِ پیش کرنہٕ آمتہٕ سارٕی مقالہٕ چھِہ لسانیات کیٚن عالمی شُہرت یافت عالمن ہندی خیال۔ مگر کُنہِ علمی کامہِ منز چھُنہٕ ہمیشہِ نوٚرِ یوت اہمیت تھاوان، بلکہ کانٛہہ تہٕ کتھ نوِ اندازٕ تہٕ پننٕی پاٹھی پیش کرنس چھےٚ ژٕرا اہمیت۔ ایم اے ہس منز چھِ اِسہِ دوٚن سیمسٹرن منز زٕ پرچہٕ لسانیاتس متعلق۔ پرناونس دوران حاصل کوٚرمُت تجرُبہٕ تہٕ کاشرِ زبانہِ منز لسانیاتی موادٕچ ویٚژھ ہےٚ نظرِ تل تھٲوِتھ چھِہ ییمہِ شمارٕکی سارٕی مضمون پننٕی اہمیت تھوان۔ توقع چھُ سانٛی طالبِ علم تہٕ سکالر پرن یِم مقالہٕ تہٕ تِمن میلہِ یمن موضوعن پیٹھ مزید سوچنُک تہٕ تحقیق کرنُک حوصلہٕ۔

اِسہِ چھےٚ امید زِ کاشُر ڈپارٹمنٹ روزِ آیندہ تہٕ تدریسی کامہِ سٟتٕی علمُک مرکز تہٕ نوٚین نوٚین خیالن تہٕ نظریاتن پیٹھ تحقیق کرنُک مرکز۔

4مارچ، 2008ء

شفیع شوق

# نظریاتی لسانیات: اکھ سام

شفیع شوق

## 1.1 لسانیات: معنی، مفہوم

لسانیات چھ اکھ قدیم مضمون یوٚ دوٚے ''لسانیات'' (Linguistics) اصطلاح حالے، یعنی 1847ء منز گرنہٕ آو تہٕ مُروج سپُد۔ لسانیات گوٚو انسانی زبانہٕ ہُند سلسلہ وار تہٕ قاعدٕ بند مطالعہ یَتھ منز زبان بوٚلی مأنتھ امہِ کہِ ماہیتُک، امہِ کِنُن جُزن ہُند، جُزن ہندِ پانہٕ وٲنی میلنگ، معنی تہٕ مفہومہ مطابق بدلاوُک تہٕ گٔلہم ساختُک بحث شأمِل چھ۔ لسانیات چھ باقاعدٕ سائنس، تہٕ سائنس وٕنتھ گوٚو تیتھ علم یُس باضابطہ تحقیقی مشاہدٕ، تجزیہ تہٕ تجربہ کٔرِتھ حأصل سپدِ تہٕ یُس تصدیق، ترمیم تہٕ اضافہ باپت ہمیشہ آیُت آسہِ۔ زبان چھےٚ انسأنی پیداوار تہٕ انسانہٕ سُند پھیرِ ہاو کردار۔ اِوٕکِنی چھُ اَتھ پیٹھ تمن سارنے ضابطن تہٕ اصولن ہند اطلاق سپدان یِم بیٚیہِ کُنہِ حقیقتُک ہندِ مطالعہ باپت تسلیم کرنہ آمٕتی چھِ۔ یہ چھُ اکھ غیر جذبأتی، معروضی تہٕ خودمختار مطالعہ۔

لسانیاتہٕ باپت چھُ باقی سائنسن ہندی پأٹھی اکھ مقرر اصطلاحی نظام مرتب کرنہٕ آمُت یُس امہِ علمی شعبہ کِین طالب علمن تہٕ ماہرن ویوٚد چھُ۔ مزید تحقیق تہٕ مشاہدٕ مطابق چھُ اَتھ اصطلاحی نظامس تہٕ منز منز بدلاو یوان۔ چونکہ جدید لسانیأتی سائنس چھُ ووٚنی طِب، کمپیوٹر، بشریات، سماجیات تہٕ باقی علمن ستی

مُسلک ،امکی اصطلاح تہٕ چھِ پیچیدٕ بنان تہٕ ''شعبہٕ - بیوٗن'' بنان۔ چونکہ پریتھ کانٛہہ سماجی فرد چھُ زبان وارٕ پأٹھۍ زانان ،اوٚ کنۍ چھُ امیک علم لسانیاتہ نیبر پرن والێن بعضے غیر ضروری باسان ۔مگر یہ چھُ نامعقول سوچ: تیٚلہِ چھُ انسأنی بدنٕک علم تہٕ غیر ضروری تکیازِ پریتھ بشر چھُ پننس پننس بدنس منز وارٕ کارٕ زُوان۔

زبانہِ ہُند سائنسی مطالعہ چھُ نہ صرف ناگزیر، بلکہ نہایت دلچسپ تہٕ،تکیازِ زبانہ ہندِ وسیلے چھِ أسی سوچان تہٕ باقی علم حاصل کرِتھ ہیکان۔زبانہِ ہندِ وسیلے چھِ أسی حاصل کوٚرمُت علم یادٕ ؤترِس منز ژھرِتھ تھوان، بێین تام واتنأوِتھ ہیکان، تہٕ برونٛٹھ کُن پکناوان۔ یہ چھےٚ زبانۍ یوٚہ اسہِ حقیقژ ہُند ادراک کرنس اہل بناوان چھےٚ ۔اوٚ کنۍ چھُ زبانن ہُند علم سیٹھاہ وسیع یَتھ مزید وسعت میلان روزِ۔

لسانیات چھُ امیک وسعت نظرِ تل تھوِتھ مختلف شعبن منز بأگراونہٕ آمُت۔امکۍ کیٚنٛہہ وێدۍ شعبہ چھِ: ہیتی لسانیات (صوتیات، مارفیمیات، جُملیات)، معنویات)، تقابلی لسانیات، توأریخی لسانیات، سمأجی لسانیات، کمپیوٹیشنل لسانیات، تہٕ نفسیأتی لسانیات۔

## 1.2 لسانیاتک تاریخ

یوٚ دوَے ناو نوٚو چھُ ،مگر لسانیاتُک علم چھُ وارِیاہ پرون۔امیک ابتدا چھُ قدیم یونانس، رومس، ہندوستانس، چینس ،عربس، تہٕ ایرانس منز مانہٕ یوان۔

لسانیاتُک تاریخ چھُ ژورن دورن منز بأگراونہٕ یوان۔

### 1.2.1 روایتی گرامر

روایتی گرامر چھُ نہایت وسیع، ذرخیز، باگہِ بوٚرُت، تہٕ یُژ جہٕژل۔لہٰذا یتھ أسی روایتی گرامرونان چھِ ،سُہ تہٕ چھُ پننہِ وقتہ جدید ترعلم اوسمُت۔ ''روایتی'' لفظ

چھُنہٕ حقارتی ، بلکہ چھُ اصطلاحی ناو۔

روایتی گرامرس پیٹھ کتھ تُلنہٕ برونہہ چھےٚ اسہِ یہ کتھ ژیتس تھاوٕنی زگرامر اوس فلسفُک اکھ اژھین حصہ تہٕ امیک ابتدا سپُد قبل مسیح پاُنژمہِ صدی منز یلہ یونٲنی فلسفہ اصل تہٕ ابدی حقیقت زاننہٕ باپت انسانس أندی پکھی تمام بدلوٚنین ، اسٲری ، درینٹھی تہٕ اَدر ینٹھی پزرن پیٹھ بحث کران اوس۔ یمن پزرن منز اوس سارِوٕے کھوتہٕ دلچسپ ، حیرتناک تہٕ اہم پزرانسانہٕ سنز لسٲنی صلاحیت یا زبان۔ یہ زبان آُس قدیم یونٲنی فلسفین برونٹھ کنہِ دوٚن صورژن منز برونٹھ کنہِ : بوٗلی تہٕ تحریر۔

چونکہ گرامر اوس فلسفُک اکھ ذیلی جز ، امکی بحث تہٕ آسی فلسفیانہ۔ امہ بحثُک موٗلہٕ موضوع تہٕ مدعا اوس پزرُک تلاش ، نہ زِ پانہٕ زبان۔ یہ اوس نہ خود مختار علم ، بلکہ اوس یہ فلسفیانہ علمس تابع۔

افلاطون نہِ زمانہٕ چھِ گوڈنِکہِ پھِرِ گرامری اصطلاح گرٕنچ کوشش آمژ کرنہٕ۔ مثلاً سوفسٹ Sophist کتابہِ منز چھُ حرکت یا عمل ہاوَن والین لفظن ناو دِنہٕ آمُت rhema یعنی verb ( کراوٗت ) تہٕ حرکت کرن والی ہندِ باپت چھُ ناو دِنہٕ آمُت cnoma یعنی noun ( ناوٗت )۔ ارسطو چھُ گوڈنچہ پھِرِ زبانہِ ہندین جُزن ہُند فلسفیانہ تعریف پیش کران۔ مثلاً ناوٗت (noun) گوٚو:

... a sound significant by convention, which has no reference to time, and of which no part is significant apart from the rest.[1]

ترجمہٕ : ( ناوٗت ) گوٚو سو آواز یوٗسہٕ رسمہ پاُٹھی اہم آسہِ ، یتھ نہ زمانس کُن کانہہ حوالہ آسہِ ، تہٕ ییٚمیک کانہہ حصہٕ باقی آوازِ نشہِ الگ اَستھ آسہِ نہ کانہہ معنی تھوان۔

امہِ پتے چھِ سٹایک (Stoics) مفکرو گرامر فلسفہٕ نِشہٕ الگ کوٚرمُت تہٕ باقی گرامری جُز چھِکھ بِد کڈ ئمتی تہ تمن چھِکھ ناو دِتی ئمتی۔ قدیم یونانین منز چھُ سارِوے کھوتہٕ اہم گرامر دان ڈایونیسیس تھریکس (Dionisius Thrax) ییمی Techne Grammatike ناوٕ اکھ لوکٹ کتاب لیکھتھ از برونہہ ژ ساس ؤری گرامرنویسی ہند آغاز کوٚر۔

قدیم گرامر دانن منز چھُ بیا کھ اہم ناو اِرسٹوفینیز (Aristophanese) یُس الہٕ پلہٕ 180 قبل مسیح رومی سلطنت ہِکس مشرقی شہر قسطنطنیہ ہس (ترکی) (Byzantium) منز روزان اوس۔ یونانی تہذیبہ کہ زوالہ پتہ ییلہ روم نوٚو تہذیبی مرکز بنیوٚو، تتہِ تہِ گوٚو گرامرس پیٹھ سرگرم بحث۔ قیصر (Caesar:100-44 B.C) اوس پانہ بلند پایہ گرامر دان۔ تمی ییتی گرامر دان مُلی تہ تمن دِتن تھدی عہد۔ قدیم رومُک بیا کھ اہم گرامر دان چھُ قیونٹلین (Quintilian:35-95 ? A.D.) یُس لاطینی گرامرُک سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ ماہر مانہ یوان چھُ۔ سُہ چھُ مانان زِ زبانہِ ہُند بنیاد چھ ژورن گتھن پیٹھ: عقل، روایت، سند، تہٕ استعمال۔ ووں گوٚو سُہ چھُ عملی ورتاوِ زبانہِ ہُند رہنما اصول مانان۔ سُہ چھُ لیکھان:

> Usage however is the surest pilot in speaking, and we should treat language as currency minted with public stamp. But in all cases we have need of a critical judgement. ... ( I. vi. 1-3)[2]

رومُک عظیم نقاد تہٕ شاعر ہورِس (Horace : 65 B.C) تہِ چھُ ''شاعریہ ہُند فن'' یعنی *De Arte Poetica* منز لیکھان:

> Use is the judge, and law, and rule of speech.[3]

ورتاوِ ے چھُ زبانہِ ہُند منصف، قانون تہٕ قاعدٕ۔

مشرقی ملکن منز تہٕ چھےٚ گرامر کہِ علمچ قدیم روایت۔ اکھ قیاس چھ ہندوستانک عظیم گرامر دان پانٔنی اوس 500 قبل مسیح زمانس منز روزان۔ تمی سُند لیوٗکھمُت سنسکرت گرامر ''اشٹا دھیایی'' چھُ دُنیاہک اکھ حیرتناک کارنامہ مانٔنہٕ یوان۔ تمی سُند ذکر چھُ ہیون سانگ نِس سفر نامس منز، سوم دیونہٕ کتھا سرت ساگرس منز تہٕ کھمندرنہٕ بڑہت کتھا منجری منز میلان۔ پانٔنی ہن چھُ گرامرس منز پنٔنین ژُہٕ ژھن پیشرون ہُند ذکر کوٚرمُت۔ ''اشٹا دھیایی'' گرامرِ علاوٕ چھِ پانٔنی سٕنز بیٚیہِ ژور کتابہٕ اہم یم ہندوستانس منز گرامر دانٔنی ہنز زیچھِ تہٕ وسیع روایژ ہُند ثبوت چھےٚ۔ یم کتابہٕ چھےٚ: 1۔ دھاتو پاٹھا، 2۔ گنہ پاٹھا، 3۔ پرِ بھاشا، تہٕ 4۔ لِنگ انُشاسنا۔ پانٔنی نہِ گرامرِ چ اکھ خاص کتھ چھےٚ یہِ زِ سُہ چھُ تمام لفظن ہُند آگُر کراوٕت (verb) مانان۔

بلومفیلڈ (Bloomfield) چھُ لیکھان:

> This grammar, which dates from somewhere round 350 to 250 B.C., is one of the greatest monuments of human intelligence.It describes , with the minutest detail, every inflection, derivation, and composition, and every syntactic usage of its author's speech. No other language , to this day , has been so perfectly described.[4]

چینس منز تہٕ چھےٚ تتھےٚ پاٹھی گرامر نویسی ہنز طویل روایت روٗزمژ۔ تتہِ چھےٚ گرامر نویسی، لُغتِ سازی تہٕ خوشنویسی ہنز روایت تقریباً ژور ساس ؤری پرانٔی۔ ہنان، زیاوچُن، تہٕ انیانگ شہرن ہندٔین عجایب گرن منز چھِ کیٚنہہ تتھی نادر نُسخہ تہٕ سرتلہِ پیٹھ کھنتھ تحریر یم 1600 قبل مسیح زمانکی یادگار چھِ۔ چینی زبانہ ہندٔین ماہرن ہُند وُن چھُ زِ چینی گرامر کی کیٚنہہ قدیم نُسخہ چھِ ژور ساس

ڈری کھوتہٕ زیادٕ پرٲنی۔

گنوٚہمہ صدی تام روٗز گرامری روایت عالمی سطحس پیٹھ گلہم پٲٹھی اکھ خاص نہجہ پکان تہٕ اَتھ چھِ کینہہ ویدی انہار۔ قدیم یونٲنی گرامرٕ پیٹھ گنوٚہمہ صدی تام چہ سٲری ہے گرامر روایژ چھِ اصطلاح پٲٹھی ونان: ''روایتی گرامر'' (Traditional Grammar)۔ دنیا چن مختلف زبانن ہندی ہُند گرامر لیکھنس منز یوٚ دوٚے روایتی گرامر دانو عظیم کارنامہ سرانجام دِتی مِتی چھِ، مگر جدید گرامرٕ کہ ڈیٹشنایہ (point of view) چھِ اَتھ سٲری ہے گرامرس منز کینہہ مغالطٕ اندونِد ہاوی روٗدی مِتہ۔ روایتی گرامرٕ کہ بحثکی کینہہ بنیاؔدی مسلہٕ چھِ یم:

1.2.1.1۔ زبان چھا فطری کِنہٕ رسمی؟

قدیم یونٲنی گرامر دانوٚ تُل یہ مسلہ تہٕ تمن گئے زٕ ڈری۔ اکھ دوٚر اوس یتھ پڑھِ پیٹھ ڈٲٹھ زِ زبان چھےٚ فطری، بروٹھے قایم، قاعدٕ بندتہٕ سماجس منز امکی سٲری ورتاو چھِ اصل زبانہِ نِشہِ اکہِ نتہٕ بیٚیہِ رنگی ڈٲلتھ۔ فطرت پسند دوٚر اوس مانان زِ زبان (تمن بروٹھ کنہِ یونٲنی تہٕ لاطینی) چھےٚ انسانن ہندِ غلط ورتاوٕ ستی اصل زبانہِ نِشہِ دوٗرِ پمژ تہٕ اگر گرامر دان محنت کرِ نہ ہیکہِ اشتقاقیات یعنی ایٹیمالجی (etymology) ہندی مناسب طریقہ استعمال کرِتھ تمام لفظن ہُند موٗل لبِتھ۔ یہ اوس تہُند عقیدٕ زِ لفظس تہٕ معنیس چھُ ازلی واٹھ۔ اَتھ پڑھِ آسی تم آوٲزی لفظن (onometopoeia) ہنز مثال دِتھ ثابت کرنچ کوٗشش کران۔ مثلاً: ''کاوٚ'' جاناوارس چھُ اوٚکنی یہ ناو دِنہٕ آمُت تکیاز ِ سُہ چھُ ''کاو کاو'' کران۔ تتھی آوٲزی ناوَن ہنز بیٚیہِ کینہہ کاشرِ مثالہٕ چھےٚ: گگرٲے، ترٛٹھ، ڈُمہٕ ڈُمہٕ، ٹاسرٲے، کھکھرٲے، ہو ہرارے۔ کوٗر بیترِ۔ مگر تم آسی نہ لفظن ہندیٚن باقی قسمن یہ

وضاحت کرِتھ ہیٚکان۔ واریہن لفظن اَسی تم انسانٔی بدنس ہتی ہشر دِتھ ویٚژھنے کران۔مثلاً: بوتلہِ ہنز گردن، کُرسیہِ ہنز زنگہٕ، کِلیک کلہٕ، اولون ہنزٕ اَچھ، لیٹرِ ہندی دند...... بیترِ۔

فلسفین ہُند بیا کھ دوٚر (یمن منز ارسطو سارِوٕے کھوتہٕ اہم فلسفی چھُ) اوس اَتھ برعکس مانان زِ زبانہ منز چھُنہٕ کُنہٕ تہٕ سطحس پیٹھ معروضس تہٕ ناوس یا آوازِ تہٕ معنیس درمیان کانہہ فطری رشتہٕ۔زبان چھےٚ انسانہ سُند سماجی پیداوار تہٕ اَتھ منز چھُ اکوٕے اصول کارفرمائہ گوٚو ورتاو۔زبان چھےٚ محض باوٕ ژھُند اکھ رسمی وسیلہ،بیٚیہ تہٕ کیٚنہہ۔کُنہِ لفظس پیٹھ یٚیلہِ کُنہِ لسانٔی طبقس منز اتفاقِ رائے سپدان چھُ،سُہ لفظ چھُ رواج لبان تہٕ زبانہِ ہندِس لُغاتس منز شامل سپدان۔اِوٕ کِنی چھےٚ ''اصل زبان'' یا ''گوڈنچ زبان'' محض اکھ عینی تصور یَتھ پتہٕ کُنہِ کانہہ پزر چھُنہٕ۔زبان رسم زانن والیٚن چھِ ''رسم نواز'' (conventionalists) ونان۔

1.2.1.2۔زبان چھا مربوٗط کِنہٕ غیر مربوط؟

فطرت نواز (naturalists) اَسی مانان زِ زبان چھےٚ فطری آسنہٕ کِنی نظامس، قاعدن، اصولن تہٕ ضابطن تحت۔زبانہِ ہُند پرٛیتھ کانہہ لسانٔی انہار ہیکون یمنٕے قاعدن ضابطن تہٕ اصولن تحت زانٔتھ تہٕ ویٚژھناوِتھ۔امہِ ترایہِ سوچن والیٚن گرامر دانن چھِ مثال نواز (analogists) ونان۔تہٕ زَن گوٚو پرٛیتھ کانہہ نحوی خاصیت کُنہِ مثالہ ہندِس بنیادس پیٹھ ویٚژھناوِنی۔مثلاً: ناوتیٚن ہُند تعداد تہٕ جنس ہاونہٕ باپت چھِ اصول۔

اَتھ برعکس اَسی ''رسم نواز'' گرامر دان مانان زِ زبانہ منز چھُ ربط بجایہِ انتشار، بے قاعدگی، تہٕ رواجہِ ورتاو۔مثلاً: کأشرِ کہِ حوالہٕ اگر اَتھ کتھِ واش کڈو، اَسی

ہیکو یہِ مثال دِتھ زِ چیزن ہُند تانیث مقرر کرنہٕ باپت چھُنہٕ کانہہ اصول۔ بعضے چھُ یہ سپدان یُس چیز مذکر آسُن گوٚژھ سُہ چھُ مونث، تہٕ یہ مونث آسُن گوٚژھ، تہٕ چھُ مذکر۔ (مثالہٕ پچھےٚ ٹاکارٕ۔) یی چھُ پریتھ کُنہِ لسانی انہارس متعلق پوٚز تہٕ کاشرِس منزٕ ے یوت نہٕ بلکہِ پریتھ زبانہِ متعلق؛ مثالہٕ چھےٚ بیشمار۔ انگریزی زبان چھےٚ اَمِچ بہترین مثال۔ پزر چھُ یی زِ یتھ زبانہِ منز قاعدن تہٕ ضابطن ہنز زیادٕ سختی آسہِ نہٕ سوے زبان چھےٚ لگن منز زندٕ روازن۔ زبان چھےٚ ناہشرس تہٕ تفریقس پیٹھ ڈٲرِتھ۔ امہِ تراپہِ سوچن والین گرامر دانن چھِ تفریق نواز (anomalists) ونان۔

روایتی گرامرس ییلہِ کُلہم پاٹھۍ سام ہیمو اَسۍ چھِ وُچھان زِ اَتھ منز چھِ قدیم زمانہٕ پیٹھ وُہمہِ صدی تام کینہہ تصورات غالب روٗدی متی۔ جدید گرامر دان چھِ یمن بے بنیاد تصورن مغالطہٕ (fallacy) ونان[5]۔ یم مغالطہٕ چھِ:

i۔ معنی چھُ بنیاد

روایتی گرامراوس پزھ تھوان زِ گوڈٕ چھُ معنی اِد چھُ لفظہ، جدید گرامر چھُ اوّلیت لفظس دِوان۔ روایتی گرامراوس زانان زِ پریتھ کانہہ لفظ چھُ کُنہِ مقرر معنیس اظہار دِنٕچ کوشش تہٕ اوٚسنہٕ ہمیشہٕ نامکمل۔ اَتھ برعکس چھُ جدید گرامر مانان زِ لفظن ہُند ورتاوٕ ے چھُ معنی ووپداوان تہٕ بعضے ہیکہِ بے مطلب باوتھ تہٕ گرامرٕ چ پابند اُستھ۔

ii۔ منطقی تصور

قدیم فلسفک تصوراوس زِ کاینات پریتھ کانہہ مَظہر چھُ منطق کین مقرر قانون تہٕ ضابطن تحت پکان۔ لہٰذا چھےٚ زبان تہٕ کاینات کہِ امہِ ضابطہ بند نظامُک عکس۔

روایتی گرامراوس اِہ کنہِ مانان زِ زبانہِ ہُند پریتھ کانہہ انہار (تعداد، جنس، کیس، بدلاو، کال، جُملہ بیترِ) گژھ قاعدِ بند، ضابطہِ بند آسُن۔

iii۔ ہدایتی تصور

چونکہ معنی چھُ اوّل، زبان چھےٚ منطقی، اِہ کنہِ گژھ گنہِ زبانہِ ہُند گرامر ہدایتی آسُن یُتھ امکِ ساری بولن والی گرامرِ کِنیٖن قاعدن تہٕ ضابطن ہُند مکمل احترام کرن۔ گرامرُک سورُے زوراوس اِہ کنہِ زبانہِ ہندِس صحیح ورتاوس پیٹھ۔ زبانہِ ہندیٖن مستند اُستادن ہندِس ورتاوس تابع روزُن اوس بولن والیٖن ہندِ باپت ضروری مانہ یوان۔

iv۔ تحریری تصور

روایتی گرامرِ کِنیٖن ماہرن بروٛنٹھ کنہِ اَسی قدیم مذہبی کتابن ہندی تہٕ قدیم مصنفن ہندیٖن تصنیفن ہندی پرانی نسخہٕ، تمہ اَسی اِہ کنہِ مانان زِ زبان چھےٚ تحریری شکلہ منزٕ ژھمژ تہٕ گرامر دانن چھِ گرامرِ کِ ساری قاعدٕ تہٕ اصول یمو ے تحریرو منزٕ اخذ کرِنی۔ عام ورتاوٕچ زبان اَس تمن بروٛنٹھ کنہِ اصل زبانہِ ہنز مسخ صورت۔

v۔اوّلین زبانہِ ہُند تصور

یونانس، رومس، ہندوستانس، چینس تہٕ عربس منزاوس روایتی گرامرس پیٹھ یہِ تصور غالب زِ دُنیا ہس منز یمہ تہِ زبانہٕ بولنہٕ یوان چھےٚ، تمہٕ سارےٚ چھےٚ اکی زبانہِ منزٕ دارمژ۔ سو زبان کو ہہ اَس، تتھ پیٹھ اوس اختلاف تہٕ سُہ اختلاف اوس لسانی تعصبچ بنیاد۔

## 1.2.2 تقابلی زبانیات (Comparative Philology)

منز کال(Medieval Ages) یعنی (مغربی دنیاہس منز) رومی سلطنت کہِ زوالہِ پیٹھہِ رِنسانس(Renaissance) تحریکہِ (ژودأہمہِ صدی - سدأہمہِ صدی) تام روُ دعلم تہٕ ادب الہٕ پلہٕ أکی ہے ڈنجہِ تہٕ اَتھ پیٹھ روُد تو ہماتن ہُند غلبہٕ۔ رنسانس تحریکہِ ہُند موئلہِ مقصد اوس قدیم یونأنی تہٕ رومی علمچ بازیأبی۔ بہٕ مہِ صدی عیسوی منز یِیلہِ عربی ترجمو پیٹھہِ افلاطون تہٕ ارسطو ہند ین تصنیفاتن ہُند ترجمہٕ یورپی زبانن منز سپُد، سأری ہے علمس تہٕ فلسفس سپُد ژٔکی پھیُر۔ تحقیقس تہٕ تجربس میج آزأدی تہٕ یورپس منز سپٕز یونیورسٹیہ قایم۔ أتھی سِتی یِیلہِ کرسٹوفر کولمبس (1451-1506) نہٕ ژٕ سی ہندوستان واتنہٕ باپت سمندری سفر کرنہٕ پتہٕ امریکہ دریافت سپُد، بسیار جہت تحقیقس میوٗل تروتج۔

لسانیات کہِ حوالہِ سپُد اہم واقعہ یہِ زِ ماہرن نیوٗ وزِ عالمس منز چھےٚ ساسہٕ بٕزٕ زبانہٕ تہٕ یِمن منز افراط آسنس سِتی سِتی وارِیاہ تفریق تہِ چھُ۔ 1786ء منز کوٚر ولیم جونزن (Willium Jones : 1746-1794) ہِند یورپی لسأنی خاندانک تصور پیش زِ قدیم زمانس منز چھُ ہندوستان چہِ سنسکرت تہٕ یورپ چہِ یونأنی تہٕ لاطینی زبانن ہُند آگُر اکأے زبان اَسمٕژ۔ یہِ حیرتناک انکشاف بنیوٗ نوِ لسأنی سرگرمیہِ ہُند باعث تہٕ سأری گرامردان لگی دنیاچن مختلف زبانن درمیان ہشر تہٕ بیٚن تلاش کرنس کُن۔ 1859ء منز سپٕز ڈارونِ (Darwin:1809-1882) سٕنز کتاب Origin of Species شایع یِیمہِ سِتی حیاتیاتی سائنس علاوٕ باقی علمی شعبن منز تہِ انقلاب آو۔ تمی سُند حیاتیاتی ارتقا ہُک نظریہ سپُد زبانن ہندِس علمس پیٹھ تہِ غالب۔ یِمن تہٕ تِھی نے باقی علمی کارنامن ہُند نتیجہ دراو نوِ قسمُک لسأنی تحقیق

یَتھ ''تقابلی زبانیات''یعنی (Comparative Philology) ناو پیو۔ اَمیک مُداتہٕ مقصداوس وُچھن زِ:

i۔ بظاہر مختلف زبانن منز کیاہ کیاہ ہشر چھُ،

ii۔ زبانن کُس تأریخی رشتہٕ چھ پانہٕ وٕنی،

iii۔ اکھ زبان کتھہٕ پأٹھی چھےٚ بیٚیس زبانہِ متأثر کران، تہٕ

iv۔ زبانن منز کتھہٕ پأٹھی چھُ ارتقا سپدان۔

تقابلی زبانیاتک بوٚڈ بار دیُت چھُ زِ دنیا چن ساسہٕ بزن زبانن ہندی گرامر تہٕ ڈِکشنریہِ آیہٕ انگریزی تہٕ باقی یورپی زبانن منز مرتب کرنہٕ۔ تمہِ علاوٕ آیہٕ ساسہٕ بزٕ زبانہٕ مختلف لسأنی خاندانن منز بأگراونہٕ۔

لسأنی خاندان تصوراوس یہِ زِیوٚ دوٚے کانہہ زبان پنہِ جایہِ مخصوص اَسنس ستیٚ ستیٚ پنہِ تمدنک تہٕ قومیٚژ ہُند اَنہٕ چھےٚ آسان، اَتھ چھُ تمن سارنٕے زبانن ستیٚ واریاہ ہشر آسان یمن ستیٚ اَتھ کانہہ تاریخی رشتہٕ روٗدمُت آسہٕ۔ اکھ اَکِس ستیٚ رشتہٕ تھاون واجنہ زبانہٕ ہیکو کھأکِرِتھ لسأنی خاندانس منز تھأوِتھ۔ مثلاً کأشُر زبان چھےٚ پنہ جایہ اکھ منفرد زبان۔ مگر تاریخی اعتبارٕ چھُ اَتھ سنسکرت زبانہٕ ستیٚ قدیم زمانہ پیٹھٕ قریبی رشتہٕ روٗدمت۔ سنسکرتس ستیٚ قریبی رشتہٕ آسنہٕ کِنی چھُ اَتھ تمن سارنٕے زبانن ستیٚ تہٕ دوٗریک رشتہ یمن سنسکرتس ستیٚ قریبی رشتہٕ روٗدمُت چھُ۔ مگر قدیم زمانس منز چھُ سنسکرتس اکہِ پاسہٕ ایرأنی زبانن ستیٚ تہٕ بیٚیہِ پاسہٕ یونأنی تہٕ لاطینی زبانن ستیٚ رشتہٕ روٗدمُت۔ لہٰذا ہیکو اَسی یتہِ وٕنتھ زِ کأشرس چھُ تمن سارنٕے یورپی زبانن ستیٚ تہِ دوریک رشتہ یمن قدیم یونأنی تہٕ لاطینی زبانن ستیٚ رشتہِ چھُ۔ یتھہٕ پأٹھی بنیو اکھ لسأنی خاندان یتھ اَسی ''ہند یورپی''

(Indo-European) ونان چھِ۔

دُنیاہس منز چھےٚ ژور ساس پیٹھی زبانہٕ بولنہٕ یوان تہٕ پرٛیتھ زبانہٕ چھےٚ پننہٕ علاقایی بولہِ۔ یمہ ساریےٚ زبانہٕ تہٕ بولہِ چھےٚ ترٛین بڈٕین خاندانن منز بأگراونہٕ آمژٕ:

ا۔ ہِند یورپی خاندان:

الف: ایشیایی:

i۔ ہِند-آریایی

a۔ سنسکرت تہٕ پراکرت (پنجأبی، ہندی، اردو، بنگألی، گجرأتی، مرأٹھی، سنہألی، نیپألی، بیترِ)

b۔ ڈراویڈی: تامِل، تیلگو، کنڑ، ملیالم

ii۔ ایرأنی: پہلوی، فارسی، خطنی، کُردی، بلوچی، تاجیکی، پشتو بیترِ

بے۔ یورپی:

a۔ بالٹو-سلیوِک: روسی، یوکرینی، بیلوروسی، چیک، سلوویکی، پولِش، سربو-کرووِیشی، بلگیری، البانوی، بیترِ

b۔ اطالوی: پُرتگألی، سپینِش، فرانسیسی، اطالوی، رومانوی ...... بیترِ

c۔ جرمینِک: انگریزی، فلیمِش، ڈچ، جرمن، آیسلینڈی، نارویجی، سویڈِش، ڈینی...... بیترِ

II۔ ساینو-تبّتی: چینی (عاجِ سارِوے کھوتہٕ بڈ زبان یوسہٕ اکھ ارب لُکن ہنز مادری زبان چھےٚ)، جاپأنی، تبّتی، منگول، میانماری، ویٹنامی،

کمبوڈی،...... بیترِ

III۔ افرو-ایشیایی : عبرانی ،عربی ،ارامیک ، بربر، مصری ،ٹگرے
(تقریباًز ہَتھ لوکچہِ زبانہٕ )

گنوہمہِ صدی ہُند تقابلی زبانیات یاونوس تاریخی زبانیات روٗدیمن ساسہٕ واد زبانن ہندیٚن تاریخی رشتن، یہندِس ارتقاہس ،یہندِس بیٚنس تہٕ ہشرس دل دِوان تہٕ نتیجہ دراو بیشمار گرامر تہٕ ڈِکشنریہِ آے ترتیب دِنہٕ۔ خلاصہٕ پأٹھی وَنوٚ زِ گنوہمہِ صدی ہُند تقابلی زبانیات اوس روایتی گرامرٕ نِشہِ پانژٕ اندازٕ مختلف:

i۔ زبان چھِنہٕ تحریر، بلکہِ چھےٚ بوٗلی۔ واریاہ زبانہٕ چھےٚ تمہٕ یمن منٛز تحریرٕچ روایت یاتہٕ حال حالے شروع چھےٚ گمٕژ، نتہٕ چھےٚ شروع گژھنے۔

ii۔ زبانن منٛز چھُ افراط تہٕ تفریق۔

iii۔ پرٛیٚتھ کُنہِ زبانہِ چھِ پنٕنۍ پنٕنۍ قاعدٕ تہٕ ضابطہٕ تہٕ لہٰذا اپٕنُن وکھرٕ ساخت۔

iv۔ پرٛیٚتھ کانہہ زبان چھےٚ ارتقاپزیر تہٕ بیٚیوٚ زبانوٚ ستۍ متأثر سپدان۔ ضرورت تہٕ یا عادت کہٕ موجوب چھےٚ اکھ زبان بیٚیوٚ زبانوٚ نِشہِ لفظ رٹان۔

v۔ پرٛیٚتھ کُنہِ زبانہِ چھُ پنٕنٛین بولٕین والٕین ہندِس قومی کردارس ستۍ قریبی رشتہٕ۔

تقابلی زبانیاتکیٚو ماہرو ژُل ہم رشتہٕ زبانن ہنٛزن آوازن تہٕ لفظن ہنٛز تقابلی سام ہینس دس۔ لفظن ہندیٚن قدیم رأوۍ مٕتیٚن رشتن تام واتنہٕ باپت آے قاعدٕ بند بازیأبی ہندۍ اصول مرتب کرنہٕ۔ یم اصول أسۍ واریاہن مثالن ہُند تجزیہِ کرنہٕ پتہٕ وضع کرنہٕ یوان۔ تمن اوس یقین زِ یمَو وکھرٕ وکھرٕ اصولو ستۍ ہیٚکو أسۍ سأری رأوۍ مٕتۍ لسأنی رشتہٕ بازیاب کٔرِتھ۔ مثال: س > ھ

| کائشُر | سنسکرت | یونانی | لاطینی | انگریزی | ہندی / اردو |
| --- | --- | --- | --- | --- | --- |
| سَتھ | سَپتہٕ | ہپٹا | سپٹم | سیون | سات |

بیٛیو زبانو نِشہِ رٹنہٕ آمتی لفظ چھِ رٹن واجنہِ زبانہِ ہندیو کُلہم صوتیاتی اصولو مطابق بدلان۔ بعضے چھُ یہِ بدلاو تیوٗت زیادٕ آسان زِ اصل لفظ چھُنہٕ پتہٕ اتھی یوان۔ مگر تقابلی صوتیاتی اصولو مطابق ہیکو کھ اَسی بدلاو نہایت پیچیدٕ تجزیہِ ستی ویٛژھنٲوِتھ۔ تقابلی لسانیاتُک اکھ بوٚڈ دیُت چھُ لہٰذا آوازیات (phonetics) تہٕ صوتیات (phonology) ہُند سائنس۔

## 1.2.3 ساختیات (Structuralism)

ساختیات چھُ تقابلی زبانیاتہٕ پتہٕ لسانیاتُک بیا کھ دور ییمیک بٲنی کارسو یڈنک ماہرِ لسانیات فرڈینڈ ڈی سوسیو (Ferdinand de Saussure) چھُ۔ سُہ زاو 1857ء منز تہٕ موٗد 1913ء منز۔ مگر تمی سِنز کتاب Cours de lingustique ge'ne'rale سپٕز تمی سِندِ مرنہٕ پتہٕ 1915ء منز شایع۔ یہِ کتاب بنیہِ ساختیات یا نَو جدید لسانیاتُک بنیاد۔ اَتھ کتابہِ منز پیش کرنہٕ آمُت نظریہ سپُد باقی علمن پیٛٹھ تہِ اثرانداز۔ ییٚتھین چھُنہٕ امہِ کتابہِ ہُند تفصیلی جایزٕ ممکن۔ ییٚتھین ییٚن امکی کیٛنہہ کلیدی تصور پیش کرنہٕ۔

1.2.3.1۔ بولہِ ہنز اولیت۔

زبان چھے بنیأدی بوٗلی، نہ زِ تحریر؛ تحریر چھُ محض بوٗلی طبعی شکلہ منز پھرنٕچ اکھ ناکٲفی کوشش۔ بولہِ ہنزِ صوٗرژ منز چھے زبان انسانہٕ سِندِس انسان بننس ستی وجودس آمژ تہٕ اِوکنی چھے تیمژِ قدیم یوٗت پانہٕ انسان چھُ۔ حرف تہٕ حرفو ستی

بنیمتی تحریری لفظ چھ انسانی تہذیبس منز زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ پانژھ یا شےٚ ساس ؤری قدیم۔ واریہن زبانن منز چھےٚ تحریرٕچ روایت حال حالے شروع گمژ تہٕ کینہہ زبانہٕ چھےٚ تم تہٕ یم وُنہِ بولہٕ ہنٛز شکلہِ منٛزے موجود چھےٚ۔

زبانہٕ ہُند وجود چھُ امہِ کیٚن بولن والیٚن ہندس ورتاوس منز، نہ زِ تحریرن منز۔ یوسہٕ زبان تحریرن منز شٹھِتھ گیہٕ سو چھےٚ مُردٕ زبان زانہٕ یوان۔ قدیم لاطینی، سنسکرت چھےٚ امیٚہ مثالہٕ۔ زبانہِ ہُند فطری ارتقا چھُ تیلی ممکن ییلہِ امکی بولن والی اَتھ روزمرٕ کامہِ کارس منز اکھاَ اَکس سیٚتی کتھ باتھ کرنہٕ باپت ورتاوَن۔

1.2.3.2۔ زبان چھےٚ دوگنہٕ وَناو (Double Articulation)

زبان چھےٚ بوٗلی مگر یہ چھےٚ باقی آواٗزی بولیو نِشہِ مختلف۔ غیرلسانی آواٗزی بوٗلی (مثلاً کانٛسہِ پکھش ہنٛز یا پٔش ہنٛز بوٗلی) چھےٚ محدود، یعنی ترٛے ژور آوازٕ: بوچھِ وِزِ، شہوتہٕ وِزِ، خطرٕ وِزِ، تہٕ باضے رٕگندنہٕ وِزِ۔ انسانہٕ ہنٛز زبان چھےٚ اکہِ پایہٕ محدود آوازن (گنزراونس لایق مصمتہ تہٕ مصوتہٕ) ہنٛز بنیمژ، بیٚیہ پایہ چھِ یمو ے محدود آوازو سیٚتی لامحدود آوازٕ (وِنتی: لفظ، ترکیبہ، تہٕ جُملہٕ) بنان۔ مثلاً: /ت/ تہٕ /ر/ ہیکو کھ کُنہِ مصوتہٕ سیٚتی رلاوِتھ تہٕ بنن ییٚتی لفظ: تَر، تِر، ہَر، تَر، تار، تورٕ، توٚر، تُر، تر، تِر، توٗ ر، تیر، تُر، رُت،......بیترٕ۔

1.2.3.3۔ لینگ (langue) تہٕ پَرول (parole)

انسانی زبان چھےٚ دون سطحن پیٚٹھ وجود تھوان: فطری لسانی صلاحیت (langue) تہٕ عملی ورتاو (parole)۔ سوسیو ہندِ نظریہ مطابق چھُ لینگ معنی تھوان سُہ لسانی نظام یُس کُنہِ زبانہِ ہندیٚن بولن والیٚن مشترک آسہ تہٕ ییمہِ مطابق تم اکھاَ اَکس باوِتھ تہٕ بوٗزِتھ ہیکن۔ اَتھ چھنہٕ کانہہ طبعی صورت بلکہ چھُ یہ کینٛژن لسانی

رواجن، قاعدن، تہٕ عادتن پیٹھ اشتراک آسُن ۔ مثلاً: کأشرِس منز چھُ آب، ہوا، آسمان، گُل بیترِ مذکر تہٕ کنٕز، میٔز، دوس، وتھ، بَس، کار بیترِ چیز چھِ مونث۔ یہِ چھُنہٕ اوکنٕز زِ یہِ چھُ کُنہِ جایہِ لیکھتھ، بلکہِ لُکھ مانن نہٕ اَتھ پھِرِتھ، لُکھ چھِ یی مانان آمِتۍ ۔لیکھتھ گرامر چھُ عملی ورتاوکین طریقن، اصولن، قاعدن تہٕ رواجن ترتیب دِنٕچ کوشش۔ یہِ گتھ سپدِ ییمِہ مثالہِ ستۍ وارِ پأٹھۍ واضح: ییلہِ أسۍ کأنسہِ کأشرِس متعلق ونَو ''سُہ چھُ کأشُر بولان۔'' تمیک مطلب گوٚ ونہ زِ سُہ شخص کیا چھُ تمہِ ساعتہٕ پزی کأشرِس منز کتھ کران بلکہِ یہِ زِ تس شخصس چھےٚ کأشُر زبان مادری زبان تہٕ سُہ چھُ کُنہِ تہِ ساعتہٕ کأشرۍ پأٹھۍ فطری اندازٕ بوٗلتھ ہیٚکان۔ لینگ چھُ لہٰذا کُنہِ لسأنی طبقس منز پرٛتھنہٕ تہٕ پھانپھلنہٕ ستۍ فطری اندازٕ یوان۔ امہِ باپت چھُنہٕ تس ہیچھنٕچ (learning) کانہہ شعوری کوشش درکار۔ سُہ چھُ اَتھ برعکس مادری زبان (= سو زبان یوسہٕ تس أندۍ پکھۍ لسأنی طبقس منز رأتج آسہِ۔) بوزنہٕ تہٕ بولنہٕ ستۍ پأنۍ پانٕے حاصِل کران، یتھ عملہِ زبان رٹنٕچ عمل یعنی language acquisition ونَو۔ اگراکھ انگریز بچہٕ کأشرِس ماحولس منز زیٚوتہٕ پھانپھلہِ، تس کرٕ ھ چھےٚ مادری زبان کأشُر۔ یاونَو تس بنہِ کأشُر لینگ۔

پَرول چھُ اَتھ برعکس لینگُک عملی ورتاو۔ یہِ چھُ بولنٕگ واقعہ یُس کُنہِ مخصوص وقتہٕ تہٕ جایہِ کُنہِ مخصوص وجہہ کنٕز رونما چھُ سپدان۔ پرول چھُ تمہِ زبانہِ ہندیٚو قأعدو تہٕ ضابطو مطابق سپدان۔ لسأنی واقعس چھِ ترٛے پاس: باوَکھ، بوزَکھ تہٕ وجہہ۔ یہِ چھُ وطیرُک اظہار۔

پَرول ⇐ بولنٕگ واقعہ ⇐ باوَکھ + بوزَکھ + وجہ

1.2.3.4۔زبان چھےٚ ہیت نہ زِ مواد

پتھ پاٚٹھی کرال اَکی ہے ربہ دوٚ گلِس پننہِ منشہِ مُرادِ شکل دِوان چھُ تتھے پاٚٹھی چھُ زبان بولن وول تہِ لسانٔی مواد س ( جذبہ، خیال، تصور، یاد، تہٕ دستیاب لفظ) مخصوص لسانٔی واقعہ مطابق ہیت دِوان۔ مواد چھُ توٚت تام بے شکل تہٕ بے ہیت یوٚ تام نہٕ اَتھ زبانہِ منز رأ تج آوازن ہُند ترتیب میلان چھُ۔ سوسیوٚ چھُ شطرنج کھیلہِ ہنز مثال دِوان۔ شطرنجکی مُہرٕ دأنتو چھا، ہچو چھا، یا بیٚیہِ کُنہِ چیزٕ کی، تتھ چھُنہٕ شطرنج کھیلہِ سٟتی کانہہ واٹھ۔ مطلب چھُ تھاوان شطرنج مُہرن ہنز شکل یمن پننی پننی اہمیت چھےٚ۔ کانہہ تہِ مخصوص شطرنج کھیل چھےٚ شطرنج بورڈس پیٹھ کُنہِ مخصوص وِزِ یمن مُہرن ہُنداکھأ کِس سٟتی رشتہٕ۔

واریاہ تصور تہٕ معروضی وجود چھِ تم تہِ یمن ہندِ باپت کُنہِ زبانہِ منز لفظے چھُنہٕ آسان۔ مثلاً رنگ چھِ بسیار، مگر ناو چھِ گژتاہے۔ یا کاشرِس منز چھِ برٟتھ خاندانٔی رشتہٕ باپت لفظ، مگر انگریزیس منز چھِینہٕ۔

باوٕژہندس سطحس پیٹھ تہٕ ہیکو أسی یہِ نکتہٕ زأنتھ۔ زبانہِ ہُند اظہاری مواد یوٚ دوَے بذاتی بوٚلی چھےٚ، مگر یہِ ہیکون کُنہ تہِ تحریری شکلہِ منز أنتھ، کُنہِ تہِ ریڈیٔیی، یا الیکٹرانک وسیلہ چہِ شکلہِ منز پھرِتھ؛ زبان روزِ تہٕ گرتھ تہِ سوے زبان۔

1.2.3.5۔ زبان چھےٚ جبری (arbitrary)

زبان چھےٚ صوتیٲتی، مارفیمیٲتی تہٕ جُملیٲتی سطحس پیٹھ جبری؛ بوٚلی أسی تن یا تحریر۔ تہٕ زن گوٚو پرٟتھ کانہہ آواز چھےٚ رسمہٕ کِنی چیزن یا معنیس سٟتی وابسطہٕ، اَتھ چھُنہٕ امہِ چہِ فطرژ سٟتی یا امہِ کِس ماہیتس سٟتی کانہہ فطری واٹھ۔ تر، ہٕر، تر،

تٲر ، تار ، توٗر ، توٗر ، تٔر ، ترِ ، توٗر ، تیر ، تٕر ، رُت ، ...... بیٚتر لفظن چھُنہٕ تِمن چیزن یا
مَن معنین سٟتؠ کانٛہہ تہٕ واٹھ یٛہندِ باپت یِم ورتاوس منز چھےٚ ۔ یِی چھُ پوٚز زامہٕ
کِسٕ تحریرس متعلق تہٕ - [ز]، [ذ]، [ض]، [ظ] یِمہٕ دوٚے مختلف حرف یا اچھر
چھِ ، مگر کأشرس پھورس منز چھِ یِم ژونوٚے حرف اکٲے آواز ، یعنی گگھری ، زیٖو
ڈٔندی ، وٗزی تہٕ اہکٲری =/ز/ ۔ أسی ہیکو کأشر رومن ، ناگری یا بیٚیہ کُنہِ رسمِ خطس
منز تہٕ سہل پأٹھی لیکھِتھ ، معاملہٕ چھُ محض رواجُک ۔

1.2.3.6 ۔ اشار ، اشارٕ ہاوَکھ ، اشارٕنووو (Sign, Signifier and Signified)

لُکھ چھِ عام پأٹھی زانان زِ کانٛہہ زبان چھےٚ محض اکھ لفظہٕ راش ، یا وَنو ناوَن ہُند انبار = لُغات ۔ مگر یہِ چھُنہٕ صحیح ۔ زبان چھےٚ لسأنی اشارن ہُند نظام تہٕ اکھ لسأنی اشارٕ چھُنہٕ اکہِ چیزُک تہٕ ناوُک میٖل ، بلکہِ چھُ اکہِ تصورُک تہٕ امہِ باپت مقرر صوتی شبیہُک میٖل ۔ یہِ چھُنہٕ ضروری زِ صوتی شبیہہ کیا یٛہہ بولنہٕ ، بلکہِ یہِ ہیٚکہِ بولنہٕ ورأے تہٕ سأنس ذِہنس منز اکھ چھاپ آسِتھ ۔ امہِ باپت مقرر لفظ بولَو یا نہ بولو ۔ لسأنی اشارٕ چھُ لہٰذا اکھ دو پاسل نفسیأتی وجود ۔




یہِ نُکتہٕ ویٚژھناونہٕ باپت چھِ سوسیورٕ مثال دِوان :

یہِ نُکتہٕ سپد واضح اگر أسی اشارٕ کیٛن دون پاسن ہنز جایہ بدل ناو تھاوَو ،تصورٕ بدلہٕ اشارٕ نو و(signified) تہٕ صوتی شبیہہ بدلہٕ اشارٕ ہاوَ کھ(signifier)۔

اشارٕ ہاوکھس تہٕ اشارٕ ناؤس درمیان رشتہٕ چھُ رسمی یا جبری(arbitrary)۔ پریٚتھ زبانہِ منز چھُ اشارٕ ہاوکھن تہٕ اشارٕ ناوٕین درمیان جبری رشتن ہُند پنُن پنُن نظام۔

1.2.3.7۔صفہٕ رشتہٕ تہٕ زُمرٕ رشتہٕ:

(Syntagmatic and Paradigmatic Relationship)

سوسیو چھُ مانان زِ پریٚتھ کانہہ لسانی اشارٕ ہاوَ کھ چھُ کُنہِ مخصوص وِزِ وجودس منز یوان ۔ تہٕ اَتھ وِزِ چھُ کانہہ خاص طول لگان ۔مثلاً: لفظ چھُ'' نیوٚل''۔ یہِ چھُ اکھ اشارٕ ہاوَ کھ ییٚتھ بولہِ ہندس سوٗتھرِس پیٹھ بولنہٕ وِزِ اکھ مُختصر طول لگان چھُ ۔مگر ییٚتی چھُ امہِ کیٛن صوتیمن پانہٕ وٲنی اکھ صفہٕ رشتہٕ یا تگہِ رشتہٕ:

/ن/+/ی/+/وٗ/+/ل/ = نیوٚل

بولنہٕ وِزِ چھُنہٕ امہِ کیٛن جُزن ہُند صفہٕ رشتہٕ اَتھِ یوان، تکیازِ طول چھُ وارِیاہ مُختصر ۔مگر تحریرس منز چھُ نوٚن نیران تکیازِ امکی ترکیبی صوتیم چھِ اچھرن ہنزِ شکلہِ منز ظٲہر سپدان ۔ امہِ کیٛن جُزن ہُند یہِ ترتیب ہیکو نہٕ بدلٲوِتھ ۔ یہَے کتھ چھےٚ زبانہِ ہندٕین باقی ساختن متعلق تہِ پزٕ ۔مثلاً:

آسمان چھُ نیوٚل ۔= آسمان + چھُ + نیوٚل

لسانی ساختن ہندٕین جُزن درمیان اَتھ زِٚچھرِ رشتس وٚون سوسیورن تگہِ رشتہٕ یاصفہٕ syntagmatic relationship۔

صوتیات، مارفیمیات تہٕ جُملیات کیٛن سطحن پیٹھ چھُ زبانہِ منز رشتن ہُند بیا کھ

نظام، سہ گوٚو زِ کُنہِ تہِ اشارٕ ہاوکھک کانہہ تہِ جُزٕ ہیکون بدلاوِتھ تہٕ نوٚو اشارٕ ہاوَکھ ییہِ بارسس۔ مثلاً:

| | | | |
|---|---|---|---|
| /ت/+ | /ےَ/+ | /ر/ | =ترَ |
| /ت/+ | /یٖ/+ | /ر/ | =تیٖر |
| /ت/+ | /وٗ/+ | /ر/ | توٗر |
| /ت/+ | /وٚ/+ | /ر/ | توٚر |
| /ت/+ | /ٕ/+ | /ر/ | ترٕ |
| /ت/+ | /ٟ/+ | /ر/ | ترٟ |
| /ٹ | /ےَ/+ | /ر/ | ٹرَ |
| /ک/ | /ےَ/+ | /ر/ | کرَ |
| بیترِ | بیترِ | بیترِ | بیترِ |

/ت/، /ٹ/، /ک/ بیترِ صوتیمن ہُند باہمی عمودی رشتہٕ گوٚو زُمرٕ رشتہٕ یعنی (paradigmatic relationship) (سوسیو)۔ جملہٕ کِس سطحس پٹھ چھےٚ زُمرٕ رشتٕچ اکھ مثال یہِ:

| | | |
|---|---|---|
| مےٚ | کھیوٚو | ژونٹھ |
| مےٚ | وول | ژونٹھ |
| اسہِ | ہیوٚت | ٹنگ |
| ژےٚ | کھیوتھ | ژونٹھ |
| ......بیترِ | ......بیترِ | ......بیترِ |

1.2.3.8 ۔اوک زمأنی مطالعہ تہٕ یڈٕ زمأنی مطالعہ

(سوسیو) (Synchronic and Diachronic Study)

کُنہِ زبانہِ ہُند ساختیأتی مطالعہٕ اگرأ کر ہے زمانس تام محدود آسہِ تتھ ونوا اوک زمأنی مطالعہ (synchronic study)۔ سُہ زمانہٕ ہیکہِ محقق سُند پٔنُن زمانہٕ آستھ یا کانہہ ژورمُت حد بند تاریخی زمانہ۔ مثلاً لل دیدِ ہندِ زمانک کأشُر۔

اوک زمأنی مطالعہ ہیکہِ کُنہِ مخصوص وقتہٕ کُنہِ زبانہِ ہندِ لینگُک مخصوص اندازٕ ورتاو یا پٔرول آستھ یتھ سوسیو e'tat de langue ونان چھُ۔

اَتھ برعکس گوٗ ویڈٕ زمأنی مطالعہ کُنہِ زبانہ ہندِ تاریخی ارتقاہُک تحقیق۔ مثلاً قدیم پراکرتی کأشرِ پیٹھٕ أزی کِس کأشرِس تام کیاہ کیاہ صوتیأتی، مارفیمیأتی، لفظی، تہٕ جُملیأتی تبدیلیہِ چھےٚ آمژٕ تہٕ تمن تبدیلین ہندی اصول کیاہ چھِ۔

## 1.2.4 تغیراتی گرامر

### 1.2.4.1 تمہید

امہِ گرامرُک بانی کار چھُ چامسکی مانہ یوان یوٗ دوٚے زَن تمُی ہند یٚو کینژ و ہمعصر لسانیاتی مأہرو اَتھ ہتی رلوٗنی گرامر تجویز چھِ کٔری متی۔ یمن منز چھِ ہاکیٹ(Hockett : 1958) تہٕ ہرِس(Harris : 1957) خاصکر تھ قابلِ ذکر۔

1957ءیس منز سپز نوم چامسکی ( -1928: Noam Chomsky ) ہنز کتاب : Syntactic Structures شایع۔ امہِ کتابہِ کٔری لسانیاتکی نوی امکان روشن تہٕ زبانہِ ہُند ساختیأتی مطالعہٕ کرنہٕ باپت آو سائینسی طریقہ کار اختیار کرنہٕ۔

تغیرأتی گرامرٕ چ وضاحت کرنہٕ برونہہ چھِ چامسکی سندی ژٕ کلیدی تصور زانٕنی

ضروری: لسانٔی صلاحیت (Lingistic Competence) تہٕ لسانٔی عمل آوری (Linguistic Performance) ، بیٚیہٕ سطحی ساخت(Surface Structure) تہٕ زیریں ساخت(Deep Structure)۔

1.2.4.2 ۔لسانٔی صلاحیت تہٕ لسانٔی عمل آوری

چامسکی سُند یہِ تصور چھُ الہٕ پلہٕ تی یہِ سوسیو سُند لینگ تہٕ پیرول تصور چھُ۔ کُنہِ لسانٔی طبقہٕ کِس پرٛیتھ کانٛسہِ نارمل فردس چھُ پنٛنہِ زبانہِ منز اَنتھ روٗس یا لامحدود باؤ ژبل آسانِ۔ سُہ چھُ محدود آوازٕ رلاوِتھ لامحدود وٕنتی (expressions) بناونٕچ فطری صلاحیت تھوان۔ زبان چھینہٕ لہٰذا بروٚنٹھے مقرر جُملن ہُند انبار بلکہ لا تعداد امکانٔی جُملہ تشکیل دِنک قوت یُس زبان بولن والکی ہندِس ذہنس منز وجود چھُ تھوان۔ زبان چھے تشکیلاتی اصولن ہُند نظام۔

لسانٔی عمل آوری گوٚو کُنہِ مخصوص وقتہٕ، مخصوص جایہِ کُنہِ مخصوص مقصدٕ باپت فطری صلاحیژ ہُند ورتاو یتھ منز بولُن، بوزُن، بیٚیہٕ سُند بولمت زانُن تہٕ سوچُن شأمل چھُ۔ کانٛہہ ہیکہِ امہِ صلاحیژ ہُند ورتاو لیکھنہٕ تہٕ پرنہٕ کہِ وسیلہٕ تہِ کٔرتھ۔

1.2.4.3 ۔ سطحی ساخت تہٕ زیریں ساخت

سطحی ساخت گوٚو جملُک ظاہری صورت یتھ منز صوتیموٚ ستی بنٕنہٕ متی مارفیم لفظ بناوان چھِ تہٕ لفظ چھِ ترتیب اختیار کٔرتھ جُملہٕ بناوان۔ سطحی ساختس ہیکو أسی جُزیأتی تجزیہ کٔرتھ تہٕ امکی بنیأدی ترکیبی جُز درجہِ بدرجہ لٔبتھ۔

اَتھ برعکس گوٚو زیریں ساخت جملُک علامتی جُملیأتی ترجمأنی۔ مِ:

i۔ ج ← ( ن ت + اَتر ک ت )

ii۔ ن ت ← ب+ن+تعداد+جنس+کیس

iii۔ اَترِ ک ت ← ک ہ+ک+پ

اَترِ ک ت ← ک ہ+ک+ن ت

اَترِ ک ت ← ک ہ+ک+ب

اَترِ ک ت ← ک ہ+ک+ن ت+ن ت......

زیرین سطحس چھِ بیٚیہِ تہٕ کیٚنہہ ناو: موٗلہٕ ساخت (Base Structure)، بنیاٗدی ساخت (Underlying Structure)، تہٕ گوڈٕ ساخت (Initial Structure)۔

زیریں ساخت پرٕ زناوِتھ چھِ اَسی ہم معنی جُملن تہٕ مبہم جُملن ہندی صوتیمی - مارفیمی تہٕ جُملیاٗتی بدلاو زانتھ تہٕ تِمن ہنز وضاحت کٔرتھ ہیٚکان۔ زیریں ساخت زانتھ ہیکو اَسی یتہِ ویٚژھناوِتھ زِ امہِ پیٹھہِ کتھ پاٹھی چھِ مختلف قسمن ہندی سطحی ساخت تھاون واٚلی جُملہ وو پدان۔ پرٚیتھ زبانہِ منز چھِ زیریں ساخت محدود یم لامحدود تشکیلن زایُن چھِ دِوان۔

اَتھ گرامرس چھِ اِو کنی وو پزاٗوی گرامر (Generative Grammar) تہِ ونان تِکیازِ چامسکی سٕنہِ نظریہ مطابق چھُ سٕنہٕ زبان بولن واٚلی سُند اوٚر دیُت (Output) تی روزان یہِ تٕس یوٚر دیُت (Input) آسہِ۔ زبان زانن وول چھُ بیٚین نِشہِ زبان بوزان، یا پران تہٕ پنٕنہِ واٚنسہِ تہٕ بترِ مطابق چھُ زبانہ متعلق اَتھ ذِہنس اندر وٕپراوان تہٕ یہ چھُ زبانہِ ہنز گرامری زان بنٕتھ تٔمی سٕندس ذہنس منز چاے رٹان۔ یہ چھے پھِری پھِری وٕرتاوٕ ستی محکم سپدان۔ تٔمی سُند ورتاو چھُنہٕ تی یہ تٔمی بوزمُت یا پٔرمُت آسہِ، بلکہ چھُ تٔمی سُند پرٚیتھ کانہہ ورتاو نوٚو آسان۔

محدود زیریں ساختو پیٹھہِ لامحدود سطحی ساخت وو پدنہٕ کِس بنیادس پیٹھ قایم چامسکی سٕندِس گرامرس چھِ اوٚے تغیراٗتی وو پزاٗوی گرامر (Transformational

Generative Grammar) تہِ ونان۔ تہِ زَن گوٚ ووو پزٕ اوٚ گرامر چھ لا تعداد سطحی ساختن پٮ۪ٹھ مخصوص ،مقرر تہٕ محدود گرامری قاعدن ہُند اطلاق۔
چامسکی نہٕ تغیرٲتی وو پزٕ اوٚ گرامر ُک گوڈنیُک مرحلہٕ چھُ ترکیب ساختی گرامر۔

## 1.2.4.3 ترکیب ساختی گرامر

اَمِچ وضاحت کرنہٕ برونہہ چھُ ضروری زانُن زِ پرٮ۪تھ کانہہ لسٲنی ساخت ہیکون امہِ کیٛن جُزن منز تقسیم کٔرِتھ تہٕ پرٮ۪تھ کانہہ جُز ہیکون مزید تقسیم کٔرِتھ۔ 1933ء لیس منز دیُت امریکی ساختیات پسند ماہرِ لسانیات بلوٗم فیلڈن (Bloomfield) ساخت کیٛن ترکیبی جُزن ہُند نظریہِ یمن تمی ناو دیُت نکھٕ جُز یا بنیادی جز (Immediate Constituents)۔

بچور جانہٕ ژوٚل نٮ۪بر۔
امہِ جُملکی نکھٕ جُز چھِ یتھٕ پٲٹھی:




یا بریکٹ چالہِ:

ج{ن ت( ب[ بچور] + ن[ جانہٕ ]+ ک ت ( ک[ ژوٚل]+ل ب[نٮ۪بر ])}

جُملہٕ کیٛن ژورن جُزن چھُ اکھ ترتیب زِ چھِ:

بچور+ جانہٕ+ژوٚل+جوٗم

مگر بیا کھ ترتیب چھکھ تابعتی ۔ تہِ زن گوٚ وپرٮ۪تھ جُز چھُ برونٹھی مٮ۪ن تہٕ پٔتی مٮ۪ن

جُزن تابع۔ ورنہ ہیکہِ نہ بیشمار مبہم ساختن ہُند صفہِ ترتیب صحیح اَسی تھے۔م:

خوبصورت کورِ پلو۔

اَتھ ساختس منز چھِ زٕ معنی:

i۔ خوبصورت کورٕن ہندی پلو۔تہٕ

ii۔ کورٕن ہندی خوبصورت پلو۔

بیٚیہ کینٛہہ مثالہٕ:

بہٕ چھُس نہٕ یژھان چون گرٕ گژھُن۔

i۔ بہٕ چھُس نہٕ یژھان ژٕ گٔو ژھٔکھ گرٕ گژھُن۔

ii۔ بہٕ چھُس نہٕ یژھان زِ بہٕ گژھہ چون گرٕ۔

بہٕ چھسے ژٕے تمی ہندِ کھوتہٕ زیادٕ محبت کران۔

i۔ سُہ چھے نہٕ ژٕے تیوٚت محبت کران یوٚت بہٕ چھسے ژٕے کران۔

ii۔ بہٕ چھسے نہٕ ژٕے تیوٚت محبت کران یوٚت اُتس کران چھُس۔

نکھہ جُز ویٚژھنے چھیٚنہٕ لہٰذا زبانہِ ہندٕن ساختن ہنز ویٚژھنے کرنہٕ باپت کارگر۔چامسکین کوٚراکھ متبادل طریقکار تجویز یتھ ترکیب۔ساخت گرامر (Phrase-stucture Grammar) ونان چھِ۔امہِ تجزیک مُختصر خاکہٕ چھُ یتھہٕ پاٹھی۔مثالہِ جُملہٕ:

تمی لڑکن وُچھ اکھ پوٚشنول باغس منز۔

ترکیب ساخت ویٚژھنے چھے ترٕن مرحلن منز سپدان:

i۔ دوبارٕ لیکھنکی قاعدٕ:

1۔ ج ← ن ت + ک ت

2۔ ن ت ← ب + ن + جنس + تعداد + کیس

3۔ ک ت ← ڈک + ک + ن ت + ل ب

{ج = جُملہٕ؛ ن ت = ناوِتی ترکیب؛ ک ت = کراوِتی ترکیب؛ ب = بدیٲے determiner ؛ ڈک = ڈکھ کراوت؛ لِ ب = لگہٕ باش adverb}

ج ← {ن ت (ب [ تمی ] + ن [لڑکہٕ + کیس] + ک ت ( ک [وُچھ] + ن ت
( اکھ [پوشنول]) ل ب ([باغس منز])}

یِہ ساخت ہیکون ییمِہ گُلہِ شکلہِ ستی بہتر پاٹھی زانتھ:




△ چھُ ہاوان زِاتہِ اپور ہیکہِ نہٕ اتھ لنجہ باگنے سپدِتھ۔ یمن نُقطن وَنو تِہری اند (terminal nodes)۔

ii۔ متبادل قاعدٕ : جُملن ہندیٚن واریہن نمونن ہنز ساختیاتی ویٚژھنے گرِتھ

جُملن ہندیٚن ساختی قسمن ہندی ساخت علامژن منز ہاوٕنی ۔ مِ:

i۔ ج ← ( ن ت + اَتری ک ت )

ii۔ ن ت ← ب+ن+تعداد+جنس+کیس

iii۔ اَتری ک ت ← ک ہ+ک+پ

اَتری ک ت ← ک ہ+ک+ن ت

اَتری ک ت ← ک ہ+ک+ب

اَتری ک ت ← ک ہ+ک+ن ت+ن ت

بیترِ

1.2.4.4۔ پھیری پھیری یِوٕنی قاعدٕ (Recursive Rules):

زبانہٕ ہندین بسیار جُملہ قسمن ہُند ساخت زانہٕ باپت تتھی قاعدٕ وضع کرٕنی یِم پھیری پھیری استعمال ہیکو کھ کرِتھ۔ مثلاً : رلاوی ءمتیٚن جُملن منز [تہٕ] ہٕک ورتاو۔

ن ← ن+تہٕ +ن

ن ← ن+تہٕ+ن+ن

ن ← ن+تہٕ+ن+ن+ن......بیترِ

مِ:سارٕی شُری سلیم تہٕ گاشہِ تہٕ راجہِ تہٕ ڈیزی تہٕ روزی تہٕ بٹہٕ تہٕ ......

یا جُملہٕ رلاونس منز: مِ:

بٕ ڈزھس سُلہِ صُبحٲے تہٕ چھوٚلُم اتھ بُتھ تہٕ پتہٕ ڈُوم ہیر بونہٕ سارٕی ہے گرس تہٕ پتہٕ کوٚرُم آنگن صاف تہٕ پتہٕ لٲجم سارنے رکرٕھ نوٚنہٕ چاے تہٕ......

یوٚ دوَے امہِ چالہِ جُملہٕ گرامری طور غلط چھُنہٕ ،مگر زبانہٕ ہُند اصل بولن وول چھُ زانان زِامہِ قسمکۍ جُملہٕ چھِ فضول تہٕ گرامرتہٕ گرٛ تھِ حقیقت پسندانہٕ آسُن۔

مگر ترکیب ساختہٕ ویٚژھنَے چھےٚ واریہن معاملن منز ناکافی یا ناکام ثابت سِپدان۔ تہِ زَن گوٚ وکیٚژن زبانن منز ( مثلاً کاشرِس منز ) چھُ تقریباً پرٛتھ جُملس ضرورتہٕ مطابق پوٚت پھیرُ (inversion) ہیکان سپدِتھ۔

تمہِ کھیےٚ ژوٚکۍ دَچھ۔ (سوال: تمہِ کیاہ کھیوٚو؟)

کھیےٚ تمہِ ژوٚکۍ دَچھ۔(سوال: تمہِ کھیاٚہ ژوٚکۍ دَچھ؟)

ژوٚکۍ دچھ کھیےٚ تمہِ۔ (سوال: ژوٚکۍ دَچھ کٔمۍ کھیٚیہٕ؟)

حوالہٕ موٚکلۍ (context free) ترکیب-ساخت قاعدٕ تہِ گرٛھن بسیار آسنۍ۔امہِ علاوٕ چھِ پرٛتھ زبانہٕ منز وارِیاہ ساخت مبہم۔م:

بہٕ چھسَے ژٕ ےٚ تمۍ سٕندِ کھوتہٕ زیادٕ محبت کران۔

تہٕ وارِیاہ ساخت چھِ بےٚ تسلسل(discontinuous) آسان ۔مِ

خوبصورت کورِ پلوٚ۔

وارِیاہ بُڑ موٚہنوی تہٕ زنانہٕ۔

یم تہٕ تھٕی باقی ساختیاتی مسلہٕ حل کرنہٕ باپت چھُ چامسکی سُند تغیراتی یاوو پزاٚوی گرامر(Transformational/ Generative Grammar)پرٛتھ کُنہِ زبانہِ ہندِ ساختُک سلسلہٕ وارتہٕ سائنسی طریقہ تجزیہ کرنہ باپت کارگر۔

## 1.2.4.4 تغیراتی-و وپزاٚوی گرامری اصول

تغیراتی-ووپزاٚوی گرامرِ کۍ اصول چھِ ترٛیٚن سطحن پیٹھ لگہار: جُملیاتی (syntactic)، معنویاتی (Semantic) تہٕ صوتیاتی (Phonological)۔ تریشونی سطحن

پیٹھ چھِ ترێن قسمن ہندی تغیرات سپدان:

1.2.4.4.1۔ چھوٚیر (deletion)

کینٛہہ صوتیم، مارفیم تہٕ لفظ چھِ چھونان۔ م

پوٚرُم ⇆ مےٚ پوٚر ( /ےٚ/، /م/ )

بہٕ ہیکہٕ نہٕ یہ کاٗم کرِتھ۔ ⇆ یہ کاٗم ہیکہٕ نہٕ میانہٕ ذٕسی کرنہٕ یِتھ۔

( - بہٕ ، کرِتھ۔)

1.2.4.4.2۔ ہُریر (addition)

بہٕ ہیکہٕ نہٕ یہ کاٗم کرِتھ۔ ⇆ یہ کاٗم ہیکہٕ نہٕ میانہٕ ذٕسی کرنہٕ یِتھ۔

(+ذٕسی ؛میانہٕ ، ذٕسی؛ یِتھ )

1.2.4.4.3۔ جایہ بدلی(permutation)

بہٕ ہیکہٕ نہٕ یہ کاٗم کرِتھ۔ ⇆ یہ کاٗم ہیکہٕ نہٕ میانہٕ ذٕسی کرنہٕ یِتھ۔

( بہٕ ↺ ↻ یہ کاٗم)

جُملیاتی سطحس پیٹھ چھِ پریتھ زبانہٕ منز واریاہن قسمن ہندی تغیرات واجب۔
کینٛہہ اہم جُملیاتی تغیر چھِ:

i۔ جُملہٕ واٹھ (Coordination) زٕ سائلم جُملہٕ پٔنٛن ساخت یِتھ [تہٕ]، [یا]، [بیٚیہ]
تہٕ باقی واٹنیوٚ ستی رلاوٕنی۔ م

بہٕ وۄتھس سُلی تہٕ لٔجم کاٗم کرٕنی۔

از گژھہِ بہٕ یہ مضمون موکلاوُن یا گژھہِ دفترِ چ کاٗم موکلاوُن۔

از گژھہِ بہٕ بینک واتُن نتہٕ واتن نہٕ تس پونسہٕ۔...... بیترِ

ii۔ پوٗرِ ناوُنَے (Complementation)

اکھ جُملہٕ چھُ بێیہِ جُملہٕ کِس کراوِتی ترکیبس منزٕ ضم سپدان۔ مِ:

مےٚ چھُنہٕ پَے زِ سُہ کتہِ چھُ روزان۔

ہٕمےٚ دوٚپمس ژٕ چھے اختیار۔

تٔمؠ پرؠُژھنم ژٕ کوٚت گژھکھ۔

ژٕ پرأرؠ زِ نہٕ میأنس واتنس۔ بیترِ

iii۔ حوالہٕ ناوَے (Relativization)

اکھ جُملہٕ چھُ حوالہٕ جُملہ اَڈ (Relative Clause) بنأوِتھ بێیہِ جُملہٕ کِس ناوِتی ترکیبس منزٕ ضم سپدان۔

ژےٚ یُس شخص وُنی یپأرؠ نیران وُچھتھن، سُہ چھُ یور بسنہِ آمُت۔

بہٕ گژھہٕ توٚرؠ یور ژٕ گژھکھ۔

مےٚ ہیچ نہٕ سو کتاب پٔرتھ یوسہٕ ژِ ےٚ دِژا تھم۔ ......بیترِ

iv ۔ شرطی جُملہٕ میُل۔

أسؠ نیرو ضرور کامہِ اگر دوٚر کوٚ رُن۔

اگر سُہ وقتس پێٹھ آو تہٕ زیوٗنن۔

رَب ماوو تھےٚ اگر نہٕ روٗد پێیہِ ہے۔

تٔمؠ کریوم سیٹھاہ زارٕ پارٕ مگر بہٕ ماما نہٕ س۔ ......بیترِ

{یێتھین چھنہٕ یِمن سارنٕے تغیرن پێٹھ تفصیلی بحث ممکن۔ تفصیلو باپت وُچھو: شفیع شوق: کأشرٕ ی گرامر، 1980ء}

تغیراتی عمل زانہٕ باپت نموٗ یتھین اَسی اکاے مثال۔ جُملہٕ چھُ :

ہُہ تھوٚ د موٚہنیُو یُس دارِ گُن وُ چھان چھُ، سُہ چھُ پاگل۔

یہِ جُملہٕ چھُ حوالہٕ ناویہِ (Relativization) ہنز مثال۔ یتھ منز جُملہٕ مِلوتھ چھِ :

ہُہ تھوٚ د موٚہنیُو چھُ پاگل۔

ہُہ تھوٚ د موٚہنیُو چھُ دارِ گُن وُ چھان۔

دوٚیم جُملہٕ چھُ گوڈنکِہ جُملہٕ کِس ناوِتی ترکیبس منز ضم کرنہٕ آمُت۔ امہِ باپت چھِ یم تغیر عملہ منز آمتی :

یوٚر دیُت (Input)

(ن ت △ ج ہُہ تھوٚ د موٚہنیُو چھُ دارِ گُن وچھان ) ن ت )

حوالہٕ ناویہِ ستی چھُ ضم گوٚمُت جُملہٕ ناوِتی ترکیبس نقل کرنہٕ پتہٕ گوڈنکِس جُملس منز △ جملہٕ بنان۔ امہِ تغیرٕ باپت چھِ یم ذیلی تغیرتہِ عملہِ منز یوان۔

چھوٚیر : ہُہ تھوٚ د موٚہنیُو۔

ہُرٚیر : یُس + فاعلی کیس + تعداد ؛ سُہ

لفظہٕ بدلاو : ہُہ تھوٚ د موٚہنیُو < یُس

جایہِ بدلی: چھُ ن جملہٕ اڑ اند۔

امہِ تغیرُک بنیادی ساخت (Underlying Structure) چھُ یتھ پأٹھی:




ہُہ تھوٚد موٚہنیُوِس دارِگن وُچھان چھُ، سُہ چھُ پاگل۔

## 1.3.5 آفاقی گرامر (Universal Grammar)

آفاقی گرامرُک مطلب گۆ ویہِ زِ عالمہٕ چِھن ساسہٕ بزن زبانن تہٕ بولیٖن ہُند بنیادی ساخت چھ اکوے۔ یۆ دوَے مختلف زبانہٕ مختلف صوتیاتی انہار تھوان چھےٚ تہٕ یہُند جُملیات تہٕ چھُ بظاہر ورگہٕ ورگہٕ، مگر ژٕکہِ چھُ یمن سارنے زبانن ہُند بیخ بنیاد کُنےٚ۔ 1961ء ییٚس منز سپز نویارکس منز اکھ کانفرس یتھ منز "Universals of Language" عنوانس پیٹھ کاہ مقالہٕ پرنہٕ آے۔ یِم مقالہٕ آیہِ پتہٕ اَتھی عنوانس تحت اَکِس کتابہِ ہنزِ شکلہِ منز شایع کرنہٕ۔ امہِ کانفرنسہِ ہُند قرارداد چھُ یِمو لفظو ستی شروع گژھان:

> Underlying the endless and fascinating idiosyncracies of the world's languages there are uniformities of universal scope. Amid infinite diversity, all languages are, as it were , cut from the same pattern... Language universals are by their very nature summary statements about characteristics or tendencies shared by all human speakers.[6]

یہٕ تصور یۆ دوَے قدیم یونانیٖن نِش تہٕ اوس، مگر اَتھ تصورس دِژ جدید صورت چامسکین تیٚمی 1965ء منز پنٕنی دۆیِم اہم کتاب Aspects of the Theory of Syntax لیٚکھِتھ امہِ نظریچ بنیاد ترأو۔

پنٕنہِ گوڈنچہِ کتابہِ منز اوس چامسکی یتھ کتھِ پیٹھ ڈٕٹھ زِ زبانہِ ہُند وو پزٲوی قوت چھُ زبانہِ ہندِس جملیاتس منز۔ تہٕ جملیات چھُ زبانن بیۆن بیۆن۔ تتھ منز اُس نہٕ معنِیاتس کانہہ خاص اہمیت۔ مگر 1965ء چہِ کتابہِ منز دِژ چامسکین معنیاتس تیژے اہمیت یژٕ جُملیاتس دِژٕن۔ تمی ہندِ نظریہ مطابق چھُ تمام زبانن ہُند نظام کُنےٚ یُس یِمہِ آیہِ چھُ۔




امہِ نظریہ مطابق چھُ زبانہِ ہُند سورُے وۄبڑٕ اوٚس قوت جُملیاتس منز تہٕ معنِیات Semantics چھُ تشریحی۔ زیریں ساخت چھِ تغیرِ وسیٖتی بالا ساختن زایُن دِوان تہٕ باوٕ ژہُند معنویات چھُ زیریں ساختو پیٹھ دٕوپدان۔ تہٕ زیریں ساخت چھِ جُملیاتی۔

چامسکین کوٚر تجویز زِ عالمہٕ چِن تمام زبانن ہُند ہیکہِ تقابلی مطالعہ کرنہٕ یِتھ؛ تمن زبانن پانہٕ وٕنی کانہہ نسبی رشتہٕ آسہِ یا نہ آسہِ۔ امہِ اعتبارٕ چھُ یہِ نوٚو لسانیات گُنوٚہمہِ صدی ہندِ تقابلی زبانیاتہٕ نشہِ مختلف۔

طریق کار گژھِ یہِ آسُن زِ گوڈٕ یِن مقابلس منزانہٕ آمژن زبانن ہندی پنٕنی پنٕنی مخصوص انہار بدِ کڈنہٕ تہٕ اِدٕ یِیہِ تِہُند تقابلی مطالعہ کرنہٕ۔ امہِ اندازٕ یُس تحقیق شروع سپُد تَتھ چھِ عام پأٹھی Contrastive Lingistics ونان۔ امہِ قسمُک مطالعہ چھُ بہر صورت یِژَمتی روزان نہ زِ اوک سمتی۔ امیُک طریق کار چھُ یِتھ پأٹھی:

الف:

اکھ آفاقی پزٕر (آپ) یُس زبان ز1 منز آپ 1 بٔنتھ ظاہر چھُ سپدان کتھٕ پاٹھی چھُ زبان ز2 منز دریٹھی گژھان۔

بے:

یہ دریافت کرن زِ زبان ز1 تہٕ زبان ز2 درمیان ہشر یابٔین کتھٕ پاٹھی چھُ تموز بانو منز کانہہ زبان ہیچھ نچہ عملہِ منز مثبت یا منفی مداخلت پاٹھ کران۔ آفاقی پزر چھِ صوتیاتی، مارفیماتی، جُملیاتی تہٕ معنویاتی۔
(تفصیلات چھنہٕ ییتھین ممکن۔)

حوالہٕ:

1. Aristotle

2. Quintilian

3. Horace, *De Arte Poetica*, 72.

4. Leonard Bloomfield, 1933. *Language*. rpt. New Delhi :Moti Lal Banarsidas, 1964.

5. Smauel R. Levin, " Comparing Traditional Grammar and Structural Grammar" in Harold Byron Allen, *Readings in Aapplied Linguistics*, London : Appletan-Century-Crofts, Inc. 1958.

6. Green berg, Osgood, Jenkins, " Memorandum Concerning Language Universals", in *Universals of Langue*. ed. J.K.Greenberg. Cambridge : The M.I.T Press, 1966. p. xv.

7. Chomsky, *Aspects of the Theory of Syntax*, p. 72.

# ساختیات: اکھ تعارف

حامدی کاشمیری

موجودٕ صدی ہندِس شروٗعس تام اوس زندگی تہٕ کاینات چہٕ حقیقژٕ ہُند ادارک یتھ سائنسی مفروضس پیٹھ ڈٔرِتھ زِ پرٛتھ کانٛہہ چیز یا شَے چھےٚ بجایہِ خود موٗجود تہٕ کاینأتی عمل چھُ عِلت تہٕ معلولک پابند، اما پوٚز موجودٕ صدی منٛز کوٚر جدید فزِکسَن یہِ نظریہِ پیش زِ کانٛہہ چیز یا شَے چھنہٕ اکھ أکِس نِشہِ بدٕ وٗن، پرٛتھ کانٛہہ شَے چھےٚ پانہٕ رِشتَن ہُند اکھ زال، تہٕ سو چھےٚ بیٚین سۭتۍ رِشتن ہندِس زالس منٛز وٕنتھ، پرٛتھ کانٛہہ ذرٕ تہِ چھُ زلرٕ زال ہیوٗ۔ کاینا تہٕ کٔین چیزن تہٕ آثارن منٛز رِشتن ہندِ عملکُ پَے لگاونہٕ سۭتۍ ووتلیوٗ وساختیاتک تصور، تہٕ یہِ آو پتہٕ بشریات، نفسیات، فلسفہٕ تہٕ لِسانیات ہوٚیِن عملی شعبن پیٹھ تہِ آزماونہٕ تہٕ أمِ لٔب ؤلی ؤلی شہرت تہٕ اہمیت آیہِ تسلیم کرنہٕ، یہِ کتھ چھےٚ وَننٕس لایق زِ ساخت(Structure) چھُ ژٕ کہِ ڈُوور(Binary) آسان، یعنے ساختیہ چھُ تیٚلی پأدٕ گژھان ییٚلہِ ژٕہ کُنےٚ آسہِ نہٕ، بٔلکہِ ڈُوور آسہِ، تہٕ اَمیک دوٚگ نیار آسہِ متضاد۔ خو دِ انسأنی دماغ تہِ چھُ متضاد قُوتَن ہندِ Interaction سۭتۍ پرزناونہٕ یوان۔ مذہب تہٕ فلسفہٕ تہِ چھُ گٹہٕ تہٕ گاشہِ (خأر تہٕ شر) چہِ جدلیأتی عملہ سۭتۍ زندگی ہُند پَے لبنچ کوٗشش کران۔

جدید لسانیاتس منٛز چھُ ساختیاتک علم عام پأٹھی سوسیرس سۭتۍ منسوب یوان کرنہٕ، تہٕ ساختیأتی نقاد چھُ ادب شنأسی خأطرٕ سوسیر سُندے لسأنی ماڈل بڑ وٕنتھہٕ

کنہِ تھوان۔ سوسیرٕ سُند نظریہ چھُ زِ زبانہِ ہُند ساخت ہیکَو دوٚیو طریقو بدِ کڈِتھ، لانگ چھُ گُنہِ تہٕ زبانہِ ہُند اکھ تجریدی نظام، اصول یا Langue تہٕ Parole ، گرام، یُس انسان پانے چھُ ہیچھان تہٕ یِمہِ ستۍ زبانہِ ہندۍ جُملہ معنی چھُ پرٛاوان تہٕ زبان چھےٚ پنُن ترسیلی کردار اندس واتہٕ ناوان، پارول گوٚو زبانہِ ہُند استعمال۔ پرٛتھ کانٛہہ انسان چھُ پننہِ پننہِ طریقہٕ تہٕ پننہِ پننہِ ضرورتہٕ موجوٗب طے شُدٕ قاعدس تحت جملہٕ بناوان تہٕ زبان ورتاوس انان، سوسیرٕ سندِ نظریہِ موجوب چھَنہٕ زبان خارجی چیزن یا مظاہرن منٛز فطری یا وصفی خصوصیت بَدِ کڈان، تہِ گوٚو زِ لفظس تہٕ خارجی چیزس چھُنہٕ کانٛہہ ہشر یا واٹھ، لفظِ چھِ پانہٕ خودَے (Arbitrarily) چیزن ناو کران، یتھ محض روایت ڈکھس چھےٚ، تمۍ سُند خیال چھُ زِ لفظ چھےٚ محض نشان (Sign)، یتھ زٕ پہلو یا پاس چھِ۔ Signifier تہٕ Signified، یعنی لفظ چھُ نشان تہٕ سُہ چھُ چیزس تہٕ تمہِ کِس معنے یَس کُن اشارٕ کران۔ دراصل چھُ علمِ لِسانیاتہٕ موجوب زبانہ منٛز اکھ اجتماعی لسانی نظام کام کران، یِمہِ ستۍ سُہ پنُن ترسیلی کردار ادا چھُ کران۔ یہ لِسانی نظام چھُ انسان شعوری یا غارشعوری پاٹھۍ قبول کران، یتھہِ اجتماعی نظامچ نشاندِہی چھےٚ بیٚین فکری تہٕ علمی شعبن منٛز تہِ کرنہٕ آمٕژ ، فرایڈ سندِ خیالہٕ موجوٗب چھُ یہ اجتماعی نظام انسانس حد بٔندیَن منٛز روٹہٕ کران تہٕ سُہ چھُ Psychic بنان۔ سوشالوجی منٛز کوٚر ڈرکھیمن (Durkheim) دریافت زِ فرد چھُ دراصل اکھ ذریعہ، یِمہ کِنۍ اجتماعی مقاصد چھ پورٕ گژھان۔

سوسیرٕ سندس نظریہ لِسانس پٔتھ آو ساختیٲتی تنقیدُک نظریہِ تعمیر کرنہٕ۔ امہِ موجوب چھُ ادیب تخلیقی عملہٕ منٛز أکِس شعریٲتی یا امتزاجی طریقس دَس ٹلان، یتھ Structuring ناوِ یِہ دِنہٕ۔ امہِ موجوب چھےٚ ادیبہ سنٛز زندگیہ ہندی

شعوری تہٕ لاشعوری محرکات، خأرجی زندگی ہندی واقعات، نسلی تہٕ ثقافتی عوامل پانہٕ وأنی رٔلتھ میلتھ اکھ ساختیأتی صورتھ پژاوان، تہٕ ساختیأتی نقاد چھُ ادبک تجزیہ کران کران یم نےٚ ساختیأتی پیٹرنن یا اصوٗلن بد کڈان، تہٕ گوٚ وسہٕ چھنہٕ کانٛہہ واضح موضوع یا معنہٕ مطلب بدِ کڈان، بلکہِ چھُ ادبک شعریات دریافت کران۔

ساختیأتی نظریہ سےٚتۍ گےٚ روایتی ادبی نظریات رد۔ فرانسیسی نقاد رولاں بارتھ (1915-1980) چھُ ساختیأتی تنقیدُک اکھ بوٚڈ علمبردار۔ تمۍ سُند خیال چھُ زِ ادبس منٛز ورتاونہٕ یِنۍ زبان چھنہٕ خأرجی حقیقژ ہنٛز ترجمأنی یا عکأسی کران۔ تِکیازِ زبان چھنہٕ کانٛہہ أنہٕ یوٚسہٕ حقیقتک عکس پیش کرِ۔ یہِ چھےٚ اکھ تصور، یوٚسہٕ رِشتن ہنٛدِ نظامہٕ سےٚتۍ شکل چھےٚ پژاوان، تہٕ یمو ے رِشتو سےٚتۍ چھےٚ زبان معنہٕ لبان۔ ساختیأتی نظریِہ موجوب چھنہٕ ادب ادیبہٕ سنٛز شخصیژ یا تمۍ سنٛدِ سوانحک اظہار، تِکیازِ کأیناتی نظامَس منٛز چھنہٕ فردِ سنٛز مرکزی حیثیت قأیم تہٕ سُہ چھُ اکہِ اجتمأعی نظامُک حصہٕ، سُہ چھُ رِشتَن، کوڈن تہٕ کنوینشنن ہند حصہٕ۔ لہٰذا چھُنہٕ تمِس لیکھنس منٛز کانٛہہ نوٚن یا فعال کردار روزان، تہٕ أمی چھُ Writing writes not writers بارسس آمُت۔

ساختیاتہٕ موٗجوب چھنہٕ ادب کُنہٕ أکرسے، یک رخی یا متعینہٕ معنیٚس سےٚتۍ واٹھ تھوان۔ تِکیازِ سُہ چھُ روایت تہٕ ثقافتہٕ کہِ پیچیدٕ تہٕ مربوط صورتحالہٕ کہِ شعورُک پأداوار۔ بارتھن کوٚر نوٚ تنقیدُک یہِ نظریہ رد زِ تخلیق چھےٚ قأیم بالذات آسان، تمۍ ووٚن زِ ادیب تہٕ ادب دوٚنوٚ ے چھِ تأریخَس تہٕ ثقافتس سےٚتۍ ہمرِشتہٕ آسان۔ امہِ سےٚتۍ چھُ ادب بسیار پاسل بنان۔ سُہ چھُ فلسفیانہٕ طرزِ فکر موٗجوب مرکزی معنہٕ یا

جوہر مستر د کران۔ حالانکہ مجموعی طور چھ رشتن ہُند زال (web of relations) تہٕ اکھ مرکز جود صورتحال پاۍدٕ کران۔ بارتھ چھُ ونان زِ حقیقت یا متن چھُ کُنہِ مرکزٕ یا معنیہِ بجایہِ ساختیہِ (Structure)، یتھ پتہٕ کنہِ یا تلہٕ کنہِ کانٛہہ معنی چھُنہٕ، یہ چھُ رِشتن ہُند نظام یتھ ہٕ کنٛز گنڈٕ (Onion) چھُ۔ گنڈس یوٚ دوٚے دیٖل تلو، تتھ روزِنہٕ کہنہ باقے۔ بارتھ سندِ خیالہٕ چھُنہٕ ساختیاتی تجزیہ کانٛہہ پوشیدٕ معنی ڈٕری یافت کران، تکیازِ ''تخلیق چھُ گنڈٕ کِ پاٹھی آسان یوسہٕ ڈیٖلن (نظامن) ورأے کہنہ چھُنہٕ''

ساخت شکنی (Deconstruction) ہُند تصور کوٚر فرانسیسی نقاد دریدن پیش۔ تمۍ کرٕ اتھۍ فلسفیانہٕ تصورس تھپھ زِ معنے لیس چھُ نہٕ کانٛہہ وجود تکیازِ جوہر، مثالیت یا داخلیت چھ برٛیم۔ Signifier تہٕ Signified ڈُک تصور ذہنس منز تھٕوِتھ وٚون تمۍ زِ سوسیر سُند یہ خیال چھُنہٕ صحی زِ یمن چھُ پانہٕ وأنی ربط، بلکہ چھُ یمن درمیان افتراق تہٕ تضاد موجوٗد۔ یُس معنہٕ کس کثرتس وو پداوان چھُ، تمۍ سُند خیال چھُ زِ متنس منز ہیکہِ نہٕ معیٖنچ نشاندہی کرنہٕ یتھ، تکیازِ تنقیدی عملہِ ہُند آغاز چھُ ساخت شکنی ستۍ سپدان تہٕ معنہِ چھُ یاتہٕ راوان یا التواہس منز روزان۔

ساختیاتی نظریہ موجوب چھُنہٕ ادبس منز حقیقت نگأری (یوسہٕ ترقی پسندی ہُند نشان امتیاز بنیوو) کانٛہہ بوٗ ور یا اعتبار روزان۔ یتھے کنٛز چھُنہٕ سوانحی یا نفسیاتی تنقید کُنہِ روزان، متن چھُنہٕ ادیبہٕ سنز سوانحی زندگی ہُند خاکہ، بلکہ چھُ یہ داخلی رشتن ہُند اکھ پیچیدٕ فنامنا، رولان بارتھ چھ پننس مضموٗنس The Death of the Author رس منز مصنفہٕ سندِ اخراجک اعلان کران، تہٕ ستی چھُ مصنفہٕ سُند منشہِ، ارادٕ تہٕ نظریہ تہٕ خأرج گژھان، تہٕ متہٕ نچ معنویت چھُ خودِ امہِ کس ساختس منز

بارسس یوان۔ یتھ گژھِ چھُ متنس منز معنے تہٕ بےدخل گژھان۔

بہرحال ساختیاتُک نظریہ چھُ مختلف سائنسی تہٕ سماجیٲتی علومن منز اکھ نوٚو نظریہ تہٕ لسانیات تہٕ ادب تہٕ گوٚو امہِ ستۍ متاثر۔ اما پوٚز اتھ حد بندی چھےٚ یہ زِ فن پارُک تخلیقی وجود پرزناونہٕ خاطرِ یتھ پوشید داخلی شعر یاتس اہمیتھ چھےٚ یوان دِنہٕ یُس چھُنہٕ قدر سنجی ہُند کانہہ واضح تہٕ نتیجہ خیز طریقہٕ بڑونہہ کُن انان۔ امیُک ثبوت چھُ یہ زِ ساختیاتی تنقیدِ کۍ عملی نمونہٕ چھِ نہٕ آسنس برابر، دوٚیم کتھ چھےٚ یہ زِ ساختیاتی تنقید چھُ نہٕ کانہہ مربوط تنقیدی نظام پیش کران، یُس ادبچہٕ پرکھٲئی خاطرِ کانہہ بیوٚن طریقہٕ پانہٕ ناوِہا۔ تاہم چھُ ساختیاتی نظریہُک یہ دیُت زِ تمۍ پھُٹہٕ رأوی کینہہ تم تنقیدی مفروضات یِمو ادبس نال اوس وولمُت، مثلاً حقیقت نگأری ہُند تصور، یا یہ خیال زِ فن چھُ فنکارِ سنزِ شخصیژ ہُند اظہار یا یہ چھُ کُنہ طے کرنہٕ آمتہِ خیالُک یا نظریہُک اظہار کران، یا یہ زِ زبان چھےٚ حقیقتہٕ کہِ اظہارُک وسیلہٕ۔ ساختیاتی تنقیدن اون قاری ادبس منز دُبارٕ بارسس، تہٕ "قاری اساسُک تنقید" چھُ کینژن زیٛون پیٹھ، یِمہِ موجوب قاری چھُ متنہٕ کینْن تخلیقی اسرارن منکشف کران تہٕ امکۍ جہات چھُ پرزلاوان، یہ چھُ قراتکہِ تخلیقی طریقہٕ ستۍ سپدان۔

ساختیاتہٕ کِس موضوعس پیٹھ چھےٚ بنیأدی کأم لیوی سٹراسن کرمژ۔ تمۍ کوٚر علمہِ بشریاتُک مطالعہ ساختیاتی نقطۂ نظرٕ کِنۍ، تمۍ ویژھہٕ نوو زِ انسانہٕ سِند شعورُک تہٕ لاشعورُک مطالعہ ہیکہِ یِمن ہندیو أندرِمیو ساختیو (Structures) ستۍ کرنہٕ یتھ، تَس علاوٕ کر جیکیب سن، ٹراوبزکی، لیوٹارڈ، کرسٹیوا، تہٕ مارلیوپانٹی یَن تہِ ساختیاتَس پیٹھ ہُلہِ پایہ کأم۔

# لسانیات تہٕ ادبی تنقید

## {سوسیوٗ نہِ پیٹھٕ یکوبسنس تام}

مجروح رشید

وُہمہِ صدی منز آیہٕ زندگی ہٕتۍ وابستہٕ پرٛیتھ شعبس سائنسی نقطہ نظرِ کِنۍ سام ہینہٕ تہٕ پرٛیتھ تصورٕچ تہٕ نظریچ حقیقت کھر کرنہ باپت آیہ سائنسی طور طریقہ ورتاونہٕ۔ یہٕ چھےٚ اکھ اہم کوٗشش سپز تمہِ ساتہٕ ییلہِ بشریات کیٛو ماہرو انسانیاتس (humanities) ہٕتۍ وابستہ علمی شعبن اکھ ڈٲر سائنسی بنیاد فراہم کرنک سنز کوٚرتکیاز علمہ کین یمن شاخن اوس روایتی نظرِ وچھنہٕ یوان۔

ادبی تنقیدس منز تہٕ گوو اکھ تیٛتھ ہوانواپاڈ۔ ییمہِ ہٕتۍ یہ کتھ ٹاکارٕ سپز زِ یہ چھےٚ وارٕ وارٕ سائنسی مزاز پاناوِنچ اہل تہٕ ذمہ دار۔ اَتھ سِلسلس منز چھُ گوڈٕنیتھ یتھ کتھِ کُن اشارٕ کرُن لاازمی زِ وُہمہِ صدی منز آیہٕ اَکِس شعوری کوشش ہندِ نتیجہِ کِنۍ ادب تہٕ شاعری ہنزٕ خاصیژ تہٕ یہندِ ساختُک مطالعہ زبانہِ ہنزٕ خاصیژ تہٕ امہ کِس ساختس ہٕتۍ جورنہٕ۔ امہ تواریخی نہجہ ہندۍ موٚکہٕ اثرات سپدی گوڈٕ روٗسی تنقیدس منز نمودار تہٕ پتہٕ کوٚر امہ نوینہٕ نہجہ اکہِ سیٹھاہ طاقتوار تصورک روٗپ رٹتھ سویزر لینڈ تہٕ چیکوسلواکیہ ہس منز پننہ افادیژ ہُند مظاہرٕ۔ فرانس منز وٲتتھ یوٚ دوٚے امیک اثر لوکٹین لوکٹین علمی ادارن تام محدود روٗدتاہم دیٛت امہ تحریکہ تمہِ ساتہ پننہ قوتُک تہٕ لگہاٚری ہُند باس ییلہِ 1960ء اندۍ پکھی لوٗیی سٹراس علمہ کیٛن مختلف

شعبن نِش استفادٕ کرِتھ یہ کتھ واضح کرنٕچ کوشش کر زِ انسانن کِتھٕ پاٹھی چھُ تہذیب کین مختلف منزلن پیٹھ وأتتھ بدس حسیاتی شہادژن (sensory evidence) ترتیب دِتھ تہ تاویل کرِتھ زاینُن کوٚنچھمُت ۔ [1] لوِیی سٹراس ہندین

خیالاتن کوم کرٕنی چھنہٕ گفہٕ کتھاہ بلکہ اکھ سیٹھاہ دشوار گزار عمل۔ سأنی چھینہٕ کتھے، تمی ہندین ہمکال فرانسیسی عالمن ہندِ خاطرٕ تہ چھِ تمی ہندی سیٹھے مُبہم تہ ناقابلِ فہم طرزِ اظہارن ابلاغک مسلہٕ پأدٕ کوٚرمُت ۔ تمن چھنہٕ امہِ کتھِ ہُند اعتراف کرنس منز کانہہ مند چھ محسوس سپز ہمٕ او کٔنی چھُکھ پھری پھری وٕنمُت زِ تمن چھُنہٕ لوٕیی سٹراس ہندین لیکھن ہُند پزنہٕ پاٹھی ادراک۔ تاہم چھے یہِ کتھ واضح زِ تمی سندیو خیالاتو کوٚر اکھ معنہ ساویٚر پأدٕ تہٕ ادبی تنقیدس پیٹھ دوٗررس اثرات تر أوِتھ تہٕ نقد و نظرچہ نوِ وَتہٕ ہموار کرِتھ ترأوِن اکہِ نو تنقیدی مکتبچ کنہٕ کنی۔ رولان بارتھ تہ جراڈ جینی ہوی نقاد چھِ أتھی پیٹھ پننہِ تنقیدی بصیرژ تہ بصارژ ہنز عمارت استادٕ کرِتھ اکھ زیوٗٹھ بحث شروع کران یُس وُنتام جأری چھ۔ امہ سارے بحثک بنیادی نُکتہ چھُ لسأنی نظریہ ساختیات یَتھ برونہہ کُن پکتھ رنگہ رنگہ تہ بیوٚن بیوٚن لنگ تہ لنجہ درایہ۔ ساختیات کِس نظریہس مقبول بناونس منز کوٚر ییمو اہم رول اداتہٕ ادبک مطالعہ ساختیاتی بنیادن پیٹھ کرُن بنیوٚو کینژن نقادن ہندِ خاطرٕ کرٕیز (craze)۔

ساختیات و وتلیوٚ وبحیثیت اکھ تنقیدی رویہ ساختیاتی لسانیات کِس اثرس تل۔ خصوصاً تمن لیکچرن ہندس گاشس تل ییم سوٗزماہرِ لسانیات سوسیئو (Saussure) ہن یونیورسٹی آف جنیوا ہس منز 1911 -1906ء دوران دِتی تہ ییم پتہ 1916 [2] منز شایع سپدی ۔ یہ کتھ وٕنٕی چھےٚ ضروری زِ 1959ء تام اوس نہ یمن لیکچرن ہُند

انگریزی زبانہ منز کانہہ ترجمہ بدس۔ 1959ء منز سپدی مذکور لیکچر انگریزی زبانہِ منز A Course in General Lingistics ناوِ چھاپ۔ امہِ ترجمہٕ کِس تیچس منز پیٚو علمہِ کیٛن بسیار شعبن پیٹھ قابلِ ذکر اثر تہٕ ادبی تنقیدن تہٕ کوٚر امہِ نشہِ فیض حاصل۔ زبانہِ نسبت یُس تصور سوسیوہن پیش کوٚر تمہِ نشہِ کوٚر روسی ہیت پسندو (Formalists)، علم نشانات (Semiotics) کیو ماہرو ساختیاتی تہٕ لاتشکیلی نقادو استفادٕ۔ یتھ کنٔ بنیوٚ وسوسیوسُند لسانٔی نظریہ تہٕ امیک خاکہٕ بروہہ کُن زبانن ہُند مطالعہ علاوٕ علمہِ کیٛن دوٚیمین نظامن سام ہیٛنہٕ باپت اہم ذریعہ تہٕ طرز (pattern)۔

سوسیوہن ووٚن زِ زبانہِ ہند مطالعہ چھُ منظم یک زمانٔی (synchronic) تہٕ تواریخی (diachronic) آسان۔ چونکہ تمۍ ہندی نظریات چھِ موٚلہٕ کنۍ معروضی، اوٚ کنۍ چھےٚ تمۍ پننین خیالاتن اکھ سائنسی بنیاد فراہم کرِتھ دریٚر بہم کوٚر مُت۔ تمۍ ووٚن زِلسان (langue) چھےٚ نطق (language) تہٕ تکلم (parole) نشہِ بیوٚن۔ تمۍ ہندی کنۍ چھ تکلم اکھ شعوری تہٕ دانشورانہ فعل تہٕ نطق چھُ اکھ فطری مظہر تہٕ لِسان چھُ سُہ نشانہٕ نظام یتھ مخصوص لسانٔی فرقہ ورتاوان چھُ۔ ژھوٹ پاٹھی ہیکَو یہ کتھ یتھ پاٹھی وٕنتھ زِ زبان چھےٚ لسانٔی ریژن ہندِس نظامس ونان یمہِ برکتہٕ ابلاغ ممکن چھُ تہٕ تکلم چھُ تتھ ابلاغی صورژ ناویُس کانہہ مخصوص فرد کُنہِ مخصوص حالژ منز ورتاوان چھُ۔

زبان چھےٚ یتھ کنٔ نشانن ہُند اکھ علامتی نظام یُس مخصوص کتھ یا خیال باونہٕ باونہٕ خاطرٕ ورتاونہٕ یوان چھُ۔ انسانٔی زندگی ستۍ وابستہ ساری نظام، ریژن، روایژن تہٕ اسطورن ہندی نظام چھِ موٚلہٕ کنۍ نشانن ہندی خاص طرح۔ بہر حال

زبان دۆیمین واریہن نظامن ہندی پأٹھی أکس خاص نظامس بارسس أنتھ کأم کارکران یتھ أسی آوازن ہُند نام وُنتھ ہیکو۔

سوسیو ہندین لسأنی نگتن زول دِوان چھےٚ یہ گتھ سیٹھاہ رٕتی پأٹھی فکرِ تران زٕتمی دیُت زبانہِ ہندِس تواریخی مطالعس مقابلہٕ زبانہِ ہندِس ضابطہ زمانی تہٕ منظّم مطالعس ژٕ راہمیت۔ سوسنا اونیگا چھ لیکھان:

They ( Structuralists) defined societies as complex systems ruled by a social contact, of which the participants are not always conscious , so that the contract is latent rather than manifest... In this sense structuralism is a " unified field" theory, since its subject is not a given culture (a corpus of texts, a geographically or historically delimited area) but the study how rites, values, meanings and all such recurrent currencies structure ain all its meanings. 3

سوسیو ہندی خیالات پس منظرٕ اَستھ تلٕی ساختیات کیٚو مأہر وکینٛہہ اہم سوال یمو منزٕ زٕ سوال بڑٕ اہم چھِ۔ گوڈنیک یہ زِ لفظن ہنز سمأجی معنویت تہٕ مرتبہ کیاہ چھُ۔ دۆیم یہ زِ ادبس تہٕ ریٖژن چھا کانٛہہ واٹھ پانہٕ ونی کِنہٕ اب چھُ خود مُختار پأٹھی تہٕ منفرد آیہ پنٕنی تخلیقی عمل جأری تھوان۔ جیفری ہارٹمین (Feoffery H. Heartman) چھُ اتھ تناظرس منز پنٕنین خیالاتن ہنز باوتھ کران ونان زِ یمن سوالن ہُند جواب ژھاران وأتی ساختیأتی مأہر یتھ نتیجس پیٹھ زِ اسطورتہٕ فن چھُ سماجی زندگیہ ہندی پأداوارتہٕ یمن چھےٚ پنٕنہِ عملہِ (function) کِنی امتیأزی اہمیت۔ دۆیم زِ سأری اسطور چھِ اکھأ کِس یتی زٕلتھ میلتھ تہٕ پنٕنہِ عملہِ منز ہوی۔ امہِ تواریخی بازیافتہٕ کِنی بنیو وساختیات گُلہم تہٕ منظّم سمأجی رِوٕیک سائنس۔ 4

امہِ کتھِ ہندِ شدید احساسہ کِنی دِژ لسأنی مطالعس منز صوتیاتس بنیأدی اہمیت۔

ماہرن ہُند وُنن چھُ زِیوٚ دوٚے سوسیوہَس صوتیاتُک تہٕ آوازیاتِک محدود ادراک اوس، تاہم رودُس یَتھ کتھِ پیٹھ ڈٔٹتھ زِ پریتھ زبان گٔژھِ پننہِ مخصوص صوتیاتہٕ حوالہٕ زانٕنہٕ یِنۍ۔ زبانن ہُند روایتی مطالعہ اوس زبانہِ ناوکرنُک عمل (naming process) مانان۔ لفظ اُسۍ تمن چیزن ستۍ جورنہٕ یِوان یمن ہندۍ تم ناو چھِ۔ مگر سوسیوہَن بدلوو زبانۍ مطالعُک یہ طریقِ کارتہٕ ''لفظ'' چہِ جایہِ ورتوٚون نشانہٕ (Sign)۔ سُہ چھُ نشانَس بنیٲدی لسانی اکٲیی گنزراوان تہٕ یَتھ کتھِ پیٹھ زور دوان زِ زبان چھےٚ اکھ دُپاسل نفسیٲتی وحدت۔ یہ وحدت چھیٚنہٕ چیزن تہٕ تہندۍ ین ناون رلاوان، بلکہِ چھےٚ تصورس تہٕ صوتی شبیہس (sound image) میٚل کران۔ مٲدی شبیہہ (material image) تہٕ صوتی شبیہہ درمیان فرق کٔرتھ وٚون تٔمۍ زِ صوتیم (phoneme) چھُ گفتارِ چہِ اَندرِمہ شبیہہِ ہُند اظہار، ییٚلہِ زن صوتی شبیہہ چھُ آوازِ ہُند ''نفسیٲتی نقش''۔

چونکہِ سوسیو اوس زبانہِ منزٕ مروجہ اصطلاحن ہندِس کھٔرِ دار مسلس پزنہٕ پٲٹھۍ اَنزی منزی گوٚمت، اوٚ کٔرۍ کوٚر تٔمۍ نشان (sign) زبانہِ ہندِس کُلہم نظامس احاطہٕ کرنہٕ خٲطرٕ تہٕ تصورس تہٕ صوتی شبیہن خٲطرٕ کوٚرُن signifier تہٕ signified مقرر۔ امہِ ساری بحثُک عطر چھُ یہ زِ تٔمۍ کٔر یہِ گتھ کھرٕ زِ sign چھُ signifier تہٕ signified ہُک مفروضی رشتہٕ تہٕ نشانہٕ sign چھُ پننس مخصوص نظامس اندر اندرٕ ے معنہِ مطلب رٹان۔

یَتھ کتھِ کرِ نہٕ کانہہ انکار زِ سوسیوسند نظریہ چھُ سیٹھاہ اہم تہٕ نوٚو، تاہم چھُ تٔمۍ سُند لسانی نظریہ جدید لسانیاتس منز مرکزی آسنہٕ باوجود تمہ زیٹھ لسانی تفرُّکُک نتیجہ یَتھ سینٹ اگسٹائنن، لاک تہٕ سٹین ہیوٚ مفکرو پننین نگارشاتن منز باوتھ کٔرمٕژ

أ س۔ Terenne Hawkes چھُ Structuralism and Semiotics کتابہِ منزٕ یمن نیٚر کرنہٕ باوجود سوسیو سُند نظریہ اکھ تواریخی تہٕ تازٕ کار (innovative) نظریہ مانان۔ 5

سوسیوٚہن ترٚوو یتھ پاٹھی جدید لسانیاتہٕ علاوٕ ادبی تہٕ کلچرل مطالعن پیٹھ زبردست اثر۔ ادبکہٕ تہٕ کلچرکہِ حوالہٕ میٚج اوٚ کنہٕ ساختیاتس تیٚتہٕ اہمیت زِیہِ بنیوٚ وندکوٚرٕ دونونی شعبن پرکھاوِنک اکھ اہم وسیلہ تہٕ طریق کار۔

تواریخی اعتبارٕ یئیلہِ ساختیات کس پرتھنس تہٕ پوٚشنس سام ہیٚمو، تیٚلہِ چھےٚ یہِ گتھ شیقہِ زِ روسی ہیئت پسندی ہندِس ووتھ بوٚوس منزٕ چھُ أمی اہم رول ادا کوٚمُت۔ روسی ہیئت پسندی ووتلیہ 1920ء أندی پکھی۔ مشہور روسی ماہرِ لسانیات رومن جیکوبسن ترٚأو 1915ء منزٕ ماسکو لنگوسٹِک سرکلچ بنیاد تہٕ اَتھ ستی وابستہٕ بڈی بڈی لسأنی ماہرٕ أسی زبانن ہُند مطالعہ کہ حوالہٕ نوِینہٕ سوچہ ترٚاین پیٹھ غور کران تہٕ یتھ کتھِ پیٹھ أسکھ محکم پرٚتھ زِ شعریاتس منزٕ چھُ لسانیاتُک اکھ جُز۔ دوٚیمہِ طرفہٕ اوس وکٹر شلوکوسکی (Victor Shlovsky) تہٕ تمی ہندی دوست اکہ سوسایٹی ہندِس صورتس منزٕ یتھ کتھِ پیٹھ زور دِوان زِ ادب چھُ موٚلہٕ کنہٕ اکھ لفظٕہٕ فن (Verbal Art)۔ اوٚ کنہٕ گژھِ خودمختار پاٹھی پرکھاونہٕ یُن تہٕ پرکھاونس منزٕ گژھِ نہٕ لسانیاتس حد کھوتہٕ زیادٕ اہمیت دِنی۔

یکوبسن اوس بیک وقت ادبُک زبردست عالم، ماہرِ لسانیات تہٕ ماہرِ نشانات (semiotician)۔ تس أس روسی مستقبل پسند شاعرن ستی ہمدردی تہٕ بیٚیہ اوس تجرُبہٕ پسندی حمایت کران۔ 1920ء منزٕ گوٚو سُہ پراگ یئیتہِ سُہ 1926ء منزٕ پراگ لِنگوسٹِک سرکلُک سرگرم تہٕ بنیادی رُکن بنیوٚو۔ اَتھ سرکلس ستی وابستہ ماہرِ لسانیاتو

تہٕ ادبی نقادو گر ساختیاتی لسانیات تہٕ شعریات کہِ حوالہٕ سیٹھاہ اہم تہٕ بنیأدی کأم۔[6] أتھی دوران گوٚ وسہٕ سوسیور ہندِس لسأنی نظریہس أنزی منزی یمہِ ستی تمس زبانہِ ہُند منظّم مطالعہٕ کرنہ باپت اکھ طریقِ کار بہم سپُد۔[7]

رومن یکوبسن ہندس ادبی نظریہس سام ہێتھ چھِ زٕ اہم نُکتہٕ ووتلان: اکھ یہ زِ ''لفظہِ پیغام'' (verbal message) چھُ پننہِ ادبیژ کِنی فن پارٕ بنان۔ دوٚیم چھُ استعارٕ تہٕ metonymy ہِشہِ صنعژن شناخت۔ سوسیور ہندی کِنی چھِ استعارس تلازمی اہمیت یمہِ ستی زبانہِ ہندی عمودی (vertical) رشتہٕ بدِ چھِ نیران تہٕ اَتھ مقابلہٕ چھُ metonymy زبانہِ ہندین مستقیمی (horizontal) رشتن ژٕر اوان۔ مطلب یہ زِ یہ چھُ اکھ چیزُک ناوبیہِ چیز کہِ ناوٕ ستی بدلاوان یمن پانہٕ وٕنی قریبی رشتہٕ چھُ۔ یمن نُکتن چھُ جیکوبسن برونہہ پکنأوِتھ ونان زِ لسأنی پیغام (linguistic message) چھُ عمودی تہٕ مستقیمی حرکژ ستی بارسس یوان۔ اکھ چھُ لفظن میٚل کران تہٕ بیاکھ زبانہِ ہُند ''أندری گڈامہٕ'' منزٕ لفظ ژأرِتھ کڈان۔ پننس مشہور مضمون The Metaphoric and Metonymic Poles منز چھُ جیکوبسن لیکھان:

Metaphor is alien to the similarity disorder, and metonymy to the contiguity disorder.[8]

تمی دیُت یتھ کتھِ پێٹھ زور زِ شأعری چھےٚ پننہِ اصلہٕ کِنی استعارأتی تہٕ نثر metonymic آسان۔

1941ء منز یێلہِ نازِیوَ چیکوسلوواکیہس پێٹھ حملہٕ کوٚر، یکوبسن گوٚ وامریکہ۔ مذکوٗرٕ مضمون لیوٚکھ تمی تتی۔ امریکہ واتنہٕ پتہٕ تقریباً أٹھِ نوِ وٕہری کوٚر تمی صوتیمن

phonemes تہٕ صوتیاتی نظامن ہُند اکھ جامع خاکہ وضع یمن ہنز بنیاد سوسیور ہٕندِس نظرِہس پیٹھ دٕ رِتھ آس۔ سوسیورن اوس binary opposition پیٹھ زور دِیُتمُت، مگر جیکوبسنن کوٚر ادبی تنقیدس ریاضی ہندِس نظریہ ابلاغس (Theory of Communication) تہٕ C.S.Peirce ہٕندِس علم نشانیاتس (Semiotics) میٖل کٔرِتھ [9] شعریاتس تہٕ ابلاغس متعلق پنُن نظریہ پیش۔ پنٔنس "لسانیات تہٕ شعریات" مقالس منز کٔرٕ تمی شعری عملس (Poetic Function) متعلق پنُن نظریہ پیش تہٕ یمن لفظن منز کوٚرُن پننین خیالن ہُند ماحاصل بیان:

> The poetic function projects the principles of equivalence from the axis of selection into the axis of combination. [10]

یکوبسن ووتلیوٚو ییتھِ پأٹھی اکھ بااثر علمی، تنقیدی تہٕ ادبی شخصیژ ہندِس روٗپس منز تہٕ تمی سُند صوتیاتی ماڈل (model) بنیوٚو Tel Quel گروٗپ [11]، بامےٚ نوم چامسکی (Noam Chomsky) ہٕندِ تغیرأتی گرامرِ خأطرٕ اکھ طاقتور ڈوٚکھ۔ تہٕ تمن لوٚگ تغیرأتی ماڈلُک سوٚن (deep) تہٕ نوٚن (surface) ساخت (structure) پننین بوٚن بوٚن تہٕ رنگہٕ رنگہٕ ماڈلن ہندِ تعمیرِ خأطرٕ بکار۔ لاکان (Lacan) میخایل باختِن (Mikail Bakhtin) ہٕندیٚن خیالاتن تہٕ لوٗیی سٹراس ہٕندِس ساختیاتی تصور باپت شیرِ یکوبسنن وتہٕ۔ لوٗیی سٹراسس سپُد یہ شرف تہٕ حاصل زِ سُہ بنیوٚو نیویارک کِس New School for Social Research منز یکوبسُن سُند ژاٹھ تہٕ تمی ہنزِ ساختیاتی فکرِ ییتی کوٚرُن مرکزی برازیل چہ زبانہِ تہٕ کلچر سمجھنہٕ خأطرٕ ساختیات بطورِ اکھ طاقتور وَل اختیار۔

# حوالہ جات تہٕ حاشیہ

1. David Daiches, *Critical Approaches to Literature*. Oriental Longman Limited, 1993. p. 372.
2. David Lodge, ed. *Modern Criticism and Theory*. U.K. :Longman Limited, 1988. p. 1-2.
3. Patricia Wangh, *Beyond Formalism*. London : Oxford University Press. p.261.
4. Geoffery H. Harman, Beyond Formaalism, New Haven and London : Yale University Press, 1970. pp. 3-9.
5. Ferdenand de Saussure, (1913). *Course in General Linguistics*. tr. Wade Baskin. London : Petrown, 1959. p. 12.
6. Jeremy Hawthorn, *Contemporary Literary Theory*, Guiford and King's Lynn, 1994. page. 254.
7. Ibid, p.254.
8. David Lodge, ed. *Modern Criticism and Theory*, U.K.: Longman Group, 1988. P.57.
9. Patricia Wangh, ed. *Literary Theory and Criticism*, London: Oxford University Press, p. 263.
10. Roman Jakobson, in David Lodge,ed. *Modern Criticism and Theory*. U.K. :Longman Limited, 1988. p. 39.
11. ٹیل قیل گروپ (Tel Quel) اوس 1960ء منز بناونہٕ آمُت تہٕ اَتھ سٟتؠ آسؠ رولاں بارتھ، جیراڈ جینٹ ہوی عالم تہٕ نقاد وابستہٕ۔ یہ گروپ یوٚسہٕ اشاعتی کٲم کران اوس تہٕ تِچ سربرٲہی اوس فلپ سولارس کران تیمی۔ پتہٕ جولیا کرسٹیوا یہٕ سٟتؠ خاندر کوٚر۔ یہ گروپ اوس Tel Quel ناوٕ رسالہٕ چھاپان تہٕ امہِ علاوٕ اوس دوٚیمہِ کتابہٕ تہٕ شایع کران۔ یمہِ کِنؠ 1960-1970 تام امیک زبردست اثر روٗد۔ اَمؠ گروپن کوٚر نہٕ کانٛہہ مخصوص نظریہ پیش بلکہ کوٚرُن ادب تہٕ کلچر پرکھاونہٕ باپت اکھ طریقِ کار اختیار۔ یہِ گروپ گوٚو 1987ء اَندٕ پکھی ادبی تہٕ کلچرل اُفقہٕ پیٹھٕ وُچھان وُچھان غاٲب۔

# آفاقی گرامر

عادل امین کاک
سجاد حسین وانی
(ڈپارٹمنٹ آف لنگوسٹکس)

## 1.1 تعارف

گرامرُک تجزیہ چھُ دویو طریقو کرنہٕ یوان: أکِس طریقس منز چھُ الگ الگ زبانن الگ الگ تجزیہ یوان کرنہٕ تہٕ امہِ پتہٕ چھُ یمن مختلف زبانن ہُند گرامر بناونہٕ یوان۔ مثالہِ پأٹھی اردو زبانہِ ہند گرامر، انگریزی زبانہِ ہُند گرامر، بیترِ۔ دٔویمس طریقس منز چھُ دُنیاہ چن سارنے زبانن اکوے گرامر بناونہٕ یوان تہٕ اَتھ گرامرس چھُ آفاقی گرامر یا یوٗنیورسل گرامر (UG) وننہٕ یوان۔

کُوک (1997) چھُ آفاقی گرامرچ عکاسی کران وٕنمت کہ آفاقی گرامر چھُ أکِس کریہنس ڈبس برابر۔ یوٚہے کرُہُن ڈبہ چھُ زبان ہیچھنس منز بُنیادی کردار ادا کران۔ یوٚہے کرُہن ڈبہ (U.G) چھُ سُہ چیز انسانی دماغس منز یمہِ ستی زن اکھ بچہ پننہ زبانہ ہند مکمل گرامر تشکیل چُھ ہیکان کرتھ یہ گرامر چھُ سہ لکن ہندِ بُولہ باشہ خاصکر مألس ماجہ ہندِ بُول باشہ پیٹھ امی کرہنہ ڈبہ کہ مدہٕ ستی تیار کرن۔

## 1.2 آفاقی گرامرُک ضرورت:

چومسکی (Chomsky, 1986) سنٛدِ مطابق چھُ لسانی تھیوری (linguistic theory) ہندی بُنیادی ترٛے مقصدیم زن یِتھہ کنٛی چھ:

1.2.1 زبانہ ہندہ علمچ بناوٹ کیاہ چھےٚ؟

1.2.2 زبانہ ہُند علم کتھہ کنٛی چھ حاصل سپدان؟

1.2.3 زبانہ ہُند علم کتھہ کنٛی چھُ استعمال سپدان؟

یِتھ مضمونس منٛز چھُ زبانہ ہند علمس سٟتی مُراد زبانہ ہنٛز غیر ارادی شکل (Subconscious Mental shape) تہ یہٕے زبانہ ہنٛز غیرارادی شکلی چھ زبانہ ہنٛز بُنیاد بنان۔ ووں پھِرو أسی پنٕن توجہ گوڈنکس سوالس کُن۔

1.2.1 زبانہ ہندِ علمچ بناوٹ کیاہ چھےٚ:

لسانی تحقیقُک مقصد چھ یہ وُچھُن کہ زبانہ ہنٛز دماغی شکل کٔرتھ چھےٚ۔ یعنی زبان کتھہ شکلہِ منٛز چھ انسانی دماغس منٛز موجود آسان۔ یٕتی چھُ یہ تہ وچھنہ یوان کہ دُنیاہ چن مختلف زبانن منٛز کم چیز چھی ہوی آسان۔ لسانی تحقیقُک مقصد چھُ یہ تہ کہ کتھہ کنٛی چھےٚ زبان باقی رسل ورسایلہ کیٚو وسیلونشہ مختلف آسان تہ کیاہ کیاہ یکسانیت چھ زبانہ یمن رسل ورسایلہ کین وسیلن سٟتی آسان۔

زبانن ہندِ ترجمہ سٟتی چھےٚ یمہ کتھہ ہنٛز عکاسی سپدان کہ انسانی زبانن منٛز چھ واریاہ چیز اکس اکھ سٟتی رلان مگر یٕتی چھِ أسی وچھان کہ دوٚیم زبان ہیچھنس منٛز چھ واریاہ مشکلات یوان۔ یہ کتھ چھ ثابت سپدان کہ انسانی زبانن چھ واریاہ چیز أکس اَکھ نِشہ قدرے مختلف۔ چومسکی (Chomsky, 1986) چھُ ونان کہ یٕیمہِ ساتہ زن اکھ بچہ زیوان چھُ، تمٕ سُند ذہن چھُ زبان ہیچھنہ خیطرٕ تیار آسان۔ چومسکی چھُ مزید ونان کہ زبانہ ہنٛز صلاحیت چھ صرف انسانس منٛزی یُوت لبنہ

یِوان تہٕ امی سٟتی چھےٚ یہ کتھ بێیہِ ہن ثابت سپدان کہٕ آفاقی گرامر (U.G) چھ بچس زیٚنہ پێٹھے دماغس منز موجود آسان۔ زبانہٕ ہنٛدِ علمچ بناوٹ چھےٚ اتھ آفاقی گرامرس (U.G) منز آسان۔ یہ آفاقی گرامر چھُ دون حصن ہُند بنیُومت آسان، یِمَن زن پرنسپل تہٕ پیرامیٹر (principle and perameter) ونان چھ۔ پرنسپل چھ پرٛیتھ زبانہ منز موجود آسان، تہٕ زبانن منز ہشر یا یکسانیت یِموٕ ے پرنسپلوَ (principle) سٟتی آسان۔ یِمن برعکس چھ پیرامیٹر کینٛژن محدود شکلن منز موجود آسان، تہٕ یِم پیرامیٹر چھ مختلف شکلن منز مختلف زبانن منز لَبنہ یِوان۔ اگر زن اکہ پیرامیٹرچ اکھ شکل اکس زبانہ منز موجود آسہ، بێیس زبانہ منز آسہ امی پیرامٹرچ بیاکھ شکل۔

1.2.2 زبانہ ہُند علم کتھ کنٕی چھ حاصل سپدان؟

چومسکین چھُ آفاقی گرامر آسنُک وجہ یِتہِ وَنمُت کہٕ زبانہ ہُند علم چھ اکھ مشکل، پیچیدہ تہٕ وُٹھتھ علم تہٕ یُتھ مشکل علم چُھ اکھ بچہ آسانی سان رٹان۔ زبانہ ہُند علم چھ اکھ غیر احساسی علم تہٕ اتھ علمس پێٹھ قابُو کرُن چھُ سیٹھاہ مشکل تو تام یوٚ تام نہ اَمِس بچس دماغس منز یہ آفاقی گرامر موجود آسہ۔ یێتێن چھےٚ یہ کتھ قابلِ ذکر کہ یِیمہِ ساتہ نہ اکھ بچہ پانس رأچھ ہیکان چُھ کرتھ، یِیلہ نہ سہُ پانہ کھیتھ چیتھ چھ ہیکان تتھ وانسہ منز چھ یہ بچہ بُلبل سندی پأٹھی بول بوش کران تہٕ زبانہ پێٹھ مکمل عبُور حاصل کران۔ امِہ تلہ چُھ یہ ثابت سپدان کہٕ بچس چُھ گوڈٕ نٮ۪تھے دماغس منز زبانہ ہُند اکھ نقشہ موجود آسان۔

آفاقی گرامرِ کہِ وجودک ثبوت چُھ امہ کتھ سٟتی تہٕ ثابت سپدان یِیمہ ساتہ زن أسی یِتھ کتھ سام ہیمو کہٕ زبانہ ہُند علم کتھٕ کنٕی چُھ حاصل سپدان۔ دُنیا

ہکین مختلف تہذیبن ہندی بچہ چھا اکی ہے طریقس منز زبان ہیچھان تہ زبان ہیچھنکی مختلف درجہ (Steps af language Acquistion) چھ عالمہ کین سارنی بچن منز گُنی آسان ۔ دُنیا ہکی سأری بچہ چھ بلا محنت، گُنہ سختی ورائے زبان آسانی سان ہیچھان ۔ دُنیا ہکین سارنے بچن چھ زبان ہیچھنہ خیطرٕ اکوے ضرورت آسان کہ تم گژھن سو زبان پانس اندی پکھی بوزٕنی ۔ یتھ کنی وُ چھا سہ کہ زبانہ ہیچھ نچ عمل چھ درٕست عالمس منز گُنی تہ امی ستی چھ آفاقی گرامر آسنک اکھ ٹھوس ثبوت پیش کرنہ یوان ۔

1.2.3 زبانہ ہُند علم کتھ کنی چھ استعمال سپدان؟

چومسکی سندِ مطابق چھ آفاقی گرامرک تعلق زبانہ ہندس علمس ستی نہ کہ زبانہ ہندس استعمالس ستی ۔ زبانہ ہُند علم کتھ کنی چھ استعمال سپدان چھ نہ آفاقی گرامرس ستی وابستہ بلکہ چھ امیُک تعلق سیٚدِ سیوٚد زبانہ ہندس استعمالس (use of language) ستی ۔ زبانہ ہندس استعمالس منز چھ واریاہ چیز وچھنہ یوان، مثالہ پأٹھی کتھ علاقس منز کو سہ زبان چھےٚ بولنہٕ یوان، تہ کمہ قسمکی لُوکھ چھِ بولان اتھ زبانہ ۔ امہِ مُوجب چھُ وننہ یوان کہ زبانہ ہُند علم چھُ زبانہ ہندِ استعمال نشہِ کأفی الگ آسان ۔ زبانہ ہندس استعمالس منز چھُ نہ صرف زبانہ ہُند علم یوان، بلکہ چھ اَتھ منز مختلف غیر زبانی چیز تہ شأمل سپدٕان ۔

یوٚت تام زن چومسکی سُند سوال چھُ، تمی تھوو پنُن تحقیق صرف گوڈنکین دون سوالنٕے تامتھ محدود، یعنی زبانہ ہندِ علمچ بناوٹ کیاہ چھ تہ زبانہ ہُند علم کتھ کنی چھُ حأصل سپدان ۔ چومسکین کوٚر نہ زبانہ ہُند استعمال پننس تحقیقس منز شأمل یُس زن پتہ واریاہو زبانی مأہرو أکس الگ نظریس منز پیش کوٚر یمن منز ڈِیل ہیمسٕز

(Dell Hynes) تہ میک ہیلی ڈےیے (Mack Halliday) قابلِ ذکر چھ۔

### 1.3 آفاقی گرامرٕ کِ اجزا یا حصہ

یتھ کنۍ زن برونہہ ذکر کرنہ آو کہ آفاقی گرامرس منز چھُ بنیادی دون قسمن ہندۍ اجزا آسان: اکھ گوٚو پرنسپلز (principles) تہ دویم گےٚ پیرامیٹرز (parameters)۔

### 1.3.1 پرنسپلز (principles):

زبانہ ہنز بناوٹ چھ اکِس پابند نظامس پیٹھ مشتمل آسان۔ یمہ وجہ زبان ہیچھنس منز اکِس بچس واریاہ سہولیت چھےٚ یوان زبانہ ہُند یہ پابند نظام چھُ تیلی ممکن ییلہِ زن زبانہ ہندس نظامس منز پرنسپل لبنہ ین۔ پرنسپل چھِ دُنیاہچہ پرٚتھ کُنہ زبانہ منز لبنہ یوان۔

آفاقی گرامرس منز کُس چیز گوٚو پرنسپل، یہ کتھ سمجھنہ خٲطرٕ ہیکو اسۍ آفاقی گرامرٕ کہِ اکہ پرنسپلچ مثال دتھ یتھ زن سٹرکچر ڈیپنڈنسی پرنسپل (Structure Dependency princeple,SDP) ونہ چھُ یوان۔

SDP پرنسپلٕ ہیکون اسۍ واضح لفظن منز یتھ کنۍ سمجتھ کہ دُنیاہچن سارنے زبانن ہندین جُملن منز یم الفاظ موجود چھ آسان تمن الفاظن چھُ اکس اکھ ستۍ رشتہ آسان۔ یہ رشتہ یُس زن اکہ جملہ کین الفاظن پانہٕ وٲنۍ چھُ آسان چھُ نہ سارنے لفظن منز ہیُوٗے تہ یکسان آسان۔ اکس جُملس منز چھ کینہہ الفاظ تِتھۍ آسان یمن زن پانہ وان اکس اکھ ستۍ زیادٕ قریبی رشتہ چھُ آسان تہ یم لفظ چھ اکس اکھ پیٹھ زیادٕ منحصر آسان بنسبت امہ جُملہ کین باقی لفظن۔ مثالہ پأٹھۍ نمو اسۍ کاشرٕ زبانہ ہُند یہ جُملہ:

ہُہ زیوٗٹھ لڑکہ چھ میوٗن دوست۔

اتھ جُملس منز چھ ''ہُہ''، ''زیوٗٹھ''، ''لڑکہ''، یمن ترین الفاظن چھ اکھ اکس ستیٚ زیادٕ قریبی رشتہٕ۔ تتھے پأٹھی چھ ''چھُہ''، ''میوٗن''، ''دوست'' یمن ترین الفاظن تہٕ چھ اکس اکھ ستیٚ زیادٕ قریبی رشتہٕ۔ تتھ کنی چھ گوڈنکی ترےٚ الفاظ تہٕ پتم ترےٚ الفاظ اکس اکھ پیٹھ زیادٕ منحصر۔ تہٕ اکہ جملہ کین سارنٕے الفاظن چھنہٕ ہشی رشتہٕ دأری آسان۔ اتھ پرنسپلس آوناو دنہٕ SDP، تہٕ یہ پرنسپل چھ دُنیاہچن سارنٕے زبانن منز لبنہٕ یوان۔ SDP ہیکو أسی اکہ شکلہ یا ٹری ڈیاگرام (Tree Diagram, TD) ستیٚ تہٕ ہأوِتھ:




اِسہٕ وُچھ کہ ہیرِمس جُملس چھ زٕ حصہٕ: اکھ: ''ہُہ زیوٗٹھ لڑکہ''، تہٕ بیاکھ ''چھُہ میوٗن دُوست''۔ یمن جُزن چھ پھریز (Phrases) وننہٕ یوان۔ ''ہُہ زیوٗٹھ لڑکہ'' منز چھو سارِوی کھوتہٕ ضروری لفظ: ''لڑکہ'' یُس زن اکھ نوٗن (Noun) چھُہ۔

اِمی موکھ چھ اتھ پھریزَ نوٗن پھریز وننہ یوان (Noun Phrase, N.P) یتھی کنٕ چھُ ''چھُو میون دُوست'' پھریزِ منز ساروی کھوتہٕ ضروری لفظ ''چھُ'' یُس زَن اکھ ورب (Verb) چھ تہٕ اتھ پھریزَ چھُ وٕرب پھریز (Verb phrass VP) وننہ یوان۔

اتھ وٕرب پھریزِ (VP) ہیکَو أسی زٕ حصہ کرتھ: اکھ گوٚ ''چھُ'' یُس زَن اکھ ورب چھُ تہٕ بیاکھ گوٚو: ''میون دوست'' یُس زن بذات خود اکھ نوٗن پھریز (NP) چھ۔ یتھ کنٕ وُچھ اسہ کہ اکس جملس منز چھ وار یاہ درجہ آسان۔ کینہہ لفظ چھ سرٕس آسان تہٕ کینہہ لفظ چھ بوٚنی مێن درجن پێٹھ آسان۔ یتہٕ وُچھ اِسہ کہ پریتھ پھریزِ (Phrase) منز چھ اکھ ضروری لفظ آسان یتھ لفظس خانہٕ دار یا ''Head'' چھ ونان اتھ ہیڈس (Head) پێٹھ چھ أکس پھریزِ ناودِنہ یوان۔ اگر اِسہ کأشرکی بیٚیہٕ کینہہ جُملہ وچھو أسی وچھو کہ یہِ جملچ شکل چھ پریتھ جایہ لبنہ یوان۔




أسی ہیکو وٕنتھ کہ کأشریک جُملہ چھ أکس خاص نظامس یا اکس خاص شکلہ منز لبنہ یوان یعنی NP-V-NP تہٕ کأشرِ زبانہ ہنز شکل چھ اتھ خاص نظامس پێٹھ پکان

(یتھ مضمونس منز چھ وار یاہ چیز موضع مطابق ترا ونہ آمتی یم زن کأشرِ زبانہ ہندس ساختس ستی وابستہ چھ)۔ یتھے پأٹھی چھے باقی زبانہ تہ پننس پننس نظامس ماتحت۔ یہ زبانن ہنز ساخت یا شکل چھے زبانن ہندِ علمک اکھ بوڈ بارٕ حصہ۔ ستی چُھ یہ زبانن ہنز ساخت آفاقی گرامرک (UG) تہِ اکھ بوڈ بارٕ حصہ۔ SDP پرنسپل ہیکو ن اسی اکہ بیہ زبانی عملہ ذریعہ ثابت کرِتھ، یتھ عملہ زن پھیرُن یا مومنٹ (Movement) ونہ یوان چُھو :مُومنٹ چھ زبانن منز سو عمل یمہ کہ ذریعہ اکہ جُملکی الفاظ اکہ جایہ پیٹھ بیٚیس جایہ پھیرنہ یا مُنتقل کرنہ چھ یوان۔ چاہے یہ مُومنٹ سوال بناونہ خیطرٕ گژھِ یا بدل گنہِ زبانی عملہ موجب گژھ۔ مثالہ پأٹھی:

سوال بناوُن مُومنٹ

رضین لوے سلیمس ------← رضین لوے کُمس ---← کُمس لوے رضین

یم زٕ پرنسپل یعنی SDP تہ مومنٹ پرنسپل رلأوِ نوسٹن تہ بیہ کوکن (Cook& Neuson) تہ تمو وٚون کہ أسی ہیکو SDP پرنسپل أکس آفاقی پرنسپل چہِ شکلہ منز پیش کرِتھ۔ یمہ ساتہ الفاظ أکس جملس منز مُومنٹہ کہ ذریعہ پھیرنہ ین، تمہ ساتہ چُھ یمہ کتھ ہوند خیال یوان تھونہ کہ یہ الفاظ یُس زن پھیرنہ یہِ تہ چُھ بیٚیہ کنہ لفظس ستی زیادہ قریبی رشتہ تھوان یعنی زبانن منز یمہ ساتہ تہِ مُومنٹ گژھان چھ SDP پرنسپلک خیال چُھ ہمیشہ تھونہٕ یوان۔

1.3.2 پیرامیٹرس (Parameters):

یتھ کنہِ زن گوڈنتھ ونہ آو کہ زبانن منز زن یمہ کینہہ فرق لبنہ یِوان چھ تم چھ پیرامیٹرس آسنک وجہ ستی آسان۔ آفاقی گرامرس منز چُھ پیرامیٹر تمن اجزا ہن ونن یم زن اکہ زبانہ پیٹھ بیٚیس زبانہ منز مختلف چھ آسان، مگر امہ فرقہِ ہُند چُھ

اکھ حد آسان۔ یعنی یم پیرامیٹر چھ اکس قۅنونس یا حدس منزٕ اکس اکھ نشہ مختلف آسان۔ مثالہِ پأٹھی نموٗ أسی آفاقی گرامرک اکھ پیرامیٹر۔ یتھ زن ہیڈ پیرامیٹر (Head Parameter) وننہ چھُ یوان۔ یتھ کنٕ زن اسہِ برونہہ ؤچھ کہ أکس پھریزٕ منز چھ اکھ لفظ زیادٕ ضروری آسان، یتھ لفظس ہیڈ (Head) یوان چھُ وننہ تہٕ پھریزِ ہندس بٔیس حصس کمپلمنٹ (Complement) وننہٕ چھُ یوان۔ ہیڈ پیرامیٹر ہیکہ زبانن منز دو یو طریقو موجود أستھ، یتھ زن ہیڈ فیسٹ (Head fast) یا ہیڈ لاسٹ (Head last) طریقہ ونان چھ، تمہ زبانہ یمن منز ہیڈ کمپلمنٹ کھوتہٕ برونہہ ییہ، تمن چھ ونان ہیڈ فرسٹ زبانہٕ، تہٕ یمن منز کمپلمنٹ گوڈٕ ییہ تمن چھ ونان ہیڈ لاسٹ زبان:

ہیڈ -----← کمپلیمنٹ (ہیڈ فرسٹ زبانہ)

کمپلمنٹ ----← ہیڈ (ہیڈ لاسٹ زبانہ)

چومسکی چھُ ونان کہ بچس چھ زیٹنہٕ وِزی دماغس منز پرنسپلن ہتی پیرامیٹر تہ موٗجود آسان بچس چھ SDP پرنسپل دماغس منز آسان۔ ہتی چھُ تمس ہیڈ پیرامیٹر تہ پتہ آسان۔ یُتھے سہ زبان چھُ بوزان، تمس چھ پتہ لگان کہ میین زبان چھ ہیڈ فرسٹ کنہٕ ہیڈ لاسٹ۔ یتھ کنٕ چھ پیرامیٹر أکس محدود دایرس منز گنڈتھ آسان تہ چھ آفاقی گرامرک اکھ ضروری جُز بناوان-- ٹھیک۔ یتھ کنٕ زن پرنسپل آفاقی گرامرک اکھ ضروری حصہ چھ۔

چومسکی ین ؤن مزید کہ أکس حدس منز چھ زبانہ ہُند علم حاصل کرُن سوِچ (Switch) یلہ تراونچ ہِش مثال۔ یُتھے زن اکھ بچہ پننہٕ زبان چھُ بوزان۔ تمس چھ پتہ لگان کہ مہ کتھ اندس گن چھوسوئچ پھیرُن پیرامیٹر چھوسوئچیک پیٹھ ہیوٗریا

بوٗن تھوون پیوان تہٕ یہِ ہیوٚر بوٗن چھوٗ زبانہٕ مطابق کرنہٕ یوان۔

آفاقی گرامر چھُ وٲژ کل زبانن ہنٛد علمٕک اکھ اہم حصہ بنیومُت تہٕ دوہ کھوتہٕ دوہ چھُ آفاقی گرامر ہیٚچھ پٕنٛج مزید کوشش کرنہٕ یوان۔ چومسکین وٚون کہٕ آفاقی گرامر چھُ اکھ باقاعدٕ نظام یتھ منز زن وارِیاہ اصل، وارِیاہ حساب لبنہٕ یوان چھُ تہٕ یہِ آفاقی گرامر چھُ پرٕ یتھ زبانہٕ منز لبنہٕ یوان۔ ٲسی چھِ یہِ آفاقی گرامر انسانی زبانہٕ ہنٛد قدر و قیمتس تہٕ اہمیت بڑاوان۔

## کتاب نامہ


1 چومسکی، این (1976)۔ ریفلیکشنز آن لنگویج ٹیمپل سوتھ: لندن

2 چومسکی، این(1981)۔ لیکچیرس آن گورنمنٹ اینڈ بائنڈنگ فوریس: ڈوڈریک۔

3 چومسکی، این(1988)۔ لنگویج اینڈ پروبلیمز آف نوالیج: دی میٖگوا لیکچیرس۔ ایم۔ آے۔ ٹی۔ پریس: کیمبرج

4 کوک، وی (1997)۔ اِنسائڈ لنگویج۔ ایڈوارڈ ارنائڈ: لندن

5 کوک، وی اینڈ نیوسن، ایم(1996)۔ چومسکیز یونیورسل گرائمر: این انٹروڈکشن

# کشمیر شبد امر تم

## تہٕ امیک نفسِ موضوع

### ستیہ بھا مارازدان

''کشمیر شبد امرٕ تم'' چھ کاشرِ زبانہِ ہُند گوڈنیُک گرامر، یُس تخلیق پنڈت ایشور کولن وکرم سَموت 1913 یعنی سنہ عیسوی 1856ء منز کرمژ چھِ۔ یہِ کتاب چھِ سنسکرت زبانہ منز لیکھنہ آمژ تہِ تخلیق کارن چھِ پٔنُن گتھِ ہنز باوتھ پانٕنی سنزِ اَشٹادھیایی ہندس طرزس پیٹھ سُوترن منز کٔرمژ۔ نوَن بابن پیٹھ مشتمل اَتھ گرامرس منز چھ سُوترن ہُند کل تعداد 780 تہِ امیُک کینٛہہ باب چھِ دون، ترین یا ژون حِصن منز تہِ تقسیم کرنہِ آمتی۔ بابہ خاطر چھِ پرٛکرَن یا پرٛکَر یا لفظ ورتاونہ آمت۔

کشمیر شبد امرٕ تم کتابہِ ہُند آغاز چھ ایشور کولن کاشرِ زبانہِ ہندین حرفن ہندِ فہرستہِ سٕتۍ کوٚرمُت۔ اَمہِ فہرست مطابق چھِ کاشرِ زبانہ ہند حرف چھِ یتھٕ پأٹھۍ۔

اَ۔ آ۔ اِ۔ ای۔ اُ۔ اُو۔ رِ۔ ری۔ لرٕ۔ لری۔ اے۔ آیٖ۔ او۔ آو۔ ا۔ اں۔

اہ۔ ک۔ کھ۔ گ۔ ن۔ چ۔ چھ۔ ج۔ ٹ۔ ٹھ۔ ڈ۔ ت۔ تھ۔ د۔ ن۔ پ۔ پھ۔ ب۔ بھ۔ م۔ ے۔ ر۔ ل۔ و۔ ش۔ شٕ۔ س۔ ہ۔ کش 1

اَما پوز اَتھ فہرستس منز چھ ایشور کولن کینہہ حرف تمہ دِتی مۆتی یم زن نہ کاشرِ زبانہِ منز ورتاونہٕ چھِ یوان تہٕ نہ چھِ اَتھ کتاب منز مثالہ رنگی کُنہِ جایہ درینٹھی گژھان۔

مثلاً۔ رِ۔ ری۔ ۔ لڑ۔ لڑی۔ آئی۔ اہ۔ بھ۔ ش۔ کش۔

اَمہِ علاوٕ چھےٚ اَمہِ فہرست ستۍ یہ کتھ تہٕ واضح گژھان زِ ایشور کول اوس نہٕ اصواتن ہندس تعمیر تہٕ تقسیمس ستۍ پورٕ پأٹھی زأنی یاب سُے وجہ چھ زِ تمو چھُنہٕ اَتھ فہرستس منز اِ۔ اِ۔ اٗ۔ اَ۔ اے۔ آو۔ او آوازن ہُند کانٛہہ تہٕ ذِکر کورمُت تہٕ یمن آوازن چھ بعضے اَ۔ آ۔ ہش برابر مانان تہٕ بعضے چھِ۔ اُ۔ اُو۔ حرفو ستۍ ظاہر کران۔ اَتھ ہیکن زٕ وجہ أستھ۔ اکھ وجہ گوٚ یتھٕ پأٹھی زن مےٚ عرض کوٚر، ایشور کول چھِ یمن آوازن۔ اَ۔ آ۔ یا اُ۔ اُو۔ ہُکیvariant یامختلف قسم مانان تہٕ یہ چھُنہ صحیح کینٛہہ۔ دوٚیم وجہ ہیکہٕ یتہٕ أستھ زِ کشمیر شبد امرٕت چھ چونکہ دیوناگری رَسم خطس منز لیکھنہٕ آمُت، بنان چھ زِ امہِ کِس مسودس منز ما آسن تمو یم آوازٕ بیوٚن زانہٕ باپت فرق ہاون وألی نشان یعنیdiacritical-marks ورتأوی مۆتی یم زن تمہ ساتہٕ چھپایہِ منز دستیاب آسہن نہ تہٕ اوٚ کِنی چھنہٕ شبد امرٕت کس موجوداشاعتس منز درینٹھی گژھان۔ یو تام زن اَصواتن ہند تقسیمک تعلق چھ۔ اَتھ ضِمنس منز تہِ چھُ ہنا گڑبڑے باسان۔ تہِ زن گو اگر سُوترس منز ذِکرِ چھُ آسان لفظٕ کِس اَندس پیٹھ ینہٕ واجنہِ آوازِ ہند۔ اَما مثالہ منز چھِ سو آواز لفظس منز باگ آسان مثلاً اکھ سُوتر چھ ''اُودنتا نام پنسی''[2] یمُک معنی چھُ زِ یمن لفظن پتہٕ کُنہِ اُو آواز آسہِ تم گژھن مذکر زانٛنۍ۔ مثالہ پأٹھی چھ تمو اَں لفظ دیتمُت وونۍ وچھتو اَتھ لفظس منز چھنہ گوڈٕ اُو آواز کُنی درینٹھی گژھان۔ وونی اگر مانو زِ تہند مقصد آسہِ اَ آوازِ ستۍ تہٕ سُہ تہِ چھُ لفظس منز کُنہِ نہ کُنہِ پتہ کُنہِ۔

کشمیر شبد امرٕ تم کہ گوڈٕ نکہِ بابَک عنوان چھ ''سندھی پرٕکرن'' سندی چھ سنسکرت زبانٕ ہُند لفظ یمیک لفظی معنی جوڑ یا مِلوَن چھُ تہٕ تیمیک گوڈنیک لِسانیاتی استعمال تہِ سنسکرت زبانہِ ہندیو ماہروے کوٚرمت چھُ۔ لِسانیاتس منٛز چھُ سندھی تمن حرفی تبدیلین ہُند ناویم زن دون لفظن پانہٕ وأنی رَلنہٕ کنی یا اصل لفظس ستی تصریفی پوٚت لوٚگ رَلنہٕ ستی ووتلان چھِ۔ یتھٕ پأٹھی چھِ پنڈت ایشور کوٗلُن کاہن سُوترن پیٹھ مشتمل اَتھ بابس منٛز کأشر زبانہِ منٛز سندھی ہندیٚن تمن قاعدن کُن اشارٕ کوٚرمُت یم زن لفظَن ہنٛزِ تصریفی عملہِ کنی ووتلان چھِ۔ امہِ بابک گوڈنیک سُوتر چھُ ''سندھی سِدھی پدش''[3] تہٕ ستی چھُ دوٚیم سُوتر ''نَ واکیےشُ''[4] یمن دوشونی سُوترن ہند مُد اچھُ زِ سندھی چھِ پدن منٛز ممکن نہ کہ جملن منٛز۔ مثلاً:

تاپک[5] = تاپھ +genitive واحد ''اُک''

دوٚیم سُوترٕچ مثال چھے ''تم آیہ'' اَتھ منٛز چھِ زِ پد یمن زَن پانہٕ وأنی سندھی اَمہِ کنی ممکن چھنہ تکیازِ یم چھِنہٕ مُول لفظ بلکہ چھِ تصریفی عملہِ ہندی نتیجہ یعنی تم ... سُہ + جمع پوٚت لوٚگ، آیہ ... یہِ فعل + ماضی ہاون وول پوٚتلوٚگ۔

سندھی ستی کم حرفی تبدیلی چھِ ووتلان اَتھ متعلق چھ پنڈت ایشور کول ونان زِ ''اَسورنہِ اکارسےٚ لوپہ''[6] یعنی بیوٚن بیوٚن ذأژن ہندی حرفِ علت سیٚد سیود ینہٕ کنی چھُ گوڈ نکہِ لفظُک پتیم اَ راوان۔ مثلاً ڈیکہٕ *+ اُک = ڈیکُک، گاٹہٕ + اُل = گاٹُل۔ بیا کھا کھ سُوتر چھُ ''اَکارے + اکارلوپہ''[7] یعنی اَہس سیودا ینہٕ ستی چھُ

گوڈ نِکہ لفظُک پتیم اَ راوان مثلاً گرٕ +ان = گرَن ۔ اَما پوٚز لسانٔیاتی نظرِ کنی کتھ حدس تام چھِ تم قأعدٕ صحیح یا غلط سٕہ چھُ بیا کھا اکھ موضوع۔ تہٕ پٹھ تحقیق کرنٕک ضرورت چھُ تکیاز یمن دٕون سُوترن ہُند مےٚ وُنی ذِکر کوٚر تمن دوشوٕنی چھُنہٕ مثالن ستیٚ کانٛہہ میل باسان یوہےَ حال چھ باقی کہن سُوترن ہند تہٕ ۔ تہٕ زَن گو سُوتر چھُ کیاہتام ونان تہٕ دِژمژٕ مثالہٕ چھ بدلے کیاہتام ہاوان۔ مثلاً سُوتر چھ۔ ''سوٗرہ سوٗرنے دیرگھ پَرلوپاو''[8] یعنی اَ کی ذأ ژ ہندٕ حرفی علّت سیدِ سیٚوٚ دینٕہٕ کنی چھ گوڈنیک ژھوٚٹ حرف علّتِ زٕ ٹھس منز تبدیل گژھان تہٕ بروٚنٹھ کنکہِ حرف علّت چھُ راوان مثالہِ رٕنگی چھ ایشور کولن یم لفظ دِتی متیٚ ۔ اَچھِ + اِٹ = 'اَچھیٹ'۔ کران چھیا = چھےٚ + آ = چھیا اکھ سوتر چھُ ''اَکارِ اکارا ے''[9] تہٕ أتھی ہُیوٚ بیا کھا اکھ سوتر چھُ ''اُکاراو''[10] یمن دون سُوترن ہند معنی چھُ اَ آوازِ سید سیٚوٚ د اِ آواز ینہٕ ستیٚ چھِ اے آواز وو تلان تہٕ اُ آوازِ ینہٕ ستیٚ چھ او آواز بنان۔ اَما پوٚز یم دوشوے سُوتر چھِ پانٕنی سندِ ''آدگُنہ''[11] سُوترٕک نقل باسان تکیاز یم لفظ مِثالہ پأٹھی ایشور کولن دِتی متیٚ چھِ تم چھُنہٕ سُوترٕ مطأبق صحیح باسان۔ مثلاً: چے + اِن = چین۔ چے + اون = چون، کھےٚ + اِن = کھین، کھےٚ +اُن = کھیٚون۔ یِمو مثالو کنی چھُ باسان زِ ایشور کولن چھُنہ لفظن ہنز ساخت مدِ نظر تھأوِتھ سندھی ہندی قأعدٕ قأیم کری متیٚ بلکہ چھُن پانٕنی سندیٚن قأعدَن ہندی بنڈ یجہِ مدِ نظر تھأوِتھ تمی اندازٕ کأشری لفظ گرٕنچ کوٗشش کرمژٕ۔

*اَکارسےٚ لوپہ بَدل گوٚژھ اِکارسےٚ لوپہ آسُن۔

+اَکارلوپہ بدلہ گوٚژھ آکارلوپہ آسُن۔

دوٚیمہ بابُک عنوان چھُ لِنگ پرٛگرن۔ اتھ منٛز چھِ اسم تہٕ ضمیرِ چ تصریفی عمل یعنی Inflexional process ویٚژھناونہٕ آمٕژ۔ یہ باب چھُ ترین حصن منٛز تقسیم۔ گوڑنِکہِ حِصُک عنوان چھُ لِنگ پاد۔ اتھ منٛز چھ 79 سُوترٕ یمَن منٛز زن مذکر تہٕ مونث لفظن ہنٛز فاعل، مفعول (nomintive, accusative, instrumental, dative, ablative, genitive, locative) ہنٛزن نحوی علامتن ہُند ذِکر چھُ مثلاً فاعل یعنی nominative کیسُک ذِکر کران چھِ ایشورکول ونان:

''اکارانتانام پرٛتھ مالیک بھوٚ ے لِنگوٚت''[12]

یعنی یمن لفظن پتہٕ کنٛ اَ آواز آسہِ تم مذکر یا مونث لفظ چھِ nominative کیسس منٛز واحد تہٕ جمع دوشوٕنی صُورتن منٛز پننہِ مولہٕ شکلہِ منٛزے ورتاونہ یوان۔ مثلاً۔ ڈیٚکہٕ۔ ییٚنٛز۔ اماپوٚ زیمن دوشوٕنی لفظن چھنہٕ پتٕم آواز اَ بلکہ چھ بالترتیب اٍ تہٕ اِ۔ اَمہِ حسابہ چھُ باسان زِسُوترٕ گوٚ ژھ آسن ''سُورانتانام.... ''بیترِ یعنی یمن پتٕم لفظ ٹَ، ٹھَ یا ڈَ چھِ تم چھِ جمع Plural اس منٛز بالترتیب چ، چھ یا ج حس منٛز تبدیل گژھان مثلاً پٹہٕ۔ پٕٹ۔ پچِ۔ کاٹھ۔ کاچھِ۔ بڈ۔ بجِ۔ تِتھے پاٚٹھی اگر پتٕم حرف تَ۔ تھَ۔ یا دَ چھُ سہٕ چھُ بالترتیب ژ۔ ژھ۔ یا زَ بنان۔ مثلاً راتھ۔ راٚژ۔ گرند۔ گرٕنز۔

''اُورنانتانام اِکارہ''[14] یعنی یمن مذکر لفظن اُ آواز ستیٚ چھِ تہُند پتٕم اَچھُ اِبنان مثلاً گُر۔ گُرِ 15

تِتھے پاٚٹھی چھِ nominative کیسس ستیٚ وابستہ وارِیاہ سُوترٕ یہُند ذِکر کرُن یتیٚن ممکن چھُنہ۔

مفعول جمع یا Accusative plural اُک ذِکر کران چھِ ایشورکول ونان ''نَ پرَ

تیٚپے سروتر"16 "... نَ پَر تیٚپے پَر اکار اگمو بھوتِ 17 "یعنی accusative کیس منز چھِ مذکر تہٕ مونس۔ سارِنے لفظن ستےٚ جمعس منزٕ ن علامژ برونٹھ اَ آواز ہُر ان مثلاً کٹھ۔ کٹَن گور۔ کورٚین۔ اما پۆز سیٖود پاٹھی اَن علامت مانٕنہٕ بجائے کم قاعدٕ مُوجوٗب چھُ ایشور کولن نَ برونٹھ کنہٕ اَکھ ہُریُر مونمت امیُک چھُنہٕ شبدامرتس منز کانٛہہ ذِکر۔ instrumental کیس متعلق چھِ ایشور کول ونان۔ "ہیتاوسےٚ نتو ستینا ووا 18"۔ تہٕ "ترتی یا یام آو ستین پرٛتیہ 19 "یعنی وجہ یا ذریعہ ہاونہ باپتھ چھِ اَو ستین تصریفی علامت ورتاونہ یِوان مثلاً اَتھو ستین کھیٚون۔ شرٛ اگو ستین موٗرن"20 ساتھ یعنی accompaniment ہاونہ باپت چھِ accusative کیس ستےٚ ستین پۆتلۆگ ورتاونہٕ یِوان "سہار تھا یام سناوٗ"21 مثلاً مألس ستین آو۔ باین ستین مٕیول۔

زٕوٗرِمس یا dative کیس متعلق چھِ ایشور کول لیکھان "چترٛ تھیام کیٚت کرٛ انتاو پمستری کرماے کتہٕ"22 امیُک معنی چھُ زِ dative کیس چھُ accusative فارمس ستےٚ مذکر تہٕ مونس معنیس منزٕ بالترتیب کیٚت یا کرِ لفظ استعمال کرنہٕ ستےٚ بنان مثلاً مأٔلس کیٚت اوٗنُن پونٛز۔ مأٔلس کرِ اَنِن گاو۔ بیا کھ اکھ سوٗتر چھُ، سامانٛی چترٛ تیٖتھام پرٛشھی 23 یعنی dative ظاہر کرنہ باپت چھُ پرٛشھی پۆتلۆگ تہٕ استعمال سپدان اَما پۆز پرٛشھی استعمال کرنہ وِزِ چھُ مول لفظس ستےٚ ترٛیم یا شٕیم یعنی instrumental یا genitive کیٚسچ تصریفی علامت ستےٚ روزان، "سمبندھ ششٹھی پرٛیوگ لِنگات ترتیا پَر یوگ لِنگات واچترٛ تھیام پرٛشھی پرتیہ سیات... "24 مثلاً پۆترٛ پرٛشھی آو۔ پۆترٕ سندی پرٛشھی آو۔

یتین چھُ مے باسان زِموُل لفظ نہ چھُ instrumental منز تہ نہ چھُ ہندی genitive کیسُک لائقہ بلکہ چھُ الگ اکھاغاَر متصرف لفظ یُس زن اَمہِ علاوٕ مشابہت ظاَہر کرنہ وقتہٕ تہِ استعمال سپدان چھُ مثلاً:

لوٗکٕڑ ہندِ کھوتہٕ چھُ بوٗڈ عقلمند آسان۔

پاُنژِم یعنی ablative کیسُک ذِکر کران چھُ ایشوار کول ونان، ''کھوتہٕ نِش وا اَپاے پنژِمیام'' 25 یعنی ablative sense ظاَہر کرنہ باپت چھِ کھوتہٕ تہٕ نِش لفظ ورتاونہ یوان مثلاً: کنہِ کھوتہٕ چھُ تژ کر۔ اَما پوز یوتام زن ablative کیسُک تعلق چھُ تیمِیُک مقصد زن کاُنسہ انسانس، چیزس یا جایہ نشہِ بیون گژھُن ظاَہر کرُن چھُ۔ مے چھُنہ باسان ایشور کول ہنز دِژمژ یہ مثال چھےٚ صحیح۔ اَتین تہِ چھُ تِمو سنسکرت چِن مثال نےٚ ترجمہ کوٚرمُت۔ دراصل چھِ کاشُر زبانہِ منز ablative sense ظاَہر کرنہ باپت نِشہ تہٕ پیٹھ لفظ ورتاونہ یِوان مثلاً

کُلہِ پیٹھ پیوٚو ؤسِ۔

بازرٕ/ گامہ/ ژاٹہ ہالہ پیٹھ آو۔

ماُلس نِشہ دژاو بیون۔ بیترِ۔

امیُک ذِکر تہِ چھُ ایشورکولن یتھ سوُترس منز کوٚرمُت۔

''پنچِمیامِد اوتاو پیٹھانتاو نِشانتاواند راتاووا'' 26

شیےٚمِس یعنی genitive کیسہ کِس ذِکرس منز چھےٚ ایشور کولن سنسکرتکی قاعدٕ پانہ ناونچ کوشش کرمژ تہ مثالو رٕنگی تہ چھُ تِمو پانی ہندی نےٚ جملن ترجمہ کوٚرمُت۔ امیک تفصیل دیُن چھُنہٕ ممکن۔ genitive کیسک ذِکر کران چھُ ایشور کول زِ سوُترونان۔

''ہمپ ژانن ایکتو سمبندے ہ سے سہ سر وتر''[27]

''ستری سمبندھاے کانے کتوے سناؤ ہُند نتاویکتوے''[28]

گوڈنکہ سُوترُک مطلب چھُ زِ مذکرس ستۍ رشتہ ظاہر کرنہ باپت چھُ بدلہ س وَرتاونہِ یِوان مثلاً : ''ماکی سُند نچُو سنز گُور۔'' دۆیمہ سُوترُک مطلب چھُ موئنثس ستۍ رشتہٕ ظاہر کرنہٕ باپت چھ ''س'' بدلہ ''ہ'' ورتاونہِ یِوان۔ مثلاً: ماجہِ ہُند نچُو۔ ماجہِ ہنز گُور۔ بیہِ اکہ سُوتر ''اَپرانام پُمسو گُکیُو پمسی''[29] مطابق چھُ بے جان چیزن ستۍ واحدتہ جمہس منز بالترتیب ''اُک'' تہ ''اِکی'' علامت لگان مثلاً : دانیک تومُل ،گُلکِ ؤتھر بیترِ۔ تتھے پأٹھی چھِ اتھ کیسس متعلق بیہِ تہِ وارِیاہ سُوترِ یہند تفصیل دِیُن ممکن چھنہ۔

ستُیم یعنی locative کیسس متعلق چھِ ایشورکول ونان

''اَدھِ کرنے کیتھ انتاؤ''[30] تہ

''سپتمیام سناوندر منز پیٹھ انتاوسؤارتھ بھیدتہ''[31]

یعنی locative ظأہر کرنہ باپت چھُ اندر، منز، پیٹھ تہ کیتھ لفظن ہُند استعمال کرنہ یِوان مثلاً : گرس اندر، ناوِ منز، گُرِس پیٹھ، تھالس کیتھ۔

دۆیم بابہٕ کہِ دۆیمہ حصک عنوان چھُ ''سمبُدرھی پادٗ'' یعنی اَتھ منز چھُ آلو دِنہٕ کیٖن یا بلاونہ کیٖن طریقن ہُند ذِکر مثلاً : عزتہ پُرٛژھی چھُ مذکر ناوس برونہہ ''ہے'' تہ ناوس پتہٕ ''جُو'' لگاونہ یِوان مثلاً : ہے ناران جو، ''انتے ساپر تیتیشچ''[32] یعنی پتہ رکنہ چھُ ''سأ'' تہ یِوان لگاونہ مثلاً : ''ہے ناران جُو سأ!'' ''ہتسأ ہے پُوٗرو''[33] مثلاً : ''ہتسأ ہے ناران جُو سأ!'' بیترِ۔ اتھ حصس منز چھِ کُل 31

سُوتر۔

ترٛیٚمہِ حصک عنوان چھُ ''سرونام پاد۔'' 46 سُوترن پیٹھ مشتمل اتھ حِصس منز چھُ ضمیر کیٚن مختلف قسمن ہنز تصریفی عملہِ ہُند ذِکرو ویژھناؤتھ کرنہ آمُت۔ اَمہِ علاوچھُ اَتھ حِصس منز ہندس ستۍ استعمال سپدن والین پوٚت لگیٚن ہندتہِ ذِکر۔

ترٛیٚمہِ بابُک عُنوان چھُ ''سَماس پرٛکریاَ''۔ سماس چھُ سنسکرت زبانہِ ہُند لفظ یمیُک معنی زَن مرکب چھُ۔ یتھ پاٹھۍ چھُ اَتھ بابس منز کأشرِ زبانہِ ہندین مرکب الفاظن ہند ذِکر۔ ایشور کول چھُ کأشرِ زبانہ ہندۍ مرکب لفظ ژورِ قسمہ مانان:۔ گوڈنیُک قسم چھُ یتھ منز زَن بیون بیون معنی وألۍ زٕ لفظ پانہٕ وأنۍ رٕلتھ اَکھ لفظ بناوان چھِ۔ اَتھ چھُ دوندوسماس ناو۔ مثلاً: تاپھ گٹہٕ۔ دویم چھُ کرمدھارَ رِے سَماس۔ اَتھ چھُ گوڈنیُک حصہٕ عموماً صفت آسان مثلاً: موٚٹہ گُرِ ستۍ آو۔ ترٛیٚم قسمہ کس چھُ ناو تتپُرش۔ اَمُچ مثال چھےٚ: راز پوٚتھر۔ ژُوریُم قسم چھُ بَہری ھی۔ تہٕ اَمُچ مثال چھےٚ: ہُونی بُتھ۔ یتین ونہ بہٕ یہ کتھ زِ ایشور کولن چھُ سنسکرت کیٚن مرکب لفظن ہندس طرزس پیٹھ کأشرین مرکب لفظن ہُند ذِکر کرنٕچ کُوشش کٔرمٕژ۔ اَما پوز پُورپاٹھۍ چھُن نہ ہیکی مُتۍ ویژھناؤتھ۔

ژُورِمہ بابُک عنوان چھُ: ''تردھِت پرکریا''۔ 193 سُوترن پیٹھ مشتمل اَتھ بابس منز چھ secondary derivatives یعنی تمن ثانوی علامتن ہُند تفصیلی بیان یم زن اسم یا صفتس ستۍ رٕلتھ نٔوۍ لفظ بناونس منز مدد کران چھِ۔ مثلاً: ''پوٚز اپرٛز شبد ابھِیام یور''34 یعنی پوٚز تہٕ اپرٛز لفظن ستۍ ''یور'' رَلاوِنہ ستۍ چھُ صفت بنان۔ یعنی پرٛزی یور، اپرٛزیوٚ ربیترِ۔ بیا کھ سُوتر چھُ ''وِشیشیاتانامر''35 یعنی صفتس ستۍ ''اَر'' جوڑنہ ستۍ چھُ اسم بنان مثلاً کرہُن۔ کریہنیر، کوٚب۔ کوبیر، نیُول۔ نیٖر۔ یتھ

پاٹھی چھِ 193 سوترن منز مول لفظو پیٹھ نوی لفظ بناونکین قاعدن پیٹھ تفصیل سان ذِکر کرنہ آمُت۔

پانژِمس بابس چھُ عنوان ''اَویے پَرکریا''۔ اَویے چھِ غارمُتصرف لَفظن وَنان۔ اَما پوٚ زیم مِثالہ ایشور کولن دِژمٕژ چھےٚ تمن چھُنہ غارمُت حرف لفظن ستۍ کانہہ واٹھ باسان۔ مثلن سُوترچھُ ''دھاتُھےَ آن اَویے''36 یعنی infinite verb اَس ستۍ یُس آن لگان چھُ سُہ چھُ اویے مثلاً: ویٚنٹھان آو۔ تتھے پاٹھی چھُ بیٚاکھ اکھ سُوتر ''لِنگا بھیکشنے چ''37 یعنی صِفت فعل یُس زن دوہراونہٕ یِی مثلاً: گوٚب گوٚب چھُ پکان۔ اَتھ بابس منز چھِ کُل پانژہ سُوتر۔

شیٖمہ بابک عنوان چھُ ''ستری پَرتییے پَرکرن''۔31 سُوترن پیٹھ مشتمل اَتھ بابس منز چھُ ایشور کولن تمن پوٚت لگیٚن ہُند ذِکر کوٚرمُت یم زن مذکر لفظن ستۍ رَلاونہ ستۍ مونث لفظ بناونس منز مددکران چھِ۔ مثلاً اکھ سُوتر چھُ: ''منُشّے جاتیہ سروتژ بابے''38 یعنی گُنہ ذآژ یا کأنسہ پیٚشہِ وَرسنز زَنانہ معنی ظاہر کرنہ باپت تتھ ذآژ یا پیشہ کِس ناوس ستۍ ''بابے'' پوٚتلوٚگ رلاونہ ستۍ چھُ تمہِ ذآژ یا پیشہ ور سٕنز زنانہٕ معنی ظاہر گژھان مثلاً: کولِہ بابے، دربابے، سونٕرِ بابے، دوٚبِ بابے، کھارٕ بابے۔ بیترِ۔

اکھ سُوتر چھُ ''لانتانام جہ''39 یعنی مذکر لفظُک پٔتیٖم حرف اگر ''ل'' چھُ سُہ چھُ مونث بناونہٕ باپت ''ج'' حرفس منز بدلان مثلاً: گرال۔ کرأج۔ گاٹل۔ گاٹج۔ تتھے پاٹھی چھُ بیٚاکھ اکھ سُوتر'' کورگانتانام چورگہ''40 یعنی مذکر لفظس اگر پٔتیٖم حرف ک، کھ یا گ چھُ سُہ چھُ بالترتیب چ، چھ یا ج بنان۔ مثلاً: ژ

ٚوک ۔ژٚوچ، ہٚو کھ، ہٚو چھ۔ درٚوگ ۔ درٚوج۔

سٔتمہِ بابک عنوان چھُ ''آکھیٚات پرکریا''۔ آکھیٚاتک مطلب چھُ فعل۔ اَتھ منز چھُ کاشرِ زبانہِ منز ورتاونہٕ یِنہٕ والین verb root اَن ہُند اکھ فہرست دِنہٕ آمُت۔ اَمہِ مطابق چھِ کاشرِ زبانہِ منز کُل نوشتھ تہٕ شتوٗہ verb root یمن منز زن فعلِ لازم تہ فعلِ متعدی، دوٚنوٕے شامِل چھِ۔

أٹھمہ بابک عنوان تہِ چھُ ''آکھیٚات پرکریا'' تہ یہِ چھُ ژون حصن منز تقسیم۔ گوڈنِکہ حصک عنوان چھُ ''ورتمان پاد''۔ اَتھ منز چھِ 59 سُوتر یمن منز زن زمانے حال ظاہر کرنہ باپت استعمال سپدن والین تصریفی علامتن ہُند ذِکر چھُ۔ مثلاً ''ورتمانایام چھُ۔ چھِ۔ چھُکھ۔ چھِو۔ چھُس۔ چھِ ہمسی۔ چھیہ، چھیہ، چھکھ۔ چھوٕ۔ چھس۔ چھیہ ستری یام''41 یعنی زمانہ حال ہاونہ باپت چھِ مذکرس ستی چھُ۔ چھِ۔ چھُکھ۔ چھِو۔ چھُس۔ چھِ۔ تہ موٗنثس ستی چھیہ، چھیہ، چھکھ، چھوٕ۔ چھس۔ چھیہ ورتاونہٕ یِوان۔

دوٚیمہِ حصک عنوان چھُ ''بھوشییت پاد''۔ اَتھ منز چھِ 35 سُوتر یمن منز زن زمانہ مستقبل ظاہر کرنہ باپت مختلف تصریفی علامتن ہُند ذِکر چھُ۔ تِتھے پٲٹھی چھُ اَمہِ بابک ترٛیم حصہ زمانہ ماضی باپت استعمال سپدن والین تصریفی علامتن ہُن اشارٕ کران اَتھ منز چھِ کُل 97 سُوتر۔

اَمہِ بابہ کہِ ژُورِمہ حصک عنوان چھُ ''ہےتُ پاد''۔ یعنی 34 سوترن پیٹھ مشتمل اَتھ حصس منز چھ علّتِ فاعلیہک ذِکر۔ علّتِ فاعلی یعنی یِیلہ زن فاعل پانہ کأم نہ کٔرتھ بییس اتھ کأم کرناوان چھُ۔ ایشورکول چھِ ونان ''ہےتاودھاتور آو''42 یعنی علت ظاہر کرنہ باپت چھُ verb root اَس ستی ''آو'' رلاونہٕ یِوان مثلاً

پرناوان چھُ۔ یتھ پأٹھی چھُ سُوترس منز ''آو'' پؠوتلوگ وننہ آمُت۔ اَماپؠوز مثال چھِ ناو ہاوان۔

کشمیرشبدامرٔتم کہٕ ئوٗمہ تہٕ أخری بابک عنوان چھُ ''کرٔدنت پرکریا''۔ یہ باب تہٕ چھُ دون حصن پیٹھ مشتمل۔ گوڈنِکہِ حصُک عنوان چھُ ''کرٔتکرٔ یاپادٕ''۔ اَتھ منز چھِ کل 51 سُوترٕ یمن منز زن participal verbاُک ذِکر چھُ۔ دوٚیمہ حصُک عنوان چھُ ''بھاوپادٕ''۔ اَتھ منز چھِ 92 سُوترٕ یمن منز زن تمن علامتن ہُند ذِکر چھُ یِم فعل یعنی ورب روٗٹس سٍتؠ رلاوِنہ سٍتؠ اسم یا صفت لفظ بنان چھِ۔

یتھ پأٹھی چھِ ایشور کولن اَتھ گرامرس منز کأشرِ زبأنی ہنٛدِس پرٔتھ کُنہ پہلوٗہس پیٹھ، سوائے جملن ہنز ساخت، کتھ کرمٕژ۔ اَماپؠوز اَتھ پیٹھ چھُ بروٚنہہ کُن تحقیق کرنُک ضرورت۔

## حوالہٕ تہٕ حاشیہ

1. *a,a,i,i,u,u,R,R,lR,lR,e,ai,o,au,am,ah,k,kh,g,*

   *KashmirsabdamRtam,c,ch,j,th,d,t,th,d,n,p,ph,b,bh,m,y,r,l,v,s,s,s,h,ks.*

   *KashmirsabdamRtam*-p.3

2. *udantanam pumsi- KashmirsabdamRtam*-2-1-2

3. *sandhi siddhi padesu- KashmirsabdamRtam*-1-1

4. *na vakyesu- KashmirsabdamRtam*-1-2

5. Morphological structure of a word is called *pada*.

6. *asavarna akarasya lopah- KashmirsabdamRtam* -1-4

7. *akare akara lopah- KashmirsabdamRtam* -1-5 (k)

8. *svarah savarne dirgha paratopau- KashmirsabdamRtam*-1-5

9. *akara ikara e - KashmirsabdamRtam* -1-6

10. *uka:ra o- KashmirsabdamRtam*- 1-7

11. *ad gunah e.g, rama + iccha = rameccha; rama: + isa= ramesa; gahga + udakam=gahgodakam*

12. *akarantanam prathmaika bahutve- KashmirsabdamRtam*-2-1-11

13. *udant tavargasya cavargah prathama bahutvadisu- KashmirsabdamRtam*- 2-1-22

14. *uvarnantanamikarah- KashmirsabdamRtam*-2-1-30

15. *Ibid*- I feel that it is an example of palatalization.

16. *na pratyaye sarvatra- KashmirsabdamRtam* -2-1-12

17. *Ibid.*

18. .... *Hetau sutinnanto sutyantau va- KashmirsabdamRtam* -2-1-59

19. .... *TRtiyayam au sutin pratyayah- KashmirsabdamRtam*-2-1-34

20. *Ibid*-2-1-59

21. *saharthayam snau- KashmirsabdamRtam*-2-21-60

22. *caturthyam kyut kitsantau pumstri karmaikatah- KashmirsabdamRtam*-2-1-54

23. *samanya caturthyam putshya- KashmirsabdamRtam*-2-1-63

24. *sambandh sasthi prayogalihgat tRtiya prayogalihgadva caturthyam putshya pratyayyah syat- KashmirsabdamRtam*-p.39

25. *khotu nis va apaya pancamyam- KashmirsabdamRtam*-2-1-62

26. *pancamyamidautau pyathantau nisantau andratau va- KashmirsabdamRtam*-2-1-65

27. *pum pranin ekatva sambandhe hasya sah sarvatra- KashmirsabdamRtam*-2-1-46

28. *stri sambandhaikanekatve snau hundantavekatve- KashmirsabdamRtam*

2-1-42

29. *apranina pumsokukyau pumsi- KashmirsabdamRtam* -2-1-48

30. *adhikarne kyatha antau- KashmirsabdamRtam*-2-1-53

31. *saptamyam snavandarmanzpyathantau svartha bhedatah- KashmirsabdamRtam*-2-1-52

32. *ante sa pratyayasca- KashmirsabdamRtam*-2-2-3

33.*hatasahe purvam va- KashmirsabdamRtam*-2-2-4

34. *poz apuz sabdabhyam yor- KashmirsabdamRtam*-4-22

35. *visesyayattanamar- KashmirsabdamRtam*-4-41

36. *dhatubhya anavyaye- KashmirsabdamRtam*-5-2

37. *lihgabhiksnyen ca- KashmirsabdamRtam*-5-5

38. *manusya jateh sarvatra bay- KashmirsabdamRtam*-6-2

39. *lantanam jah- KashmirsabdamRtam*-5-52

40. *kavargantanam cavargadesah kramat- KashmirsabdamRtam*-5-47

41. *Ibid*-8-1-11; 8-1-12

42. *hetau dhatorav- KashmirsabdamRtam*-8-4-2

# اسلوب تہ اسلوبیات

شیخ اعجاز

اسلوبیات (Stylistics) چھَ لِسانیاتٕچ سو شاخ یُس یمہِ ستۍ اَدبی زَبانہ تہٕ ادب پارَن ہنٛز وِیژھنَے لِسانیات چہِ روشنی منٛز کَرنہٕ چھےٚ یِوان۔ بیٚیَن لفظَن منٛز وَنو زِ لِسانٲنی طریقہٕ کارَن تہٕ اصوٗلَن ہنٛدِس اَدبَس تہٕ اَدبی زبانہِ ہنٛدِس مُطالعَس تہٕ تجزِیَس منٛز استعمال کَرنہٕ یِنَس چھِ اسلوبیات وَنان۔

اسلوبیاتَس چھُ لِسانیاتَس ستۍ سیٹھاہ قریبی رِشتہٕ تِکیٛازِ (سو) زبان یوسہٕ لِسانیات خاطرٕ مَواد (Subject Matter) فراہَم چھَ کَران سوے زَبان چھَ اَدبہٕ خاطرٕ تہِ باوَژہنٛدی سامان مہیٛا کران۔ اسلوبیاتَس منٛز چھُ لِسانٲنی نَظریَن، اصوٗلَن تہٕ طریقہٕ کارَن ہُنٛد اِطلاق (Application) ادبی زبانہِ ہنٛزِ وِیژھنَیہ منٛز سَپدان، اَوِ موٗجوٗب چھُ یہِ اِطلاقی لِسانیات کِس دٲیرَس منٛز تھاونہٕ یِوان۔ اِطلاقی لِسانیات چھَ لِسانیاتٕچ سو شاخ یَتھ منٛز لِسانٲنی طریقہٕ کار تہٕ اصوٗل بیٚیہِ کُنہِ موضوٗعَس یا دٲیرَس پیٹھ لاگوٗ کَرنہٕ چھِ یِوان۔ خاصکَرِتھ چھُ اسلوبیاتَس منٛز لِسانٲنی نَظریَن تہٕ اصوٗلَن ہُنٛد پوٗرِ پوٗر استعمال سَپدان۔ لِسانیاتَس منٛز یِم تہٕ نٔوی نظرِیہِ وَقتہٕ وَقتہٕ بارَسس آیہِ تِہُنٛد آو ادبی زبانہِ ہنٛدِس تجزِیَس منٛز تہِ استعمال کَرنہٕ۔

اسلوبیاتَس منز چھُ اسلوٗب بَڈ کَڈنَس بُنیاۓ دی تِیثیت حاصِل ۔ اَوے چھِ اسلوبیاتَس اسلوٗبک مُطالعہٕ (Study Of Style) تہٕ وَنان ۔ عمومی طور ہیٚکو کانٛہہ کاَم کرنہٕ ہِکس طرزَس یا طریقہٕ کارَس اسلوب (Style) وَنتھ ۔ مثلاً نٔژنک اسلوب، گیوٚنک اسلوب بیترِ ۔ اسلوبیاتَس منز چھُ اسلوب ادبی زبانہٕ ہٕندِ تعلقہٕ بیان یِوان کرنہٕ ۔ اَتھ منز چھُ یہِ وُچھنہٕ یِوان زِ اَکھ ادیب یا قلمکار کِتھہٕ پاٹھی تہٕ کمہِ اندازٕ چھُ زبانہ ہٕندی مُہیاوٕسیلہٕ استعمال کران تہٕ تِژھہٕ خصوٗصیژ چھَ بدِ کَڈنٕچ کوٗشش سپدان یِم تمِی ہٕندِس اسلوٗبَس باقیہٕ قلمکارَونِش ممتاز چھِ کران ۔ دوٚیمین لفظَن منز ہیٚکو اَتھ ادیب سٕنٛز لیکھَن تڑاے تہٕ وَنتھ ۔ اسلوٗبَس تعریفکِ جامہٕ وَلنٕ چھِ سیٹھاہ مُشکِل کاَم تِکیازِ اسلوٗب چھُ لِسانیات، (ادبی) تنقید تہٕ جَمالیات ہِوٚین وَرگہٕ مضموٗنَن منز مُستقل طور زیرِ بحث روٗدمُت ۔ چوٗنکہِ یِمَن شیٚبَن تہٕ دآیِرن سٕتی تعلُق تھاوَن والیو ماہِرَو چھَ اسلوٗبٕچ وِیژھنَے پَنٕنہٕ پَنٕنہٕ اندازٕ کرٕمٕژ لہٰذا چھِ اَمکی مختلف تہٕ بیوٚن بیوٚن تعریف بارَسَس آمژٕ ۔ مثلاً سیموٗیل ویزلے (Samuel Wesley) سٕندِ خاطرٕ چھُ یہِ 'خیالَن ہُند پوشاک' (Dress Of Thought) تہٕ جاناتھَن سُوِفٹ (Jhonathan Swift) چھ مناسِب جاین پیٹھ مناسب الفاظ' وَرتاوِنَس اسلوٗب وَنان ۔ مشہوٗر فرانسیسی مُفکِر بفون (Buffon) سٕنٛز 'اسلوٗب (اِے) چھُ شخص' (Style Is The Man) تعریف چھَ زبان زدِعام ۔ کارل پروسٹ (Karl Proust) سٕنٛدِ مطابِق چھُ اسلوٗب ادیب سٕندِ خاطرٕ سوے حیثیت تھاوان یوسہٕ رنگ اَکِس رنگ ساز سٕندِ خاطرٕ تھاوان چھُ ۔ موخصر وَنو زِ اسلوٗب چھُ واریاہہٕ اندازِ بیان سپُدمُت ۔

یہِ کتھ زیرِ نظر تھاوِتھ چھُ مشہوٗر ماہِر اسلوبیات نِلز ایرک اینکوسٹَن (Nils

Erik Enkvist) پننِس مشہوٗر مضموٗنَس 'On Defining Style' منٛز اسلوٗب بیان کرنٕکی مختلف انداز یا اپروچ (Approach) بَدِ کڈی متہٕ۔ یِم انداز چھِ اسلوٗبچ ویٛژھنے یتھہِ کنٛی کران:

(i) Style as Embellishment

(ii) Style as the choice between alternate expressions

(iii)Style as the ste of individual characteristics

(iv)Style as deviation from norm.

(v)Style as a set of relations among linguistic entities that are statable in terms of wider spans of text than the sentence

یعنی اسلوٗب:

(i) بحیثیت صَنائع

(ii) مختلف باوژَن درمیان اختیاری ژأر

(iii) بحیثیت اِنفرادی خصوٗصیژ۔

(iv) مُرٛوجہ اصوٗلو نِشہِ اِنحراف۔

(v) بحیثیت اَکھ رِشتَن ہُنٛد سِلسلہٕ یُس جُملہٕ کھوتہٕ ہیٛوٚر سأری سیٛ متنَس سٍتۍ تعلُق چھُ تھاوان۔

چوٗنکہ ادبُک اِظہار چھُ زبانہِ ہٕندِ وَساطتہٕ سَپدان لہٰذا چھُنہٕ اسلوٗبُک تشکیل تہٕ تعمیر زبأنۍ ہٕندِ وَساطتہٕ بغأر مُمکن۔ یِہ کَتھ چھَ صاف زِ پرٛیتھ کانٛہہ قلمکار چھُ زبانہِ ہٕندیٚن دستیاب وٕسیلَن پَنٕنہِ برِ تہٕ صلاحیژ مُطأبق استعمال کران۔ اَتھ عَملہِ دوران چھُ اَکھ ادیب یا شأعر زبانہِ منٛز ضروٗرتہٕ مُطأبق ژَٹھ کپٹھ کران تہٕ رَدوبدل تہِ، یِمہِ سٍتۍ تٔمۍ سُنٛد الگ اسلوٗب وجوٗدَس چھُ یِوان۔ دۄیمیٚن لفظَن

منٛز ہیکَو وٕنِتھ زِ تِمَو ہٕندِس اسلوٗبَس منٛز چھَ کینٛہہ تٔژھہٕ لِسانی خصوٗصیژ دٕرِینٛٹھ گژھان یِم تِتھ اَکھ الگ پٔز زٕنتھ بَخشان چھَ۔ یِم خصوٗصیژ ہیکَن زبٲنی ہٕندیٚن مختلف سۆتھریٚن پیٚٹھ لَبنہٕ یِتھ۔ مثلاً پروفیسر گوپی چند نارنگ چھُ میر تقی میرٕ سٕنٛز شاعری ہُند اسلوٗبیاتی تجزیہ کَرِتھ یہِ گَتھ ثابت کران زِ باقٕے اردو شاعرَو نسبت چھَ تِمَو سٕنٛزِ شاعری منٛز زیٛٹھیٚن مصوتَن (Long Vowels) ہُند زیادٕ استعمال سپُد مُت۔ بہر حال اسلوٗبیاتُک بُنیٲدی کٲم چھُ کٲنٛسہِ ادیبَس یا ادب پارَس ہٕنٛزٕ خصوٗصیژ بَدِ کڈنہِ آسان۔ اردو زبانہِ ہُند مشہوٗر ماہر اسلوٗبیات پروفیسر مرزا خلیل احمد بیگ چھُ یہِ گَتھ بوٗنہٕ کَنہِ لیکھتھ فارمولایہِ ذٔریعہِ بیان کران:

لسانیاتی+اسلوبی خصائص کی شناخت=اسلوبیاتی تنقید

وونی گۆو ماہرِ اسلوٗبیات سٕنٛز کٲم چھنہٕ یِم خصوٗصیژ بَدِ کڈنہٕ سٟتی یوت اَنٛد واتان بلکہِ چھِ تَس یہِ کٲم تہِ مَتہِ زِ سُہ کَرِ یِمَن خصوٗصیژن ہٕنٛز (ادبی فن پارَس منٛز) معنوی تہٕ ادبی اہمیت تہِ وضع تہٕ متعین کَرنٕچ کوٗشش۔ یعنی اسلوٗبیاتی تجزیہ گژھہِ یہِ تہِ واضح کَرُن زِ یِم خصوٗصیژ کِتھہٕ پٲٹھۍ ادب پارٕکِس جمالیاتی حُسنَس تہٕ معنوی جہتَس منٛز نہٕ صِرف فِٹ (Fit) گژھان بلکہِ تِتھ ہُریٛر کران۔

مثلاً ہیمنگ وے (E.Hemingway) سُنٛد زِ مشہوٗر ناولہِ 'A Farewell To Arms' منٛز چھُ موسمُک (Weather) ذِکر پھِرِ پھِرِ سپدان ییٚمہِ کِنۍ اَتھ منٛز موسمَس سٟتۍ وابستہٕ الفاظَن ہُند کٲفی تعداد استعمال چھُ سپُد مُت۔ اَکِس ماہرِ اسلوٗبیات سٕنٛدِ خٲطرٕ چھَ یہِ اسلوٗبی خصوٗصیت سیٹھاہ اہمیت تھاوان تہٕ سُہ چھُ اَمیُک وجہ معلوٗم کَرنٕچ کوٗشش کران تِکیازِ تِمَو سٕنٛدِ خٲطرٕ چھنہٕ یہِ استعمال بے معنی بلکہ معنہِ سوو یُس پوٗرِ ناولہِ ہٕندِس معنیَس کُنہِ نتہٕ کُنہِ رٔنگۍ ہُریٛر چھُ کران۔

اسلوٗبیاتُک مضمون چھُنہٕ زیادٕ پرٚون۔ امیُک آغاز گوٚو وُہمہِ صدی ہٕندِ نصفہ پیٚٹھہٕ شروع ییلہِ تنقید نِگارَن ہُند ظوٗن ادبی زبانہِ ہٕندِس تجزِیَس منٛز لِسانٔی اصوٗل کامہِ لاگنَس کُن پھیوٗرتہٕ ماہِر لسانیاتو تہٕ ادبی ناقدو گراکھ اَکس نزدیک یتھ ادبی تنقیدَس منٛز لِسانیاتُک رول وضع کرنٕچ مُشترکہٕ کوٗشش۔ اَمہِ قسمٕچ اَکھ اہم کوٗشش سپٕز 1953ء منٛز امریکہ چہِ انڈیانا (Indiana) یونیورسٹی منٛز سپدَن وأنٕس سیمنارَکس صوٗرتَس منٛز یتھ منٛز زبان تہٕ ادب کس موضوٗعَس خاصکٔر تھ شأعری ہٕندِس مُطالعَس منٛز لِسانیاتَکس عملی پہلوٗہَس دَل دِنہٕ آو۔ اَمہِ قسمٕچ بیاکھ کانفرنس آیہِ أتھی یونیورسٹی منٛز سوشل سائنس ریسرچ کونسل کہِ ایرِ اہتمامہٕ اپریل 1958ء منٛز اسلوٗب کس موضوٗعَس پیٹھ منعقد کرنہٕ یتھ منٛز اسلوٗب چہِ اہمیژ، نوعیژ تہٕ خصوٗصیژ زیرِ بحث اَنہٕ آیہِ تہٕ ادبی تہٕ شعری اسلوٗب کیٚن صوتی، مارفیمیأتی جملتیٚ تہٕ معنوی پہلووَن ہٕنٛز ویٚژھنَے سپدَن علاوٕ بٔرتہٕ وَزَن ہوٚینٛ مَسلَن پیٹھ لِسانٔی نقطہٕ نظرٕ مُطابِق گاش ترٛاونہٕ آو۔ اَتھ کانفرنسہِ منٛز یِمو عالمو مَقالہٕ پٔری تِمَن منٛز چھِ آے اے رچرڈز، راجر براوٗن، سیمور بی چیٹمین، رُولان ویلز، آر کی بالڈاے ہِل، جان بی کیرل، رچرڈ ایم ڈورسن، ڈیل ہایمز تہٕ ٹامَس اے سیبوک ہوی ناوقأبلِ ذِکر۔ اَتھ کانفرنسہِ منٛز پرنہٕ ینہٕ وألی مَقالہٕ کٔری ٹامَس اے سیبیو کُن کِتأبی صوٗرتَس منٛز مُرتَب یوسہٕ 1960ء منٛز 'Style In Language' ناوی شایع سپٕز۔ یہِ کِتاب چھِ اسلوبیات کس تأریٚخَس منٛز میلہٕ کنہٕ ہٕنٛز حیثیت تھاوان۔ اَمہِ کِتابہِ سٟتؠ گئے اسلوبیاتٕکی خدوخال واضح تہٕ اسلوبیأتی تجزِیچ وَتھ سپٕز متعین۔ تَنہٕ پیٹھہٕ اَز تام چھُ اسلوبیات ماہِر لسانیاتَن تہٕ ادبی اسکالرَن ہٕند خاطرٕ اَکھ دِلچسپ موضوع رؤدمُت تہٕ أمی چھ نہ صِرف

لسانیاتَس منز بلکہِ ادبی تنقیدَس منز تہِ اکھ اہم حیثیت پرٛاوِمٕژ۔
یہِ زَن برٛونٹھہ تہِ وَننہٕ آو اسلوبیاتی تجزیہ چھُ زبانہٕ ہٕندٮ۪ن سارِنٕے سوٗتھرٮ۪ن ہُند احاطہٕ کران۔ اَتھ بُنیادَس پیٹھ ہیکَو اسلوبیاتکۍ مختلف ذیلی قسم تہِ گنزرِتھ۔ مثلاً صوتی اسلوبیات (Phonostylistics) مارفیمیائی اسلوبیات (Morpho Stylistics)، جُملتیٖ اسلوبیات (Syntactico-Stylistics)، لفظی اسلوبیات (Lexico-Stylistics) تہٕ معنیائی اسلوبیات (Semantico-Stylistics)۔ یہِ زَن یِمو ذیلی قسمو ہٕند یُوناوَو تلہٕ واضح چھُ پرٛیِتھ کُنہِ قسمَس چھُ پَنُن پَنُن موضوع یا دائرِ کار تہٕ یِم چھِ پَنٕنس پَنٕنس دائرَس اَندر رٮ۪نہٕ والہِ سوٗتھرِ چ اسلوٗبی خصوٗصیژ بَدِ کڈان۔
صوتی اسلوبیاتَس منز چھَ فَن پارچہِ صوتی خصوٗصیژ زیرِ نظر روزان۔ اَتھ منز چھُ اسلوبیائی تجزیہِ نِگار یہِ وُچھنچ کوٗشش کران زِ ادیبَن یا فَن کارَن کِتھہٕ کٕنۍ چھَ زبانہِ منز موٗجوٗد آواز (صوتیم) کامہِ لاجہٕ مَژ تہِ کَم صوتی خصوٗصیژ چھَ تَمی سِندِ اسلوٗبچ شناخت بَنیمٕژ۔ یِمَن منز ہیکَن قافیہ، آہنگ (Rhythm)، مصمتی تکرار (Alliteration)، صوتی ربط (Consonance) تہٕ مصوتی تکرار (Assonance) ہِشہِ خصوٗصیژ شامِل اَستھ۔ مارفیمیائی سطحَس پیٹھ چھَ مارفیمَن تہٕ تِہنٛدِس استعمالَس پیٹھ نظر آسان۔ یہِ زَن معلوٗم چھُ زِ جدید لسانیاتَس منز چھُ مارفیم (Morpheme) صوتیم (Phoneme) کھوتہٕ بڈٕ تہٕ لفظہٕ کھوتہٕ لوٚکٕٹ اکائی مانہٕ یِوان۔ یِمَن مارفیمَن ہٕندِ یِکہٕ وَٹہٕ رَلنہٕ سٟتۍ چھُ لفظَن وجوٗد میلان۔ چوٗنکہ مارفیمیائی سطح چھُ لفظَن ہُند تہِ احاطہٕ کران لہٰذا ہیکَو لفظی اسلوبیات تہٕ مارفیمیائی اسلوبیات کہِ اشتراکہٕ لُغوی یا لَفظہٕ سوٗتھرِس پیٹھ فَن پارک اسلوبیائی تجزیہ کرِتھ۔ اَتھ

تجزیَس منٛز چھُ لفظن ہُند بَنُن ، تِہنٛد تلہٕ تٕ اوتہٕ استعمال بیترِ تجزیہ چھ کُہہ وَچھہٕ
کھالنہٕ یِوان۔ اَتھ سوٗتھرِس پیٹھ چھُ لفظہ تھٔرے (Word Formation)، ہم
معنویَت (Synonym)، اِبہام (Ambiguity) ہِشَن خصوٗصیژن تہٕ دَل لگان۔
اَدبی زبانٛی ہنٛز اکھ اہم خصوٗصیت چھےٚ زِ ادیب یا شاعر چھِ نٔوی لفظ بناوٕنس تہٕ
تِہندِس استعمالَس ژ راہمیت دِوان۔ اَمہِ قسمٕچ تخلیقیت (Creativity) چھےٚ ادبی زبانہ
خاصکرِتھ شاعری ہنٛزِ زبانہ ہنٛز اکھ پرٛزلوٕنی خصوٗصیت۔
جُملتیٚ سوٗتھرِس (Syntactic Level) پیٹھ چھُ اسلوٗبیاتی تجزیہ خاطرٕ وافر مواد مہیا
آسان۔ جُملَن ہنٛز بَناوٹ، جُملَن منٛز لفظَن ہُند استعمال، تِہنٛد ترتیب، بیترِ چیز
چھِ جُملتیٚ اسلوبیاتکی خاص موضوع۔ اَمہِ علاوٕ چھےٚ اکِ خیالہٕ چھِ باوٕژ خاطرٕ جُملتیٚ
سوٗتھرِس پیٹھ مختلف صوٗرژ موٗجوٗد آسان۔ مُروجہٕ جُملتیٚ اصوٗلَن نِشہٕ اِنحراف
(Deviation) چھےٚ ادبی زبانہٕ ہنٛز اکھ مأنی ہِش خأصیت یتھ پیٹھ اسلوٗبٕچ اکھ
تعریفِ (Style is the deviation from norm) تہٕ مَبنی چھےٚ۔ اَمہِ قسمہٕ چہٕ خصوٗصیژ
تہٕ چھےٚ جُملتیٚ اسلوٗبیاتُک موضوع۔ معنیأتی اسلوبیاتَس منٛز چھِ اِستعارٕ، تشبیہہ،
قولِ محال (Paradox) ہوی اسلوٗبی خصأیص تہٕ تِہنٛز معنوی ہیٔت زیرِ نظر روزان۔
موختصر وَنو زِ لسانیات ییمہٕ تہٕ زآوی یہ زبانٛی وُچھان چھُ، اسلوبیات چھُ تم
سأری زآوی یہ ادبی زبانٛی ہنٛز ویٚژھنیہ منٛز ورتاوان۔ وونی گوٚو یہ وُچھُن چھُ
ماہرِ اسلوبیات سنٛز کام زِ سہ کمہِ زآوی یہ تہٕ کمہِ مقصدٕ کرِ ادبی فن پارٕچ
ویٚژھنے۔
اسلوبیاتَس متعلق چھےٚ یہ گتھ ژیٚنٛس تھاوٕنی زِ اَتھ منٛز چھُ توضیحی (Descriptive)
انداز پاناوٕنہٕ یِوان یعنی اَتھ منٛز چھےٚ مُصنف یا فن پارٕکہٕ اسلوٗبٕچ ویٚژھنے

سَپدان۔ اَتھ منز چھُ ماہرِ اسلوبیات سُند توجہ یَتھ کتھہِ پیٹھ مرکوز آسان زِ فن کارن کتھہِ پأٹھی چھُ زبان استعمال کرمژ۔ یعنی اسلوبیأتی نقاد سُند مقصد چھُ ادیب سِندِ ذٕسی استعمال سپز مژ زبأنی ہنز ویژھنے کرنی آسان نہٕ زِیہ بیان کرُن زِ تمِس کتھہِ کنی پیو ہے زبان استعمال کرنی۔

اسلوبیاتس منز چھُ فن پارکس متنس تجزیہ سپدان۔ اَتھ منز چھُ ادبی متنس مرکزی حیثیت حاصِل۔ دوٚیمین لفظن منز ہیکوٚ یہِ وٕنتھ زِ اسلوبیات چھُ ادب پارس اکھ آزاد تہٕ خودمختار وجوٗد مانان۔ یعنی اَتھ منز چھُ صرف متنہٕ کس تجزیس پیٹھ زور آسان تہٕ متنہٕ نیبرِم چیز تہٕ عوأمِل مثلاً مصنف سِنز ذأتی زندگی، حالات، اوٚند پوٚکھ بیترِ چھنہٕ اَتھ تجزیس منز کانہہ اہمیت تھاوان۔ اَوے موجوٗب چھُ اَمہِ قسمُک تجزیہٕ متن مرکزی (Text-Centered Or Text- Oriented تجزیہ مانہٕ یوان۔

سائنسی تہٕ معروضی (Objective) اندازِ نظر تہٕ چھُ اسلوبیأتی تنقیدس روأیتی تنقیدِ نشہِ الگ کران۔ یتہٕ زن روأیتی تنقید تاثرأتی (Impressionistic)، ذوقی تہٕ تخیلی آسان چھُ تتہٕ چھُ اسلوبیات مُشأہدأتی تہٕ معروضی آسان تہٕ اَتھ منز چھُ اختصار(Precision) کامہِ لأگتھہ نتیجہ اخذ کرنہٕ یوان۔ اَمہِ قسمُک تجزیہ چھُ ادب پارٕ سمجھنس منز تہٕ تمہِ ستی محظوٗظ گژھنس منز پَرن وألس کأفی اتھہٕ روٚٹ کران۔

گنہِ ادب پارُک اسلوبیأتی تجزیہ چھُ ترین مرحلن منز انجام دِنہٕ یوان۔ گوڈنکس مرحلس منز چھُ مَوادِچ لسأنی ویژھنے کرنہٕ یوان۔ اَمہِ پتہٕ چھُ دوٚیمس مرحلس منز اسلوٗبیأتی خصوٗصیژ بَد کڈنہٕ یوان تہٕ ترٚیمس مرحلس منز چھُ

یِمَن اسلوبیأتی خصوٗصیژَن ہِنٛدِ اسلوبیأتی استعمالُک بیان سَپدان۔

موٗخصَر وَنو زِ اسلوبیاتَن چھُ ادبی تنقیدَس منٛز اَکھ اہم مَقام پرووُمت تہٕ چھَن تنقیدٕکس مأدانَس منٛزٕنٛی چھاپ ترٛأومٕژ۔

# نفسیاتی لسانیات

شیخ اعجاز

نفسیاتی لِسانیات(Psycholinguistics)چھُ لِسانیات تہٕ نفسیات کٕیٛن شعبن ہُنٛد سُہ بین شعبہٕ جأتی (Interdisciplinary) علم یَتھ منٛز یمن ہٕنٛدِ تعاونہٕ سٟتۍ زبانہِ ہٕنٛدۍ مختلف اَنٛگ گاشراوٕنۍ کوٗشِش چھَ کرنہٕ یِوان۔ اَمہِ ذٔریعہ چھَ تِمن ذہنی عملَن تہٕ ہُنٛزَن ہنٛز ویٛژھنَے سَپدان یِم اِنسانَن منٛز زبانہِ سٟتۍ وابستہٕ مختلف عملَن مثلاً تخلیق زبان(Language Production)تہٕ زبأنۍ زان(Language Comprehension) بیترِ منٛز استعمال چھِ سَپدان یاتہِنٛدِ خأطرٕ بُنیاد فراہم کران۔

اگرچہِ نفسیاتَس منٛز زبانہِ ہُنٛد مُطالعہٕ برٛونٛہہ کالہِ پیٛٹھہٕ سَپدان اوس مگر بین شعبہ جأتی نفسیأتی لِسانیاتُک مضموٗن چھُنہٕ جادٕ پرٛون۔ موجوٗدٕ بین شعبہ جأتی شکلہِ منٛز گوٚو اَمیُک باقأعدٕ آغاز وُہمہِ صدی ہٕنٛدِس پأنٛژٕمِس دہلس منٛز۔ یٮ۪لہ 1951ء منٛز امریکہِ چہِ کارنیل (Cornell) یونیورسٹی منٛز سوشل سائنس ریسرچ کونسلِ کہِ زیرِ اہتمامہٕ اَکھ بین شعبہ جأتی کانفرنس منعقد کرنہٕ آیہِ۔ اَمہِ کانفرنسہِ دٕسۍ گیہِ لِسانیات تہٕ نفسیات کٕیٛن شعبن ہٕنٛدۍ مأہرٕ أکِسے پلیٹ فارمَس پیٛٹھ جمع تہٕ ہیٛژٕکھ لِسانیات تہٕ نفسیاتَس سٟتۍ تعلُق تھاوَن والیٛن مُشترکہِ مَسأیلَن سام۔ یہِ کانفرنس سَپزٕ بڈٕ سوٗدمند ثأبِت تہٕ اَمہِ کِسٕے اَثرٕ تَل آیہِ بٔیہِ وٕری یہِ لِسانیات

تہٕ نفسیاتچ قومی کمیٹی (National Committee on Linguistics and Psychology) تشکیل دِنہٕ۔

1953ءمنز آیہِ سوشل سائنس ریسرچ کونسل کیے زیرِ اہتمامہٕ انڈیانا (Indiana) یونیورسٹی منز ہنا بڈس پیمانس پیٹھ لِسانیات تہٕ نفسیات کیٚن شعبن پیٹھ مشتمل بیا کھ بین شعبہ جاتی کانفرنس منعقد کرنہٕ۔ اُتھی وقتس دوران آیہِ مشہوٗر ماہرِ نفسیات جارج مِلر (George Miller) تہٕ مشہوٗر ماہرِ لِسانیات نام چامسکی (Noam Chomsky) اَکھ اَکس نزدیک تہٕ تِہُنز مُشترکہٕ کامہِ سپز نفسیاتی لِسانیاتَس پوچھر دِنس منز سیٹھاہ کارآمد ثابت۔ یہٕ تہٕ نَس چھ یہ گتھ وَنُن مُناسب زِ اُتھی وقتس دوران کوٗر چامسکی یَن پننہِ مشہوٗر تغیرٚاتی گرامرُک نظریہ پیش یمہِ ستہِ لِسانیاتُک روخ مُکمل پاٹھی تبدیل سپُد۔ تمی سِنز کامہِ بدلاو لِسانیاتَس ہیٔت تہٕ اوٚنن یہِ نفسیاتَس، خاصکرِتھ بصیرتی نفسیاتَس (Cognitive Psychology) سیٹھاہ قریب۔

نفسیاتی لِسانیاتُک باڈوا گرچہ واریاہ وسیع چھُ مگر یمن موضوٗعن اَتھ منز زیادٕ توجہ میوٗل تمن منز چھِ تخلیق زبان (Language Production)، زبانہٕ زان (Language Comprehension) تہٕ حصولِ زبان (Language Acquisition) سرِ فہرست۔ اَمہِ علاوٕ آیہِ گُفتارچ خرابی (Speech Disorders)، اِشارٕ زبان (Sign Language)، لفظن ہُند معنہِ ہیچھُن بیترِ موضوٗع تہٕ زیرِ بحث اَننہٕ۔

## تخلیقِ زبان (Language Production)

یہِ چھُ سُہ موضوٗع یَتھ منز نفسیأتی لِسانیات ذریعہِ زبانہ ہنٛدِس تخلیقس تہٕ پأداوارس دوران استعمال سپدَن واجنین مختلف نفسیأتی تہٕ ذہنی عملَن پیٹھ گاش تراونہٕ چھُ یِوان۔ گفتار چھُ اَکھ پیچیدِ لسأنی تہٕ بصیرتی (Cognitive) ہُنر۔ تحقیقہِ مُطأبِق چھُ اِنسان أکِس سیکنڈس منز تقریباً پنداہ آواز پأدٕ کران یَتھ منز تقریباً اَکھ ہَتھ ماز داو (Muscles) یِکہٕ وَٹہٕ کامہِ چھِ لاگنہٕ یِوان۔ کتھ کَرنٕچ یہِ عمل چھُ ترٛین اہم مرحلَن پیٹھ مُشتمِل یِمن خاکہٕ سأزی (Conceptualization)، تشکیل (Formulation) تہٕ ترسیل یا وَناو (Articulation) ناو چھِ دِنہٕ آمتۍ۔

(i)۔ خاکہٕ سأزی:

یہِ چھُ سُہ عمل یِیمہِ ذٔریعہِ کتھ کَرن وول مطلوٗبہٕ خیالُک یا پأغامُک خاکہٕ تہٕ تصوٗر ذہنَس منز ووتلاوان چھُ۔ اَمہِ خأطرٕ چھُ سُہ حالاتَن ہنٛدِ مُناسبَتہٕ موضوٗع ژأرِتھ تمیُک ذہنی خاکہٕ بَناوان۔ اَتھ سِلسِلَس منز چھُ سُہ اِنسایِکلو پیڈیأیی علم (Encyclopedic Knowledge) تہٕ موقع جأیی علم (Situational Knowledge) تہِ ضرورتہٕ مُطأبِق استعمال کران۔ انسایِکلو پیڈیأیی علم چھِ تتھ علمس (یا زانکأری) وَنان یُس اَکھ اِنسان زندگی ہنٛدیٚن مختلف مَرحلَن پیٹھ سپدی مٔتیو تجرُبو ذٔریعہ دُنیاہَس متعلق حأصِل چھُ کران۔ دوٚیمِس قِسمَس منز چھُ تتھ خاص موقعَس سٟتۍ وابستہٕ علم تہٕ زان شأمِل یَتھ منز زبانہِ ہُند وَرتاو سپدِ۔ اَمہِ قِسمُک علم چھُ أتھۍ موقعَس نسبت موزوٗن آسان۔

(ii)۔ تشکیل:

اَتھ منز چھُ خاکہٕ سأزی ہنٛز عملہِ دوران ووننہٕ آمتِس ذہنی خاکَس لِسأنی رٕپھ

دِنہٕ یِوان۔ یہِ کرنہٕ خاطرٕ چھُ گوڈنیتھ اِنسانَس پَننہِ ذہنی لُغت یا ڈکشنری (Mental Lexicon)منز مُناسِب تہٕ موزون الفاظ ژارٕنی پیوان۔ ہَر کانٛسہِ اِنسانہٕ سٕندِس ذہنَس منز چھُ تمی سٕنز زبانٕی ہِندیٚن لفظن ہُند اکھ مُناسِب ذخیرٕ آسان یُس تمی بالہٕ پانہٕ پیٹھہٕ جمع کوٚرمُت چھُ آسان۔ اَتھ ذخیرَس چھِ ذہنی لُغت یا ذہنی ڈکشنری وَنان۔ اِنسانہٕ سٕنز اَتھ ڈکشنری منز چھُ تتھ منز موجوٗد لفظن متعلق ساٚرے واقفیت آسان یَتھ لیما اِنفارمیشن(Lemma Information) وَنان چھِ۔ اَتھ واقفیتَس منز چھُ تمہِ لفظکہِ معنی علاوٕ تتھ سٕتی وابستہٕ صوتیاتی، مارفیمیاتی تہٕ جملتٕچ واقفیت تہِ آسان۔ مثلاً 'سو' لفظُک 'لیما' چھُ یہِ زانکاری دِوان زِ یہِ لفظ چھُ مونث فاعل(Feminine Subject) ، خاطرٕ استعمال سَپدان تہٕ اَتھ سٕتی استعمال سَپدَن وول فعل (Verb) تہِ چھُ ماد جِنس (Feminine Gender) استعمال گران۔

تشکیلی عمل چھُ ترٕیَن مَرحلَن پیٹھ مُشتمل۔ گوڈنکس مرحلَس منز چھِ جُملتٕچ خاکہٕ(Syntactic Frame) تہٕ بُرتی الفاظ(Content words) ژارنہٕ یِوان۔ جُملتٕچ خاکُک دارومدار چھُ واریاہَس حدَس تام ژارنہٕ یِنہٕ والیٚن لفظَن پیٹھ آسانِ۔ مثلاً پیٹھہٕ کنہٕ دِژ اَسہِ 'سو' لفظٕچ مِثال۔ یہِ لفظ چھُ نہ صرف اَتھ سٕتی وابستہٕ جُملتٕچ خاکٕچ نِشاندہی گران بلکہِ چھُ اَتھ سٕتی یِنہٕ والیٚن باقٕے لفظن متعلق تہِ زانکاری فراہم گران۔ دوٚیمس مَرحلَس منز چھُ جُملہٕ چہ ہیٚژ تہٕ ضرورتہٕ مُطابِق لفظن منز مارفیمیاتی تغیر وتبدُل سَپدان۔ اَتھ منز چھُ لفظَن سٕتی تعلق واجٕنیٚن خصوٗصیژن مثلاً کال(Tense)، جنس(Gender) تہٕ تعداد(Number) بیترِ کُن دیان دِنہٕ یِوان۔

ترییم مرحلہٕ چھُ صوتیاتی ضروریاتَن سام ہیوان۔ اَتھ منز چھُ لفظن ہنٛدِ لفظہٕ چھلِ گرت (Syllabic Structure) علاوٕ ہکھ (Pitch) تہٕ دَباو (Stress) ہشَن خصوصیژن ہُنٛد خیال تھاونہٕ یوان۔

(iii)۔ترسیل یا وَناو:

یہِ چھَ سو عمل یَتھ منز تشکیل کِس مَرحلَس دوران تیار سَپدی مِتِس خاکَس عملی شکل چھَ دِنہٕ یِوان یُس گُفتار کِس صوٗرتَس منز بولَن تانو ڈٕسی بامَل چھُ یِوان۔ اگرچہِ یم ترٛے عَملہٕ عموماً ترتیب وار اَنداز س منز کاٗم چھِ کران مگر گَتھ کرنہٕ وِزِ ہیکَن تم یکے وَٹہٕ (Simultaneously) کاٗم کُرِتھ۔ یٖیمہِ وَقتہٕ خاکہٕ سازی ذٕری یہِ ینہٕ والہِ جُملٕکہٕ (Clause) خاطرٕ خاکہٕ تیار آسہِ سَپدان تِمی ساتہٕ ہیکہِ وَناوچہِ عملہِ ذٕری یہِ موجوٗدٕ جُملٕکہٕ بولنہٕ یِتھ۔

زبان سَمجھنٕچ عمل (Language Comprehension):

زَبان سَمجھ نٕچ عمل ہیکون وٕتھی پوٗٹھی پاٹھی ترٛیٚن حِصَن یعنی تقریری پرٛزنتھ (Speech Recognition)، ترکیبِ لفظی (Parsing) تہٕ ترجمانی (Interpretation) منز باگرِتھ۔ گوڈنیک مَرحلہٕ چھُ آوازٕ تہٕ لفظ پرٕزناوَنس سٟتؠ تعلق تھاوان۔ دوٚیمس مرحلس منز چھِ جُملَس منز موجوٗد مختلف لَفظن ہنٛز ہیئت تہٕ تِمن درمیان لَبنہٕ یِنہٕ والہِ رِشتٕچ ویٚژھنَے سپدان۔ ترجمانی ہنٛز عمل چھِ معنیاتی ویٚژھنَے سٟتؠ وابستہٕ یَتھ منز بولنہٕ ینہٕ واجنہ زبٲنؠ ہُنٛد تعلق حقیقی دُنیاہَس سٟتؠ واٹنہٕ چھُ یِوان تہٕ اَمیُک معنی چھُ بَدِ یوان کڈنہٕ۔

(i)۔تقریری پرٛزنتھ :

کتھ کرنہٕ وِزِ مختلف آوازٕ اکہِ اکہِ الگ پاٹھی پرٛزناونہٕ چھنہٕ کانٛہہ سہل کتھ بلکہ چھ یہِ اَکھ پیچیدٕ عمل ۔ بولنٕک رفتار مدِ نظر تھاوِتھ چھ کتھہ باتھہِ منٛز استعمال سپدن واجنؠ پرٛتھ کانٛہہ آواز الگ کرٕنؠ سیٹھاہ مُشکل کام۔ وُچھنہٕ چھُ آمُت زِ انسان ہیکہِ اُکس سیکنڈس منٛز دہہِ کھوتہٕ کم آوازٕ پرٛزناوِتھ۔ییلہِ زَن سُہ پیٛتر سے وقس منٛز امہِ کھوتہٕ لگ بھگ دوگنہٕ آوازٕ پادٕ چھُ کران۔ یِیٛتھہٕ چھنہٕ کتھ باتھہِ منٛز استعمال سپدن واجنؠن آوازَن منٛز باگ کانٛہہ واضح ژھیٛن آسان۔ یہِ کتھ تہٕ چھ پرٛزِ آوازَن ہندِس تُلہٕ ترٛاوس منٛز چھ نہ صرف مختلف بولَن والیٛن درمیان فرق آسان ئلکہ ہیکہِ اُکی سے نفرٕ ہندِ ذٔسی مختلف موقعن پیٛٹھ اَکے آوازٕ پادٕ کرنَس منٛز تہِ فرق لبنہٕ یتھ۔ مگر تیوٗت کرِتھ تہٕ چھُ بوزَن وول صدأے اِشارَن (Acoustic Signals) ہندِس بُنیادَس پیٛٹھ آوازٕ پرٛزناوان تہٕ ماحولہٕ مُطابِق بیارِوے کھوتہٕ زیادٕ چھان گرٛھن وأرِلس لفظَس ژاران۔

امہِ قسمٕچ لفظہٕ پرٛزنتھ یا لفظہٕ ژارِ (Word Recognition) ہنٛز عمل چھ زَبان سمجھ نَس منٛز میلہٕ کنہِ ہنٛز حیثیت تھاوان۔ ذہنی ڈکشنری منٛز کانٛہہ لفظ ژارنہٕ خاطرٕ چھ اِدراکی (Perceptual) تہٕ سیاقی (Contextual) زان پچھان اہم رول ادا کران۔ ذہنی ڈکشنری منٛز چھُ سُہ لفظ ژارنہٕ یِوان یُس دِنہٕ یِنہٕ وأرِلس انفارمیشنَس ستۍ مُطابقت تھاوان آسہِ۔مختلف صوتی اِشارَن تہٕ اِنفارمیشن کس بُنیادَس پیٛٹھ ییلہِ لفظٕچ پچھان کرنہٕ چھ یِوان، لفظہٕ پرٛزنتھ یا لفظہٕ ژارِ ہنٛز عمل چھ مُکمل سپدان۔ یتھ کتھہِ پیٛٹھ چھُ ماہرَن درمیان اِختلاف زِ ذہنی سِلسلَس منٛز چھِ زٕ نقطہٕ نظر قائیم سپدی مِتۍ یمن ترتیب وار ماڈل (Serial Model) تہٕ متوازی

عملیت (Parallel Processing) ماڈل وَنان چھِ۔ گوڈنکہِ ماڈلہٕ مُطابق چھُ لفظَن ہُند جائیزٕ ترتیب واریا اکہِ اکہِ سَپدان یِیلہِ زَن دوٚیمہِ ماڈلہٕ مُطابق مختلف لفظَن ہُند جائیزٕ بیک آن (Simultaneously) ہیٚنہٕ چھُ یِوان۔ لفظ پرٕزناونہٕ چہِ عَملہِ خاطرٕ چھِ وُنیُگ تامؔ واریاہ نظریہ پیش کرنہٕ آمتۍ یِمن منٛز Logogen Model، Cohort Model تہٕ Interactive -activation Model بیترِ شامل چھِ۔

(ii)۔ ترکیبِ لفظی:

لفظ پَرٕزناونہٕ پَتہٕ چھُ دوٚیم اہم کامؔ جُملَن منٛز لفظَن ہنٛز لِسانٔی ہیت تہٕ رول بَدٕ کڈُن آسان۔ یہِ عمل چھُ دون مرحلَن منٛز انجام دِنہٕ یِوان۔ گوڈنیتھ چھِ لفظ مَحاوَرَن (Phrase) سٟتؠ وابستہٕ یِوان کرنہٕ تہٕ دوٚیمِس مَرحلَس منٛز چھِ ترکیبَن درمیان رِشتَن ہنٛز ویٚژھنے سپدان۔ پٔتِمێن ژٕہلێن منٛز چھُ اَتھ سلسلَس منٛز واریاہ کامؔ سپٕز ہٕژ تہٕ مختلف نظریہٕ چھِ بارسَس آمتۍ۔ اَتھ سلسلس منٛز سپٕز ہٕژ کامؔ ہیٚکو ترێن مَرحلَن منٛز بأگرِتھ۔ گوڈنکس دورَس ہیٚکو تغیرٕ اٰتی دور (Transformational Era) وٕنتھ یُس سنتھہٕ کِس ژٕہلس پیٹھہ پھٲلتھ چھُ۔ دوٚیم دور چھُ شیتہٕ پیٹھہ شروٗع گژھتھ امہِ ژٕہلہِ کِس اَخرس تام پھٲلتھ۔ اَتھ چھِ اِدراکی حِکمت عملی ہُند دور (Perceptual Strategy Era) وَنان۔ امہِ ژٕہلہِ کہِ اَخری حِصہٕ پیٹھہٕ شروٗع گژھَن وٲلِس دورَس چھِ کمپیوٹر دور (Computational Era) وَنان۔ پژتھ دورَس منٛز سپٕز یِیمہِ کتھہِ ہنٛز ویٚژھنے کرنٕچ کوٗشِش زِ بوزَن وول کتھہ کٔنی چھُ لفظَن مختلف ترکیبَن (Phrases) سٟتؠ رَلاوِتھ تِہنٛز ترکیبی ہیئت تہٕ جُملَس منٛز تِہنٛدِ روٗلچ شناخت کران۔ وقتس سٟتؠ سٟتؠ چھُ اَتھ

سِلسلس منز کأنی پیش رفت سپز ہۆ مگر وُنہ تہٕ چھنہٕ اِنسانہٕ سنز اَمہِ صلاحیژ ہُند پوٗر پأٹھی اِحاطہٕ سپُد مُت۔ وۄنی گو وتحقیقہ سٟتی چھ یہ گتھ ثابت سپز ہۆ زِ اِنسأنی دماغ چھُ سیٹھاہ طاقتور تہٕ جُملَن ہنز ترکیبِ لفظی کرنہٕ خأطرٕ ہیکَن اِنسانس نِش وارِیاہ طریقہٕ تہٕ وَتہٕ موجوٗد اأستھ۔

(iii)۔ترجمأنی:

یہِ ہیکون معنیات (Semantics) تہٕ سیأقی معنیات (Pragmatics) کیٚن خانَن منز بأگرِتھ یِم لفظَن تہٕ جُملَن ہُند معنی بَدِ کڈنس سٟتی تعلُق چھِ تھاوان۔ ترکیبِ لفظی ہنزِ عَملہِ پَتہٕ چھَ جُملَن تہٕ تتھ منز موجوٗد لفظَن معنیکی جامہٕ لاگنٕ ترجمأنی ہنز کأم۔ نفسیأتی لِسأنیأتی تحقیقس منز چھِ لفظَن تہٕ جُملَن ہُند معنی بَدِ کڈنہٕ کِس سلسلَس منز وارِیاہ نظریہٕ پیش آمتی کرنہٕ یِمو ذریعہ لفظَن تہٕ جُملَن ہندِ ترجمأنی ہندی وارِیاہ گوشہٕ نٟررٕاونہٕ چھِ آمتی۔

حصولِ زبان (Language Acquisition):

زبان پرٕاونی یا گوڈنیچ زبان ہیچھن چھِ عموماً تتھ عَملہِ وَنان یَمہِ ذریعہ اَکھ شُر فطری طور پَنہٕ ماجہِ زیوٚ پیٹھ عبوٗر حأصِل کرِتھ عملی طور تمیک بولَن وول بَنان چھُ۔ شُریٚن ہنز زبان ہیچھن چھَ بروٗنہہ کالہٕ پیٹھہٕ نفسیات تہٕ لِسانیات کیٚن ماہرَن ہنزِ دلچسپی ہُند موضوٗع روٗدمُت۔ کیمپ بیل تہٕ ویلز (Campbell and Wales, 1970) ہندِ مُطأبِق چھُ اَتھ سلسلَس منز جرمَن حیأتیأتی ماہر (Biologist) ٹائیڈمین (Tiedemann, 1787) ہندِ ذٟسی سپز ہۆ کأم چھَ گوڈنیُک تحریری ریکارڈ مانہٕ

یوان۔

شُری سنٛز زبان پڑاونچ صلاحیت چھ حٲران کُن۔ وُچھنہٕ چھُ آمُت زِ شُہ وُہرِ شُری چھُ زبٲنی پیٹھ یہ ڈٲپۍ زِ تہٕ کامل عبوٗر آسان حاصل کوٚرمُت تہٕ سہ چھُ بڑٕ آسٲنی سان زبٲنی ہُند استعمال زندگی ہندین مختلف شعبن منٛز ہیٚکان ورتٲوِتھ۔

اگرچہ شُری ہندِ جسمکۍ زیادٕ ترٲ انگ زیٚنہٕ پتہٕ نشو ونما لبان چھِ مگر تٔمۍ سُند بوزنُک نِظام چھُ زیٚنہٕ وِزے پوٗرپاٹھۍ مُکمل آسان۔ یہ تہٕ چھُ یوان وَننہٕ زِ شُر چھُ ماجہ ہِندِس شِکمس منٛز تہٕ بوٗزِتھ ہیٚکان۔ زیٚنہٕ پتہٕ کیٚنہہ ہفتہٕ گژھتھ چھُ شُر اِنسانہٕ آواز (Human Voice) باقٕے آوازو نِشہ الگ ہیٚکان کڈِتھ تہٕ تقریباً دوٕ یہ رِتۍ چھُ سُہ دوستانہٕ تہٕ شرارتہٕ ہوٚت آوازن درمیان تمیز ہیٚکان کٔرِتھ۔ کیٚنژٕ و تجربو (ایماس بیٹر، 1971ء، مشمول مام کیٔر صفحہ 242) سٟتۍ چھُ یہ کتھ ثابت آمٕژ کرنہٕ زِ زیٚنہٕ پتہٕ چھُ اکہِ رِتۍ شُر ڈٲزی (Voiced) تہٕ اوٚزی (Voiceless) آوازن درمیان فرق ہیٚکان کٔرِتھ۔ شُری سنٛزِ یہ بوزنٕچ صلاحیت چھَ تَس زبان ہیٚچھِنَس منٛز واریاہ مدد کران تِکیازِ شُرِس أندۍ پکھۍ ماحولَس منٛز استعمال سپدَن واجنۍ زبان چھَ تَسندِ زبان پڑاونہٕ خٲطرٕ سیٹھاہ ضروری۔ وُچھنہٕ چھُ آمُت زِ اگر شُر زبٲنۍ نِش دوٗر رٲوِتھاونہٕ سہ ہیٚکہِ نہٕ زبان پڑٲوِتھ۔ شُرِس منٛز چھَ زبان پڑاونٕچ ماجہ زاو صلاحیت آسان تہٕ سہ چھُ سوے زبان ہیٚچھان یتھ منٛز سہ پلہِ تہٕ بڑِ۔ شُری سنٛزِ یہ پیدٲیشی صلاحیت کامہِ لاگنہٕ خٲطرٕ چھُ ضروری زِ تَس روزِ زبان استعمال کرَن والین باقٕے لوٗکن سٟتۍ تام میل تہٕ ووتھُن بہُن۔ ساری شُری چھِ تقریباً کُنی وٲنسہِ منٛز تہٕ کنٛہ آیہِ زبان پڑاوان یعنی زبان پڑاونُک شیڈول چھُ تقریباً

ہوٗ یُس مختلف دورَن منٛز بأ گرِتھ ہیکَو۔

نوزادشُر چھُ بےٚ زبان آسان تہٕ وأری شُن تام چھُ سُہ صرف کینٛہہ بےمعنہٕ آوازٕ کڈِتھ ہیٚکان۔ اَتھ وَقتس چھِ ماقبل زبان دور (Pre-Language Stage) وَنان۔ ترٛین ریتٕن ہُند شُر یِم آوازٕ پأدٕ چھُ کران تِمن چھِ کرُٗت کرُٗت آواز (Cooing Sounds) وَنان یِم پوٚت تالی مصمتَن (Velar Consonants) تہٕ تھدیٚن مصوتَن (High Vowels) پیٚٹھ مُشتمِل چھِ آسان۔ شیٚن ریتٕن تام واتان واتان چھُ شُر مختلف مصمتہٕ تہٕ مصوتہٕ آوازٕ پأدٕ ہیٚکان کرِتھ یِمن منٛز گھری تہٕ نٔسی مصمتہٕ تہِ شأمِل چھِ آسان۔ یِم آوازٕ چھِ لفظہٕ چھلَن (Syllable) ہنٛدِس صوٗرتس منٛز آسان۔ مثلاً ما، پا، دا، بابا، ماما، بیتر۔ اَتھ دورَس چھِ پھٕھرک مَرحلہٕ (Babbling Stage) وَنان۔ ناکیزٕ ما (1962ء) ہنٛدِ مُطأبق چھُ اَتھ مَرحلَس پیٚٹھ مختلف لِسأنی ماحولَن منٛز پَلَن والیٚن شُریٚن ہنٛدی آوازٕ خزانہٕ (Sound Repertoire) ہوٗی آسان۔ بُنیأدی طور چھُ اَتھ مَرحلَس پیٚٹھ شُر /آ/ ہیٚو مصوتہٕ پأدٕ کَران تہٕ تتھ ستیٚ مصمتہٕ جوٗڑِتھ چھُ CV تہٕ CVC طرٕزِچہِ لفظہٕ چھلہٕ پأدٕ گَران۔ (Babbling) پھٕھرِکس أخری مَرحلَس منٛز تقریباً نو ریتھ وأنٛسہِ وأتِتھ چھُ شُر تُلتراو (Intonation) استعمال گران۔

بَہہِ پیٚٹھہٕ شُراہَن ریتٕن ہنٛدِس وَقتس منٛز چھُ شُر عموماً یگ لفظی وَناو (Single-word utterances) استعمال گران۔ اَتھ مَرحلَس چھِ یگ لفظی مرحلہ (Single-word Stage) وَنان۔ شُراہ پیٚٹھہٕ اَرداہَن ریتٕن ہنٛدِس وَقتس منٛز چھِ یِم یگ لفظی وَناو عموماً معنیأتی زُمرَن مثلاً کرٛاول (Agent)، کأم (Action) تہٕ کرٛوو (object) ہنٛدِ باپتھ خأطرٕ استعمال سپدان۔ اَتھ وَقتس منٛز چھُ

شُریگ لفظی وَناوَودٕسی پۆرٕ ترکیبہٕ (Phrase) یا جُملکہٕ معنیٚگ اِظہار گران۔ اَوِ
موجوٗب چھِ اَتھ پۆرٕ ترکیبی دور (Holophrastic Stage) تہٕ وَنان۔
Holophrastic چھُ 'Hole' تہٕ 'Phrase' لفظَن ہُنٛد مُرکب۔ 'Hole' لَفظُک معنی
چھُ مُکمل (Complete) تہٕ 'Phrase' چھُ ترکیب یا جُملہٕ کُس معنیَس منٛز استعمال
سَپدان۔ مثلاً اَتھ دورَس منٛز چھُ شُر 'کاوٕ' لفظ۔۔ ہُہ کیا چھُ کاوٕ ہِوس معنیَس منٛز
وَرتاوان۔ وُچھنہٕ چھُ آمُت زِ یگ لفظی تہٕ پۆرٕ ترکیبی دورَن منٛز چھُ شُر لفظَن
وسیع الاستعمال (Over extension) بناوان۔ مثلاً 'بال' لفظ ہیچھتھ چھُنہٕ شُر اَتھ
لَفظس صرف 'بال' (Ball) ہاونہٕ خاطرٕ یوت استعمال گران بلکہِ چھُ اَمہِ
لَفظہٕ سٍتۍ کُنہِ تہِ گول چیزَس کُن اِشارٕ گران۔ اَرداہہِ رٕیتہٕ پَتہٕ چھُ شُر دُلفظی
وَناوَن (Two-word utterances) ہُنٛد استعمال شروٗع گران۔ یہِ دور چھُ
اَرداہوِ رٕیتو پیٹھہٕ دون وٕرِییَن تام روزان تہٕ اَتھ چھِ دُلفظی دور (Two-word
Stage) وَنان۔ اَتھ دورَس منٛز چھِ Mammy eat، baby chair تہٕ کاشُر 'پاپہٕ
چاے بیترِ وَناوا استعمال سَپدان۔ برین (Braine, 1963) چھُ اَتھ مَرحلَس منٛز
استعمال سَپدَن والیٚن وَناوَن گرٛامَر مَرکزی (Pivot Grammar) چہِ مِثالہٕ
مانان۔ سُہ چھُ یِمن دُلفظی وَناوَن منٛز استعمال سپدَن والیٚن لَفظَن تِہُند استعمالہٕ
کِس بُنیادَس پیٹھ مرکزی لفظ (Pivot word) تہٕ X-words ناوٕ کیٚن دون گروپَن
منٛز بأگران۔ أکِس لَفظس چھِ Pivot یتھ بُنیادَس پیٹھ وَنان زِ سُہ چھُ بحیثیت
مرکز کأم گران تہٕ باقےٚ لفظ چھِ تتھی مرکزَس سٍتۍ جوڑنہٕ یِوان۔ اَتھ گروپَس منٛز
چھِ واریاہ کَم ممبر آسان تہٕ یہِ چھُ بَند (Closed) آسان۔ اَتھ گروپَس منٛز چھُ
پرٛیتھ رٕیتہٕ صرف کینٛژَن مرکزی لفظَن ہُنٛد ہُریر گژھان۔ دۆیِم گروپ چھُ

یلہٕ (open) آسان تہٕ اَتھ منٛز چھُ لفظَن ہُنٛد تعداد زیادٕ آسان یُس لگاتار ہُران تہٕ چھُ۔ اینڈرِو (Andrew) (مشمول مام کیر صفحہ 245) چھُ تحقیق کِس بُنیادَس فراہم کران یُس بوٚنہٕ کُنہٕ دِتھ چھُ:

| Pivot-class word | open-class word | Pivot-class word |
|---|---|---|
| all | broke; buttoned; clean; done;dressed; | |
| no | dry; fix;gone; messy; shut; through; wet. | |
| | see; shut; sit. | |
| see | bed; down; fix; home; mama; more; pee; | |
| more | plug; water; wet. | |
| | baby; pretty; train. | |
| hi | Car; cereal; cookie; fish; high; hot; juice; | |
| | read; sing; toast; milk. | |
| | Calico; mama; papa. | |
| other | bib; bread; milk; pants; part; piece; | off |
| | pocket; shirt; shoe; side. | |
| | boot; light; pants; shirt; shoe, water; | by |
| | airplane; Siren | come |
| | Mail, mama | |

دُوٕہرِ پێٹھہٕ ترٛێٚہ ورٛہس تام چھُ شُر کیٚژ لفظی وَناو (Multiple-word utterances) استعمال کران۔ اَتھ دورَس منٛز چھُ شُر لوکٕٹ لوکٕٹ جُملہٕ تہٕ ترکیبہٕ بناوان۔ ووٚنی گوٚو یہِ چھُنہٕ وُنہٕ مختلف قواعدی زُمرٕ (Grammatical Categories) وَرتاوِتھ ہێکان۔ اَتھ دورَس منٛز استعمال سپدَن والین وَناوَن ہِنٛز مِثالہٕ چھَ: This shoe all wet; cat drink milk; Andrew want ball اَتھ مَرحلَس پێٹھ

استعمال سَپدَن واجنہِ زبأنی چھِ ٹیلی گراف بۄلی (Telegraph Speech) وَنان۔ ڈایہِ وٕری پتہٕ چھُ شُری سُند ذخیرۂ الفاظ (Vocabulary) کأفی بڈان۔ ترٕ وُہر گژھتھ چھُ شُر ٹیلی گراف دورٕ منز نیٚبر نیران تہٕ سُہ چھُ مارفیمیأتی زُمرَن ہنٛدِس استعمالَس پیٹھ وقت گژرنَس ستی ستی عبور حاصِل کَران۔ تِتھین زُمرَن منز چھِ جمع تہٕ ماضی خأطرٕ استعمال سپدَنِ وألی تصریفی لگی (Inflectional Affixes) شأمِل۔ وونی گوٚو یمن تصریفی لگین ہنٛدِس استعمالَس منز چھُ شُر عمومیتُک (Generalization) شِکار گژھتھ غلطی تہٕ ہیٚکان کٔرِتھ۔ مثلاً انگریزی زبأنی منز چھُ عموماً s- تہٕ ed- پۄت لگی استعمالِ کٔرِتھ لفظَن ہنٛدِ جمع تہٕ ماضی صیغَن ہُنٛد اظہار کَرنہٕ یِوان۔ شُر چھُ یِم پۄت لگی استعمال کَرِنی ہیٚچھان مگر اَتھ ستی چھُ سُہ یمن پۄت لگین تِژھَن جایَن تہٕ ورتاوان ییٚتہِ نَس تِم زبأنی منز استعمال چھِنہٕ سَپدان۔ اَتھ صوٗرتَس منز چھُ شُر Goed،Mans،Foot تہٕ کأشُر 'پھٹاوِتھ' ہوی لفظ بناوان۔ وُچھنہٕ چھُ آمُت زِ شُر چھُ تِتھین زأوِ جارَن منز ژوٗہُر گژھنہٕ پتہٕ فرق کَرِنی ہیٚچھان۔ شہ وُہر واتان واتان چھُ شُری زبانہِ پیٹھ مُکمل کنٹرول حاصِل آسان کوٚرمُت۔

# بولِیات تہٕ کأشرِ چہِ بولہ

## نذیر احمد دار

### (الف)

زبانہِ تہٕ بولہِ منز فرق تہٕ تشریح کرٕنی چھےٚ ماہرِ لسانیاتن ہندِ بخٕتگ اہم حصہٕ۔ یہ وضوع چھُ وارِیاہ بأریک تہٕ اِمچ وضاحت چھےٚ نہ صرف لسانیٲتی زان کأری تام محدود۔ البتہ چھےٚ اَتھ ستی نفسیٲتی، سماجی، ثقافتی، سیاسی بیترِ ہوی اہم عنصر تہِ شامل۔ یہ گتھ چھےٚ عام زِ زبان چھےٚ بول چال یا ورتاوس منز علاقایی سۆتھرس پیٹھ لسانیٲتی فرق ہاوٕنی۔ یہ فرق چھےٚ صوتیاتی، مارفیمیاتی، لفظیاتی یا صرف ونحوٕکس سطحس پیٹھ بیشتر زبانن منز جوجود آسان۔ یہ علاقہ وٲد لسانیاتی پھیرِ چھُ زبانہ علاقایی ڈایلیکٹن یعنی بولیٖن منز بأگراوان۔ چونکہ عصرِ حاضرس منز چھ زبانن منز ڈایلیکٹ ژارُن یا ڈایلیکٹس چھان بین کرٕنگ تحقیق وارِیاہ برونہہ تہٕ خاصکر اکوٗہمہ صدی دوران انفارمیشن ٹیکنالجی (Information Technology) ہندیٚن انقلابن کۆر اَتھ علمس وارِیاہ پوچھر۔ البتہ چھُ اَتھ علمس پٔنٕ تاریخ تہٕ پَتھ کال۔ ابتدا ہس منز چھُ یونانی مأہر یہ اشارٕ کران زِ تمہ علاقچ بول چال یُس علاقہ علمی، ادبی، ثقافتی، سیاسی، کاروبأری تہٕ باقی ہٕژھن سرگرمین ہند مرکز آسہٕ چھےٚ سأری بول چال ورتاوان۔ اَتھ بول چالہِ دیُت یونانیو زبانہِ ہُند اصطلاح۔ ستی آو زبانہِ تعلیمی نظام، زبانہ منصوبہ بندی، عدلیہ، حکومتی نظام یا تھٕین باقی

ادارن منز سرگرم روزُن مقرر دِنہٕ۔ اَتھ برعکس آوڈ ایلیکٹ زبانہٕ نِشہِ یِتھ بنیادس پیٹھ بیوّن کرنہ زِ امیک ورتاو چھُ تَتھ علاقس سٍتی مُنسلک یُس علاقہ یژھن سرگرمین نشہِ محروم چھُ۔ یوٚ دوٚے یہ نظرہ واریہس کالس قایم روٗد تاہم اَمی کلہم پاٚٹھی بسیار منفی اثرات۔ یمن منفی اثراتن منز چھ ڈ ایلیکٹ بولن واٚلی احساسِ کمتری ہندی شکار سپدنک اندیشہ۔ تہند ذِہنی یا نفسیاتی نشونما روٚکہٕ سپدنک اندیشہ تہِ چھُ ممکن۔ وُہمہ صدیہ منز سپُد اَتھ علمس نوٚو زوُزیُٹہٕ میلنگ آغاز۔ اَتھ دورس چھےٚ اہم خاصیت یہ زِ محققو ہیٚژ پرأنس نظریہس سٍٹھی سام تہ امہ کین منفی اثراتن گرِکھ چھان بین تہ اکہ نوِ شعبک تروٗکھ بنیاد یمیک ڈھانچہ لسانیاتی تہ سائینسی اصولن پیٹھ منحصر روٗد۔ امہ نوِنظریہکی کینہہ نُکتہ چھِ یِتھہ پاٚٹھی:

1۔ پریِتھ کانہہ فرد چھُ بلالحاظِ علاقایی تہ معاشرتی وابستگی گوڈنچ زبان (یا مادری زبان) اَکس آفاقی طرزِ نظامس تحت غیر شعوری طور ہیچھان تہ زانان۔ قدرت چھُ پریِتھ کانٛسہ شُرس صلاحیتن ہندی خزانہ پُر وِتھ یِتھ دنیاہس منز سوزان۔ اَتھ منز چھےٚ باقی ذہنی صلاحیژن سٍتی سٍتی زبان ہیچھِنچ صلاحیت سرِ فہرست۔ اَتھ صلاحیژ چھِ جدید لسانیاتی اصطلاحس منز (Language Acquisition Device,LAD) ونان۔ یہ صلاحیت چھےٚ اَکس قدرتی نظامس تحت عمل کران یِتھ صورتس منز باقی حیاتی نظام کاٚم کران چھ۔ یہ صلاحیت چھےٚ تیٚژ مستحکم تہ پایدار کہ شُر چھُ کانہہ جسمانی محنت کرنہٕ ورأیی صوتیاتی نظامہ پیٹھ مافیمیاتی تہ لفظیاتی نِظام قابوٚہس منز گرِتھ زبانہ ہُند صرف ونحوٚک پیچیدٕ ترکیبہ زأنتھ پانس أندی پکھی زبان آسانی سان زندگیہ ہندس آخری مرحلس تام ورتاوان۔ ماہرِ لسانیاتو کوٚر امہ دلیلہ سٍتی واضح زِ کلہم پیانس پیٹھ چھےٚ زبان زانٛنچ

تہ ہیچھِ نچ صلاحیت آفاقی۔ معاشرس منز راتج اصطلاحن مثلاً معیاری بول چال یا زبان بولہ نشہِ بیوٚن گرِتھ یمن درجہ بندی کرٕنی چھےٚ مصنوعی ردِعمل تہ اَتھ چھُنہٕ لسانیاتی یا سائنسی وزن۔

2۔ زبانہ ہُند پرٛیتھ لفظ یا پرٛیتھ کانہہ لسانٔی ترکیب چھُ ذِہنی صلاحیت بدِ کڈان۔ پرٛیتھ اکھ لفظ یا لسانٔی ساخت چھُ پننہِ انٛدٕ معیاری تہٕ یمن درجہ دِنس منز چھُنہٕ غیر لسانٔی عنصر۔ مثلاً ترقی یافتہ علاقہ یا پسماندٕ علاقہ گُنہِ انٛدٕ تہِ موثر۔ یہ اصول تہ چھُ اَتھ کتھِ ڈٕکھ کران زِ زبانہ یا بولہ کانہہ ماروثی تشریح چھےٚ اڈٕلیچ۔

3۔ یوٚ دوَے اکھ طبقہ یِیہِ معاشرس منز معیاری قرار دِنہ تہ یِہُند بول چال تہ یِیہِ معیاری مانہہ تہ اَتھ برعکس باقی علاقہ ہِن امہ نشہِ مُچھِ تھونہٕ، معاشرتی توازن ڈلِہ ڈنجہ۔ امہ ستیٚ سپدٕ کانہہ طبقہٕ بروٚنہہ پکنہ نشہِ پتھ رٹنہٕ۔ جدید لسانیاتی اصول چھُ اَتھ نظریہس رَد کران زِ اَتھ چھُنہٕ کانہہ علمی جوازیت۔

وُہمہ صدیہ منز یوٚ دوَے لسانیاتگ جدید دور شروٗع سپُد، اَتھ ستیٚ آےٚ نٔوی اصطلاح بروٚنہہ گُن۔ زبانِہ تہٕ ڈایلیکٹس یا بولہ متعلق چھِ کینہہ نُکتہ یِتھٕ پأٹھی:

1۔ زبان چھےٚ وارِیاہن بولین ہنز سوٚمبرن۔

2۔ بولہ چھےٚ زبانِہ ہنز وُسعت ہاوان تہٕ زبانہ مستحکم بناوان۔

3۔ زبانہ اندر چھےٚ بولہ پانٕوٕنی لسانیاتی اعتبارٕ فرق تہ ہشر ہاوان۔

یہ فرق چھےٚ بولین درمیان isogloss (بولِہ بنہٕ) تراونہٕ ستیٚ واضح سپدان۔ تہٕ ستیٚ چھےٚ امہ ستیٚ یہ کتھ نان زِ زبانہ اندر موجود بولہ گتھ حدس تام چھےٚ لسانیاتی اعتبارٕ اکھأ کِس نشہِ نزدیک یا دوٗر۔

4۔ بولین درمیان چھُ باہمی افہام (mutual intelligibilty) تہِ ضروری۔

5۔ بولین درمیان ہشر تہ بین واضح کرنس منز چھِ نہ فقط لسانیٲتی اصول بنیادی، بلکہ چھِ معاشرتی اصول تہِ۔ اَتھ منز چھُ ثقافتی، تاریخی تہ سیاسی دلیلن ہُند تہِ بامعنی دخل روزان۔

بولین ہنز اہمیت ویژھناوِتھ آو یتھ کتھِ کُن تہ اشارٕ کرنہٕ زِ زبانہ ہنز زان چھےٚ امہ چھن بولیٖن ہنزِ زاٲنی رۆس نامکمل۔ امہ سِتی لوٚگ بولیاتس زبردست وسعت۔ بیشتر زبانن ہندی بولہِ ٹلس (Dialect Atlas) تہِ آیہِ تیار کرنہ یمن زبان ہیچھنس تہِ ہیچھناوُنس مقصد روٗد۔ امہ سِتی لوٚگ زبانن ہندی لُغات تیار کرنس تہ بے پناہ مدد۔

گنوٗہمہ صدیہِ ہندِس وسطس منز لوٚگ بولیاتی تحقیقس واریاہ پوچھر ییلہِ سماجیاتس تہ لسانیاتس میٖل سپُد۔ اکہِ، نوِ تحقیقی شُعبک سپُد آغاز یتھ سماجی بولیات (Social Dialectology) ناو پیوٚو۔ امہ علمک نظریہ چھ یہ زِ لسانی ساختن ہندِس مطالعس منز چھُ معاشرت عنصرتہِ اہم۔ یمن عنصرن ہُند تشخیص سپُد یمن ترٚین زاوین پیٹھ:

1۔ کتھِ منز چھِ لسانیاتی ساختس سِتی بولن واٲلی سُند معاشرتی عنصر تہِ شامل۔ یم معاشرتی عنصر چھِ بولن واٲلی سنز واٲنس، جنس، تعلیمی درجہ، پیشہِ، مذہب، معاشرتی درجہ بیترِ۔

2۔ بول چالس منز چھُ بولن وول بوزن واٲلی ہندی معاشرتی عنصر (مثلاً واٲنس، جنس، تعلیمی درجہ، پیشہِ، مذہب، معاشرتی درجہ بیتر) مدِ نظر تھوٗتھ لسانیاتی ساختک انتخاب کران تہ پنُن بول چال بامعنی تہ اثر آموز بناوان۔

3۔ موجوعِ گفتگو چھُ بولن وأ لس تہٕ بوزن وأ لس پأنٕونی وأ ٹھ دِتھ اکہ کٔد لچ حیثیت تھوان تہ یہ چھ لسانیاتی ساختہٕ کس انتخابس منز بنیادی حیثیت تھوان۔

یم عنصر تہٕ تِتھی باقی عنصر چھِ زبانہِ ہندی بیشمار خاصیژ زانُنس منز بسیار مدد کران۔ تہٕ امہِ تحقیقہٕ سِتی آو لسانیاتی سائنس معاشرتی سائنس واریاہ نزدیک۔ زبان زانُنہ خأطرٕ تِتھی نموٗنہٕ بارسس یِتھ درایہِ بولیاتس زٕ نٔوی شاخ:

1۔ علاقایی بولیات ( Geographical Dialectology) تہٕ

2۔ معاشرتی بولیات(Social Dialectology)

دونوٕے تحقیق چھِ عصرِ حالس منز زبان ورتاونس سِتی سِتی لفظن ہُند آ گر معشرتی طبقن ہُند پتھ کال گُلہم پأٹھی معاشرُک سیأسی تہٕ ثقافتی پتھ کال بیترٕ یہ اہم موضوع ژھانڈان۔ امہ تحقیقُک نموٗنہٕ چھُ یِتھ شکلہ منز ژھوٚ ڑاونہٕ آمُت۔



(ب)

کاشُر زبانہِ صوتیاتی نظام، مارفیمیاتی تشکیل، صرف ونحوٗک ترکیب، لفظیاتن ہُند پتھ کال، ورتاو یا معنویت چھےٚ کاشرِس لسانیاتی اعتبارٕ اکھ دلچسپ تہٕ منفرد مقام دوان۔ یہ چھُ پزر زِ یہ زبان چھےٚ وُنہِ جدید لسانیاتی اصولن تحت پرکھاونہٕ نشہِ وارٕہس حدس تام مُچھِ روٗزمژ، مگر ؠتی چھہٕ یتھ تہِ انکار زِ پٔتِمیو وُہَو ترٛہو وٕری یو پیٹھِ چھِ ماہرِ لسانیات کاشرٕک کانہہ موضوع لسانیاتی زاوِیس پیٹھ پرکھاونس ؠتی مصروف۔ کاشرٕک لسانیاتی ساخت چھُ واریاہ سروٕن تہ امیٚک سرٕ نیر بدِ کڈنس منز چھُ وُنہِ اَنتھہٕ روٗس میدان یلہ۔ بولٕین ہُند شناخت تہٕ چھان بین تہِ چھِ یمن موضوعن منز اہم حیثیت تھوان۔

جارج گریرسنن (1919) دیُت ابتداہس منز کاشر زبان علاقایی بولٕین منز بٔ گراونٛک اشارٕ تہٕ کاشرِس ؠتی گرٕین یمہ بولہ شُمار:

i۔ کشتوأڑی ii۔ پوگلی، iii۔ رامبنی،

iv۔ سراجی، v۔ کوہستأنی

یمن علاقایی ڈایلیکٹن ہندِ حوالہ چھُ یتھ کتھِ پھیر آمُت دِنہٕ زِ رامبنی، تہ سرأج، یمہٕ درائے چناب کس بٹھس پیٹھ چھےٚ پھہلتھ، چھےٚ ڈوگری تہٕ پہأڑی زبانن نزدیک۔ مثلاً یہُند صوتیات، مارفیمیات، تہٕ لفظیات چھُ ڈوگرٕ تہٕ پہأڑی زبانن ؠتی ہشر تھاوان۔ یمن ہندی کینہہ صوتیم /بھ/، /دھ/، /ڈھ/ تہٕ /گھ/ چھِ ڈوگری تہٕ پہأڑی زبانن ؠتی مشترک۔ یتھے پأٹھی چھےٚ حسب ذیل مثالہٕ تہِ سرأج تہٕ رامبنی بولٕین کاشرِس نشہِ الگ گرِتھ ڈوگرٕ تہٕ پہأڑی زبانن نزدیک انان:

<u>رامبنی / سرأج</u> <u>کاشُر</u>

| | |
|---|---|
| اکہ | اکھ |
| دوے | زٕ |
| ترے | ترٔے |
| ژور | ژور |
| پنز | پانژھ |
| پِلو | گوڈنیک |
| ڈِکو | دۆیم |
| منژمو | پوٗنژم |
| سیمو | شیُٗم |
| سِتمو | سئتُم |
| دسمو | ڈٔہیم |
| اڈں | سو |
| اُنون | تمہٕ |
| اُنیں | تمن |
| توں | ژٕ |
| آپ | تُہہِ |
| ژاکنو | رٹُن |
| مُکلاونو | موکلاوُن |
| پلٹنو | پھیرُن |
| کھِڑنوں | گِندُن |
| کتنو | کٹُن |

جُملن ہنز بناوٹ تہٕ چھےٚ رامِبٕز تہٕ سرأج بولیٖن کاشُرِ نشہِ ہٹتھ۔ مثلاً:

| کأشُر | سرأج |
|---|---|
| صوکرِ نہٕ کأم۔ | اوں کأم نہ کرلو |
| ژٕ کرکھ نہ کأم۔ | توں کام نہ کریتھ۔ |
| توہہِ چھُ سفر کرُن۔ | آپ سفر کرنو چھا۔ |

کوہستأنی بوٗلی چھےٚ شینا زبانہٕ ستی ہشر ہاوان۔ مثلاً:

| کأشُر | شینا | کوہستأنی |
|---|---|---|
| کیاہ | کو | کو |
| کُس | کوٚن | کوٚں |
| زُوٗن | یوٗن | یوٗسن |
| أسی | الیس | اَلیس |
| مَل | مول | مول |
| زبان یا زیٖو | جِب | جِب |
| مس | جتھ | جتھ |
| بٕہ | ماہ | آں |
| أس | اچھی | اساں |
| بیور | برأر | برأر |

پوگلی بوٗلی چھےٚ کأشرس ستی ہشر ہاوان۔ البتہٕ [-نو] مارفیم یُس ہِند آریأیی زبانن typological form چھُ بنان چھُ پوگلی بولہِ منز عام۔

| پوگلی | کأشُر |
|---|---|

| | |
|---|---|
| گنڈُن | گنڈنو |
| وَسُن | وسنو |
| شونگُن | شونکنو |
| آسُن | آسنو |
| روزُن | رہنو بیتر |

کأشرس تہٕ پوگلی بولہ منز چھُ جملکس ساختس منز مؤلی فرق۔

| پوگلی | کأشر |
|---|---|
| یہ کاوڑ چھو۔ | یہ کاو چھُ وڑان۔ |
| یہ سفرے کریلو۔ | یہ سفر کوٚرمےٚ۔ |
| آوں بہ سفر کر چھس۔ | بہٕ چھس یہِ سفر کران۔ |
| آو تُونر وتھ پیس نتھ۔ | بہٕ سوٗزتھس ژےٚ تور۔ |
| راچی رؤد آس۔ | راتھ اوس رؤد۔ |

یوٚ دوٚے کشتوأڑی بوٗلہ تہٕ وادی منز بولن وألس کأشرِس سٟتی جُملہٕ ساخت بالکل ہیُوٚے تھاوان تھاوان چھےٚ، تاہم چھُ لفظیاتی سطحس پیٹھ واریاہ پھیرٕ۔

وچھِو کینہہ مثالہٕ:

| کشتوأڑی | کأشُر |
|---|---|
| کرٕ | گرٕ |
| تکہ | دکہٕ |
| کاسہٕ | گاسہٕ |
| تھلُن | چھلُن |

زامٕتر

بوٗکت

ہیٚری مہٕ مثالہٕ چھےٚ یتھ کتھِ کُن اشارٕ کران زِ کشیرِ منز چھُ علاقایی بولیٚن نوٗ سرٕ سام ہیٚنٛج تہٕ تِہنٛز نشاندہی کرنٕک ضرورت۔ یوٗ دوَے سرآ ج تہٕ رابٕنی منز زیادٕ دٕر ڈوگری یا پہاڑی زبانن ستی لبنہٕ یوان چھُ، ستی چھےٚ پوگلی تہٕ واریہس حدس تام کاشرِس نشہِ ہٕژتھ۔ کوہستانٕی تہٕ شینا چھِ پانٕونی زیادٕ نزدیک تہٕ کاشرِس ستی کم ہشر ہاوان۔ البتہٕ چھُ کشتوآڑی کاشرِس ستی فرق ہاونہٕ باوجود جملن ہندِ ساختہٕ رنٛگی کاشرِس ستی بنیادی ہشر ہاوان۔ یم بیٚن تہٕ ہشر واضح کرنہٕ باپت چھُ سنجیدٕ تہٕ تفصیلی سروے کرنٕک ضرورت۔ ادے ہیٚکن کشیرِ ہندیٚن بالایی علاقن منز ژورِ لسانی رازبدٕ نیرِتھ یم ڈایلیکٹالجی ہندِ خاطرٕ تہٕ علم لسانیاتہٕ خاطرٕ موٗلی خزانہٕ بنِن۔

کاشرٕ زبان چھےٚ معاشرتی ڈایلیکٹالجی بدٕ کڈنہٕ خاطرٕ تہٕ واریاہ مواد پیش کران۔ معاشرتی عنصر مثلاً مذہب، جنس، وآنس، تعلیم، گامی تہٕ شہری چھِ کاشرِس منز بولہِ پھیرِ پاد کران۔ یوٗ دوَے مختلف معاشرتی طبقہٕ چھِ کشیرِ منز واریاہ ملرٕ ژارٕ سان یکجا وتھان بیہان، مگر تو تہٕ چھُ لُکن ہند معاشرتی طبقہٕ بیٚن بولیٚن ہُند بیٚن بٕتھ نوٗن نیران۔ اَتھ چھُ گومپرٕ یتھٕ پأٹھی بیان کران:

A characteristic feature of Indian society is the segmentation of population into ethnically distinct, endogamous groups...These groups are only in part territorially separate . In many instances, they coexist in what social scientists study as a single community. They hold similar religious beliefs and regularly exchange services. Yet although they are in constant communication, they may speak distinct languages and dialects at home. Whereas , in other areas of the world , intergroup communication in time lends to obliterate language differences , In India, such differences appear to be in

large part maintained. (1969: 598)

معاشرتی بولیات زانہ خاطرِ چھُ بہرحال کاشُرس منز تہِ تھِے ۔ مثلاً دیہاتی تہ شہری چھِ اکھأ کِس سۭتۍ قریبی رأبطہ تھأوِتھ تہِ بولہِ پھیرِ ہاوان ۔ مثلاً:

| شہری | دیہاتی |
| --- | --- |
| شُر | شُر |
| شُراہ | شُرِہ |
| گُگر | گُگر |

جملہِ ساختس منز تہِ چھےٚ فرق نظرِ گژھان ۔ مثلاً:

| شہری | دیہاتی |
| --- | --- |
| بہ پرِ نہ سبق ۔ | بہ نو پرِ نہ سبق ۔ |
| بہ گژھہِ نہٕ تور ۔ | بہ نو گژھہِ نہٕ تور ۔ |

بٹہٕ تہ مسلمان تہ چھِ زبان ورتاونس منز پننہِ شناختُک اظہار کران ۔ مثلاً : پوٗنۍ، پُنۍ، نرگ، سورگ، نێنہِ بیترِ لفظ چھِ کاشرێن بٹن منز عام ۔ اَتھ برعکس چھِ کأشرۍ مسلمان یمن لفظن ہنزِ جایہِ آب، ثواب، جہنم، جنت، ماز لفظ ورتاوان ۔

# کتاب نامہ


1. Grierson, George Abraham, 1919. *Linguistic Survey of India*, vol. VIII, pt. ii. rpt. Moti Lal Banarsidas, 1967.

2. Gumperz, John J. 1969. " Sociolinguistics in South Asia", in *Current Trends in Linguistics*, vol. 5. T.S Sebeole (ed.) The Hague : Mouton.

# لفظ تہٕ معنی: باہمی رشتہ

## (کینٛہہ قدیم ہندوستانی نظریہ)

### رتن تلاشی

ہندوستانس منز چھےٚ زبانہِ ہندِ مطالعچ روایت سیٹھاہ پرٲنی۔ مختلف علومن تہٕ فلسفن سٟتۍ وابستہٕ عالموتہٕ مفکرو چھُ زبانہِ ہندٟین بیون بیون پہلوہن ہندِ حوالہ پنہٕ نظریہٕ فکرٕ چ باوتھ کرمٕژ۔ اَتھ منز چھُ معنویاتی پہلوہن ہُند بحث تہِ شامل۔ مختلف عالمو چھُ لفظ تہٕ معروض کہ رِشتٕچ فطرت تہٕ خصوصیت بنیاد بناوِتھ ''معنی'' ہُنٛد تصور واضح کرنٕچ کوشش کرمٕژ۔ 'لفظ' تہٕ 'معنی' کِس رشتس متعلق پنٕنۍ خیال پیش کرن والیٚن منز چھِ خاص پاٹھۍ گرامردان کیو لسانی عالم، مختلف مذہبی مفکرتہٕ شعریاتس کیو شعری جمالیاتس سٟتۍ وابستہ عالم شامل۔ غرض فلسفہ، لسانیات تہٕ شعریات چھِ وٕنٛھۍ پوٚٹھۍ پاٹھۍ تم ترٛے دبستان یمو اکہٕ نتہٕ بییہِ رنگہٕ لفظ تہٕ معنی ہُنٛد بحث تلمُت چھُ۔ یمو ترٛیو منز لسانی تہٕ گرامری مطالعہٕ ساری کھوتہٕ قدیم یمیُک آغاز ژورِمہِ صدی قبل مسیح ہندِس مشہور گرامردان پانِنی سٟنز تصنیفہِ ''اشٹ ادھیاے'' سٟتۍ سپُدمُت مانہِ یوان چھُ۔ اَتھ پتہٕ چھِ مختلف عالمو شرح لیکھۍ مٕتۍ یمن منز دوٚیمہِ صدی قبل مسیح ہندِس پتنجلی سُند شرح تہِ شامل چھُ۔ امہ علمی سرچشمُک اہم عالم چھُ بھرتری ہری تیٚمی سٟنز ''واکیہ پدیہ'' ناوٕچ تصنیفہ منز لفظ معنی کِس رشتس متعلق موٗلُل خیال چھِ۔ بھرتری ہری لیس علاوٕ چھِ ماگیش بھٹ، گُند ابھٹ تہٕ امہِ روایژ ہندۍ بییہ کینٛہہ عالم۔

قدیم ہندوستانہٕ کیٚن مختلف فلسفی مکتبِ فکرن منز تہٕ چھ ''لفظ'' تہٕ لفظن ہُند معنی وو پداوٕ سٟتی اکہِ نتہٕ بیٚیہٕ نُقطہ نظر غور و خوضُک موضوع روٗدمُت۔ یمن منز یوٗ دوٗے ویدانت، سانکھیہ تہٕ جینی مکتب فکر شامِل چھےٚ۔ اما پوٗز میما مسا، نیاے تہٕ وشیشک تہٕ بودھ مکتب فکر چھےٚ خاص اہم۔ میما مسا مکتب فکرِچ بنیاد چھےٚ ترٛیمہ صدی قبل مسیح ہندِس جیٚمنی سُند ''میما مسا سوٗتر'' مانہٕ آمُت ییتھ پیٹھ بشر سوامی ین شرح لیوٗ کھمُت چھُ۔ میما مسا سکوٗلس سٟتی چھِ کمار بھٹ تہٕ پربھاکر تہِ وابستہٕ یمو چھُ زبانہِ ہندیٚن معنوی پہلوہن متعلق اکہِ مخصوص زاویہ نگاہ بحث کوٚرمُت۔ 'نیاے تہٕ وشیشک' ادب چھُ بسیار۔ مگر یمن منز چھےٚ ''کناد سٕنز ویشیشک سوٗتر' تہٕ گوتم سٕنز ''نیاے سوٗتر'' خاص اہمیت تھاوان۔ گوڈنچہ تصنیفہ متعلق چھُ ونہٕ یوان زِ چھےٚ مہاتما بُدھ سٕندِ زمانہٕ برونٛہہ۔ ییمیک شرح'' اُداین'' تہٕ شریدھرن لیوٗ کھمُت چھُ۔ نیاے سوٗترُک شرح چھُ واتسا ین تہٕ واچسپی ین لیوٗ کھمُت۔ بودھ مفکرن منز چھ دِن ناگا، دھرم کیرتی تہٕ رتنا کر بیترٕ اہم یمو معنی لیس متعلق بودھی خیالن اکہِ نظریہچ صورت دِژ۔ معنویاتس متعلق ہندوستانی نظریہن ہُند سرچشمہٕ چھُ شعریاتس سٟتیٚ وابستہٕ عالمن ہُند۔ ییتھِ علمُک آغاز چھُ بھرت سُند ناٹیہ شاستر مانہ آمُت۔ ناٹیہ شاسترُک موضوع چھُ دژشیہ کاویہ یعنی ڈراماہس متعلق۔ مگر برونٛہہ کُن ییلہِ ناٹیہ شاستر کیٚن اصولن ہُند اطلاق شاعریہ پیٹھ سپُد تہٕ کاویہ شاستر آو بارسس۔ اَتھ تحت آو شعرٕ زبانہٕ ہندیٚن مختلف پہلوہن تہٕ امہِ رَکس معنی وو پداوس متعلق تہِ غور و فکر کرنہٕ۔ ییتھ منز رَس، ریٖتی تہٕ دونیہ مکتب فکرن سٟتی وابستہٕ مختلف عالمن ہُند دیُت چھُ۔ شعریاتس سٟتی چھُ ادبی عالمن ہُند اکھ زیوٗٹھ کاروان وابستہٕ روٗدمُت۔ ووں گوٚو تھیٚن عالمن

منز چھُ آنند وردھن ییٚمہِ لحاظہٕ اہم زٲنۍ چھُ جان شاعری تہٕ جان قاری ہنزن خصوصیژن ہنز گتھ کران کران لفظ تہٕ معنی کٔین مسلن پیٹھ تہٕ تفصیلہ سان لیوٗکھمُت۔

یمن تریشوٗنۍ علمی دبستانن ستۍ وابستہ مفکرو چھُ معنی چہِ فطرژ تہٕ خصوصیژ متعلق رنگہٕ رنگہٕ پہلو ہوٚکنۍ سوچمُت تہٕ سوٚرمُت؛ کینژو سرسری پٲٹھۍ تہٕ کینژو باریکی سان۔ مختلف مفکرن ہندین خیالن باہم چھُ ہشر تہٕ تہٕ کینژن باہم چھُ بیٚن تہٕ ٹاکار۔ مثلاً علم لسانیاتس ستۍ وابستہ کینژن عالمن ہنزٕ رایہِ چھےٚ معنی ورتاونٕچ سکتھ چھےٚ لفظن منز، ییٚلہِ زن سانکھیہ یا ویدانتی مفکرن ہنزِ رایہِ موجوب یہ سکتھ معروضن منز چھےٚ۔ کینژن ہندِ موجوب چھُ لفظ تہٕ معنی یُک رشتہٕ جبری تہٕ کینژن ہندِ موجوب چھُ یہ رشتہٕ قدری۔ بہرحال یمن سارنے عالمن ہنزن راین تہٕ تصورن ہنز وِھرِ وِھرِ ذکر روزِ یتھ مقالس منز نہ مناسب تہٕ نہ ممکن۔ بلکہ کروٚ اَسۍ ییٚتین اَتھ متعلق اہم نظرین اَنزی مُنزی گرٕ ھنچ کوشش۔

## میمامسا نظریہ

ییٚتین چھُ یہ وَنُن ضروری زِ میمامسا مفکرو یہ کینژ ھاہ زبانہِ تہٕ امہ کہ معنی کہ حوالہ وٚنمت، سُہ چھُنہٕ عام بول چالی زبانہ ہندِ حوالہ وننہ آمُت، بلکہ چھُ تہُند موضوعِ بحث ویدن ہنز زبان روزمژ۔ چناچہ ویدک عبارت تہٕ منترن ہُند ورتاو اوس یگیہ تہٕ عبادتہٕ باپت لاٗزمی تہٕ اکثر اوس عالمن امہِ زبانہ ہندس صحیح مفہومس تہٕ تعبیرس متعلق تضاد روزان۔ ویدک جملن منز الگ الگ لفظن ہُند باہمی رشتہٕ تہٕ جملن منز یمن لفظن ہنز اہمیت اَس اکثر پٲٹھۍ یہندِ بحثُک موضوع روزان۔

یمنے بحثن ہُند نتیجہ آیہ منترن ہندِ صحیح مفہوم سرِ کھرٕ کرنہٕ باپت کینہہ اصول مرتب کرنہٕ یہُند مقصد لفظ۔ معنی مسلہٕ أنزراوُن اوس۔ یمنے بحثن دوران چھُ میماسا مفکرو لفظتہٕ معنی کس رشتس متعلق پننہ رایہ ہُند اظہار کوٚرمت۔

بہرحال لفظتہٕ معنی کہ رشتہٕ حوالہ یہ امہ مکتب فکرٕچ راے چھےٚ، سو چھےٚ امہ کہ فکری نظامہ مطابق۔ چناچہ امہ نظامِ فکرُک اکھ اہم اصول چھُ خالق ہنز عدم موجودگی۔ امہ فلسفہٕ مطابق نہ چھُ ییمہِ سمسارُک خالق کانہہ، تہ نہ چھُ اَتھ کانہہ نُقطہ آغاز یا اختتام۔ یتھےٚ پأٹھی چھِ وید تہ قایمی تہ دایمی، یہُند مصنف نہ کانہہ ایشور چھُ نہ کانہہ انسان۔ کلام کہ حیثیتہٕ چھِ یم پوشونی تہٕ انسانہٕ ہنزِ رہبری باپت ضروری۔ ویدن تہ چھُ نہ کانہہ آغاز تہ نہ کانہہ اند۔ یم چھِ ہمیشہٕ أسی ٚمتی تہٕ ہمیشہِ آسن۔ چناچہ وید چھِ قایم تہ دأیم، امیُک مطلب چھُ زِ یہنز زبان تہِ چھےٚ قایم تہٕ دأیم تہ مستقل، ییمہِ چہ زبانہ ہندیٚن معنہ مفہومن محرکاتن ہُند پےٚ لبُن ناممکن چھُ۔ یتھ پأٹھی چھُنہ یہ مانہ ورأے چارَے کانہہ زِ امہِ کیٚن لفظن تہٕ معنی یک رشتہٕ چھُ فطری تہ ازلی۔ چناچہ ویدن ہنز زبان چھےٚ ازلی، امہ سبہ چھےٚ نہ امہ چہ صداقتٕ باپت نہ کانہہ سند درکار تہ نہ کُنہِ قسمُک بحث بامقصد۔

میماسا مفکرن ہندِ مطابق چھےٚ لفظس معنی باونٕچ سکتھ یتھ تم "یوِتا" ونان چھِ۔ غرض پریٚتھ لفظ چھُ فطری طور معنی باونٕچ صلاحیت تھاوان تہ یہ صلاحیت چھےٚ مستقل تہ تہٕ غأر متبدل تہ۔ چناچہ لفظن ہُند تعبیری قوت چھُ ازلی تہ پریٚتھ کانہہ لفظ چھُ پننہ، امہ خصوصیٚژ کِنہِ بذات خود مخصوص معروضک معنی تھاوان۔ یتہِ زِ تمام لفظ چھِ ازلہ پیٹھے موجود، بلالحاظہ ییمہ زِ بوزن وول چھا تہند معنی سمجان یا نہ۔ پزٕ بھا کرسُند وُنن چھُ زِ چناچہ لفظن ہُند معنی چھ اورَے گنڈِتھ، یہ معنی ییہِ اکہ

# لفظ تہٕ معنی: باہمی رشتہ

(کیٚنہہ قدیم ہندوستانٕی نظریہ)

رتن تلاشی

ہندوستانس منز چھےٚ زبانہِ ہندِ مطالعچ روایت سیٹھاہ پرانٕی ۔ مختلف علومن تہٕ فلسفن سٟتۍ وابستہٕ عالموتہٕ مفکرو چھُ زبانہِ ہندیٚن بیٚون بیٚون پہلوہن ہندِ حوالہ پننہ نظریہ فکرِ چ باوتھ کرمٕژ ۔ اَتھ منز چھُ معنویاتی پہلوہن ہُند بحث تہٕ شامٕل ۔ مختلف عالمو چھُ لفظ تہٕ معروض کہ رِشتُک فطرت تہٕ خصوصیت بنیاد بناوِتھ ''معنی'' یُک تصور واضح کرنچ کوشش کرمٕژ ۔ 'لفظ' تہٕ 'معنی' کِس رشتس متعلق پننۍ خیال پیش کرن والیٚن منز چھِ خاص پاٹھۍ گرامردان کیو لسانٕی عالم، مختلف مذہبی مفکرتہٕ شعریاتس کیو شعری جمالیاتس سٟتۍ وابستہ عالم شامٕل ۔ غرض فلسفہ، لسانیات تہٕ شعریات چھِ وٕنۍ پوٚنۍ پاٹھۍ تم ترےٚ دبستان یمو اکہ نتہ بیٚیہ رنگہٕ لفظ تہٕ معنی یُک بحث تلُمُت چھُ ۔ یمو ترِیو منز لسانٕی تہٕ گرامری مطالعہٕ ساری کھوتہٕ قدیم یمیُک آغاز ژوٗرِمہِ صدی قبل مسیح ہندِس مشہور گرامردان پانِنی سٕنز تصنیفہِ ''اشٹ ادھیاےٚ'' سٟتۍ سپُدمُت مانٕنہٕ یوان چھُ ۔ اَتھ پیٹھ چھِ مختلف عالمو شرح لیٚکھمٕتۍ یمن منز دوٚیمہِ صدی قبل مسیح ہندِس پتنجلی سُند شرح تہٕ شامٕل چھُ ۔ امہ علمی سرچشمُک اہم عالم چھُ بھرتری ہری تیٚمی سٕنز ''واکیہ پدیہ'' ناوٕچ تصنیفہ منز لفظ معنی کِس رشتس متعلق موٗلۍ خیال چھِ ۔ بھرتری ہری لیس علاوٕ چھِ ماگیش بھٹ، گُند ابھٹ تہٕ امہِ روایژ ہندۍ بیٚیہ کیٚنہہ عالم ۔

قدیم ہندوستانہٕ کیٚن مختلف فلسفی مکتبِ فکرن منز تہٕ چھ ''لفظ'' تہٕ لفظن ہُند معنیٰ وو پداوٕ ستیٚ اکہِ نتہٕ بیٚیہٕ نُقطہ نظرٕ غور وخوضُک موضوع روٗدمُت۔ یِمن منز یوٚ دوٗے ویدانت، سانکھیہ تہٕ جینی مکتب فکر شامِل چھےٚ۔ اما پوٚز میما مسا، نیاے تہٕ وشیشک تہٕ بودھ مکتب فکر چھےٚ خاص اہم۔ میما مسا مکتب فکرٕچ بنیاد چھےٚ تریٚیمہ صدی قبل مسیح ہندِس جیمنی سُند ''میما مسا سوٗتر'' مانہٕ آمُت۔ یَتھ پیٹھ بشر سوامی ین شرح لیوٗکھمُت چھُ۔ میما مسا سکوٗلس ستیٚ چھِ کمار بھٹ تہٕ پر بھاکر تہِ وابستہٕ۔ یِمو چھُ زبانہِ ہندیٚن معنوی پہلوہن متعلق اکہِ مخصوص زاویہِ نگاہ بحث کوٚرمُت۔ 'نیاے تہٕ وشیشک' ادب چھُ بسیار۔ مگر یِمن منز چھےٚ ''کناد سنز ویشیشک سوٗتر' تہٕ گوتم سنز ''نیاے سوٗتر'' خاص اہمیت تھاوان۔ گوڈنچہ تصنیفہِ متعلق چھُ ونہٕ یوان زِ چھےٚ مہاتما بُدھ سندِ زمانہٕ بروٗنہہ۔ یِمیٚک ''شرح اُداین'' تہٕ شریدھرن لیوٗکھمُت چھُ۔ نیاے سوٗترُک شرح چھُ واتسا ین تہٕ واچسپی ین لیوٗکھمُت۔ بودھ مفکرن منز چھِ دِن ناگا، دھرم کیرتی تہٕ رتنا کر بیترٕ اہم یِمو معنی لیس متعلق بودھی خیالن اکہِ نظریچ صورت دِژ۔ معنویاتس متعلق ہندوستانیٚ نظریہن ہُند سرچشمہٕ چھُ شعریاتس ستیٚ وابستہٕ عالمن ہُند۔ یتھ علمُک آغاز چھُ بھرت سُند ناٹیہ شاستر مانہٕ آمُت۔ ناٹیہ شاسترُک موضوع چھُ دٕرشیہ کاویہ یعنی ڈراماہس متعلق۔ مگر بروٗنہہ کُن یِیلہِ ناٹیہ شاستر کیٚن اصولن ہُند اطلاق شاعریہ پیٹھ سپد تہٕ کاویہ شاستر آو بارسس۔ اَتھ تحت آو شعرٕ زبانہِ ہندیٚن مختلف پہلوہن تہٕ امہِ کِس معنی وو پداوس متعلق تہِ غور وفکر کرنہٕ۔ یتھ منز رس، ریتی تہٕ دونیہ مکتب فکرن ستیٚ وابستہٕ مختلف عالمن ہُند دیُت چھُ۔ شعریاتس ستیٚ چھُ ادبی عالمن ہُند اکھ زیوٗٹھ کاروان وابستہٕ روٗدمُت۔ ووٚن گوٚڈ تھیٚن عالمن

منز چھُ آنندوردھن یَیمہ لحاظہٕ اہم زِ أمی چھُ جان شاعری تہٕ جان قاری ہنزن خصوصیژن ہنز گتھ کران کران لفظ تہٕ معنی کیٚن مسلن پیٹھ تہٕ تفصیلہ سان لیوٗکھمُت۔

یمن تریشونٕی علمی دبستانن ستی وابستہ مفکرو چھُ معنی چہ فطرژ تہٕ خصوصیژ متعلق رنگہٕ رنگہٕ پہلو ہوٕ کنی سوچمُت تہٕ سوٗ رمُت؛ کینژ وسرسری پاٹھی تہٕ کینژ وباریکی سان۔ مختلف مفکرن ہندیٚن خیالن باہم چھُ ہشر تہٕ تہٕ کینژن باہم چھُ بیٚن تہٕ ٹاکارٕ۔ مثلاً علم لسانیاتس ستی وابستہ کینژن عالمن ہنزٕ رایہ چھےٚ معنی ورتاوٕنچ سکتھ لفظن منز، یَیلہِ زن سانکھیہ یا ویدانتی مفکرن ہنزِ رایہ موجوب یہ سکتھ چھےٚ معروضن منز چھےٚ۔ کینژن ہندِ موجوب چھُ لفظ تہٕ معنی یک رشتہٕ جبری تہٕ کینژن ہندِ موجوب چھُ یہ رشتہٕ قدری۔ بہرحال یمن سارنے عالمن ہنزن راین تہٕ تصورن ہنز وکھرٕ وکھرٕ ذکر روزِ یَتھ مقالس منز نہ مناسب تہٕ نہ ممکن۔ بلکہ کروٲسی یِتیٚن اَتھ متعلق اہم نظریٚن ٲنزی مُنزی گرٛ ژھنٕنچ کوشش۔

## میما مسا نظریہ

یِتیٚن چھُ یہ وَنُن ضروری زِ میما مسا مفکرو یہ کینژ ہاہ زبانہِ تہٕ امہ کہ معنی کہ حوالہ وٕنمت، سُہ چھُنہٕ عام بول چالی زبانہ ہندِ حوالہ وننہ آمُت، بلکہ چھُ تہند موضوعِ بحث ویدن ہنز زبان روزمُت۔ چناچہ ویدک عبارت تہٕ منترن ہُند ورتاو اوس یگیہ تہٕ عبادتہٕ باپت لاٗزمی تہٕ اکثر اوس عالمن امہِ زبانہ ہندِس صحیح مفہومس تہٕ تعبیرس متعلق تضاد روزان۔ ویدک جملن منز الگ الگ لفظن ہُند باہمی رشتہٕ تہٕ جملن منز یمن لفظن ہنز اہمیت ٲس اکثر پاٹھی یہندِ بحثُک موضوع روزان۔

یمہٕ بحثن ہُند نتیجہ آیہ منترن ہندِ صحیح مفہوم سرٕ کھرٕ کرنہٕ باپت کیٚنہہ اصول مرتب کرنہٕ یہُند مقصد لفظ ۔معنی مسلہٕ أنزراوُن اوس ۔یمہٕ بحثن دوران چھُ میماسا مفکرو لفظ تہٕ معنی کس رشتس متعلق پنٕنہ رایہ ہُند اظہار کوٚرمُت ۔

بہر حال لفظ تہٕ معنی کہ رشتہٕ حوالہ یہ امہ مکتب فکرٕچ رایے چھےٚ ،سو چھےٚ امہ کہ فکری نظامہ مطابق ۔چناچہ امہ نظامِ فکرٕک اکھ اہم اصول چھُ خالق سنٛز عدم موجودگی ۔امہ فلسفہٕ مطابق نہ چھُ ییٚمہِ سمسارٕک خالق کانہہ ،تہ نہ چھُ اَتھ کانہہ نُقطہ آغاز یا اختتام ۔یتھےٚ پأٹھی چھِہ وید تہ قایمی تہ دایمی ،یہُند مصنف نہ کانہہ ایشور چھُ نہ کانہہ انسان ۔کلام کہ حیثیتہٕ چھِہ یم پوشونی تہٕ انسانہٕ سنٛز رہبری باپت ضروری ۔ویدن تہ چھُ نہ کانہہ آغاز تہ نہ کانہہ اند ۔یم چھِہ ہمیشہ أسی مٕتی تہٕ ہمیشہِ آسن ۔چناچہ وید چھِہ قایم تہ دأیم ،امیُک مطلب چھُ زِ یہنٛز زبان تہِ چھےٚ قایم تہٕ دأیم تہ مستقل ،ییٚمہِ چہ زبانہ ہندیٛن معنہ مفہومن محرکاتن ہُند پےٚ لبُن ناممکن چھُ ۔یتھ پأٹھی چھُنہ یہ مانٕنہ ورأے چارَے کانہہ زِ امہِ کیٚن لفظن تہٕ معنی یُک رشتہٕ چھُ فطری تہ ازلی ۔چناچہ ویدن ہنٛز زبان چھےٚ ازلی ،امہ سبہ چھےٚ نہ امہ چہ صداقتٕ باپت نہ کانہہ سند درکار تہ نہ گُنہِ قسمُک بحث با مقصد ۔

میماسا مفکرن ہندِ مطابق چھےٚ لفظس معنی باونٕچ سکتھ یتھ تِم ''یوتا'' ونان چھِہ ۔غرض پرٕیتھ لفظ چھُ فطری طور معنی باونٕچ صلاحیت تھاوان تہ یہ صلاحیت چھےٚ مستقل تہ تہٕ غأر متبدل تہ ۔چناچہ لفظن ہُند تعبیری قوت چھُ ازلی تہ پرٕیتھ کانہہ لفظ چھُ پنٕنہ ،امہ خصوصیژِ کنٛی بذات خود مخصوص معروضُک معنی تھاوان ۔یتہِ زِ تمام لفظ چھِہ ازلہٕ پیٹھے موجود ،بلا لحاظہ ییٚمہِ زِ بوزن وول چھا تِہُند معنی سمجان یا نہ ۔پرٕ بھا کر سُند وُنُن چھُ زِ چناچہ لفظن ہُند معنی چھا ورَے گنٛڈِتھ ،یہ معنی یِیہ اکہ

خاص عملہِ حاصل کرنہٕ۔ یوسہٕ أسی یتھ پاٹھی واضح کٔرتھ ہیکو: مثلاً مالکن أکھ دیُت نوکرس حکم: ''گاوان تہٕ گٔر گنڈُن۔'' نوکر چھُ اتھ حکمس تعمیل کران تہٕ اتھ دوران چھےٚ شُرِس أکِس نوکرس پیٹھ نظر۔ امہ حکمُک تعمیل کمہ انمانہ کٔور نوکرن، امہ سِتی سپد شرتہ ''گاوٕ'' تہٕ ''گٔر'' لفظہٕ کِس معنی لیس أنزی مٔنزی۔ معنی زانُنہ چہ اَتھ عملہ منز چھےٚ پربھاکرن ویدن ہندیٚن حکمی جُملن خاص اہمیت دِژمژ۔ اماپوٚز کُمارل ہِندِ مطابق ہیکہ کانٛسہ تہٕ قابلِ اعتماد شخصہٕ سُند کلام امہ بابت ورتاونہٕ یتھ۔

غرض میماسا نظریہ مطابق چھُ زبانہ منزنہ صرف معنی یُک استحکام، بلکہ چھ زبانہ ہندِ مکمل آسنُک تصور تہٕ، یتھ منز ارتقا تہٕ معنیچ تبدیلی ہنز کانہہ تہِ وَتھ ناپید چھےٚ۔ یہ کتھ چھےٚ دلچسپ زِ ویدن ہنز زبان بحثُک مرکز آسنہٕ باوجود چھُ میماسا والیو خالقِ مطلقس سِتی وابستہ یتھی ہِوی گیت تہٕ نظرانداز کٔری متی:

کُس چھُ سون مول..... سون خالق!
یُس پریتھ مکانس تہٕ پریتھ مخلوقس زانان چھُ
سُے چھُ دیوتہن ناوتھاونُک باعث تہِ......

میون مقصد چھُنہٕ ویدِک گیتس منز باونہ آمتہ خیالچ معقولیت تسلیم یا رد کرٕنی، بلکہ چھُ میون مقصد میماساوالیٚن ہُند انحراف ٹاکارٕ کرُن۔ زبانِ متعلق یتھی ہوی تصور چھِ قدیم کالہ مختلف تہذیبن منز رائج روٗدی متی یتھ تحت یمن اساطیری تہٕ الوٰہی خصوصیژ وابستہ کرنہ آمژ چھےٚ۔ کینژ وچھےٚ یمہٕ خصوصیژ منطقی بنیادن پیٹھ سرٕ کھرٕ کرنچ کوشش تہٕ کرمژ۔ أسی ہیکو میماسا نظریہ تہٕ زیادٕ کھوتہ زیادٕ یژھے اکھ کوشش ماٛنتھ یُس نیاے نظریہ فکرن معقول دلیلوٚ سٟتی رد کوٚرمُت چھُ۔

# نیاے تہ وشیشک نظریہ

میما مسا مفکرن ہندی پاٹھی چھُ نیاے مکتبہ فکر کہ توجہک مرکزٕ تہ مُلہ تلہ ویدک عبادتن تہ منترن ہُند صحیح معنہ تہٕ مفہوم او سمُت۔ کینژ وعالمو چھُ ''نیاے'' لفظک موٗل ''نی'' مانِتھ اِچ تشریح تمہ طریقِ کارنگ کرمژ یِمہٕ کِنۍ لفظن تہ جُملن ہُند صحیح تاویل تہ تعبیر کرنہٕ یوان اوس۔ امی موجب اوس بعضے لفظن ہندِس صحیح ویدک لہجس تہٕ نیاے ونہٕ یوان۔ زبانہ ہندِ 'لفظ' تہٕ 'معنی' کہ رشتہٕ حوالہ چھُ نیاے تہٕ میما مسا طرزِ فکرن درمیان پھیرٕ نمایان۔ یہ پھیرٕ چھُ یِہندین بنیادی تصورن منز تہٕ۔ مثلاً نیاے وٲلی چھِ نہ صرف خالق، مخلوق تہٕ فنا ہُک تصور تسلیم کران بلکہ ویدن تہٕ ازلی برعکس ایشور سنز تخلیق مانان۔ یِہنہ فکری نظامہ مطابق چھُنہٕ یِمن نِش لفظ معنی ہُک رشتہ نہ مستق تہ نہ ازلی۔ لفظ تہ معنی ہُک رشتہ نہ چھُ فطری تہ نہ خودزاو تہ نہ چھےٚ لفظس تِژھ کانہہ داخلی تہ فطری خصوصیت یِمہٕ کِنۍ اَتھ کُنہِ معروضُک معنی آسان چھ۔ مثلاً ''نار'' لفظس چھےٚ نہٕ پننۍ کانہہ داخلی خصوصیت یِمہٕ سبب یہ امہ باپت ورتاونہٕ یوان چھُ۔ نیاے والیٚن ہُند مانُن چھُ زِ لفظٕچ معنی سازی پسِ پردٕ چھُ رواج تہ روایژ ہُند دخل۔ یہ طرزِ فکر تہٕ چھُ لفظٕچہ معنوی توژہِ ہُند قایل، یتھ 'ابدا' ونہٕ آمُت چھُ۔ وۄں گوٚو تمن نِش چھےٚ نہ یہ سکتہ۔ یا توژھ فطری یا مستقل بلکہ چھےٚ یہ توژھ اکھ پٔژرن تہٕ غارٕ مستقل۔ اَتھ توژہِ چھُ بعضے 'پرِ بھاشا' تہٕ ونہٕ آمُت۔ نیاے سوترٕ کِس مصنف گوتم سُند وَنُن چھُ زِ لفظس تہٕ معنی لیس باہم چھُنہٕ کانہہ سیدِ سیوٚد تہٕ فطری واٹھ، بلکہ چھُ یہ واٹھ سماجہِ ڈٲسی سرِ کھرِ سپدان۔ بقولہ تسندِ ہرگاہ لفظ تہٕ معنی ہُک رشتہ ازلی یا فطری آسہے تیلہِ روزہن یِم پرِیتھ ساتہٕ موجود تہٕ ستی ستی۔ یعنی لفظ زیوٚ کڈنہٕ وِزِ آسہے معروض تہٕ

حاضر سپدان۔ مثلاً ہرگاہ أسی بونہ ہنز غأر موجودگی منز 'بونی' وَنو تہ بونی آسہِ
حاضر ییس اکھ عبث صورتحال چھُ۔ میما مسا والثین ہندس لفظ تہ معنی کس فطری
رشتہٕ کِس نقط نظرس رد کران چھِ نیاے وشیشک وأکی ونان زِ ہرگاہ تمام لفظن
ہُند معنی ازلی آسہے تیلہِ آسہے مختلف زبانن درمیان تفاوت غأر موجود تہ نہ آسہن
تیلہِ کُنہ زبانہِ منزٕ أکی ہے معروضس متعلق مختلف لفظ۔ مثلاً ہرگاہ رشتہٕ قایم تہ دایم
آسہے تیلہِ آسہن پریتھ زبانہِ منز غیلا بس 'گلاب' ونان تہٕ نارس 'نار'۔ یِوٚ دوٚے
لفظٕک تہ معنی یک رشتہ مستحکم تہ مستقل آسہے تیلہِ آسہے اکہ معروضہٕ باپت اکھ لفظ۔
تیلہِ نہ آسہن زبانن منز ہم معنی لفظ تہ نہ ہم آواز، مگر مختلف معنی وأکی لفظ۔

نیاے نظامِ فکرِ مطابق چھُنہٕ لفظ محض آوازن ہُند مجموعہ بلکہ چھُ یہِ ترٛشہ اکھ
صوتیأتی ساخت یُس یوسہٕ أ کِس ذِہنی تصورس پیٹھ ڈٕرتھ چھےٚ تہٕ معنی تہِ چھُنہٕ محض
معروض بلکہ چھُ یہِ معروضک ذِہنی تصور یا مبدل، یَتھ ''وِکلپ'' ونہٕ آمُت چھُ
تہٕ یُس سماجک پأداوار آسان چھُ۔ ''نیاے کندلی'' ہندس مصنف شریدھر سندِ
مطابق چھےٚ پریتھ تجرُبچ تہٕ ادراکچ بنیاد کانہہ نتہٕ کانہہ ''مستقل وجود'' یَتھ ''
درویہ'' ونہ آمُت چھُ۔ مگر درویچ تشریح ہیکہِ پانٔے درویہ أسِتھ۔ لفظ ہیکہِ زیادٕ
کھوتہٕ زیادٕ امیک مجرد ذِہنی تصور أسِتھ یٚیمیک اطلاق امہِ کِس گُلہُم ورگس پیٹھ
سپدِتھ ہیکہِ تہٕ یِوٚ تام نہ اَتھ ستی مخصوص تصور وابستہٕ سپدِن توٚ تام ہیکہِ نہ یہِ مخصوص
معنی دِتھ۔ یِم تصورات چھِ ''گُن'' ( کیفیت ) کرم ( فعل ) تہٕ وشیش (
خوبی) بیترِ محرکاتو ستی وابستہ سپدان۔ مثلاً ہرگاہ أسی لفظ ''کتاب'' وَنو یہِ چھُ نہ
صرف اکھ مجرد تصور، بلکہ چھُنہٕ اَتھ مخصوص معنی تہِ کانہہ زِ کو سہٕ کتاب؟ ییلہِ أسی ''
دوزج کتاب'' وَنو، اَتھ منز چھےٚ کتاب'' درویہ'' تہٕ یہِ چھےٚ اکہِ ورٕچ نمایندگی

کران ۔مگر یوٚ تام نہ اَتھ ستیٚ ''اکھ آسنک'' تہٕ ''وٕزُل'' آسنٕک تصور وابستہٕ گژھہِ توٚ تام ہیٚکہِ نہ یہ مخصوص معنی دِتھ۔ ''درویہٕ'' تصور چھُ کینژٕ وگرامر دانو تہِ ورتو وُمت ے، مَن منز پتنجلی تہٕ شامل چھ۔

# اپوٚہ نظریہ

اَپوٚہ نظریہِ چھُ بودھی مکتب فکرس ستیٚ وابستہٕ۔ بقولِ William Alston، ''اپوٚہ'' گوٚو نکارُن۔ چناچہ نیاے مکتب فِکرُک نقطہ نظر یوٚ دوٚے میما مسا کہ نقطہ نظرِ مقابلہ معقول باسان چھُ، تہٕ کُرِتھ چھِ دوشوٕنی ہنزٕ کیٚنہہ خصوصیژٕ مشترکہ۔ مثلاً دوشوٕنی ہندی طرزِ فکر چھُنہٕ مابعد الطبیاتی ماورایتہٕ نشہِ مُچھِ تہٕ دوشوٚے چھِ یٖمہِ رایہِ ہندی زِ لفظہٕ تہٕ معنی یَک رشتہٕ چھُ مثبت۔ مگر بودھی فکر چھےٚ امہِ نشہِ بدوٚنہٕ۔ یہندِ نقطہ نظرِ چھُنہٕ یہِ رشتہٕ مثبت، بلکہ تفریقی۔ یہِ نقطہ نظر چھُ یہندِ فکری نظامہٕ مطابق۔ لامعروضیت یا لاشیئیت تہٕ عدم وجود چھُ بُدھ فلسفہٕ تہٕ خاص پاٹھی امہ کہِ شُنیہ وادِچ کنہٕ کنۍ۔ امہ طرزِ فکرِ مطابق نہ چھُ صرف معروضن متعلق کیٚنہہ وُنن محال، بلکہ چھُ یہِ لسانٔی اعتبارٕ ناقابل اظہار تہِ۔ یہندِ نظریہ مطابق چھُنہٕ معنی لفظہٕ تہٕ معروضہٕ کہِ براہِ راست رشتہٕ ستیٚ پاٚدٕ سپدان تکیازِ بذات خود چھےٚ نہ لفظس منز کانہہ تہِ معروضیت۔ معنی چھُ پنہٕ نوعیتہٕ کہ اعتبارٕ منفی۔ لفظس تہٕ معروضس باہم چھُنہٕ کانہہ تہِ اصل رشتہٕ۔ نیاے والیٚن ہندی پاٹھی چھِ تم تہِ مانان زِ لفظ چھُ محض اکھ تصوراتی پیکر یُس چھِراہ اکھ ذہنی تشکیل چھُ۔ مگر یہند مطابق ہرگاہ لفظس تہٕ معروضس درمیان کانہہ رشتہٕ چھُ سُہ نکارنہٕ ستیٚ بنان تہٕ معنی تہِ چھُ امی نکارتیک نتیجہ۔ لفظ چھُنہٕ معروض، بلکہ اکھ وِکلپ یا مبدل یُس منفیتہٕ چہٕ خصوصیژٕ تھاوان

چھُ۔ بقولِ دِن ناگا ،لفظ چھُ اکھ تیُتھ مبدل یَتھ پننہٕ ورگہٕ کیٛن تمام معروضن سٟتۍ تفریقی نوعیتُک رشتہٕ چھُ۔ مثالے ہرگاہ أسۍ لفظ ''گُلاب'' وَنو، تمیُک معنی چھُنہٕ سیٛدِ سیٛودُ گلاب، بلکہ تم سأری معروض یِم گلاب چھُنہٕ۔ یعنی گلابس چھُ تیٛلی گُلاب معنی یٟلہِ باقی یِتھیٛن سارنٕے معروضن ہُند نفی سپدان چھُ۔

اَپوٚ ہ نظریہ مطابق چھےٚ نہٕ معروضچ کانہہ خصوصیت لفظس منز، بلکہ لفظس سٟتۍ چھُ کُنہِ معروضُک معنی تیٛلی وابستہٕ کرنہٕ یوان یٟلہِ بدونہٕ کأری تحت امہِ نِشہِ دوٚیمہ تمام معنی تفریق کرنہٕ یوان چھِ۔ ''لنکا اوتار سوٗتر'' مطابق یٟلہِ أسۍ گفتگو کران چھِ تہٕ اَتھ دوران چھِ کُنہِ چیٖزس کانہہ ناو دِوان، یہ چھُ دراصل بوٗلنچ اکھ ترکیب یوٚ ہ نہٕ حقیقی چھےٚ۔ امیُک مطلب چھُ زِ لفظس منز چھےٚ نہٕ معروضچ کانہہ تہٕ حقیقت تہٕ معنی چھُ محض بدونہٕ کأری تہٕ تفریقی عملہ ہُند نتیجہ۔ یہ زَن دِن ناگا یٟمہِ مثالہِ سٟتۍ واضح کران چھُ: وَنان چھُ زِ یٟلہِ أسۍ ''نیوٗل پمپوش'' وَنو، ''نیوٗل'' لفظُک انتخاب چھُ تمن تمام پمپوشن پیٹھ دٕ رِتھ یِم نہٕ نیٖلی چھِ، تہٕ لفظ ''پمپوشک'' انتخاب چھُ یِتھیٛن سارنٕے چیٖزن پیٹھ دٕ رِتھ یِم نہٕ پمپوش چھِ۔ یِتھہٕ پأٹھۍ چھُ امیُک معنی غیر نیوٗل، تہٕ غیر پمپوش دوشوٚنی زُمرٕ کیٛن معروضن ہنٛز بدونکأری تہٕ نفی لیس پیٹھ منحصر۔ ہرگاہ معنی سأزی منز بدونکأری ہُند عمل دخل آسہے نہٕ تیٛلہِ ہرگاہ کأنٛسہ کانہہ مخصوص چیٖز انِنہ باپت وَنہو، سُہ انہِ ہے تمہِ بدلہ بییہ کانہہ تہٕ چیٖز، تکیازِ سُہ ہیکہِ ہے نہٕ تَتھ چیٖزس باقی چیٖزن نِشہِ بدون کرِتھ۔ امیُک مطلب چھُ یِتہٕ زِ لفظن ہُند معنی چھُ معروضن ہنٛزن امتیازی تہٕ پھیرٕ ہاو خصوصیژن ہندٕ سٟتۍ۔

یہٕ کتھ چھےٚ اہم زِ امہِ نُقطہ نظرٕ یوٚ دوَے معنی ییٚچ خصوصیت اتھ منفیت چھےٚ، مگر بظأہر چھُ یہ اثباتی دھرم کیرتی سندِ مطابق چھُ امیُک بجہ زبانہِ منز ذہنی تصورن ہُند

تکرار۔ ''اپۄ وہ سِدھی'' ہُند مصنف رتن کیرتی سُند وُنُن چھُ زِ معنی سازی ہنزِ عملہ
منز چھُ نفی لیس ستی ستی اثباتی عمل تہٕ یتھ ''پُشٹی'' وننہٕ آمُت چھُ، تہٕ یِم دوشوَے
عملہٕ چھےٚ ذہنی سۆتھرس پیٹھ بیکوقت لرِ لوٚر پکان۔

بہرحال لفظہٕ تہٕ معنی کِس رشتس متعلق چھُ بودھن ہُند طرزِ فکر یِمہٕ لحاظہٕ دلچسپ
زِ زبانہٕ ستی وابستہٕ یِمن مسلن کُن وُہمہٕ صدی دوران ساختیاتی تہٕ پس ساختیاتی
لسأنی ماہرو توجہ دیُت، بود دیُت، بودھ مفکرو اَسی صدیہ واد برونہہ تِم مسلہٕ الہٕ پلہٕ
تِمی انمانہٕ ویٚژھنأوی متی۔ مثلاً سوسیور سُند یہ وُنُن زِ زبانہٕ منز چھےٚ چھراہ بدونہ
کأری، چھُ اکہ نتہٕ بیٚیہٕ رنگہٕ اَپوٚہ اصولس ستی ہشر تھاوان۔ یِمن دوشوٕنی قدیم تہٕ
جدید طرزِ فکرن ہشرِن یکسائیژن کُن چھُ ''انڈین تھیریز آف میننگ'' کتابہٕ
ہندی مصنف گُنجی راجاہن تہٕ اشارٕ کوٚر مُت۔

## سپھوٹ نظریہ

معنویاتس متعلق ہندوستأنی گرامر دانن ہندیٚن نظریہن منز چھُ سپھوٹ نظریہ
نہ صرف اکھ نمایاں دیُت بلکہ چھُ یہ مختلف لسأنی عالمن ہندِ باپت اکھ تحریک تہٕ
بنیو مُت۔ ''سپھوٹ'' نِشہٕ چھُ مطلب اکھ بامعنی اشارٕ۔ یہ بامعنی اشارٕ ہیٚکہٕ اکھ
لفظہٕ اُستھ، تہٕ اکھ جملہ تہٕ۔ سپھوٹ نظریہ مطابق چھُنہٕ لفظ یا جملہ محض آوازن یا
صوتن ہنز تندل، بلکہ چھِ یِم بامعنی اِکأییہ۔ ووں گوٚو زبانہٕ ہندی صوت چھِ بامعنی
اکأییہ باوَنک وسیلہ تہٕ یِم صوت چھِ زمأنی ترتیبہ حسابہ ادا کرنہٕ یوان۔ مگر اتھ
مقابلہ چھےٚ معنی وۄ پداو بیک آن۔ مطلب چھُ یہ زِ سپھوٹ وَنوتھ جملس یِمہٕ

نِشہِ معنی یکدم ووتلہِ یا شولہ۔ سپھوٹُک لغوی معنی تہِ چھُ ووتلُن، وُزُن یا شولہ
تراوُن۔ کینژن عالمن ہنز راے چھےٚ زِ ''سپھوٹ'' چھُ تی یہ جدید لسانیاتس منز

sign چھُ۔

سپھوٹ اصولک بانی کار چھُ بھرتری ہرؠ یُس اکھ قد آور گرامردان اوس۔
تٔمی چھےٚ امہ نظرِچ وِیژھنے پننہ ''واکیہ پدیہ'' تصنیفہ منز کٔرمٕژ۔ ووں گوٚو
سپھوٹ اصطلاحُک ورتاو چھُ اُمس برونٹہ تہِ پتنجلی ہٕندِس ''مہابھاشیس'' منز
سپُدمُت۔ پتنجلی چھُ ونان زِ لفظس چھِ زٕ پکھ: اول سپھوٹ تہٕ دوٚیم ''دھونی''
یعنی آواز۔ تِسندِ مطابق چھُ سپھوٹ لفظُک دایمی پوٚکھ یتھ نہ انفرأدی تلفظہٕ ستی
کانہہ تہ فرق پیوان چھےٚ، یعنی یہ چھُ غیر متبدل۔ یَیلہِ زَن دھونی پوٚکھ متبدل
چھُ تکیازِ انفرأدی ورتاوٕ ستی چھےٚ یہ اثر انداز سپدان۔ ووں گوٚو وِ پتنجلی تہٕ بھرتری
ہرؠ ہٕندِ سپھوٹ نقطہ نظرس درمیان چھےٚ فرق۔ پتنجلی ہٕندِ باپت چھےٚ نہ سپھوٹ
اکھ اکأیی بلکہ اکایی ین ہنز اکھ تندل۔ دراصل چھُ پتنجلی سُند یہ سوچ میماسا
مکتب فکرِ نشہِ متاثر۔

بھرتری ہرؠ سُند سپھوٹ نظریہ چھُ تِہندِ تصورٕ نشہ، بلکل بدونہٕ۔ تِسندِ نقطہ نظرِ تہ
چھِ لفظن یا جُملن زٕ پکھ، مگر یِم چھِ پتنجلی ہٕندِ نقطہ نظرٕ نشہِ الگ۔ یِم چھِ ظأہری
پوٚکھ تہ ''بھاو پوٚکھ''۔ ظاہری پکھس تحت چھےٚ آوازٕ تہٕ آوازٕ آکاریوان یَیلہِ زَن
بھاو پکھس تحت معنی مفہوم آسان چھُ۔ بھرتری ہرؠ سُند زور چھُ یتھ کتھِ پیٹھ زِ
آوازٕ اندازٕ یا آکار چھُ لفظُک یا جملُک خارجی سوٚتھر تہٕ مفہومی یعنی بھاو پوٚکھ چھُ
داخلی یتھ سپھوٹ ونان چھِ۔ یتھِ پأٹھی چھِ سپھوٹ تی یہ جُملُک مفہوم آسِہ۔
سُہ چھُ مانان زِ زبانہ ہنز بنیادی اکأیی چھےٚ جملہ، بامے سُہ جُملہٕ اُکِس لفظس

پٹھ مشتمل آسہٕ یا اکہ کھوتہٕ زیادٕ لفظن پیٹھ۔

ووٕنی چھُ سوال زِ بامعنی جملہٕ کتھ ونو؟ یا یِزٕ اَتھ کمہٕ خصوصیژ گژھن آسنہٕ؟ ہندوستانٕی گرامر دانو تہٕ لسانٕی ماہرو چھےٚ اکہٕ بامعنی جملہ باپت لفظن ہنزٕ ترے خصوصیژ ضروری مانمژٕ: اول، ''آنکانکھشا'' یعنی نحوی مناسبت، دوٚیم، ''سندھی'' یعنی قربت، تہٕ تریٚم، ''یوٗگتا'' یعنی مطابقت۔ یوٗ دوٚے جملس منز یم تریشوٚے خصوصیژ آسن، جملہٕ آسہٕ بامعنی۔ مثلاً نی تو یہ جملہ: ''مائٕلس دِبتہٕ۔'' اَتھ جملس منز چھےٚ لفظن باہم نحوی مناسبت ہرگاہ یہ جملہ یِیمہٕ آیہٕ ونو: ''مائٕلی دِبتہٕ۔'' عیان چھُ زِ ''مائٕلی'' لفظٕچہٕ حالژ منز چھُ خلل کرنہٕ آمُت، یِیمہٕ ستی امہٕ جملہٕ کس نحوی مناسبتس منز تہٕ خلل چھُ سپدمُت، یِیمیک اثر مفہومس پیٹھ پیوٚو۔ قربتکہ اصولہٕ مطابق گژھن جملکی ساری لفظ بوزن وائٕلس تام تمہٕ آیہٕ وانتٕی یُتھ نہٕ یِمن درمیان وقتی طور بے جا ژھیٚن لگہٕ۔ مثلاً ہرگاہ أسی ''ہے قلم ما'' اکہ ساتہٕ ونوتہٕ ''تلتھ'' ونو کینہہ وق گژھتھ، امہٕ ستی سپدِ قربژ خصوصیت متاثر۔ جملہ کہ معنی مفہومہٕ باپت چھےٚ نہٕ یِیٔ زٕ خصوصیژ کأفی، بلکہ چھےٚ ''یوٗگتا'' تہٕ ضروری۔ مثلاً یہ جملہٕ نی تو: ''بہٕ کھیمہٕ آب۔'' گرامر لحاظہٕ چھُ جملہٕ صحیح تکیازِ یرِ یتھ کانہہ گرامری جز چھُ پننہٕ پننہٕ جایہ۔ مگر مطابقت چھےٚ ندارد۔ یوٗ دوٚے کانہہ شخص امہ آیہٕ یہ جملہ بولہِ تس پیٹھ ہیٚکہ اُسن یِتھ۔ امہٕ سببہٕ چھےٚ جملس بامعنی بناونہٕ باپت یِمہٕ تریشوٚے خصوصیژ ضروری۔

بہرحال بقولِ بھرتری ہری، لفظ یا جملہ چھُ معنی لیس وجودس انِنگ وسیلہ۔ امیُک خارجی پہلو آواز یا آکار ہیٚکہ تقسیم سپدتھ۔ أسی ہیٚکو جملکچ آواز پھٹرٕ اُدتھ، یم اکھ اکس ستی وأٹتھ چھےٚ، مگر داخلی پہلو ہیٚکہ نہٕ تقسیم سپدتھ؛ یہ چھُ اکھ

وحدت۔ سپھوٹ نظریس منز چھُ لفظ تہٕ معنی یَک واٹھ سیٹھاہ اہم۔ سپھوٹ چھُ با معنی اشارٕ یُس آوازو ذٕسی اظہارٕ ری سوٗتھرِس پیٹھ یوان چھُ۔ آوازن ہنز کاٗمے چھےٚ بامعنی اشارٕ سپھوٹس صورت بخشنٕی تہٕ سپھوٹ یَیلہِ آوازن ہندِ وسیلہٕ اظہارٕ ری سوٗتھرِس پیٹھ یوان چھِ، یم چھِ غیر متبدل بامعنی اکایین ہنز صورت پراوان۔ سپھوٹس اظہارٕ ری سوٗتھرس پیٹھ اننس منز چھُ لفظن تہٕ جملن ہنز پریتھ آوازِ ہُند رول اہم۔ سپھوٹ کہِ اظہارُک آغاز چھُ لفظٕچہِ یا جُملہٕ چہِ گوڈنچہِ آوازِ ستی سپدِتھ آخری آوازِ ہندِس اداکرنس ستی مکمل سپدان۔ بہرحال بھرتری ہری سُند دیُت چھُ یہ زِ پننہِ سپھوٹکہِ نظریہ ستی کٔر تمی لفظ تہٕ معنی یس منز مکمل وحدت پاٗدٕ تہٕ اَتھ وحدتس دیُتن سپھوٹ ناو۔ لفظ تہٕ معنی یَک بیٚن اوس اَمِس برونہہ لساٗنی ماٗہرن برونہہ کنہِ اکھ بحث طلب مسلہ روٗدمُت۔ ام پوٚز بھرتری ہری سُند کمال چھُ یزِ تمی کوٚر ربیٚترس منز یکت پاٗدٕ۔

## دوٚنیہ نظریہ

ہندوستاٗنی لساٗنی عالمو تہٕ شعریات کیو ماہرو چھےٚ عام زبانہِ تہٕ ادبی زبانہ درمیان فرق واضح کرنس دوران لفظن ہندِ معنی دو تلاونہٕ کس قووتس ورگہ باگنےٚ کٔرمژ۔ یمن منز چھِ خاص پاٗٹھی النکار سکولس ستی وابستہ عالم تہٕ شامل یمو لفظک معنی دون سوٗتھرین منز باگروومت چھُ۔ اکھ سوٗتھُر چھُ "اَبدا" تہٕ دوٚیمس سوٗتھرِس چھُ "دلکھشنا" ناو دِنہٕ آمُت۔ یتھ پاٗٹھی برونہہ تہٕ ذکر سپُز، اِبدا چھےٚ لفظچ سوٗ سکتھ یَیمہِ ذٕسی یہ کُنہِ معروضک معنی باوان چھُ۔ یاوتو۔ زِ یہ چھُ کُنہِ چیزُک وِکلپ بنان۔ یتھ پاٗٹھی ہیکوٗ ونتھ زِ "ابدا" چھُ لفظُک لُغاتی یا ظاہری معنی۔ یہ

چھُ لفظک سہ معنی یُس بوزن وألِس لفظ بوزِتھ فہمس منز یوان چھُ۔ یتہٕ ہیکو وُنتھ زِ ابدا چھُ لفظک تناظرٕ رُؤس معنی۔ ووں گۆو انسان چھ زبان بیشتر پأٹھی جملن منز بولان ییّتہِ الگ الگ لفظ رنگہ رنگہ تناظرن منز ورتاونہ یوان چھِ تہ کینژن تناظرن منز ہیکہ لفظ پننہ لُگاتی معنی کہ دأیرٕ نیبر نیرِتھ نُوس معنی معنوی دأیرس منز داخل سپدِتھ۔ یتھین موقعن پیٹھ ہیکہِ امیک معنی امہ کہ لُغاتی معنی نشہِ وکھرٕ أستھ۔ کُنہِ مخصوص تناظرس منز ورتاونہ ییتی ییلہِ لفظ نۆو معنی رٹہِ، اَتھ ونَو ””لکھشنا““۔ امیک مطلب چھ زِ ””ابدا““ چھُ بنیادی معنی ییلہِ زن لکھشنا تبدیل شُدٕ یا ثانوی معنی چھ۔ یتہِ چھ وچھنہ آمت زِ انسان چھُ یتھی جملہ تہ بولان ییّتہِ امیک معنی اتھ منز شامل لفظن ہندِ الگ الگ لُغاتی معنی یہِ نشہِ مختلف أستھ ہیکہِ۔ مثلاً نی تو یہ جملہ: ””سورٕ ے گام آو ژٕ ستھ۔““ اَتھ منز چھے ٹاکارٕ پأٹھی کرأولس تہ کراوِتس درمیان ناہمواریت تہٕ ییتی چھُ ””گام““ پننہ لُغاتی معنی یہِ نیبر درامُت۔ یتھی ہوی جملہ چھ ناہمواری باوجود سانہ روزمرٕ زبانہ منز بولنہ یوان تہ یم چھ بامعنی تہِ۔ ہرگاہ اسی امہ جملہ کین لفظن ہُند الگ الگ لغاتی معنہ نمو تیلہ باسہ یہ غیرفہم۔ ووٚنی گۆو یتھ ہیُو جملہ سمجنہ باپت چھُ اِسہ ””گام““ لفظک لُغاتی معنی ورأے سہ نۆو معنی زانُن یتھ کُن یہ تناظرس منز یتھ اشارٕ کران چھُ۔ یُوہے نۆو معنی چھُ امیک لکھشنا۔

اِسہ وُچھ برونہہ پٔہن زِ بھرتری ہری ین چھُ سپھوٹ وادس منز جملس اکھ بامعنی اشارٕ وۆنمت۔ امی اصولہ نشہِ استفادٕ کرِتھ کۆر آنند وردھنن شاعریہ متعلق تہ شعری جمالیاتک اکھ نۆو تہ مکمل نظریہ پیش۔ یمہ چھُ یہ نظریہ ””دھونیہ لوک““ تصنیفہ منز وِیتھ ھنوومت۔ اتھ نظریہس تحت چھُ آنند وردھنن لفظک ””ابدا““ تہٕ

لکھشنا'' معنی تسلیم کرِتھ بٕیس أکس معنی سوٚتھرِس کُن تہٕ اشارٕ کوٚرمٕت۔ بقول تہندِ ہیکہِ لفظن ہُند معنی ترٚییہ قسمہٕ آستھ : ابدا، لکھشنا، تہٕ ترٚیم ویٚنجنا۔ ''ویٚنجنا'' دیُت تمۍ لفظہٕ کس علامتی یا رمزی (suggestive) معنی لیس ناو۔ پٔنس اتھ نظریہس وٚون تمۍ ''دونیہ''۔ یہ کتھ تہٕ چھےٚ صحیح ز ''دونیہ'' اصطلاحُک ورتاو چھُنہٕ تمی پٔیٹھے بانہ کوٚرمُت، بلکہ چھُ تمۍ یہ برونٚہمیٚن گرامردانن نِشی اوٚنمُت۔ نہ چھُ سُہ پانس دونیہ نظریہُک بابہ آدم مانان۔ تمۍ چھُ اعتراف کوٚرمُت زِ دونیہ اصولچ کتھ کرِتھ چھےٚ تمۍ روایژ ہنزٕ ے وکالت کرٕمژ۔ ووٚل گوٚ تمِس پتہٕ یمہٕ تہٕ شعر یاتکۍ عالم وٕتھۍ تموموٚن سٕے دونیہ نظریہُک زنم داتا۔

بقولِ آنندوردھن یٔیلہ زبأنۍ ورتاوس دوران لفظ یا جملہ لُغاتی معنی تہٕ تبدیل شُدٕ معنی کیٛوحدٕ ونیٛبر نیران چھُ، امہِ پتہٕ چھُ سُہ علامتی معنی رٹان، یتھ ویٚنجنا ونہٕ آمُت چھُ۔ مثلاً یہ جملہ نی تَو : ''تمن چھےٚ گرس منزٕ ے گنگا۔'' ہرگاہ امہِ جملُک ظاہری معنی نمو، امہِ ستۍ ہیکہِ مفہومس واتناورس منز دُل میٖل پأدٕ سپدِتھ۔ تکیازِ گنگا ہیُو رواں دواں دریاو ہیکیاہ گرِچن لبن منز روٗزِتھ؟ دونٕ وٕنہو زِ اَتھ چھُ تبدیل شُدٕ معنی یعنی لکھشنا۔ یٔیمہٕ مطابق اتھ یہ معنی کڈ ہوزِ تم چھِ گنگایہِ بٔٹھس پٔیٹھ بسان، مگر اتھ معنی لیس ہیکہِ ''منزٕ'' لفظہ تھوس أنتھ۔ امہ سببہ چھُ اتھ جملس منز لفظ گنگایٚہِ کتھ تام کُن اشارٕ کران۔ یہ ہیکہِ شرٚ وٚژرا آستھ یا خوشحأ لی یا امن سکوٗن، بیترٕ۔ تکیازِ گنگا چھےٚ یمہٕ معنی ین کُن اشارٕ کران۔ یتھِ پأٹھۍ چھُ یہ معنی یک ترٚیم سوٚتھرِ تہٕ اَتھ وَنو علامتی معنی۔ علامتیت کس یا رمزیت کس أکھی طریق کارس وَنو ''دونیہ'' تہٕ آنندوردھن تہِ دیُت أکھی اصولس دونیہ اصول ناو۔ دونیُک مطلب تہٕ چھُ علامتیت یا رمزیت (sugestive meaning)۔ یٔیتھیٚن

چھےٚ یہ گٔتھ زٕتیس تھاوٕنی ضروری زِ آنند وردھنَن چھُ دونیہ اصولٕک اطلاق شعرِ زبانہِ پیٹھ کوٚرمُت ۔ امہ سببہٕ چھےٚ نہٕ زٕھرِ ے علامتیت یا رمزیت دونیہ بلکہ چھےٚ یہِ سو رمزیت یوٚسہٕ شاعری منز جمالیاتی حظٕک باعث بنان چھےٚ ۔ بقولِ تسندِ چھےٚ دونیہ شاعریہِ ہُند روح تہٕ عام زبانہِ ہندِس لفظہٕ معنی لیس پیٹھ ہیکو امیک اطلاق کٔرِتھ ۔ تتھ متعلق ہیکن نہٕ زٕ رایہِ اٗستھ ۔

دونیہ نظریہس ستی کوٚر آنند وردھنس پتہٕ کینژ وادبی عالمو اختلاف تہٕ ۔ مثلاً مکل بھٹَن چھُنہٕ وینجنا معنی ییک کانہہ الگ درجہ تسلیم کوٚرمُت ، بلکہ چھُ تٔمی یہ لکھشنا ہکےٚ انگ مونمُت ۔ کنتکَ ہندِ کٔنی چھےٚ دونیہ دراصل ''وکرواکتی'' ہُند یعنی ورگہِ اظہارُک دوٚیم ناو ۔ مگر ابھنوگپتَن چھےٚ پننہٕ ''ابھنو بھارتی'' تصنیفہِ منز دونیہ نظریہچ حمایت کٔرمٕژ تہٕ تنہٕ چھےٚ اَتھ ہندوستانٔی شعریاتس منز خاص اہمیت روٗزمٕژ ۔

خاص عملہٕ حاصل کرنہٕ۔ یوسہٕ أسی یتھ پأٹھی واضح کٔرِتھ ہیکو: مثلاً مألکن أکِ دیُت نوکرس حکم: ''گاوانُن تہٕ گُرگنڈُن۔'' نوکر چھُ اتھ حکمس تعمیل کران تہٕ اتھ دوران چھےٚ شُرِس أکِس نوکرس پیٹھ نظر۔ امہٕ حکمک تعمیل کمہٕ انمانہٕ کوٚر نوکرن، امہٕ سِتی سپُد شُرِس ''گاو'' تہٕ ''گُر'' لفظہٕ کِس معنی لیس أنزی مٔنزی۔ معنی زاننہٕ چہٕ اَتھ عملہ منز چھےٚ پربھاکرن ویدن ہنٛدین حکمی جُملن خاص اہمیت دِژمژ۔ اماپوٚز کُمارِل سٕندِ مطابق ہیٚکہٕ کأنسہٕ تہٕ قابلِ اعتماد شخصہٕ سُند کلام امہٕ باپت ورتاونہٕ یِتھ۔

غرض میمامسا نظریہٕ مطابق چھُ زبانہٕ منز نہٕ صرف معنی ہُک استحکام، بلکہٕ چھُ زبانہٕ ہندِ مکمل آسنُک تصور تہٕ، یتھ منز ارتقا تہٕ معنین تبدیلی ہنز کانہہ تِہ وَتھ ناپید چھےٚ۔ یہ کتھ چھےٚ دلچسپ زِ ویدن ہنز زبان بحثُک مرکز آسنہٕ باوجود چھُ میمامسا والیو خالقِ مطلقس سِتی وابستہٕ یِتھی ہوی گیت تہٕ نظرانداز کٔری متی:

کُس چھُ سون مول ...... سون خالق!

یُس پریتھ مکانس تہٕ پریتھ مخلوقس زانان چھُ

سُے چھُ دیوتہن ناوتھاونُک باعث تہٕ ......

میون مقصد چھُنہٕ ویدک گیتس منز باونہٕ آمتہٕ خیالچ معقولیت تسلیم یا رد کرٕنی، بلکہٕ چھُ میون مقصد میمامسا والین ہُند انحراف ٹاکارٕ کرُن۔ زبانِ متعلق یِتھی ہوی تصور چھِ قدیم کالہٕ مختلف تہذیبن منز رائج روٗدی متی یتھ تحت یمن اساطیری تہٕ الوٰہی خصوصیژ وابستہٕ کرنہٕ آمژٕ چھےٚ۔ کینژ وچھےٚ یمہٕ خصوصیژ منطقی بنیادن پیٹھ سرٕ کھرٕ کرنچ کوشش تہٕ کرمژ۔ أسی ہیکو میمامسا نظریہٕ تہٕ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ یژھے اکھ کوشش مأنتھ یُس نیاے نظریہٕ فکرن معقول دلیلو ڈٕسی رَد کوٚرمُت چھُ۔

# نیاے تہ وشیشک نظریہ

میما مسا مفکرن ہندی پأٹھی چھُ نیاے مکتبہ فکر کہ توجہک مرکزۍ تہِ مُلہ تلہ ویدک عبادتن تہ منترن ہُند صحیح معنہ تہٕ مفہوم اوسُمت۔ کینژ و عالمو چھُ ''نیاے'' لفظُک موٗل ''نی'' مأنتھ اچ تشریح تمہ طریقِ کأرنگی کرمژ ییمہِ کنۍ لفظن تہ جُملن ہُند صحیح تاویل تہ تعبیر کرنہٕ یوان اوس۔ امی موجب اوس بعضے لفظن ہندِس صحیح ویدک لہجس تہِ نیاے وننہٕ یوان۔ زبانہ ہندِ 'لفظ' تہٕ 'معنی' کہِ رشتہٕ حوالہ چھُ نیاے تہٕ میما مسا طرزِ فکرن درمیان پھیرٕ نمایان۔ یہ پھیرٕ چھُ یہندین بنیادی تصورن منزٕ تہِ۔ مثلاً نیاے وألی چھِ نہ صرف خالق، مخلوق تہٕ فنا ہُک تصور تسلیم کران بلکہ ویدن تہِ ازلی برعکس ایشور سنز تخلیق مانان۔ پننہ فکری نظامہ مطابق چھُنہٕ یمن نِش لفظ معنی ہُک رشتہ نہ مستق تہ نہ ازلی۔ لفظ تہ معنی ہُک رشتہ نہ چھُ فطری تہ نہ خودزاو تہ نہ چھےٚ لفظس تژھ کانہہ داخلی تہ فطری خصوصیت ییمہِ کنۍ اَتھ کُنہِ معروضُک معنی آسان چھ۔ مثلاً ''نار'' لفظس چھےٚ نہٕ پننۍ کانہہ داخلی خصوصیت ییمہِ سببہ یہِ امہ باپت ورتاونہٕ یوان چھُ۔ نیاے والیٖن ہُند مانُن چھُ زِ لفظہٕ چہِ معنی سأزی پسِ پردٕ چھُ رواج تہ روایژ ہُند دخل۔ یہ طرزِ فکر تہ چھُ لفظہٕ چہِ معنوی توژھِ ہُند قایل، یَتھ 'ابدا' وننہٕ آمُت چھُ۔ وون گوٚو تمن نِش چھےٚ نہ یہ سکتھ۔ یا توژھ فطری یا مستقل بلکہ چھےٚ یہِ توژھ اکھ پُتشرن تہٕ غأر مستقل۔ اَتھ توژھِ چھُ بعضے 'پر بھاشا' تہِ وننہ آمُت۔ نیاے سوترٕ کِس مصنف گوتم سُند وَنُن چھُ زِ لفظس تہٕ معنی لیس باہم چھُنہٕ کانہہ سیدٕ سیوٚد تہ فطری واٹھ، بلکہ چھُ یہِ واٹھ سماجہِ ڈٕسی سرِ کھرِ سپدان۔ بقولہ تسندِ ہرگاہ لفظ تہ معنی ہُک رشتہ ازلی یا فطری آسہے تیلہِ روزِہن ییم پریتھ ساتہٕ موجود تہٕ ستۍ ستۍ۔ یعنی لفظ زیوٚ کڈنہٕ وزِ آسہے معروض تہٕ

وَنو تہٕ بوٗنی آسہٕ حاضر سپدان۔ مثلاً ہرگاہ أسی بونہٕ ہنز غار موجودگی منز 'بوٗنی' حاضر یپس اکھ عبث صورتحال چھُ۔ میما مسا والیٖن ہندِس لفظ تہٕ معنی کس فطری رشتہٕ کِس نقطہ نظرس رد کران چھِ نیاے وشیشک وألی ونان زِ ہرگاہ تمام لفظن ہُند معنی ازلی آسہے تیٖلہِ آسہے مختلف زبانن درمیان تفاوت غار موجود تہٕ آسہن تیٖلہِ کُنہِ زبانہِ منزأ کی ہے معروضس متعلق مختلف لفظ۔ مثلاً ہرگاہ رشتہٕ قایم تہٕ دایم آسہے تیٖلہِ آسہن پریٖتھ زبانہِ منز غیلابس 'گلاب' ونان تہٕ نارس 'نار'۔ یوٗ دوَے لفظٕک تہٕ معنی یک رشتہ مستحکم تہٕ مستقل آسہے تیٖلہِ آسہے اکہ معروضہٕ باپت اکھ لفظ۔ تیٖلہِ نہٕ آسہن زبانن منز ہم معنی لفظ تہٕ نہ ہم آواز، مگر مختلف معنی وألی لفظ۔

نیاے نظام فکرِ مطابق چھُنہٕ لفظ محض آوازن ہُند مجموعہ بلکہ چھُ یہِ تتھٕ اکھ صوتیأتی ساخت یوسہٕ أکِس ذِہنی تصورس پیٹھ ڈٕرتھ چھےٚ تہٕ معنی تہٕ چھُنہٕ محض معروض بلکہ چھُ یہِ معروضُک ذِہنی تصور یا مبدل، یتھ ''وِکلپ'' وننہٕ آمُت چھُ تہٕ یُس سماجک پأداوار آسان چھُ۔ ''نیاے کندلی'' ہندِس مصنف شریدھر سندِ مطابق چھےٚ پریٖتھ تجرُبچ تہٕ ادراکچ بنیاد کانہہ نتہٕ کانہہ ''مستقل وجود'' یتھ ''درویہ'' وننہٕ آمُت چھُ۔ مگر درویچ تشریح ہیکہ پأنٕے درویہ أستھ۔ لفظ ہیکہِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ امیک مجرد ذِہنی تصور أستھ یمیک اطلاق امہِ کِس کُلہُم ورگس پیٹھ سپدِتھ ہیکہِ تہٕ یوٗ تام نہٕ اَتھ ستی مخصوص تصور وابستہٕ سپدن توٗ تام ہیکہِ نہٕ یہِ مخصوص معنی دِتھ۔ یم تصورات چھِ ''گُن'' (کیفیت) کرم (فعل) تہٕ وشیش (خوبی) بیتر محرکا توٗ ستی وابستہ سپدان۔ مثلاً ہرگاہ أسی لفظ ''کتاب'' وَنو یہِ چھُنہ صرف اکھ مجرد تصور، بلکہ چھُنہٕ اَتھ مخصوص معنی تہٕ کانہہ زِ کوسہٕ کتاب؟ یتیٖلہِ أسی ''ووزٕج کتاب'' وَنو، اَتھ منز چھےٚ کتاب ''درویہ'' تہٕ یہِ چھےٚ اکہِ ورٕچ نمایندگی

کران۔ مگر یوٚ تام نہ اَتھ سٟتۍ ''اکھ آسنک'' تہٕ ''وہ زُل'' آسنک تصور وابستہٕ گژھِ توٚ تام ہیکہِ نہ یہ مخصوص معنی دِتھ۔ ''درویہ'' تصور چھُ کینٛہہ وگرامر دانو تہٕ ورتو وُمت ے، مَن منز پتنجلی تہٕ شامل چھ۔

# اپوہ نظریہ

اَپوٗ ہ نظریہِ چھُ بودھی مکتب فکرس سٟتۍ وابستہٕ۔ بقولِ William Alston، ''اپوٗ ہ'' گوٚو نکاُرن۔ چناچہ نیاے مکتب فکرُک نقطہ نظر یوٚ دوَے میما مسا کہ نقطہ نظرِ مقابلہ معقول باسان چھُ، تہ گرتھ چھِ دوشوٕنی ہنزٕ کینٛہہ خصوصیژ مشترکہ۔ مثلاً دوشوٕنی ہندی طرزِ فکر چھُنہٕ مابعد الطبیاتی ماورایتہٕ نشہِ مچھِ تہٕ دوشوَے چھِ یٟمہِ رایہِ ہندی زِ لفظ تہٕ معنی یِک رشتہٕ چھُ مثبت۔ مگر بودھی فکر چھےٚ امہِ نشہِ بدوٕنہٕ۔ یہندِ نقطہ نظرِ چھُنہٕ یہ رشتہٕ مثبت، بلکہ تفریقی۔ یہِ نقطہ نظر چھَ یہندِ فکری نظامہٕ مطابق۔ لا معروضیت یا لا شیئیت تہٕ عدم وجود چھُ بُدھ فلسفہٕ تہٕ خاص پاٹھی امہ کہِ شُنیہ وادِچ کنہٕ کنۍ۔ امہ طرزِ فکرِ مطابق نہ چھُ صرف معروضن متعلق کینٛہہ وَنُن محال، بلکہ چھُ یہ لسأنی اعتبارٕ نا قابل اظہار تہٕ۔ یہندِ نظریہ مطابق چھُنہٕ معنی لفظ تہٕ معروضہٕ کہِ براہِ راست رشتہٕ سٟتۍ پأدٕ سپدان تکیازِ بذات خود چھےٚ نہ لفظس منز کانہہ تہٕ معروضیت۔ معنی چھُ پننہ نوعیتہٕ کہ اعتبارٕ منفی۔ لفظس تہٕ معروضس باہم چھُنہٕ کانہہ تہِ اصل رشتہٕ۔ نیاے والئین ہندی پاٹھی چھِ تِم تہٕ مانان زِ لفظ چھُ محض اکھ تصوراتی پیکر یُس چھُ راہ اکھ ذہنی تشکیل چھُ۔ مگر یہندِ مطابق ہرگاہ لفظس تہٕ معروضس درمیان کانہہ رشتہٕ چھُ سُہ نکارنہ سٟتۍ بنان تہٕ معنی تہِ چھُ امی نکارٕ تیک نتیجہ۔ لفظ چھُنہٕ معروض، بلکہ اکھ وِکلپ یا مبدل یُس منفیتہٕ چہِ خصوصیژ تھاوان

چھُ۔ بقولِ دِن ناگا ،لفظ چھُ اکھ تیُتھ مبدل ییتھ پتنہٕ ورگہٕ کٔین تمام معروضن ستی تفریقی نوعیتُک رشتہٕ چھُ۔ مثالے ہرگاہ أسی لفظ ''گُلاب'' وَنَو، تمیُک معنی چھُنہٕ سیٚدِ سیوٚد گُلاب، بلکہ تم ساری معروض ییم گلاب چھُنہٕ۔ یعنی گلابس چھُ تیلی گُلاب معنی ییلہِ باقی ییتھیٚن سارنٕے معروضن ہُند نفی سپدان چھُ۔

اَپوٚہ نظریہ مطابق چھےٚ نہٕ معروضچ کانہہ خصوصیت لفظس منز، بلکہ لفظس ستی چھُ کُنہِ معروضُک معنی تیٚلی وابستہٕ کرنہٕ یوان ییلہِ بدوٗنہٕ کاری تحت امہِ نشہِ دوٚیم تمام معنی تفریق کرنہٕ یوان چھِ۔ ''لنکااوتار سوٗتر'' مطابق ییلہِ أسی گفتگو کران چھِ تہٕ اَتھ دوران چھِ کُنہِ چیزس کانہہ ناو دِوان، یہ چھُ دراصل بوٗلنٕچ اکھ ترکیب یوٚسہٕ نہ حقیقی چھےٚ۔ امیُک مطلب چھُ زِ لفظس منز چھےٚ نہٕ معروضچ کانہہ تہِ حقیقت معنی چھُ محض بدوٗنہٕ کاری تہٕ تفریقی عملہ ہُند نتیجہ۔ یہ زَن دِن ناگا ییٚمہِ مثالہِ ستی واضح کران چھُ: ونان چھُ زِ ییلہِ أسی ''نیوٗل پمپوش'' وَنَو، ''نیوٗل'' لفظُک انتخاب چھُ تمن تمام پمپوشن پیٹھ دٔرِتھ یم نہٕ نیلی چھِ، تہٕ لفظ ''پمپوشُک'' انتخاب چھُ ییتھیٚن سارنٕے چیزن پیٹھ دٔرِتھ یم نہ پمپوش چھِ۔ ییتھ پأٹھی چھُ امیُک معنی غیر نیول، تہٕ غیر پمپوش دوشوٕنی زُمرِ کٔین معروضن ہنز بدونکاری تہٕ نفی لیس پیٹھ منحصر۔ ہرگاہ معنی سازی منز بدونکاری ہُند عمل دخل آسہے نہ تیٚلہِ ہرگاہ کأنسہ کانہہ مخصوص چیز انہٕ باپت وَنہو، سُہ انہِ ہے تمہِ بدلہٕ بیٚیہ کانہہ تہِ چیز، تکیازِ سُہ ہیکہِ ہے نہ تتھ چیزس باقی چیزن نشہِ بدون کٔرِتھ۔ امیُک مطلب چھُ ییتہِ زِ لفظن ہُند معنی چھُ معروضن ہنزن امتیازی تہٕ پھیرِ ہاو خصوصیژن ہندِ ستی۔

یہ گتھ چھےٚ اہم زِ امہِ نُقطہ نظرٕ یوٚ دوٚے معنی تیچ خصوصیت اچھ منفیت چھےٚ، مگر بظاہر چھُ یہ اثباتی دھرم کیرتی ہند مطابق چھُ امیُک بجہ زبانہِ منز ذہنی تصورن ہُند

تکرار۔ ''اپۆ وہ سِدھی'' ہُند مصنف رتن کیرتی سُند وُن چھُ زمعنی سأزی ہنزِ عملہ منز چھُ نفی لیس ستی ستی اثباتی عمل تہ ییتھ ''پُشٹی'' وننہ آمُت چھُ، تہ یم دوشوے عملہٕ چھےٚ ذہنی سوٚتھرس پیٹھ بیکوقت لرِلوٚر پکان۔

بہرحال لفظہٕ تہٕ معنی کس رشتس متعلق چھُ بودھن ہُند طرزِ فکر ییمہِ لحاظہٕ دلچسپ زِ زبانہ ستی وابستہٕ یمن مسلن کُن وُہمہِ صدی دوران ساختیاتی تہٕ پس ساختیاتی لسأنی ماہر وتوجہ دیُت، بود دیُت، بودھ مفکرو أسی صدیہ واد برونہہ تم مسلہٕ الہ پلہٕ تمی انمانہٕ ویٚتھناٚوی متی۔ مثلاً سوسیور سُند یہ وُن زِ زبانہِ منز چھےٚ چھراہ بدونہ کأری، چھُ اکہ نتہٕ بیٚیہِ رنگہٕ اپۆہ اصولس ستی ہشر تھاوان۔ یمن دوشوٕنی قدیم تہٕ جدید طرزِ فکرن ہشرِن یکسأنیژن کُن چھُ ''انڈین تھیریز آف مینگ'' کتابہِ ہندی مصنف کُنجی راجاہن تہِ اشارٕ کوٚرمُت۔

## سپھوٹ نظریہ

معنویاتس متعلق ہندوستأنی گرامر دانن ہندیٚن نظریہن منز چھُ سپھوٹ نظریہ نہ صرف اکھ نمایاں دیُت بلکہ چھُ یہ مختلف لسأنی عالمن ہندِ باپت اکھ تحریک تہِ بنیوٚمُت۔ ''سپھوٹ'' نِشہِ چھُ مطلب اکھ بامعنی اشارٕ۔ یہِ بامعنی اشارٕ ہیکہِ اکھ لفظہِ أستھ، تہٕ اکھ جملہ تہٕ۔ سپھوٹ نظریہ مطابق چھُنہٕ لفظ یا جملہ محض آوازن یا صوتن ہنز تندل، بلکہ چھِ یم بامعنی اِکأییہ۔ ووں گوٚو زبانہِ ہندی صوت چھِ بامعنی اکأییہِ باوَنک وسیلہٕ تہٕ یم صوت چھِ زمأنی ترتیبہ حسابہ ادا کرنہٕ یوان۔ مگر اتھ مقابلہ چھےٚ معنی وو پداو بیک آن۔ مطلب چھُ یہ زِ سپھوٹ وَنوٚتتھ جملس ییمہِ

نِشہٕ معنی یکدم ووتلہٕ یا شولہ۔ سپھوٹُک لغوی معنی تہٕ چھُ ووتلُن، وُزُن یا شولہ تراوُن۔ کینژن عالمن ہنز رائے چھےٚ زِ ''سپھوٹ'' چھُ تی یہ جدید لسانیاتس منز sign چھُ۔

سپھوٹ اصولُک بانی کار چھُ بھرتری ہرؠ یُس اکھ قدآور گرامردان اوس۔ تمۍ چھےٚ امہ نظرِچ وِیژھنے پنہٕ ''واکیہ پدیہ'' تصنیفہ منز کرمژ۔ ووں گوٚو سپھوٹ اصطلاحُک ورتاو چھُ اُمِس برونہہ تہٕ پتنجلی سندس ''مہابھاشیس'' منز سپُدمُت۔ پتنجلی چھُ ونان زِ لفظس چھِ زٕ پکھ: اول سپھوٹ تہٕ دوٚیم ''دھونی'' یعنی آواز۔ تِسندِ مطابق چھُ سپھوٹ لفظُک دایمی پوٚکھ یتھ نہٕ انفرادی تلفظہٕ ستۍ کانہہ تہٕ فرق پیوان چھےٚ، یعنی یہ چھُ غیر متبدل۔ ییلہٕ زَن دھونی پوٚکھ متبدل چھُ تکیازِ انفرادی ورتاوٕ ستۍ چھےٚ یہ اثر انداز سپدان۔ ووں گوٚو وِ پتنجلی تہٕ بھرتری ہرؠ سند سپھوٹ نقطہ نظرس درمیان چھےٚ فرق۔ پتنجلی سندِ باپت چھےٚ نہ سپھوٹ اکھ اکائی بلکہ اکایی ین ہنز اکھ تندل۔ دراصل چھُ پتنجلی سُند یہ سوچ میما مسا مکتب فکرِ نشہٕ متاثر۔

بھرتری ہرؠ سُند سپھوٹ نظریہ چھُ تِسندِ تصورِ نشہ، بلکل بدونہٕ۔ تِسندِ نقطہ نظرٕ تہٕ چھِ لفظن یا جُملن زٕ پکھ، مگر یِم چھِ پتنجلی سندِ نقطہ نظرٕ نشہٕ الگ۔ یِم چھِ ظاہری پوٚکھ تہٕ ''بھاو پوٚکھ''۔ ظاہری پکھس تحت چھےٚ آوازٕ تہٕ آوازٕ آکاریوان۔ ییلہٕ زَن بھاو پکھس تحت معنی مفہوم آسان چھُ۔ بھرتری ہرؠ سُند زور چھُ یتھ کتھِ پیٹھ زِ آوازٕ اندازٕ یا آکار چھُ لفظُک یا جملُک خارجی سوٚتھر تہٕ مفہومی یعنی بھاو پوٚکھ چھُ داخلی یتھ سپھوٹ ونان چھِ۔ یتھ پاٹھۍ چھُ سپھوٹ تی یہ جُملُک مفہوم آسہٕ۔ سُہ چھُ مانان زِ زبانہٕ ہنز بنیادی اکایی چھےٚ جملہ، بامے سُہ جُملہٕ اُکس لفظس

پیٹھ مشتمل آسہِ یا اکہِ کھوتہٕ زیادٕ لفظن پیٹھ۔

وونی چھُ سوال زِ بامعنی جُملہٕ کتھ وَنو؟ یا یِزٕ اَتھ کمہٕ خصوٗصیژٕ گژھن آسنہِ؟ ہندوستانٕی گرامردانو تہٕ لسانٕی ماہرو چھےٚ اکہِ بامعنی جملہ باپت لفظن ہنزٕ ترے خصوصیژٕ ضروری مانمژٕ: اول، ''آنکانکھشا'' یعنی نحوی مناسبت، دوٚیِم، ''سندھی'' یعنی قربت، تہٕ ترییم، ''یوگتا'' یعنی مطابقت۔ یوٚ دوٕے جُملس منز یِم ترےٚشوٕے خصوصیژٕ آسن، جُملہٕ آسہِ بامعنی۔ مثلاً نی تو یہ جملہ: ''ماٗلس دِ بتہٕ۔'' اَتھ جملس منز چھےٚ لفظن باہم نحوی مناسبت ہرگاہ یہ جملہ یِیمہٕ آیہٕ وَنو: ''ماٗلی دِبتہٕ۔'' عیاں چھُ زِ ''ماٗلی'' لفظہٕ چہِ حالژٕ منز چھُ خلل کرنہ آمُت، یِیمہِ سِتی امہِ جُملہ کِس نحوی مناسبتس منز تہٕ خلل چھُ سپدُمُت، یِیمِیک اثر مفہومس پیٹھ پیوٚو۔ قربتکہ اصولہٕ مطابق گژھن جملکی ساٗری لفظ بوزن واٗلِس تام تمہِ آیہٕ واتنیٕ یُتھ نہٕ یِمن درمیان وقتی طور بےجاژھیٖن لگہِ۔ مثلاً ہرگاہ اَسی ''ہے قلم ما'' اکہ ساتہٕ وَنو تہٕ ''تلتھ'' وَنو کیٚنہہ وق گژھتھ، امہِ سِتی سپدِ قربژ خصوصیت متاثر۔ جملہ کہ معنی مفہومہٕ باپت چھےٚ نہ یِیَے زٕ خصوصیژٕ کاٗفی، بلکہ چھےٚ ''یوگتا'' تہِ ضروری۔ مثلاً یہ جملہٕ نی تو: ''بہ کھیٖمہٕ آب۔'' گرامر لحاظہٕ چھُ جُملہٕ صحیح تکیازِ پریٖتھ کانہہ گرامری جُز چھُ پنُنہِ پنُنہ جایہ۔ مگر مطابقت چھےٚ ندارد۔ یوٚ دوٕے کانہہ شخص امہ آیہِ یہ جملہ بولہِ تس پیٹھ ہیٚکہ اُسن ییتھ۔ امہِ سببہٕ چھےٚ جملس بامعنی بناونہٕ باپت یِمہ ترےٚشوٕے خصوصیژٕ ضروری۔

بہرحال بقولِ بھرتری ہری، لفظ یا جملہ چھُ معنی لیس وِجودس انُنگ وسیلہ۔ امیُک خارجی پہلو آواز یا آکار ہیٚکہِ تقسیم سپدِتھ۔ اَسی ہیٚکو جملچ آواز پھُٹرٲوِتھ، یِم اکھ اَکِس سِتی واٗتِتھ چھےٚ، مگر داخلی پہلو ہیٚکہِ نہٕ تقسیم سپدِتھ: یہ چھُ اکھ

وحدت ۔ سپھوٹ نظریس منز چھُ لفظ تہٕ معنی یَک واتھ سیٹھاہ اہم ۔ سپھوٹ چھُ با معنی اشارٕ یُس آوازَو ذٕسی اظہارٕ ری سوٚتھرِس پیٹھ یوان چھُ ۔ آوازن ہنز کاٗہے چھےٚ بامعنی اشارٕ سپھوٹس صورت بخشنی تہٕ سپھوٹ یِیلہِ آوازن ہندِ وسیلہٕ اظہارٕ ری سوٚتھرِس پیٹھ یوان چھُ ، یم چھِ غیر متبدل با معنی اکایین ہنز صورت پراوان ۔ سپھوٹس اظہارٕ ری سوٚتھرِس پیٹھ اِنس منز چھُ لفظن تہٕ جملن ہنز پرِیتھ آوازِ ہُند رول اہم ۔ سپھوٹ کہِ اظہارُک آغاز چھُ لفظٕ چہِ یا جُملہٕ چہِ گوڈنچہِ آوازِ سٟتی سپدِتھ آخری آوازِ ہندِس اداکرنس سٟتی مکملٕ سپدان ۔ بہرحال بھرتری ہری سُند دیُت چھُ یہ زِ پننہِ سپھوٹکہِ نظریہ سٟتی کرٕ تمی لفظ تہٕ معنی یس منز مکمل وحدت پاٗدٕ تہٕ اَتھ وحدتس دیُتن سپھوٹ ناو ۔ لفظ تہٕ معنی یَک بیٚن اوس اَمِس برونہہ لساٗنی ماہرن برونہہ کنہِ اکھ بحث طلب مسلہ روٗدمُت ۔ ام پوٚز بھرتری ہری سُند کمال چھُ یزِ تمی کوٚر بیٚنرس منز یکت پاٗدٕ ۔

## دوٚنیہ نظریہ

ہندوستاٗنی لساٗنی عالمو تہٕ شعریات کیٚو ماہرو چھےٚ عام زبانہِ تہٕ ادبی زبانہ درمیان فرق واضح کرنس دوران لفظن ہندِ معنی وٚ وتلاونہٕ کِس قوٚوتس ورگہ باگنےٚ کرٕ مژ ۔ یمن منز چھِ خاص پاٗٹھی النکارسکولس سٟتی وابستہ عالم تہٕ شامل یمو لفظک معنی دون سوٚتھرٕ ین منز باٗگرووِمت چھُ ۔ اکھ سوٚتھر چھُ ''اَبدا'' تہٕ دوٚیمس سوٚتھرِس چھُ ''لکھشنا'' ناو دِنہٕ آمُت ۔ یِتھ پاٗٹھی برونہہ تہٕ ذکر سپز ، اِبدا چھےٚ لفظچ سوٚ سکتھ یَیمہِ ذٕسی یہ کُنہِ معروضک معنی باوان چھُ ۔ یا وَنو ۔ زِ یہ چھُ کُنہِ چیزٕک وِکلپ بنان ۔ یِتھ پاٗٹھی ہیکوٚ وَنِتھ زِ ''اِبدا'' چھُ لفظک لُغاتی یا ظاہری معنی ۔ یہ

چھُ لفظک سہ معنی یُس بوزن وأ لس لفظ بوزی تھے فہس منز یوان چھ۔ یتہِ ہیکو ؤنتھ زِ ابدا چھُ لفظک تناظرِ رؤس معنی۔ ووں گؤ وانسان چھ زبان بیشتر پأٹھی جملن منز بولان ییتہِ الگ الگ لفظ رنگہ رنگہ تناظرن منز ورتاونہ یوان چھِ تہ کینژن تناظرن منز ہیکہ لفظ پننہ لُگاتی معنی کہ دأیرٕ نیبر نیرتھ نٔوس معنی معنوی دأیرس منز داخل سپدِتھ۔ یتھین موقعن پیٹھ ہیکہِ امیک معنی امہ کہ لُغاتی معنی نشہِ وکھرٕ اُستھ۔ کُنہِ مخصوص تناظرس منز ورتاونہ ستی ییلہِ لفظ نوٚ و معنی رٹہِ، اَتھ وَنو ''لکھشنا''۔ امیک مطلب چھ زِ ''ابدا'' چھُ بنیادی معنی ییلہِ زن لکھشنا تبدیل شُدٕ یا ثانوی معنی چھ۔ یتہِ چھ وچھنہ آمت زِ انسان چھُ یتھی جملہ تہ بولان ییتہِ امیک معنی اتھ منز شامل لفظن ہندِ الگ الگ لُغاتی معنی یہِ نشہِ مختلف اُستھ ہیکہِ۔ مثلاً نی تو یہ جملہ: ''سورٕے گام آوٗ ژستھ۔'' اَتھ منز چھے ٹاکارٕ پأٹھی کرٗ اوٗلس تہ کراوِتس درمیان ناہمواریت تہ ستی چھُ ''گام'' پننہ لُغاتی معنی یہِ نیبر درامُت۔ یتھی ہوٚی جملہ چھ ناہمواری باوجود سانہ روزمرٕ زبانہ منز بولنہ یوان تہ یم چھ بامعنی تہِ۔ ہرگاہ اسی امہ جملہ کین لفظن ہُند الگ الگ لغاتی معنہ نمو تیلہ باسہ یہ غیر فہم۔ ووٚنی گؤ و یتھ ہیوٚ جملہ سمجنہ باپت چھُ اسہ ''گام'' لفظک لُغاتی معنی ورأے سُہ نوٚ و معنی زانُن یتھ کُن یہ تناظرس منز یتھ اشارٕ کران چھُ۔ یوٚ ہے نوٚ و معنی چھُ امیک لکھشنا۔

اِسہ وُچھ برونہہ پہن زِ بھرتری ہری ین چھُ سپھوٹ وادس منز جملس اکھ بامعنی اشارٕ وۄنمت۔ امی اصولہ نشہِ استفادٕ کٔرِتھ کوٚر آنند وردھنن شاعریہ متعلق تہ شعری جمالیاتک اکھ نوٚو تہ مکمل نظریہ پیش۔ تمی چھ یہ نظریہ ''دونیہ لوک'' تصنیفہ منز ویژھنومت۔ اتھ نظریہس تحت چھُ آنند وردھنن لفظک ''ابدا'' تہ

لکھشنا'' معنی تسلیم کرِتھ بٔیس اَکِس معنی سۄتھرِس کُن تہٕ اشارٕ کۄرمُت۔
بقول تہندِ ہیکہِ لفظن ہُند معنی ترٛیہ قسمہٕ اَستھ: ابدا، لکھشنا، تہٕ ترتیم
ویٔنجنا۔''ویٔنجنا'' دیُت تمی لفظہ کِس علامتی یا رمزی (suggestive) معنی لیس ناو۔
پٔنس اتھ نظریہس وۄن تمی ''دونیہ''۔ یہ کتھ تہٕ چھےٚ صحیح زِ ''دونیہ''
اصطلاحُک ورتاو چھُنہٕ تمی پٔیٹھے بانہ کۄرمُت، بلکہ چھُ تمی یہ برٛونٛہمیٚن گرامر دانن
نِشی اۄنمُت۔ نہ چھُ سُہ پانس دونیہ نظریہک بابہ آدم مانان۔ تمی چھُ اعتراف
کۄرمُت زِ دونیہ اصوٗلچ کتھ کرِتھ چھےٚ تمی روایژ ہنزٕ وکالت کرٕمژ۔ وۄں
گۄو تمِس پتہٕ یم تہٕ شعریاتکی عالم وتھی تمومون سُے دونیہ نظریہک زنم داتا۔
بقولِ آنندوردھن ییٚلہ زبأنی ورتاوس دوران لفظ یا جملہ لُغاتی معنی تہٕ تبدیل
شُدٕ معنی کیٚو حدٕ ونیبر نیران چھُ، امہِ پتہٕ چھُ سُہ علامتی معنی رٹان، یتھ ویٔنجنا ونہٕ
آمُت چھُ۔ مثلاً یہ جملہ نی تو: ''تمن چھےٚ گرس منزٕ ے گنگا۔'' ہرگاہ امہِ جملُک
ظاہری معنی نمو، امہ ستی ہیکہِ مفہومس واتناورس منز دُل میُل پأدٕ سپدِتھ۔ تکیازِ
گنگا ہیُو رواں دواں دریاو ہیکیاہ گرِچن لبن منز روٗزِتھ؟ ووٗنی ونہو زِ اَتھ چھُ
تبدیل شُدٕ معنی یعنی لکھشنا۔ یمہِ مطابق اتھ یہ معنی کڈ ہو زِ تم چھِ گنگایہِ بٔٹھس
پٔیٹھ بسان، مگر اَتھ معنی لیس ہیکہِ ''منز'' لفظہ تھوس اَنتھ۔ امہ سببہ چھُ اتھ جملس
منز لفظ گنگا بٔیہِ کتھ تام کُن اشارٕ کران۔ یہ ہیکہِ شرٛوٗژر اَستھ یا خوشحالی یا
امن سکوٗن، بیترِ۔ تکیازِ گنگا چھےٚ یمہٕ معنی ین کُن اشارٕ کران۔ یتھٕ پأٹھی چھُ یہ معنی
یک ترتیم سۄتھرتہٕ اَتھ ونو علامتی معنی۔ علامنیت کِس یا رمزیت کِس اَتھی
طریق کارس ونو''دونیہ'' تہٕ آنندوردھن تہٕ دیُت اَتھی اصولس دونیہ اصول
ناو۔ دونیک مطلب تہٕ چھُ علامتیت یا رمزیت (sugestive meaning)۔ ییٚتیٚن

چھےٚ یہِ گتھ ژیتس تھاوٕنۍ ضروری زِ آنند وردھنٔن چھُ دونیہ اصولُک اطلاق شعرٕ زبانہِ پیٹھ کوٚرمُت۔ امہ سببہٕ چھےٚ نہٕ ژھرٕ ے علامتیت یا رمزیت دونیہ بلکہ چھےٚ یہِ سو رمزیت یوٚسہٕ شاعری منز جمالیاتی حظُک باعث بنان چھےٚ۔ بقولِ تسندِ چھےٚ دونیہ شأعریہِ ہُند روح تہٕ عام زبانہِ ہندِس لفظتہٕ معنی لیس پیٹھ ہیکو امیُک اطلاق کٔرِتھ۔ تَتھ متعلق ہیکن نہٕ زٕ رایہِ أستھ۔

دونیہ نظریہس ہٕتی کوٚر آنند وردھنٔس پتہٕ کینژو ادبی عالمو اختلاف تہِ۔ مثلاً مکل بھٹن چھُنہٕ وینجنا معنی یِک کانہہ الگ درجہ تسلیم کوٚرمُت، بلکہ چھُ تٔمۍ یہ لکھشنا ہکۍ انگ موٚنمُت۔ کنتُک ہٕندِ کنز چھےٚ دونیہ دراصل ''وکرواکتی'' ہُند یعنی ورگہِ اظہارٕک دوٚیم ناو۔ مگر ابھنو گُپتن چھےٚ پننہِ ''ابھنو بھارتی'' تصنیفہِ منز دونیہ نظریچ حمایت کٔرمژ تہٕ تنہٕ چھےٚ اَتھ ہندوستأنۍ شعریاتس منز خاص اہمیت روٗزمژ۔

# زبان تہٕ بوٗلی: اکھ تجزیاتی مطالعہ

محفوظہ جان

زبان چھےٚ تمن الفاظن تہٕ کلماتن ہُند مجموعہ یم کُنہِ آبادی ہندِس کُنہِ حصس منز بولنہٕ آسن یوان۔ یمو ے الفاظو تہٕ کلماتو ذریعہ چھُ اکھ انسان دوٚیمس انسانس سےٚتی کتھ باتھ کران تہ امہ کتھ باتھ ہُند مطلب پانہٕ تہٕ سمجھان تہٕ بیٚیس تہِ سمجھاوان۔ گوٚو زبان چھےٚ خیالاتن ہُند ذریعہ اظہار، تیٚیچ کاٗم انسانہٕ سُند ذہنی مفہوم، دلیل تہٕ عام خیالات لفظو تہٕ جُملو ذریعہ بیان کرُن چھُ۔ زبانہِ ہندی تعریف کران چھُ اکھ لسانی ماہر لیکھان:

> پس زبان کی واضح تعریف اِن الفاظ میں کی جا سکتی ہے کہ زبان انسانی خیالات اور احساسات کی پیدا کی ہوئی ان تمام مصنعی اور جسمانی حرکتوں اور اشاروں کا نام ہے جنمیں زیادہ تر قوت گویائی شامل ہے اور جسکط ایک دوسرا انسان سمجھ سکتا ہے اور جس وقت چاہے اپنے ارادے سے دہرا سکتا ہے۔[1]

ززبان چھےٚ انسانی زندگی باپت واقعی تریٚلیچ کاٗم دوان۔ تہٕ زن گوٚو یہ کینژ ھاہ یہ ترسیل کرِ، روانہ کرِ، سوزِ یا یہ کینژ ھاہ یہ ونہ، بولہ، تہٕ چھُ انسان بہم کرنہٕ لگان۔ زبان چھےٚ تیژ اہم یوٗت شہہ کھاٗلن تہٕ واٗلن چھُ۔ امہ ذریعہ چھُ انسان پننی خیالات بیٚیس تام واتناوان تہٕ بیٚین ہندٕین خیالاتن چھُ واقف سپدان۔ اگر زبان اسہِ آسہ ہانہ، ذہِنس منز ماے محبت، نفرت، نیکی، بدی، اصل تہٕ خراپچ

پیچھان کرٕنی اوسنہٕ صرف مشکلےٚ یوت بلکہ نان ممکن تہٕ ۔ یۆ دوٚے دُنیاہ چہ باقی زُو ذا ژتہٕ زندٕ روزنہٕ باپت ''کتھن'' ہُند ترسیل کران چھے، مگر انسانس چھُ زبان بخشتھ سُہ شرف دِنہٕ آمُت یُمہِ کِنۍ اُمس اشرف المخلوقات ونان چھِ۔ انسان کِتھ ہیکہِ ہا کوٚن زوٚن روٗزِتھ؟ یۆ ہے اوس وجہ زِ تس پیٚو زندٕ روزنہ باپت اُکِس چھوکہِ یا گروپس منز وۄتھُن بہُن، لسُن بسُن تہٕ اُتھی چھوکہ یا جماژ منز روزِتھ اوس سُہ پننٕ خیالات گوڈٕ پیٹھے بیٚیس تام واتناوٕنی یژھان۔ انسان اوسنہٕ گوڈٕ پیٹھے کتھ باتھ کران، بلکہ اوس انسانس گوڈٕ گوڈٕ اشارٕ، حرکت، شُرِنی، گُنہِ چیزس ٹھسراے کرٕنی بیترِ ذریعہ اظہار۔ دون اتھن واش کڈِتھ تم رلاوِتھ چھُ ثابت گژھان زِ یہ چھُ ترلیش منگنس کُن اشارٕ۔ کلہٕ ہلاونہٕ سۭتی چھِ اُسۍ اقرار تہٕ نکارتہٕ کران۔ اشارو ذریعہ کتھ کرنس چھِ واریاہ طریقہ۔ کیٚنہہ اشارٕ چھِ تم یم اُسۍ اُچھو سۭتۍ وچھِتھ چھِ ہیکان۔ مثلاً اتھو سۭتۍ اشارٕ ہاوٗن یا کلس حرکت کرٕنی۔ کیٚنہہ اشارٕ چھِ کنو بوزان یا ژینہٕ یوان۔ مثلاً گولہِ ہنز آواز، شُرنہِ ہنز آواز، ڈوٚلچ آواز یا گاٚنٹی وانۍ، بیترِ ۔ مگر اشارٲتی نظام چھُ صوتی زبانہ مقابلہ بلکل موٗلوروٚستے۔

خیالات کی ترسیل اور جذبات کے اظہار کیلئے انسان نے زبان کی ایجاد کی۔ ترسیل نطق ہی کے ذریعے سے ہوئی۔ یہ اشاروں سے بھی ممکن ہے۔ اشاروں کا استعمال ازلی اور آفاقی ہے۔ اتنا مہذب ہو جانے کے بعد انسان اپنے خیالات کے اظہار کیلئے اشاروں سے بے نیاز نہیں، لیکن ان کے باوجود اشارے صوتی زبان کے مقابلے میں بالکل بے دست وپا ہیں، ان کی دنیا بھی محدود ہے۔ [2]

انسانہ ہندی یم ابتدایی تمدنی نشانہ چھ از تہ لوکن منز برابر جاٚری۔ مثلاً گاڑ چلاون وول یێلہِ سوارِ یا کنڈکٹر سُند آلو چھُنہ بوزان یُس گاڑی ٹھہراونہ تہ

سوٲرِ تراونہ باپت تس کرنہ چھُ یوان، تتھ صورتس منز چھےٚ سوٲرِ یا کنڈکٹر زور دار شُرِنی کران تہ نتہ چھےٚ سوٲرِ گاڑِہُند تالو وایِن لاگان، گاڑِ وانِچ یا شُرنہ ہنز آواز کنن منز واتٲنی چھُ ڈرایور گاڑِ ٹھہراوان۔ اگر کانٛسہِ نفرس آلو کرُن آسہِ، تتھ صورتس منز چھُ شرنی کران، اتھ وایان یا بیٚیہِ کانہہ ترٛتھ حرکت کران یُتھ سُہ نفر اَمس کُن متوجہ گژھِ۔ یہ کتھ پزِ نہ اسہِ مُشراونی زِ کلی تہِ چھ پننہِ خیالات بیٚین تام مختلف طریقو واتناوان۔ مثلاً کلہ ہلاوِتھ یا اتھن ہندیو اشارو ستی۔ ہرگاہ زوٚر کانہہ کتھ بوزناوُن آسہِ تتھ صورتس منز چھُ انسان پننہ ابتدایی تمدنکی نشانہ کامہ منزانان تہ یمو ے ذریعہ چھُ سُہ زٲرِس کتھ فکرِ تاران۔ انسانہ سُند وجود تہ اہندی سٲری اعضا چھِ فطری طور حرکات وسکناتچ عمل پرٛیتھ وِزِ جٲری تھاوِتھ۔ ہرگاہ اَتھ کارس منز ترٛاہ رُکاوٹ ییہِ، سوُرے وجود نظام گژھِ رُکتھ تہ چھلہِ چھانگرِ۔ زرزنگ، کلہ یا بیٚیہِ کانہہ اعضاے جسم اَسی تن، پرٛیتھ کُنہِ تانس چھےٚ پننی انفرادی کٲم کار قدرتی طور متھِ۔ انسٲنی وجودس یوٚدوَے زِ روٗپ اندرون تہ بیرون چھِ، مگر زبانہ ہندِ استعمالہ وِزِ چھُ یمن دوشونی حصن ہُند متفق آسُن قدرتی امر۔ ہرگاہ یہ فطری عمل تشکیلی طور متفق آسہے نہ، ذریعہ باوتھ (way of expression) سپدِ ہے تاریک۔ زبان چھےٚ مختلف اعضاہن درمیان اتحاد سپدنہ کِنہِ پننی کٲم جٲری تھاوان۔ زبان چھےٚ تیٚلی کیٚنہہ (کتھ) قدرت کہ سانچہ (mouth) کڈان ییلہِ انسٲنی وجود کی سٲری اعضاء، خاصکرِتھ اَچھ، وُٹھ، کن، ہوٚٹ، دِل تہ دماغکی لوٚکٕٹ بڑ حصہ بیک وقت متفق سپدن۔ سٲری اعضا یہ جُز زٲلتھ چھےٚ آوازِ داون (vocal cords) زیر لگان تہ آواز چھےٚ باضابطہٕ پٲٹھی اکھ سوصورت اختیار کران یُتھ لفظن ہُند وجودس یُن لازمی بنان چھُ۔ مثلاً اَسی

کرٕ و لفظ ''ڈوٗن'' مثالہ باپت پیش۔ ''ڈوٗن'' لفظ چھُ ترےٚن آوازن ہُند مجموعہ /ڈ/+/وٗ/+/ن/۔یعنی ترٛے آواز رٕلن پانہٕ وٕنی، اِد ہیٚکہِ لفظ ''ڈوٗن'' بٔنِتھ۔ گوٚ و آوازن ہُند میٖل گژھنَے چھُ لفظ تھنہٕ پیٚنگ بنیادی وجہ۔ یوٚ تام آواز اکھ صوت روزن، جملہ بننٕک چھُنہٕ کہنی امکان۔ کمہ کھوتہٕ کم گژھن زٕ صوت رٕلنی،ا ہیٚکہِ لفظ بٔنِتھ۔ مثلاً /گ/+/ٕ/+/ر/ = گُر۔ یا /ش/+/ٕ/+/ر/ = شُر بیترِ۔ مختصر اَزبان چھےٚ باوٕ ژھُند اکھ مخصوص طریقہٕ یمہِ ذریعہِ انسان پانہٕ تہٕ چھُ کتھ کران تہٕ پانٕنی کتھ چھُ دوٚیمیٚن تام واتناوان، تہٕ باقی لوٗکن ہندےن خیالاتن تہٕ چھُ واقف سپدان۔ بہر کیف انسانہ سُند بجر چھُ اہمٕ زبانہِ ہُند اظہار۔آوازٕ داوٕ، وُٹھ، زیٚوتہٕ باقی اجزاےِ اعضا چھِ حرکتس منزٕ یتھ اکھ صأتی یکہٕ وٹہٕ رلأوِتھ آوازٕ ترتیب دوان تہٕ کتھ چھےٚ وجودس یوان۔ یتھ کتھِ چھُنہٕ کہنی شک زِ کتھ بارسس یتھ چھےٚ تمہ ساینٕچ نشاندہی کران یُس سانیوٚ نظرو ڈٔلتھ چھُ۔ یہ بحث اوکطرف ترأوِتھ ونوٚ أسی زِ زبان چھےٚ دراصل اکھ بوٗلی، یمہِ ذریعہ اکہِ أچ کتھ بیٚیس أسس منز جوٚ أبی صورتس منزٕ ترسیل چھُ کران۔ زبان چھےٚ مشکل تہٕ پیچیدٕ لسأنی ترسیل۔ انسان یوٚ دوٚے تحریرٕ ڈٔسی تہٕ اظہارِ خیالات کران چھُ یا گُرتھ ہیکان اوس، مگر لیکھنک تأریخ چھُنہٕ تیوت پرون یوت انسانہ سند اظہار چھ۔خیال چھُ کرنہ یوان زِطرزِ تحریرٕ تمدن چھُنہٕ سَتھ ساس وٕری کھوتہٕ پرون، ییلہ زن پرأنس انسانہٕ سندی کینہہ ڈھانچہ یم دنیاچن لبنہ آے، چھےٚ تحقیقہ تلہ ہأوتھ دوان زِ یم چھُ لگ بگ 20 لچھ وٕری پرأنی۔امہ تلہ چھُ نَنان زِ یہ انسان یمہ دورک چھُ، سُہ اوس دورِ تاریک (Dark Age) نہ کہ تمدنی دور (Civilized Age)۔ بہ الفاظہِ دیگر ہیکو أسی وٕنِتھ زِ لسأنی اعتبارٕ اوسنہ یہ دور لیکھنک بلکہ صرف ''

## بوزنک دور" (کنو بوزنک):

During the last 25000 year of the earlier Paleaolthic period of fourth species of ancient man made an appearance was Neaderthal Man. Although we know little anout Neanderthal culture, it is certain that Neanderthal progressed far beyond the apes, above all because they had the capacity for speach which enabled them to communicate with their fellows and to pass on what they had learned to succeeding generations. 3

زبان چھےٚ آدم ذأژ ینہ پیٹھ آدم وجودس آو، تنہ پیٹھ چھےٚ زبان بولنہ یوان۔ زبان چھےٚ آدم ذأژ ہُند لوہ لنگرُک اصلی تہٕ گُلہُم رنگ و روپ پدٕ کڈان۔ اکھ اکی ہندٕ جذبات، خیالات تہٕ احساسات محسوس کرِتھ چھےٚ زبانہٕ رشتن ہنز قدر کرٕنی ہیچھناوان۔ زبان چھنہٕ أکس فردٕ ہنز آسان، بلکہ چھےٚ یہ اکہ چھوکہ یا جمأژ تہٕ طبقچ آسان۔ انسانہٕ ہندس شعورس منز ییلہِ دوکھ، درد، خُشی، غم نفرت، محبت، جذبہ، تجربہ سوچ تہ تصورِ خیالات پأدٕ گئے، ضروریاتہ مطابق آیہِ زبان تہِ بارسس۔

زبان کتہِ آیہ تہٕ گوڈٕ کوسہٕ زبان أس دُنیاہس منز رأتج، پریتھ کانہہ قوم اوس دعواکران زِ تہنزٕ ے نتہ تہنزٕ ے زبان چھےٚ سارٕوے کھوتہٕ پرأنی زبان۔ اَتھ پیٹھ روٗد طویل وقتس تضاد جأری ییمہِ کنہِ وار یاہ خون خرابہ سپد۔ ویدأسی ونان زِ اُپنشد زبان چھےٚ اصلی پرأنی زبان، پارٕسی أسی ونان زِ تہنزٕ ے زبان چھےٚ پرأنی، انجیل مقدس مطابق چھےٚ گوڈٕ اکأے زبان رأتج العمل أسمٕژ یوسہٕ شہرِ بابلکی لوٗکھ بولان أسی۔ قدرت کہ قہرٕ کنہِ لگی یم ترٛتھٕ بولہ بولنہ ییمہٕ یمن پانہٕ وٕنی تہِ فکرِ آسہٕ تران۔ یہودیٖن تہٕ عیسأین ہُند عقیدٕ چھُ یہ زِ عبرأنی زبان چھےٚ دُنیاہچ پرأنی زبان أسمٕژ۔ یتھے پأٹھی چھُ ولندیزی[4] عالم بیکانس (Bacanas) شُرأ ہمہ

صدی اندر دعوا کران زِ ڈچ[5] چھےٚ سارۄے کھوتہٕ پرٲنی زبان۔ ئہ چھُ یہ تہ دعوا کران زِ گاتھی یعنی قدیم جرمنی چھےٚ ابتدایی زبانن اندر شامل۔

ایک پرانا نظریہ یہ ہے کہ خدا نے زبان کو پیدا کیا اور خود اللہ تعلیٰ نے انسان دیو بانی زبان سکھائی۔ زبان کے خارجی وداخلی امور نے انسان کو آگاہ کیا۔ یہی وجہ ہے کہ آریا لوگ ویدک بھاشا کو زبانِ الٰہی (دیو بانی) کے نام سے موسوم کرتے ہیں۔ اور بدھ مذہب کے پیروکار پالی زبان کو قدیم ترین اور دیگر زبانوں کا منبع قرار دیتے ہیں۔ اہلِ اسلام عربی زبان کی فوقیت کے قائل ہیں کیونکہ قرآن مجید اسی زبان میں نازل ہوا، کوئی عبرانی، یونانی، لاطینی، فرنچ، ژند، اوستا اور سنسکرت کی قدامت کا دم بھرتے ہیں۔[6]

انسانہٕ ہنز ابتدایی زبان کوسہٕ ٲس، یہ پزٕ رزانہ خاطرٕ کری مختلف لوکو مختلف تجربہٕ۔ کینژ و بادشہو رچھنٲوی زاشُری جنگلن منز تا کہ یتھ نہ یم کُنہِ زبانہٕ ہُند کانہہ لفظ بوزن یا ہیچھن۔قدیم مصری بادشہو منزٕ چھُ سیمایی ٹکس (Prommiticals) دون بچن جنگلن منز رچھناوان۔ کینژ وُہری آیہِ یم بچہ دربارس منزانہٕ۔یمو منزٕ وٚون واتٲنی اُکی بچن ''بیکوس''[7] ۔امہ تلہٕ نٮ۪وٚ وزِ فرنچیسن[8] چھےٚ ابتدایی زبان ٲسمٕژ۔شُراٚ ہمہ صدی ہندس ابتدا ہس منز کوٚر بادشاہ فریڈرک رومن تہ یتھُے تجربہ تجرٕبہ، مگر بچہ چھُ کینٛہہ وننہ برونہٕ مران۔یتھے پأٹھی چھُ اسکاٹ لینڈُک بادشاہ جیمس (Jaemus) ژوٚرمِ تہِ دون بچن جنگلن منز رچھان تہ اٚخر چھُ فأصلہٕ دِوان زِ یم ٲسی عبرٲنی بڈٕ اصل پأٹھی بولان۔ مُختصر ونو زیٚژہ ہشہِ مثالہ چھےٚ ہتہٕ بزنظرِ گژھان۔امہ قسمٕک بحث چھُنہٕ ازکل زیادٕ تُلنہٕ یوان تکیازِ لسأنی مأہر چھِ یتھ کتھِ پٮ۪ٹھ زور دِوان زِ یام انسانن وجود چھُ پروومُت، زبان

چھےٚ اکہ قومہِ ،قبیلہ ،چھوکھ یا جماٗژ نشی مکمل زنم لبان۔ قبیلُک ،قومُک یا چھوکہِ ہُند پرٚیتھ کانہہ فرد چھُ کانہہ نتہٕ کانہہ لفظ استعمال کران آمُت۔ یِم ساری لفظ یِیلہِ جمع سپدی ،اکھ بوٗلی آیہ بارسس یِیمہِ وارِ وارِ زبانہِ ہنز شکل اختیار کٔر۔

زبانہِ ہندس آگرس متعلق کانہہ بحث تُلنہٕ بونہہ چھےٚ یہِ ژینونی دِن تہٕ ضروری زِ عام پاٗٹھی چھےٚ یہِ غلط فہمی نظرِ گژھان زِ اکھ زبان چھےٚ بیٚیہِ زبانہِ منز نیران۔ مثلاً کاٗشر زبان کیا چھےٚ سنسکرتہٕ منز یا دردزبانہٕ منز درامژ۔ پزر چھُ یہِ زِ کانہہ تہٕ زبان چھےٚ نہٕ بیٚیہِ زبانہِ منز نیران۔ لگِھ چھِ زبانن متعلق سُے تصورتھوان یُس تم انسانن یا باقی زُوذاٗژن متعلق تھوان چھِ۔ زُوذاٗژ چھےٚ پزی زیٚوان یا ونٔوا اکھ زِندٕ چیز چھُ بیٚیہِ زِندٕ چیز منز نیران ،یا تہٕ جنسی طریقہٕ یعنی نرتہٕ ادِ پانہٕ وٕنی میلنہٕ ستی ، یا اَ-جنسی طریقہٕ یعنی اٗکی ہے فردس (مثلاً ویرِ کُلس اکھ لنڈ ژٹتھ الگ جایہ رُونہٕ ستی)۔ عنی زیٚنس چھُ کانہہ ثقہٕ تاٗریخ تہٕ زیٚون جاے۔ زبانن منز چھےٚ نہ جنسی ووپزٕ ے، تہٕ نہ اَ-جنسی ووپزٕ ے۔ زبانن ہندس ووتلنس چھُنہٕ کانہہ کلینڈر۔ زبان چھےٚ آسان صرف اکھ تسلسل۔ اَزیُک کاٗشُر چھُ پرانہِ کاٗشریُک تسلسل، تہٕ پرون کاٗشُر تمہِ پرانہِ کاٗشریُک تسلسل۔ [9]

امہ اقتباسہٕ تلہٕ چھےٚ یہِ کتھ واضح گژھان زِیام بچہِ زیٚوان چھُ تام چھُ تس لساٗنی ساختُک اوپ ژوپ سپدان۔ اگر بچہِ جنگلس منز سوزون، واپس ینہٕ پتہٕ آسہِ تس منز فطری طور لساٗنی شعور زیادٕ سپدمُت۔ آثار و قراین چھِ ہاٗوِتھ دِوان زِ انسانہٕ ہندس دِماغس منز چھُ لساٗنی بنیاٗدٕ ہُند عنصر مادرزاد آسان یِیمہِ کِنہ بچہِ زیرٕ ین زبان ہیٚتھ یوان چھُ۔ اَتھ پتہٕ کنہِ چھےٚ آفاٗقی زبان آسان۔

انسان چھُ زبانہ ہندِ مدِ پٔنن اظہار بیٚین تام واتناوان۔ زبان اکھ وسیلہِ اظہار بناٗوِتھ دُنیاکیٚن سارنے چیزن، تصورن، خیالن، وطیرن دِژن لفظن اندر

حاے۔ لفظو گر فقرن تہٕ جُملن ہنش شکل اختیار تہٕ یتھ پأٹھی چھےٚ زبان ترسیل وجود لبان۔ اَتھ چھِ واریاہ قسم۔ اشارو بیتِ ستی تہِ چھےٚ زبانہ ہنز کأم نباونہ یوان، مگر محدود طریقس منز۔ زبانہِ چھُ باضابطہ اکھ صوتی علامژن ہُند آگرٕ زِنہٕ تھأوِتھ۔ زبان چھےٚ بنیادی طور ازمانہ ہنز علامتی عملہ ہنز اکھ انتہایی ترقی یافت شکل۔ زبان چھےٚ آوازن ہنز ترتیب یمن عملاونہ ستی چھُ تلفظ تھنہٕ پیوان۔ یمہٕ آواز ییلہِ مختلف کلاسن تہٕ سلسلن منز ترتیب لبان چھےٚ، اکھ پیچیدٕ تہٕ منظم ساخت چھےٚ وجودس منز یوان۔ زبانہِ ہنز حقیقت یا امیک وجود چھُ یمنے علامژن پیٹھ انحصار کران۔ یمہٕ علامتہ چھےٚ بامعنی آسان۔ زبانہ ہنز تعریف چھُ اکھ ماہرِ لسانیات یتھ کنی کران:

> Language is everywhere .It permeats our thoughts, mediates our relations with others, and even creeps into our dream. The overwhelming bulk of human knowledge is stored and transmitted in language. Language is so ubiquitous that we take it forgranted, but without it, society as we now know it would be impossible.[10]

زبان چھِ بولین ہندِس مجموعس ونان۔ زبانہ ہُند علاقہ یوٗت بوٚڈ آسہِ، تیژٕ آسن اَتھ منز بولہِ تہِ زیادٕ۔ اگر امہ علاقکی لوٗکھ اکھأ کِس کھےٚ قریب آسن، بولین منز آسہِ فرق واضح۔

دنیاہس منز کأژاہ بولہ چھےٚ رأتج، امیک جواب چھُنہٕ لسانیاتکین ماہرن نشہ تہِ وُنہِ۔ پزر چھِ یہ زتمہ تہٕ چھِ یہند شمار کرنس منز مکمل ناکام سپدی متی۔ امہ تلہ چھِ نان زبولہ چھےٚ لاتعداد۔

بولہ ہُند معنی چھِ وسیع۔ عام پأٹھی چھِ اتہ واریاہ معنی دنہٕ یوان۔ اگر اسی کنہِ علاقس

منز گژھتھ کتھ کرو، تمن ترِ نہ سائی بولی فکرِ، أسی ونوسیدِ سیوٗد تہنز بوٗلی چھےٚ سانہ بولہ نشہِ مختلف۔ یعنی تِسنز زبان چھےٚ الگ زبان۔ کُنہِ زبانہ ہنزن مختلف لہجن تہٕ چھےٚ بولہ ونان۔ مثلاً ہند یورپی ہشہِ پرانہِ زبانہ ہنزِ لہجہ چھےٚ سنسکرت، یونٲنی، لاطینی، جرمن، فارسی بیترِ۔ امہ علاوٕ چھےٚ بوٗلی مزید معنی لیس منزٕ استعمال سپدان۔ مثلاً ادبی بوٗلی، معیٲری بوٗلی، زنانن ہنز بولی، مزوٗرن ہنز بوٗلی، شرٕین ہنز بوٗلی، مرٲزی بولی، تہٕ کمرٲزی بوٗلی بیترِ۔ یمن بُولِین منز چھےٚ سیاق وسباق فرق ضرور میلان۔ اینسایکلو پیڈیا برٹینکا ہس منز چھُ بولہ ہُند مفہوم یتھٕ پاٹھی بیان کرِتھ: ''کُنہِ ملکہ کس، ضلعہٕ کس، برادری ہنزِ سمٲجی چھوکہ یا پیشہ ورانسانہٕ ہنز زبان یتھ اکھ بولنُک خاص طور طریقہ آسہِ، چھِ بوٗلی ونان۔'' امیک مطلب ہیکو أسی یہ کڈِتھ زِ زبانہ ہنز بدلونٕی صورت چھےٚ بوٗلی۔ زبانہ منز فرق ینس چھِ مختلف وجوہات۔ اگر علاقایی فرق آسہِ، زبانہ منز چھےٚ فرق یِنٕی لازمی۔ یوٚسہٕ زبان مختلف علاقن منز بولنہٕ آسہِ یوان، تتھ پیٹھ چھُ علاقایی اثر ضرور پیوان۔ مثالہِ خاطرِ گرِی تو عربی زبانہ ہُند مطالعہٕ۔ یہِ زبان چھےٚ سارنےٚ عرب ملکن منز بولنہٕ یوان، مگر قاعدٕ، لُغت، تہٕ تلفظ اعتبارٕ چھےٚ پرٕیتھ جایہِ عربی زبانہ پننہِ الگ خصوصیژ۔ سعودی عربس منز چھےٚ اَتھ اکھ خصوصیت، فلسطین، شام، اُردن، یمَن تہٕ بحرین ملکن منز چھےٚ الگ الگ خصوصیژ۔ ساختیاتی تبدیلی چھےٚ أکی ہےٚ ملکس منز مختلف محسوس کرنہٕ یوان۔ زبانہ ہنزن یمن بدلونٕین صورژن چھِ علاقایی بولہِ ونان۔ یتھ علاقس منزٕ اکھ زبان بولنہ آسہِ یوان، سُہ علاقہٕ ہیکہِ مختلف فرقن منز تقسیم کرنہٕ یتھ۔ یہِ تہٕ چھُ ممکن زِ پرٕیتھ فرقس آسہِ پنٕنی الگ بوٗلی۔ اَتھ صورتس منز یُلہِ سماجکی مختلف فرقہ یا سارٕے برادری اکھ مشترکہ زبان بولن،

قدرتی طور پٲٹھۍ اَتھ زبانہِ پیٹھ دۆیمین زبانن ہندی اثرات تہِ۔ زبانن منز چھِ تبدیلین ہندی عنصر درینٹھی گژھان۔ زبان چھےٚ سماجُک اکھ حصہٕ تہٕ سماج چھُ مختف طبقن اندر تقسیم آسان۔ مثلاً پۆرمُت، ان پڑ، ترقی یافتہٕ، پسماندٕ، مہذب، مزۏر، کارخانہ دار، بیتر۔ اگران پڑتہٕ پڑی متس درمیان کتھ سپد، اکھ واضح فرق سپد عیان۔ مزۏر کرِ نہٕ تتھ کنۍ کتھ یتھ کنۍ فیکٹری ہُند ماٗلک کرِ۔ سماجس منز چھِ طبقاتی فرق بولین منز کاٗنی تبدیلی پاٗدٕ کران۔ زبانہِ ہنزِ اَتھ بدلونہِ شکلہ چھِ أسی سماجی بۆلی ونان۔ مغربی ماہرِ لسانیات چھُنہٕ بۆلی لفظُک صحیح معنی ہیکان متعین کرِتھ تکیازِ امیک معنی چھُنہٕ محدود بلکہ لامحدود، یِمہٕ کنۍ تم ونان چھِ زِ:

The term dialect a familiar one and most people will think that they have a good idea of what it means, in fact, though it is not particularly easy term to define nd this also goes for the two other commonly used terms which we have already mentioned language and accent. [11]

بولہ ہُند آرجن چھُ یونانی۔ یونانی زبانہ منز چھُ امہ لفظُک معنی ’’ذریعہ باوتھ‘‘ (Way of expression) مگر بۆلی لفظ چھُ شُراَہمہ صدی اندر گوڈٕ انگریزی زبانہ ذریعہ بدِ نیران یِلہِ زن انگریزی زبانہ باپت بۆلی لفظ رومن تہٕ فرانسی زبانہ پیٹھِ ووزُم آوانہ۔ بۆلی لفظ چھُ زبانن منز تفاوت ہاوان۔ بۆلی چھےٚ تلفظ، مجوعہ محاورات تہٕ گرامرس تفاوتُک حوالہ دِوان۔ دۆیمین لفظن منز چھُ بۆلی لفظ صرف یا وَنو محض آداے یا تلفظس پیٹھ زور دِوان۔ بہرصورت چھُ بولہ ہندِس تلفظس تہٕ بولہ ہندِس لفظس کُن صحیح توجہ دیُن اِذ ہیکہِ انسان بۆلی پرکھاوِتھ۔

صوتیاتی نظام چھُ بوٗلی پرکھاونک بہترین ذریعہ ییٚلہِ صوت پرکھاونک ماٗہر گنہٕ بولہ صوتیاٗتی تجزیہ کران چھُ۔ علم آواز چھ دود تہٕ آب الگ الگ کڈان۔ صوتیات چھُ اکھ مکمل سائنس یٔیمہِ ستیٚ کتھِ ہند تلفظ تہٕ مجموعہ محاورات (vocabularies) گرامر تہٕ ادا پرکھاوان چھِ۔ ماہرِ بولیات (Dialectologist) چھِ یتھ نتیجس پیٹھ واٗتی متی زِ علاقایی بولہ چھےٚ جغرافیایی سرحدن ستیٚ ماٗل یعنی خوے تھاوان۔ بولہ چھےٚ تحریرِ تہٕ سپدان مگر سیٹھاہ کم۔ وونی گوٚو تحریر سپدنہٕ ستیٚ چھنہٕ سُہ مقصد پوٗرٕ گژھان تہٕ نہ چھُ اَتھ سُہ روتبہ (status) روزان یٔیمہِ خاطرٕ گنہِ بولہ occupational or class dialect ونان چھِ تکیازِ سُہ تلفظ، گرامر تہٕ ادا چھےٚ ہیٚکان اَتھ بولنہٕ وِزِ پاٗد سپدِتھ، نہ کہ تحریر وِزِ۔

بوٗلی چھےٚ زبان مگر پرٕ یتھ کانہہ بوٗلی چھینہٕ بوٗلی آسان۔ بولہ، تہٕ زبانہٕ چھُ ماژُک تہٕ نمک رشتہٕ۔ مختصر ونو زبان تہٕ بولہِ پتہٕ چھےٚ اکھ بیا کھٕ ژُرم وجودس آمژ۔ فرانسی ڈکشنری منز چھُ 1956ء منز زبانہ تہٕ بولہِ پتہٕ لفظ Patois وجودس آمت۔ فرانسی ماہرِ لسانیات چھِ یتھ کتھِ پیٹھ متفق زِ ییٚلہِ بولہِ تحریرس منز ین، تمن چھُ patois ناو پیٚوان۔ یتھ باضابطہ اکھ مکمل تہذیب وتمدن تہٕ ادب چھُ آسان۔ مگر Burn چھُ 1946ء منز لیکھان زِ patois چھنہٕ ادب لیکھنہٕ خاطرٕ استعمال یوان کرنہ تہٕ نہ گژھِ استعمال کرنہٕ ین، تہٕ نہ ییہِ دفترن منز استعمال کرنہ۔ مگر تہٕ گرِتھ تہٕ چھِ فرانس چن بولین ہندی مختلف قسم تحریرس منز انہٕ آمتی۔

## حوالہ تہٕ حاشیہ

1۔ ڈاکٹر محی الدین قادری زور، زبان -- ماہیت، آغاز اور تشکیل، ڈاکٹر عبدالستار دلوی (ایڈیٹر)، بمبئی: 1971ء۔ ص:72۔

2۔ گیان چند، لسانی مطالعے ۔ دہلی: 1982ء ۔ ص۔ 21-22۔

3. Edward Burns, Robert Meachan, Wworld Civilization, V.A. 1980. New Delhi, p.9.

4۔ ولندیز چھُ اکھ ملک یَتھ نیدرلینڈ تہٕ ناو چھُ۔ یہ چھُ ہالینڈس منز۔ یہ چھُ عربی لفظ۔ ابتدایی انسانہٕ ہنز کلہٕ کھوپر چھےٚ امی جایہ پیٛٹھ نہٕ دِرامژ یِمہٕ کِنژِ تس نیندرتھل مین ونان چھِ۔

5۔ نیدرلینڈُک اکھ مشہور لسانی ماہر۔

6۔ ڈچ چھِ ہالینڈس منز روزن والین تہٕ ونان تہٕ تِہنزِ زبانہٕ تہٕ۔

7۔ ڈاکٹر بیدی، کے، ایس، تین ہندوستانی زبانیں، دہلی: 1966ء ۔ ص۔ 14۔

8۔ بیکوس گوٚوفرانٛچیس زبانہٕ منز ژوٚٹ۔

9۔ ناجی منور، شفیع شوق۔ نوٚو کاشرِ ادبک تواریخ۔ سرینگر: 1992ء ۔ ص۔ 16-17۔

10. Ronald. W. Langacker, Language and Its Structure, U.S.A : 1968. p. 3.

11. Peter Trudgill, Socio-linguistics, England:1974. p.39.

# دوزبأنۍ دماغ: نقصان کِنہٕ فایدٕ

## یک زبأنۍ تہٕ دوزبأنۍ دماغن ہنز اکھ ویٚژھنے

عادل امین کاک

سجاد حسین وانی

1.1 تعارُف:

یک زبأنۍ تہٕ دو زبأنۍ انسانس منز چھ یہ فرق زِ یک زبأنس چھُ صرف اکی زبانہ ہُند علم آسن ییٚلہ زن دو زبانس دون زبانن ہوند علم آسان چھُ۔ دوزبأنۍ کُمِس ونو؟ عالمو چھُ اتھ متعلق واریاہ سوٗچمت۔ بلوٗمفیلڈن (Bloomfield :1933) وٚون اتھ متعلق زِ باے لنگویل یا دو زبأنۍ گوٚو سُہ یمس دونوٗنی زبانن پیٹھ ہیوٗ وی یا برابر عبوٗر آسِہ۔ اتھ مُقابلس منز چھےٚ واریاہن عالمن ہنز راے زِ دوٗ زبأنۍ گوٚو سُہ یمس دٚویم زبان صرف فکر ترِ یا یُس دٚویمہ زبانہ منز صرف کتھ کرتھ ہیکہ۔ دوزبأنۍ گوٚو سُہ تہٕ یُس زن دٚویم زبان لیکھتھ یا پرٕتھ ہیکہِ۔

یہ چھُ آمت وچھنہ زِ دوزبأنۍ انسان چھُ اکثر زبانہ رلاوان ییتھ زن کوڈ مکسنگ ییٚہ کوڈ سوچنگ ونان چھ۔ کوڈ مکسنگ منز چھ اکہ زبانہ ہند الفاظ بیٚیس زبانہ منز استعمال گژھان ییٚلہ زن کوڈ سوچنگ منز اکہ زبانہ ہند جملہ بیٚیس زبانہ ستۍ استعمال گژھان چھ۔

گوڑٕ اوس کوڈ مکسنگ بچہ سندِ خاطرٕ نقصان دہ مانہ یوان۔ خیال اُوس یوان

کرنہٕ زِ کوڈ مکسنگ کرن وٲلس بچس چھُ نہ کُنی زبانہِ پیٹھ عبور آسن ۔ کوڈ مکسنگ اُس یژھی ہش کتھ یوان ماننہ :

نفہک تسلی گاٹہ مۆ پاو
ہانگلو کریو شۆ پہ ستہٕ واو

عالمن ہُند خیال اوس زِ کوڈ مکسنگ ستہٕ چھُ دماغس نُقصان واتان ۔ تھ زن سیمی لنگویلزم (semilingualism) وننہ آو ۔ وینرکن (weinreich 1953) وۆن کوڈ مکسنگ چھُ اکھ ناہموار مُرکب ("irregular mixture") تہ کۆرُن قیاس زِ کوڈ مکسنگ ہیکہ نہ کانہہ تہ شخص اکھ باقاعدہ نظام ونتھ ۔ ویزیکنی یہ راے گر وار یاہو لکو قبول ۔

کینہہ ماہر اُسی خیال کران زِ اُستادس پزِ نہ کلاسس منز کوڈ مکسنگ کرٕنی ۔ اُوونڈو (Ovando 1985) سندِ مطابق ہیکو اتھ برعکس تمن بچن نشہ کوڈ مکسنگ ہُند توقع کرِتھ کیا زِ کہ بچن چھُ نہ دۆیمہ زبانہ پیٹھ پوٗر عبور آسان ۔

مگر کوڈ مکسنگ ہُند حد چھُ نہ اوت تھےٚ تام محدودرُ ودمُت بلکہ چھُ وار یاہو عالمو کوڈ مکسنگ اکھ فائید مند عمل مانٕزمُت ۔ یمن عالمن ہنز راے چھےٚ زِ کوڈ مکسنگ تہ کوڈ سوچنگ چھےٚ دانستن یا غیر دانستن وار یاہو ضرورتو مطابق کرنہ یوان ۔ یم ضرورت ہیکن لسانی ، سماجی ، ادراکی یا نفسیاتی اُستھ ۔ یمو عالمو مطابق چھہ کوڈ سوچنگ تہ مکسنگ اکھ نفیس تخلیقی عمل تہ امہِ ستہٕ چھُ قوتِ ادراکس منز تہ واریاہ اضافہ گژھان ۔ ستہٕ چھ دماغہ خاطرِ تہِ یم زبانہ رلاونچ عملہ واریاہ فایدہ مند ۔ گومپرز (Gumperz:1982) نہ مطابق چھ کوڈ مکسنگ تہ سوچنگ سماجی طور واریاہ اہمیت تھاوان ۔

1.2 یک زبأنی تہ دوزبأنی دماغ، کینہہ سائینسی حقایق:

پتہٕ مین کینژن وریین منز آیہ واریاہ تجربہ کرنہ یمن منز ن یک زبأنی تہٕ دوزبأنی دماغن ہنزِ کامہ تہ ساختُک خلاصہ کرنہ آو۔ یہ أس نہ صرف عام رائے زِ دوزبأنی آسنہٕ ستہٕ چھُ دماغس نقصان واتان، بلکہ أسی کینہہ لسانی ماہر تہٕ یی مانان۔ مثالہ پأٹھی سلیگر تہ واگو (Saliger and Vago 1991) سندِ مطابق چھ أکس دوٗ زبأنی سنزٕ زٕ زبانہ دماغس منزا کے جایہ خأطرٕ مان مان کران تہ امہٕ ستہٕ چھُ دماغس ددار واتان۔ مگر واریاہو سائینسی تجربو ستہٕ چھےٚ یہ کتھ بروٗنہہ کُن آمژٕ زِ دوزبأنی دماغ چھہ واریاہو طریقو بہتر تہ بالاتر آسن۔ یہ کتھ تہ چھےٚ بروٗنہہ کُن آمژ زِ دوزبأنی دماغ چھُ ساختہ لحاظہ تہ مختلف آسن۔

پرانہ تحقیقہ مطابق چھِ دماغکی زٕ حصہ یعنی بروکاز تہ ورنیکیز اریا (Broca's and Wernicke's area) زبانہ ہنُد نظام قابو کران۔ مگر نوِ تحقیقہ مثالہ پأٹھی بٹھناگر (Bhatnagar, etal 2000) بیترِ چھہِ ونان زِ دماغُک اکھ بوڈ حصہ چھُ زبانہ ہُند نظام چلاون۔ اوجمین (Oejmann: 1983) نہِ مطابق چھُ دماغُک واریاہ حصہ پننہ اصلی کامہ علاوٕ زبانہ ہنزٕ کأم اِضافی طور پکناون۔

اکھ تحقیق یُس زن انسٹیچوٹ آف نیورولجی، یونیورسٹی کالج آف لنڈنس (Institute of Neurology, University College of London) منز کرنہ آو، چھُ ثابت کران زِ دوٚیم زبان ہیچھنہ ستہٕ چھےٚ دماغچہ اندرونی ساختس منز تبدیلی یوان۔ یمو ماہرو گری 105 نفرن ہندین دماغن پیٹھ تجربہ یمن منز 80 نفر دوزبأنی أسی۔ یہندہِ مطابق چھُ دماغُک گرےمیٹر (Grey matter) دوٚیم زبان ہیچھنہ ستہٕ تتھ کنۍ بُران یتھ کنۍ ورزشہ ستہٕ مژھ (muscles) طاقت لبان چھےٚ۔ گرے

میٹر چھُ دوٚیم زبان ہیچھنہ ستۍ طاقت لبان چاہے کانہہ دوٚیم زبان شُری پانہٕ ہیٚچھ تن یا بالغ گژھتھ۔

سائنسدان اَسۍ زانان زِ ماحولہ مطابق ہیکہ انسانی دماغس منز تبدیلی یتھ۔ امہ تجربہ ستۍ گوو ثابت کہ کتھ کنۍ چھےٚ دوٚیم زبان ہیچھنہ ستۍ دماغہ کس ساختس منز تبدیلی یوان۔ میکیلی (Mechelli : 2004) تہٕ باقی محققو تہٕ چھِ دماغچہ سکیننگہ (Structural Scanning) ہنٛدِ ذریعہ ہوٚومت زِ دوزبأنۍ انسانن منز چھُ دماغہ کس کھوفرس طرفس اضافی گرے میٹر آسن۔ بیکرن مطابق (Baker 2001) چھُ دوزبأنین ہُند سوچنٕک انداز یک زبأنیو کھوتہ بہتر آسن۔ ستی چھکھ تخلیقی صلاحیژ تہِ زیادٕ آسان۔ دوزبأنین چھُ زبانن ہنٛدِ نظامٕک تہ اضافی علم آسن۔

بایلوسٹوک وغیرہ (Bialystock, et al 2004) چھُ تجربو ستۍ یہ ہووومت زِ دو زبأنین منز چھُ قوتِ ادراک زیادٕ آسان۔ یہندِ مطأبق چھُ دوزبأنی ہندفأیدٕ بجرس منز تہ محفوظ روزان۔ قوت ادراکس منز یوسہٕ کمی بجرس منز یک زبأنین منز یوان چھےٚ تتھ مقأبلس منز چھ دوزبأنین منز یہ کمی واریاہ کم یوان۔ امیوک وجہ چھُ یمو ماہرو یہ وٚنمت زِ دوزبأنۍ چھُ دماغس منز اضافی مرکزن ہنٛد استعمال کران۔ یمو ماہرو مطأبق ہیکہ دوزبأنۍ آسن اَکس بچہ سندِس ذہانتس آسمان کھألتھِ۔

ڈاکٹر چرمین کینر (Charmian Kenner 2004) تہ چھُ دو زبأنین ہندس زبانہ ہندس علمس تعریف کران ونان زِ دوزبأنۍ چھ دون زبانن ہندس نظامس مقابلہ کران تہ امہ ستۍ چھُ اُمس زبانہٕ ہندس ساختس تہ نظامس متعلق اضافی علم حاصل گژھن۔

برجیز تہ شیلیسی (Burges and Shalice 1996) تہِ چھُ تجربو ستۍ یہ ہووومت زِ د

وزبائٹین ہندِ دماغک برؤنہم حصہ (Frontal Lobe) چھُ یک زبائنیو کھوتہٕ ہُریمانہ کارکردگی ہاوان۔ دماغک یوٚ ہے فرنٹل لوب (Frontal Lobe) چھُ انسانن ہنزٕ واریاہ شعوری، انتظامی، تخلیقی، جذباتی تہ بیٚیہ ھے واریاہ کاروایہ قوبو کران۔ دوزبأنین چھُ یہ فأیدٕ یوان زِ تہند یوٚ ہے فرنٹل لوٗب چھُ یک زبأنین ہندِ کھوتہ متحرک آسان تہ چھُ یمن شعوری، تخلیقی، انتظامی، جذباتی تہ بیٚیہ ھنٕ واریاہن کامین منز یک زبأنو کھوتہ بہتر بناون۔

یوٚت تام زن کوڈ مکسنگ تہ کوڈ سوچنگ ہنز کتھ چھےٚ یہ چھےٚ دوزبأنی دماغچ اکھ باقاعدٕ تخلیق یوسہ زن دون زبانن ہندِ رلنہ ستی تمی ساتہ بارسس یوان چھےٚ ییلہ زن دوزبائٹین دوٚشونٕی زبانن پیٹھ اکھ خاص عبور آسِہ۔ أسی ہیکو نہ پریتھ کأنسہ اکھ صحیح کوڈ مکسر ونتھ۔ اکھ صحیح کوڈ مکسر آسنہٕ خاطرٕ چھُ دوٚشونٕی زبانن منز اکھ خاص عبور آسُن ضروری۔ میک کلیور (Mc Clure 1966) سندِ مطابق چھ اکس بچس صحیح کوڈ مکسر بننہ خاطرٕ کمس کم 8 وری لگان۔ دوٚشونٕی زبانن پیٹھ عبور چھُ کوڈ مکسنگ ہُند اہم ضرورت۔ میر سکوٹن (Myers scotton 1993) ہندِ تحقیقہ مطأبق چھُ دون زبانن پیٹھ عبور کوڈ مکسنگ منز کوڈ سوچنگ کھوتہٕ زیادٕ ضروری۔ یعنے کوڈ مکسنگ خأطرٕ چھُ دون زبانن منز مہارت اکھ اہم شرط۔

ہیرٕ کنہِ یُس بحث سپد، تمہِ ستی چھُ ثابت سپدان زِ دوزبأنی آسُن چھُ اکھ نعمت۔ دو زبأنی آسنہ ستی چھ نہ صرف دماغہ کس ساختس منز تبدیلی یوان بلکہ چھ دماغچ تخلیقی، شعوری، انتظامی تہ بیٚیہ ھے واریاہ صلاحیژہ ہُران۔ ستی چھُ دو زبأنس قوتِ ادراکس منز تہ اضافہ گژھان لیس زن پتہ بجُرس منز تہ برقرار روزان چھُ۔ یہ کتھ تہ چھ امہ بحثہ نشہِ ثابت گژھان زِ کوڈ مکسنگ چھ نہ اکھ

ناہموار مُرکب بلکہ چھ یہ دوزبانی دماغ کہ تخلیقُ اکھ باقاعدہ تہ بے مثال نمونہ۔

# کتاب نامہ


1۔ بیکر، کولین۔ 2001۔ فونڈیشن آف بائیلنگویل ایجوکیشن اینڈ بائیلنگویلزم۔ یو۔ کے: ملٹی لنگویل میٹیرس لیمیٹیڈ۔

2۔ بٹھناگر، ایس۔ سی، جی۔ ٹی۔ مینڈیبور، ایچ۔ ڈبلیو۔ بکنگام، اینڈ او۔ جی۔ اینڈی۔ 2000۔ لنگویج ریپریزنٹیشن اِن دی ہیومین برین: ایویڈینس فروم کورٹیکل میپنگ۔ برین اینڈ لنگویج 74: 238-259

3۔ بائیلسٹوک، ای۔، ایف۔ آئی۔ ایم۔ کریک، آر۔ کلین اینڈ ایم۔ وشواناتھن۔ 2004۔ بایی لنگویلزم،

4۔ ایجنگ اینڈ کوگنیٹیو کنٹرول: ایویڈینس فروم دی سایمن ٹاسک۔ سائیکولوجی اینڈ ایجنگ 19:290-303۔

5۔ بلوم فیلڈ، ایل۔ 1933۔ لنگویج۔ نیویارک: ہولٹ، رینے ہارٹ، اینڈ ونسٹن۔

6۔ برجیس، سی۔، اینڈ کے۔ لُنڈ۔ 1996۔ پروڈوسنگ ہائے ڈائمینشینل سیمینٹک سوپیسز فروم لیکزیکل کوآکرینس۔ بیہویر ریسرچ میتھڈیس، اینسٹرومینٹس، اینڈ کمپیوٹرس 28:203-2008۔

7۔ گُمپریز، جے۔ 1982۔ ڈسکورس سٹریٹیجیز۔ کیمبرج: کیمبرج یونیورسٹی پریس۔

8۔ کینز، چرمیین۔ 2004۔ بیکومنگ بائیلٹریٹ: یونگ چڈرن لرننگ ڈفرنٹ رائٹنگ سسٹمیز۔ سٹرلنگ: ٹرینتھام بوکس لمیٹڈ۔

9۔ میک کلیور، ای۔ 1977۔ آسپیکٹز آف کوڈ سوچنگ اِن دی ڈسکورس آف بائیلنگویل میکزیکن۔ امریکن چڈرن۔ ایم۔ ساویل۔ ٹرویگے (ایڈشن)، لنگویسٹکس اینڈ اینتھراپولوجی: 115۔ واشنگٹن، ڈی سی: جوارج ٹاوین یونیورسٹی پریس۔

10۔ میکیلی، اے۔ 2004۔ سٹرکچرل پلاسٹیسٹی اِن دی بائیلنگویل برین: پروفیشنسی اِن

اے سیکنڈ لنگویج اینڈ ایج آف ایکویزیشن ایفیکٹ گرے میٹر ڈینسیٹی۔ نیچر
431:757۔

11۔ میر سکاٹن، سی۔ 1993۔ سوشل موٹیویشن فور کوڈ سوچنگ۔ آکسفیڈ: آکسفیڈ یونیورسٹی
پریس۔

12۔ اوجمین، جی۔ اے۔ 1983۔ برین آرگینایزیشن فور لنگویج فروم دی پرسپیکٹو
آف ایلیکٹریکل سٹیمولیشن میپنگ۔ دی بیہویرل اینڈ برین سائینسز 2:189-207۔

13۔ اووینڈو، سی۔ جی۔ اینڈ وی۔ کولیر۔ 1985۔ بائلنگویل اینڈ ای ایس ایل کلاس
رومز: ٹیچنگ اِن ملٹی کلچیرل کونٹیکسٹیز۔ نیویارک: میک گرا ہیل۔

14۔ سیلیگر، ایچ۔ ڈبلیو۔ اینڈ آر۔ ایم۔ ویگو۔ 1991۔ دی سٹیڈی آف فسٹ لنگویج
آٹریشن: این اوورویو۔ ایچ۔ ڈبلیو۔ سیلیگر اینڈ آر۔ ایم۔ ویگو۔ (ایڈیشنز)۔ فسٹ
لنگویج آٹریشن: 3-15۔ کیمبرج: کیمبرج یونیورسٹی پریس۔

15۔ ویزیک، یو۔ 1953۔ لنگویج اِن کنٹیکٹ۔ دی ہواگ: موٹون۔

# زبانن ہُند رلُن : اکھ باقاعدٕ نظام

## "کائشُر اکھ درجہ دۄیم کنٹیکٹ (Contact) زبان"

**سجاد حسین وانی**

ریسرچ سکالر

لنگویسٹکس ڈپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی

**1.1 تعارف:**

زبانن ہُند تاریخ چھُ تیوٗت پرٲن یوٗت زن انسانن ہُند چھ۔ زبان گیہ نہ صرف یتھ منز زیوِ ہُند استعمال گژھ بلکہ زبانہ منز چھ اشارٕ تہ خاموشی تہ شامل۔ یتی چُھ انسانی تاریخس منز زبانن ہُند رلن اکھ قدرتی عمل۔ زٕ زبانہٕ چھےٚ أکس اکھ ییتی وار یاہو طریقو رٕلتھ ہیکان، زبان چھےٚ واریاہو طریقو رلان تہ زبانن ہندِ رلنک نتیجہ تہ چھ اکس اکھ نِشہ قدرے مختلف آسان۔ یمہ زبان رلنک نتیجہ چھنہ صرف دون زبانن ہندس بناوٹس (Linguistic structure) پیٹھ دارومدار تھاوان بلکہ چھ امیک دارومدار نفسیاتی (Psychological)، سماجی (Social)، سیاسی (Political) تہ اقتصادی (Economic) حالاتن پیٹھ تہ آسان۔ زبانن ہُند رلُن (Contact) چُھ دون قسمن ہند آسان۔ اکھ گوٚو سیدِ سیوٚد کنٹیکٹ (Direct Contact)۔ سیدِ سیوٚد کنٹیکٹس منز چھ زٕ قوم رلنس ییتی زٕ زبانہ رلن۔ مثالہ پاٹھی یمہ ساتہ اکھ قوم أکس جایہ پیٹھ بیٚیس جایہ ہجرت (Migration) کر

بلاواسطہ کنٹیکٹس (Indirect contact) منز چھنہ زٕ قوم رلن مگر۔ اکھ زبان چھے واریاہو ذریعو بێیس زبانہِ ستۍ رلن۔ مثالہ پأٹھۍ تعلیمی ذریعو، سرکارکہ ذریعہ یا مذہب کہ ذریعہ۔ عربی تہ انگریزی زبان پھألیہِ سأری سے دُنیاہس یمو دویو طریقو یعنی سیدِ سیوٚد طریقہ تہ بلاواسطہ طریقہ تہ۔ زبانن ہُند رلُن ( Language Contact )چُھ بێیس نظریس منز تہ دون قسمن ہُند آسان:

1۔ ہموار زبانی کنٹیکٹ(Horizontal Language Contact):

ہموار زبانی کنٹیکٹس منز چھ رلن واجنہ زبانن ہُند مالی، سماجی تہ سیاسی طاقت برابر آسان۔

2۔ غیر ہموار زبانی کنٹیکٹ:(Diagonal Language Contact):

غیر ہموار زبانی کنٹیکٹس منز چُھ دون زبانن ہُند مالی، سماجی تہ سیاسی طاقت نابرابر آسان۔

زبانن ہندس رلنس ستۍ چھ یمہ زبانہ لُوکن ہنز روزمرٕ زندگیہ ہند حصہ بنان تہ لکھ چھ اکہ کھوتہٕ زیادٕ زبانہ استعمال کران۔ اتھ واریاہن زبانن ہندس استعمالس چھ ملٹی لنگویلزم (Multilingualism) ونان۔ ملٹی لنگویلزم چھ سانہِ روزمرٕ زندگی ہنز اکھ حقیقت بنیومُت۔ ملٹی لنگویلزمس ستۍ چھ واریاہ عملہ( Processess ) دون زبانن منز شروع سپدان۔ یمن زن زبان رلنچ عملہ یا لنگویج انٹرایکشن عملہ( Language Interaction Processess ) ونان چھ یمن منز زن کوڈ مکسنگ (Code-mixing, CM)، کوڈ سوئچنگ (Code-Switching, CS)، نانس بارووِنگ(Nonce Borrowing, NB) تہ بارووِنگ (Borrowing, BW ) قابلہ ذکر چھ، واریاہو لسأنی ماہرو (Linguists) چُھو پننہ ریسرچہ (

(Research) ٔسٟتؠ یہٕ ثابت کۄرمت کہٕ ییٚمہٕ ساتہٕ ژٕ زبانہٕ رلان چھےٚ ،اکھ زبان چھ پتھ کُن یوان لاینہٕ (Backgrounded) ییٚلہِ زن بیا کھ زبان چھ سرٕس روزان (Foregrounded)۔ اکھ زبان چھےٚ ترقی کران تہٕ امیچ اہمیت تہٕ ضرورت (Ethnolingustic Vitality) چھےٚ ہُرن،ییٚلہٕ زن بیٚیس زبانہٕ ہنٛز اہمیت تہٕ ضرورت کم سپدان چھےٚ۔ امیک مطلب گوٚو اکھ زبان چھ درجہ اول حاصل کران،ییٚلہٕ زن بیا کھ زبان دوٚیمس درجس لاینہٕ چھ یوان۔ یوٚسہٕ زبان سیاسی تہٕ اقتصادی طور کمزور قومس ٔسٟتؠ وابسطہ چھ آسان، سو چھےٚ درجہ دوٚوم حاصل کران۔

اگر زن أسی کأشرِ زبانہٕ ہندِس تارٟخس پیٚٹھ نظر تراوو، ترٕ وأ ہمہ صدی پیٹھٕ چھےٚ کأشر زبان چھ دُنیا چن مشہور زبانن ٔسٟتؠ کنٹیکٹس منٛز روٗزمٕژ؛ خواہ سو سنسکرت أسی تن یا فارسی، تہٕ چھن اکہٕ دوٚے مہ درٕنچ کنٹیکٹ زبان ہنٛز جاے رٹمٕژ۔ امہِ ٟکنۍ چُھ کأشر زبانہٕ یمن زبانن ہُند اثر واریاہ بڑٕس پیمانس پیٹھ پیومت۔ ییٚلہٕ زن کأشرِ یک اثر یمن زبانن پیٹھ واریاہ کم چُھ۔ سنسکرت ، فارسی ، اردو تہٕ انگریزی چھ ہمیشہ سرکاری تہٕ غیر سرکاری امداد ٔسٟتؠ سرٕس روزمٕژ،ییٚلہٕ زن کأشر زبان صرف گرن منٛز زندٕ چھ روزمٕژ۔ مگر کأشرِ زبانہٕ ہنٛز شکل وصورتس منٛز چھ واریاہ تبدیلی آمٕژ۔ کأشرِ زبانہٕ ہُند درجہ دوٚیم کنٹیکٹ زبان آسنہٕ کہٕ وجہ ٔسٟتؠ چھ اتھ منٛز وایاہ تبدیلی آمٕژ۔ کأشرِ زبانہٕ ہنٛز بدلونہٕ شکل وصورتس تہٕ امیکن باقین پہلوون پیٹھ چھ واریاہ عالمو تہٕ سکالرو کأم کرمٕژ، یمن منٛز پروفیسر شفیع احمد شوق، پروفیسر نذیر احمد ملک ، پروفیسر نذیر احمد دار، پروفیسر او۔ این۔ کول، ڈاکٹر عادل امین کاک سرٕس چھِ۔ کأشرِ زبانہٕ ہنٛز بدلون روپ ریکھاہیکہ اکہٕ دلچسپ

تحقیقٕک مرکز بنتھ۔

**1.2۔ یِیمہ مقالک مدعا تہٕ مقصد:**

یِیمہ مقالک مدعا تہٕ مقصد چھ زبان رلہٕ نچن واریاہن عملن سام ہیٚنز (Language Interaction Phenomena) سوال چھ کہ کیاہ یمہ عملہ زبانہ رلنہ وزِ وجودس منز یوان چھےٚ تمہ چھ کُنہ ترتیبس منز وجودس یوان کنہ تہٕند وجود چھ بے ترتیب تہٕ بے تنظیم، کیاہ کوڈ مکسنگ (CM, Code Mixing) کوڈ سوئچنگ (CS, Code Switching) تہٕ بوارووِنگ (BW, Borrowing) چھاہ اکأے عمل کنہ یم چھےٚ واریاہ عملہ یم زن اکس خاص ترتیبس تہٕ انتظامس مطابق عملہ منز یوان چھ۔ یہ کوشش چھ آمژ کاشُر زبانہ ہندس پسِ منظرس تہٕ امچہ موجودٕ تہٕ پٔتِمِس تارٕخس (Synchronic and Diachronic study) پیٹھ نظر کرتھ کرنہ آمژ۔

1.3 طریقہ کار (Methodology):

یِیمہ مقالہ خیطرٕ آو ڈاٹا (Data) ریکارڈنگ (Recording) ہند ذریعہ حاصل کرنہٕ یوسہٕ ریکارڈنگ تقریباً شیٖن گنٹن کرنہ آیہ۔ یہ ریکارڈنگ آیہ گرٕ (Informal) تہٕ نیبرٕ (Formal) دونٔوٕنی جاین کرنہ۔ امہ علاوٕ آو ڈاٹا کاک (1995)، وانی (2005)، تہٕ کاک تہٕ وانی (2006) پیٹھ تہٕ استعمال کرنہٕ۔

**2.1۔ زبانہ رلنچہ عملہ: مسایل تہٕ حل:**

(Language Interaction Phenomena: Issues & perspectives)

زبانہ رلنچہ عملہ، مثلاً کوڈ مکسنگ (CM)، کوڈ سوئچنگ (CS)، بوارووِنگ (BW) چھ بے شمار طریقو پیش کرنہ آمژ۔ واریاہ لسانیاتی ماہرن ہُند خیال چھُ کہ یمہ ساتہ

زبانہ ہنز واریاہ اکاییہ (Linguistic Units) اَ کی ہے جُملس منز رلن اتھ عمِلہ چھ ونان کوڈ مکسنگ ، تہ اگر زِ زبانہ اکہ جملہ ہیور رلن یا کنٹیکٹس منزِ ے ین تیٖلہ گٔے سو کوڈ سوئچنگ (CS)۔ییٖلہ زن واریاہن لسانیاتی ماہرن ہند خیال چُھ کہ کوڈ مکسنگ (CM) تہ کوڈ سوئچنگ (CS) چھےٚ اکأے عمل تہ یم چھنہ زِ عملہ۔ یلہ زن کینہہ چھ کوڈ مکسنگ (CM) ، کوڈ سوئچنگ (CS) تہ بوارو ونگ (BW) اکأے عمل سمجھان۔ یتھ کنٕ ہیکو اسی ونتھ کہ ونکس چھےٚ لسانیاتی تحقیقی حلقن منز یہ اکھ اہم سوال کہ گویا یم زبانہ رلنچ عملہ چھا اکس اکھ نشہ مختلف کنہ یمن چھ کانہہ فرق۔ واریاہ مسلہ تہ حل یم زن اتھ سلسلس منز دنہ آے تم چھ یتھ کنٕ۔

**2.2 مسلۂ ٹرانزِشن (Transition Problem):**

ویزک (Weinreich, 1953)، لیبو (Labov;1971) تہ بیو ماہر سکالرو کوٚر اتھ سلسلس منز اکھ مسلہ پیش یتھ زن یمو مسلہ ٹرانزیشن (Tansition Problem) وٚون۔ یمو وٚون کہ یہ وُنن چھُ سیٹھاہ مشکل کہ کمہ ساتہ چھ اکہ زبانہ ہُند لفظ بیٚیس زبانہ منز پورطور جذب گژھان۔ شہری علاقن منز چھُ یہ وُنن زیادٕ ے مُشکل۔

**2.3 مسلہ انٹگریشن (Integration Issue):**

فیف (Pfaff,1979)، پوپ لیک (Poplack,1980) چھ راے دِوان کہ کوڈ سوئچنگ (CS) تہ بوارو ونگ (BW) چھےٚ زِ مختلف عملہ۔ مگر کوڈ مکسنگ (CM) تہ کوڈ سوئچنگ (CS) چھنہ کانہہ فرق۔ تمو وٚون کہ اکہ زبانہ ہند لفظچ آواز، شکل، تہ ادا یگی ییٖلہ دٔویمہ زبانہ ہند یو اصولو مطابق گژھِ تیٖلی ہیکو اتھ بوارو ونگ (BW) ؤنتھ نتہ چھ یہ کوڈ سوچنگ (CS) یوسہٕ زن کوڈ مکسنگ (CM) برابر

چھےٚ۔

2.4 مسلہ لیکزیکل گیپ (The Lexical Gap Criterion):

بینٹاہل تہٕ ڈیوس (Bentahila and Davies, 1983) تہٕ تھووٕنہٕ کوڈ سوچنگ (CS) تہٕ کوڈ مکسنگ (CM) منز کانہہ فرق۔ مگر بوارووِنگ چھا اکھ الگ عمل۔ تِموٚ وٚن سریدھر تہٕ سریدھرس (Sridher and Sridher, 1980) سٟتی کہ بوارووِنگ چھےٚ اکس زبانہ منز خالی جایہ (Lexical Gaps) بران تکیاز تِتھ زبانہ منز چھنہ سُہ لفظے آسان۔ سُہ لفظ چھ وزم (BW) یوان انہٕ یُس پتہٕ امی زبانہ ہند بنان چُھ۔

میر سکاٹنہ (Myres-Scotton, 1993) وٚون اتھ پیٹھ کہ یہ چُھ نہ ضروری کہ بوارووِنگ (BW) برِ اکس زبانہ منز خالی جاے (Lexical Gap) بلکہ زبان چھےٚ بوارووِنگ (BW) یا وٚوزم لفظ اَنان یٚیلہ کہ زَن تِمن پنٕین لفظ موجود آسان چھ۔ یہ چھُ وار یا ہو سماجِی، اقتصادی تہٕ نفسیاتی وجوہاتو کنہ گژھان۔ مزید وٚون میر سکاٹنہ کہ بوارووِنگ چھےٚ دون قسمن ہنز آسان: اکھ گ گئے لیکزیکل بوارووِنگ (Cultural Borrowing,CB) تہٕ بیاکھ گئے کور بوارووِنگ (Core Borrowing, COB)۔ کلچرل بوارووِنگ گئے تِم لفظ یِم زَن نہ دٚویمہ زبانہ منز موجودٕ ے آسن، یٚیلہ زن کٕنہہ الفاظ گوڈنچہِ زبانہ منز موجود چھ آسان۔ تِمن برعکس گئے کوور بوارووِنگ (COB) تِم یِہند برابر الفاظ گوڈٕ پیٚٹھے دٚویمہ زبانہ منز موجود چھ آسان مگر تِمن بدلہ چھ کوور بوارووِنگ استعمال یوان کرنہ۔ تِمہِ پتہ چھ یِم کوور بوارووِنگ (COB) امی زبانہ ہُند اکھ حصہ بنان۔ یٚیلہ کہ امی زبانہ ہندی اصلی الفاظ چھ وارٕ وارٕ مشراونہ یوان۔ زبان رلچن عملن ( Language

Interaction Phenomena, LIP) متعلق ووٚن ایسٹ مینن ( Eastman, 1992 ) کہ تمامہ کوشِشہ یم زن کوڈ مکسنگ (CM) کوڈ سوچنگ(CS) تہ بواروونگ (BW) فرق کرِنچ چھ یوان کرنہ۔ تم چھ بے کار تہ بے مقصد، اگر زن لسانیات کٔین سکالرن زبان رنچن عملن (LIP) ستۍ وابستہ سماجی تہ تہذیبی وجہ زانِنۍ چھ ،تمن پزِ یمن مختلف عملن منز فرق کرنۍ تہ تراوٕنۍ۔

3.1 کاشُر زبان بحیثیت درجہ دوٚیم کنٹیکٹ زبان:

(Kashmiri as a subordinate Contact Language)

یتھ کنۍ زن برونہہ تہ ذکر کرنہ آو کہ کاشُر زبان چھےٚ ہمیشہ پتھٕ (سارِوے کھوتہ پرٲنۍ ریکارڈ چھ ترٕ وٲہمہ صدی ہندی ) دُنیاچن واریاہن مشہور زبانن ستۍ رلیمژ۔ تہ یمن زبانن برعکس اوس کاشرِس ہمیشہ اکھ درجہ دویم کنٹیکٹ زبان میولمُت۔ کاشُر زبان روٗز زندٕ کیازِ یہ ٲس گرن منز یوان بولنہ۔یٚیلہ کہ باقی زبانہ، مثلاً سنسکرت تہٕ فارسی روٗزٕ ادبی حلقن تاہے محدود۔تمہ آسہ سرکاری زبانہٕ یٚیلہ زن کاشُر گرٕچ زبان ٲس ، عام لُوکن ہنز زبان۔ حالانکہ سنسکرت تہ فارسی تہ واژٕ وادی ہندس گُونس گُونس منز مگر یمن ہُند اثر رووُ صرف لفظن تامی محدود تہ کیازِ تعلیمی شرح اوس واریاہ کم۔ اگر ٲسۍ وُہمہ صدی ہندس آغازس منز وُچھو، سرینگر شہرس منز اوس تعلمی شرح ترےٚ فی صد (3%) کھوتہ تہ کم۔ امہ علاوٕ اوس نہ امی ساتہٕ ماس میڈیا (Mass Media) تہ تیوتاہ موجود وادی منز۔امہِ کنۍ روٗ د سنسکرت تہ فارسیُک اثر صرف لفظن تامی محدود۔

یُسٕ ڈاٹا اسہِ ریکارڈ کوٗر، تمہ منزٕ چھےٚ کینہہ مثالہ یتھ کنۍ:

1۔ تِمس چھنہ نیک انسان سنز پہچان۔ (ک) ک= کاشُر

2۔ پۆتر دگ للنانٛ چھنہ سہل (ک) ک= کأشر

3۔ می اوس نہ پتہ کہ اِس رشتے کی قیمت اتنی سستی ہوگی۔

(ک۔اُ) ک۔اُ= کأشر اردو کوڈ سوئچنگ

مےٚ اَس نہ پتہ کہ یمہ رشتک قیمت آسہِ یُوت کم (ک)

4۔ تِمس کُس بزنس چُھ فادر کرن سو چھو وار یاہ انٹیلیجنٹ بچہ۔

(ک۔اِ) کأشُر۔انگلش مکسنگ

یمہ ژور مثالہ ہیر کنہِ پیش کرنہ آے یمہ چھ عکأسی کران وار یاہن زبانہ رلنچن عملن ہنز۔ گوڈنچ زٕ مثالہ چھ عکاسی کرن بوار و ونگ (BW) عملہ ہنز۔ یوسہ کأشر و نکینس بولنہ چُھ یوان اتھ منز چھ وار یاہ سنسکرت تہ فارسی الفاظ بوار و ونگ ہنزِ شکلہ منز مُوجود۔ گریرسنن (Greierson, 1911) چُھ اَتھ بُنیادس پیٹھ کأشر زبان دون قسمن منز تقسیم کرمژ: اَکس قسمس چھُ ونان فارسی کشمیری تہ بیٚیس چھ ونان سنسکرت کشمیری۔ کانہہ تہ ریکارڈ یا ثبوت چُھنہ موجود یمہِ ستی یہ ثابت سپد ہا کہ فارسی یا سنسکرت اُوس عام لُکن ہنز زبان یا آسہ یمہ زبانہ گرن منز یوان بُولنہ۔ اَسی ہیکو ونتھ کہ سماجی، سیاسی تہ اقتصادی حالات اَسی تھی کہ یمہ زبانہ روزٕ ادبس تہ دفترن تامے محدود تہ روزٕ کشیرِ منز وو پر زبانہ (Foreign Languages) ۔ یوٚت تام زبانہِ ہنز شکل وصورتک سوال چُھ،۔ فارسی تہ سنسکرت زبانن ہُند اثر رُود لفظن تامے محدود تہ یُہند اثر چُھو صرف بوار و ونگ تامے محدود۔ گوڈنیتھ ژاے سنسکرت تہ فارسی الفاظ کوڈ مکسنگ ہنزِ شکلہ منز۔ کینژن لفظن ہند استعمال رود کمیے کالس۔ کینہہ بنیہِ نانٛس بوار و ونگ (NB) تہ وقت گذرنس ستی بنیہِ تم بوار و ونگ (BW)۔ یہ ہیکو اَسی اکہ شکلہ ذریعہ تہ

ہاوتھ۔




شکل نمبرا:۔زبان رلیچ عملہ الفاظن ہندس پالیس تام۔

شکل نمبر ا ستی ہیکو اسی ونتھ کہ فارسی تہ سنسکرتگ اثر روود کاشرس پیٹھ صرف بواروونگ تام محدود یتھ کنہ زن شکل نمبر 1 منز چھ ہاونہ آمت۔

یُمہ دویو زبانو پتہ یوسہ زبان کاشرزبان ستی کنٹیکٹس منز آے سو اُس اردو تہ اردو آے نوین سماجی، سیاسی، حالاتن منز۔ ییہ اُس امہ ساتہ کاشرزبانہ منز تہ وار یاہ تبدیلی آمژ۔ اردو زبانہ اسی بذات خود وار یاہ الفاظ فارسی تہ سنسکرت زبان ہندی۔ امی موجب اُس یہ کاشر زبان بناوٹہ لحاظ تہ وار یاہ نزدیک۔ امہ علاوٕ اردو زبان ییلہ ہری سنگھن سرکاری زبان بناو۔ وادی منز آس تعلیم دوہہ کھوتہ دوہہ عام گژھان اتھ ستی اوس ماس میڈیا (Mass Media) تہ ترقی ہنز وَتہ پیٹھ گامزن ۔ اردو زبان تہ انگریزی زبان وادی ہندس گونس گونس واتناونس منز کوٚر ماس میڈایاہن اکھ بوٚڈ بار رول ادا (دار تہ حسن Dhar and Hassan, 2006)، (کاک تہ وانی Kak and Wani, 2006)۔ یوتاہ پوچھر تہ ترقی اردوہس وادی منز میوٚل تیوتاہ اوسنہ نہ سنسکرتس میلیومُت نہ اوس فارسیس۔ بلکہ بنیہِ اُردو کشیرِ منز اکھ دوٚیم زبان (Second Language) تہ یہ تبدیلی یوس زن وو پر زبانہ (Foreign Language) دوٚیم زبان چھے بناوان چھ امہ زبانہ ہند بڈوٚن اثر ورسوخ تہ اچھ ترقی یتھ زن مضبوط اِتھنولنگولیسٹک وٹیلیٹی

(Positive Ethnolinguistic vitality) ونان چھ ثابت کران اردو بحیثیت د
ٚویم زبان رُوز نہ سکولن تہ دفترن تامی محدود بلکہ وأژ یہ گرن منز
تہ (کاک، 1995) اردو ہک اثر رودنہ کاشرس پیٹھ صرف لفظن تاہے محدود بلکہ
دوت یمن دون زبانن ہُند رلُن جُملہ کس حدس تام تہ۔ اردو زبان چھ وٚنکنس
شانہ بہ شانہ کاشر زبانہ ستی پکن۔ یتھ کن زن مثال نمبر ترے ہس منز چھ ہاونہ
آمت۔ وٚنکنس چھُ کشیرِ منز اکھ جملہ اردو ہک استعمال گژھن تہ ٲتی تھے چھُ
بیا کھ جملہ کاشرِ زبانہ ہند استعمال گژھن۔ کاشر۔ اردو کوڈ سوچنگ (CS) چھ
وٚنکنس عام طور پر یتھ پٔری ہتس لیکھی متس فردس منز وچھنہ یوان۔ اردو زبان
چھ وٚنکنس کشیر منز اکھ کوڈ سویچڈ زبان ( Code-Switched
Language) (کاک تہ وانی، 2006)۔ اگر زن سنسکرت تہ فارسی بوار و ونگ
(BW) ہندس پالیس (Stage) پیٹھ رُکیہ، اردو زبانہ کوٚر یہ پایہ تہ پار تہ اردو
بنیہِ کشیرِ منز اکھ کوڈ سویچڈ زبان یوسہ زن زبان رلنچ عملہ ہُند بیا کھ پایہ چھ
(The Next Stage Of Language Interaction Continuum)۔
کوڈ سوچنگ (CS) کِس سُہ عمل یتھ منز زن ژِ گرامرِ آسانی سان پرزناونہ چھ
یوان۔ (کاک تہ وانی، 2006ء)۔ کأشرِ زبانہ کوٚر نہ صرف اسم، فعل، صفت
اردو زبانہ پیٹھ وٚوزُم (BW) یمہ زن عام زبانن ہندس رلنس منز گژھن چھ، بلکہ
کاشرِ زبانہ کرِ گرامری الفاظ یتھ کنِ زن کنجکشن (Conjuction) تہ
پریپوزیشن (Prepostion) تہ اردو پیٹھ وٚوزُم۔ یہ زن نہ عام طور زبانن ہندس
رلنس منز گژھان چھہُ، سماجی، تہ نفسیاتی طور بنیہِ اردو زبان اکھ گرچ زبان تہ
اَمیک استعمال گو عام۔ یتھ کنِ وُچھ اسہ کہ زبانہ رلنچہ عملہ ہیکن تیلی

وأنتِھ کوڈ سوچنگ (CS) پأیس ییٚلہ زن اَمہٕ خیٚطرٕ واریاہ لسأنی ، سماجی تہ سیاسی حالات موافق آسان۔

کوڈ مکسنگ ← نانس باراوونگ ← باراوونگ ← کوڈ سوچنگ

(CS) (BW) (NB) (CM)

شکل نمبر 1.2 زبان رلنچ عملہ جملہ کس پأیس تام:

زبان رلنک نظام چھُ نہ کوڈ سوچنگ تام محدوٗد بلکہ دون زبانن ہندی گرامر تہ ہیکن اَکس اکھ ٔستی رلتھ تہ اکھ نوِ قسمک گرامر بناوِتھ یاہیکہ اکہ زبانہ ہٕنٛز گرامر بیٚیس زبانہ منز جذب گژھتھ۔ یہ چھُ ممکن یمہ ساتہ زن یمن دون زبانن واریاہ لفظ ہوی آسن، خاصکر گرامری الفاظ۔ مثالہ پأٹھی کنجیکشن (Conjunction) تہ پریپوزیشن (Prepostion)۔ ییٚمہ ساتہ زٕ گرامر رلن اتھ عملہ چھُ ناو دنہ آمُت کنگوریٖنٹ لیکزیکلا ئزیشن (lexicalisation Congruent) تہ یہ عمل کٔر گوڈنیتھ مُسکینن (Muysken,2000) واضح۔ کأشر زبان تہ آسہِ وونی اردو کس گرامرس کُن پھیران۔ کاشرِ زبانہ ہنز کنگوریٖنٹ لیکزیکلا ئزیشن (CL) تہٕ اَس ممکن کیاز کأشرس اَسی واریاہ الفاظ اردو زبانہ ہندی بیٚیہٕ اردو ہکی شانہ بہ شانہ استعمالن اَس کأشرس کنگوریٖنٹ لیکزیکلا ئزیشن (CL) بیٚیہٕ ہن ممکن بنامژ۔ (وانی تہ سہراوت، Wani and Sehrawat,2006-2006)۔ ییتھ کنٛز وُچھاسہِ کہ لفظو تہ جملو پتہ ہیکن زبانہ رلنچ عملہ گرامر کس پأیس پیٚٹھ تہ رلتھ۔ ییتھ زن کنگوریٖنٹ لیکزیکلا ئزیشن (CL) وونان چھُ۔

کوڈ مکسنگ ← نانس باراوونگ ← باراوونگ ← کوڈ سوچنگ ←

کونگریٖنٹ لیکزیکلا ئزیشن

شکل نمبر 1.3 زبان رلنچ عملہ گرامرکس پالیس تام

مگر کاشر زبانہ ہنز کونگریمنٹ لیکزیکلائزیشن (CL) رُکییہ کیاز انگریزی زبانہ ہُند عروج سپد کشیرِ منز یمہ کس نتیجس منز اردو ہکی الفاظ انگریزی الفاظو نیبر کڈی۔ یہ عمل چھ حالس تہِ جأری کیاز یمہ ساتہ زبانن ہُند حال وُچھو انگریزی زبان چھےٚ سرٕس تہ امکی الفاظ چھ تیز رفتاری سان کأشرس منز داخل سپدان کوڈ مکسنگ ہنز شکلی منز تہ کینژ وانگریزی الفاظو چھو کاشرِ زبانہ منز برونٹھی باراوانگ ہند پایہ حأصل کوٚرمت۔ امہ ؔستی چھُ اردو ہس تہ کأشرس منز ہشر کم گژھان۔ اتھ عملہ ؔیتھ منز دون زبانن ہندس رلنس منز ترییمہ زبانہ ؔستی رُکاوٹ سپدان چھ، تتھ چھُ یوان وننہ شیڈ ہایپوتھیسز (SHADE HYPOTHESIS) انگریزی تہ کأشر زبان چھےٚ ونکیس زبانہ رلنہ کس عملہ کس گوڈنیکس پایہ دانس پیٹھ، تہ یہ وُنن چُھ سیٹھاہ مشکل کہ انگریزی زبانہ ہند اثر کتھ حدس تام روزِ کاشرِ زبانہِ پیٹھ۔

4.1 زبان رلنس چھُ اکھ باقاعدہ نظام

کأشر اکھ دوییم درجہ کنٹیکٹ زبان مدنظر تھأوِتھ وُچھاِسہ کہ زبانہ چھأ کس اکھ ؔستی رلان، مگر یہ زبانن ہند رلُن چھُنہ بے قاعدگی سان سپدان بلکہ چھ یہ اکھ باقأعدِ نظام۔ زبانن ہند رلُن چھُ سیاسی، سماجی، اقتصادی، نفسیاتی محرکاتن تہ زبانن ہنزِ بناوٹہِ پیٹھ منحصر۔ ؔستی چھُ زبانن ہندِ رلنک نتیجہ تہ یمنے چیزن پیٹھ منحصر۔ اسہ وچھ کہ زبان چھےٚ گوڈنتھ رلان الفاظن ہندس پایدانس پیٹھ کوڈ مکسنگ (CM) ہنز شکلہ منز یمن منز زن کینہ الفاظ بواروونگ (BW) بنان چھ۔ پتہ اگر حالات موأفق آسن، یہ اثر ہیکہ جملس تام تہ وأتتھ ؔیتھ عملہ زن کوڈ سوئچنگ (CS) چھ ونان۔ یم عملہ ہیکن برونہہ کُن گرامرس تام تہ واتتھ ؔیتھ عملہ زن کو

نگو رینٹ لیکزیکلا ئزیشن (CL) و نان چھ ۔ یتھ کنۍ وُچھ اسہِ کہ زبانن ہندِ رلنک نظام چُھ اکھ با قاعدہ نظام ۔ یتھ منز زن اکھ عمل بیٚیس عملہ پتہ أکس قدرتی قانونس اندر واقع چھ سپدان ۔ سونٕ نتیجہ دراو ایسٹ مین (Eastman, 1992) سندِس نتیجس بلکل خلاف تیمۍ زن یمہ عملہ مختلف زانس قطعی انکار گور ۔ اسہِ وچھ کہ یٖمہ ساتہ أسۍ سیاسی، سماجی تہ نفسیاتی حالات مدِ نظر تھاوَو، تیلہِ ہیکو أسۍ یمن عَملن اکس اکھ نش فرق کرتھ ۔ بیٚیہ ہیکو أسۍ اتھ زبان رلنہ کس صاف وشفاف نظامس طریقہ سان سام ہیتھ ۔ اندگرٕ ویٖمہ کتھہِ ستۍ کہ زبانن ہندِس رلنس پیٹھ ہیکو أسۍ زبانہ رلنک عملی نقشہ (Language Interaction Continuum) تیار کرتھ ۔

## کتاب نامہ


1۔ ایسٹمین، سی۔ ایم (ایڈ) (1992) کوڈ سوئچنگ ایز۔ این۔ اربن لنگویج کنٹیکٹ فینا منا اِن جرنل آف ملٹی لنگویل اینڈ ملٹی کلچرل ڈیولپمنٹ :(1-17)

2۔ بنٹا ہلا، اے اینڈ ڈیوس، ای ڈی (1983) دی سنٹیکس آف اَرابِک ۔ فرنچ کوڈ سوئچنگ ۔ لنگوا 59 :(301-330)

3۔ بیکس، اے (1996) ٹو ۔ اِن ۔ وَن بائیلنگول سپیچ آف ٹرکش امیگرنٹس اِن دی نیندر لینڈس ۔ سٹیڈیز اِن ملٹیلنگویلم یلزم ۔ تلبر گیو یورسٹی پرس

4۔ پوپ لیک، ایس (1980) سَم ٹائمز آئے وِل سٹاٹ اے سینٹنس اِن سپینش وے ٹرمنو اِسپنول: ٹو وارڈس اِے ٹپولوجی آف کوڈ سوئچنگ لنگویسٹکس 18:(581-618)

5۔ جیلس، ایم (1992) فرنچ اِن اَربَن لو بوم باشی سواہیل: کوڈ سوئچنگ، بوار وونگ اوور بوتھ؟ اِن جرنل آف ملٹی لنگویل اینڈ ملٹی کلچرل ڈیولپمنٹ 13: (41-56)

6۔ دھر، نذیر احمد اینڈ حسن ۔ شیبہ (2007) اُردو اِن کنٹیک سچویشن اِن کشمیر اِن این ۔ ایس ۔ پی ۔ ایل ۔ ڈپارٹمنٹ آف لنگویسٹکس ۔ یونیورسٹی آف کشمیر

7۔سریتھر،ایس۔این اینڈ سریتھر۔کے (1980) دِی سنٹیکس اینڈ سائیکولنگوئسٹکس آف
بائیلینگول کوڈ مکسنگ۔کنیڈیین جرنل آف سائیکولوجی 134: (16-7)
8۔شوق،شفیع (2007) کشمیری لنگویج: اوریجن اینڈ ڈیولپمنٹ اِن این۔سی۔پی۔
ایل۔ڈپارٹمنٹ آف لنگوئسٹکس۔یونیورسٹی آف کشمیر
9۔فیف،سی(1979) کنسٹرینٹس آن لنگویج مکسنگ: اِنٹراسینٹینشل کوڈ سوئچنگ اینڈ
بوارووِنگ اِن سپینش اِنگلش۔لنگویج55 : (318-291)
10۔کاک،عادل امین(1995) ایکسپٹ ابلٹی آف کشمیری۔انگلش میکسڈ سینٹینسز: اے سوشیو
لنگوئسٹک سٹڈی۔اَنپبلیشڈ اِیم۔فِل۔تھیسز۔یونیورسٹی آف دہلی
11۔کاک،عادل امین اینڈ وانی،سجاد حسین(2005) کیس فار بیس: دی نُوشن آف بیس
لنگویج اِن کشمیری۔انگلش کوڈ مکسنگ۔پیپر پریزنٹڈ ایٹ دی25Th اینول سَوتھ ایشین
لنگوئسٹک اَنیلیسز راونڈ ٹیبل ہیلڈ ایٹ دِی یونیورسٹی آف اِلیونوس ایعسٹ اَربانیا۔یو۔
ایس۔اے
12۔کول،اومکارناتھ (2007) سٹڈیز اِن کشمیری لنگوئسٹکس اِن این۔سی۔پی۔ایل۔
ڈپارٹمنٹ آف لنگوئسٹکس۔یونیورسٹی آف کشمیر
13۔گریرسن،۔جی۔اے (1911) سٹنڈارڈ مینول آف دی کشمیری لنگویج۔وولیوم 1
لیبُو،ولیم (1972) سوشیولنگوئسٹکس پیٹرنز۔یونیورسٹی آف پینی سیلوینیا پریس۔
14۔مُوسکن،پی(2000) بائلینگول سپیچ: اے ٹائپولیجی آف کوڈ مکسنگ۔کیمبرج یونیورسٹی پریس
15۔میرس سکوٹن،کیرول(1993) ڈیولنگ لنگویجز: گرامیٹیکل سٹرکچر اِن کوڈ سوئچنگ۔
کلیرینڈان۔
16۔وانی،سجاد حسین(2004) فارمل اینڈ فنکشینل آسپیکٹس آف اِنگلش۔کشمیری کوڈ مکسنگ۔
اَنپبلیشڈ ایم۔اے۔تھیسز۔ڈپارٹمنٹ آف لنگوئسٹکس۔یونیورسٹی آف کشمیر
17۔وانی،سجاد حسین(2007) دی ریزیسٹنٹ کوور: لیکزیکل اور فنکشنل: اے سٹڈی آف
کشمیری۔اُردو کنٹیکٹ اِن این۔ایس۔پی۔ایل۔ڈپارٹمنٹ آف لنگوئسٹکس۔یونیورسٹی
آف کشمیر

18۔ وانی، سجاد حسین اینڈ سہراوٹ، اَنیل (2006) لنگویج سیوسائڈ: اے سٹیڈی آف کشمیری۔ اردو کنٹیکٹ۔ پیپر پریزنٹڈ اِن سمینار آن پَرسپیکٹوز اِن لنگویسٹکس ۔ڈپارٹمنٹ آف لنگویسٹکس ۔یونیورسٹی آف کشمیر

19۔ ویزرک ،یُو (1953) لنگویجز اِن کنٹیکٹ ۔دی ہاوگ ۔موٹون

# لغت نگأری تہٕ امکی اوصول

شفقت الطاف

لغت نگأری[1] چھےٚ ڈکشنری ترتیب دِنٕچ اکھ سائنسی عمل ۔ یہ عمل چھےٚ کینژن لسأنی اوصوٗلن تہٕ ضابطن تحت سپدان ۔ لغت نگأری چھُ لسانیاتُک اکھ عملی[2] پہلو یوان گنزرنہٕ ۔ لغت ترتیب دِنُک یہِ سِلسلہٕ چھُ تتےٚ پیٹھ جأری یَتہٕ پیٹھ انسان سُند ترسیلی نظام تحریری دستاویزن ہندٕ ذریعہ وجوٗدس آو[3] ۔ لغت نگأری چھُ انگریزی پأٹھی (Lexicography) وَنان یُس زن اکہِ یونأنی لفظ (Lexis) منٛز درامُت چھُ تہٕ یمُک معنہِ لفظن ہنٛز دولت چھُ ۔ لغت نگار سُند سیٚد سیوٚد تعلق چھُ گُنہ تہِ زبانہ منٛز ورتاونہٕ یِنہٕ والین لفظن سٟتؠ تہٕ یِم لفظہٕ ترتیب وار درٕج کرنس چھُ لغت یا ڈکشنری یِوان وَننہٕ ۔ زبانہٕ ہنٛز ترقی تہٕ قوت اظہارُک انداز چھُ زبانہ ہندِ لفظہٕ راشہِ (Vocabulary) سٟتؠ سپدان[4] ۔ یوٚ دوے زبانہ منٛز کانٛہہ تہِ کَفیت یا موضوٗع بیان کرنہٕ خأطرٕ برمحل لفظن ہنٛز کثرت موجوٗد آسہِ تیلہ چھِ اَسی آسأنی سان یہ دعواہ ہیٚکان کٔرتھ زبان چھےٚ کأمل تہٕ ترقی یافتہٕ ۔ زبانہ اندر لفظن ہنٛز یہے أہمیت ژیٚنتھ چھُ آر۔ ایچ۔ رابنس (R.H.Robines) لیکھان:

> پرٛتھ گُنہ زبانہ ہندِ خأطرٕ چھُ یہِ لأزمی بنان زِ یہِ گژھِ پننین بولن والین ہندِ ضروٗرتہٕ تہٕ ماحولہٕ مطأبق موزوٗن آسنہٕ پانٛنہٕ ۔ یتھ کُنی چھُ لفظ

راش (Vocabulary) جایہِ جایہِ وفؤ رتہٕ غاًر وفؤ رلغوی مدن (Lexical Items) ہندیٚن مصنویٲتی مٲدانن تہٕ سلسِلن اندر وہٕ بدلاوان''[5]

دُنیا کہِ پرٛتھ کُنہِ علمچ بنیاد چھےٚ لفظن پیٹھ تہٕ لغت نگار سُند تعلق تہٕ چھُ یمنےٚ لفظن سٟتۍ۔ یوٚ دوے سہٕ ادب آسہِ یا سائنس، تواریخ آسہِ یا سیاست، معاشات آسہِ یا تعلیم، بشریات آسہِ یا سماجیات، جغرافیات آسہِ یا فلسفہٕ۔ غرض یمن سارنےٚ شعبن ہُند وجوٗد چھُ لفظن ہندِ بدولتہٕ تہٕ اَمہِ علاوٕ چھُ یمن موضوٗعن متعلق زانگاٗری حاصل کرنہٕ خاطرٕ تہٕ لفظےٚ کاٗم پیوان ہیٚنٛز۔ ییلہ تہٕ اَسہِ کُنہِ چیزک کانٛہہ خاص ادراک بیان آسہِ کرُن أسۍ چھِ اَمہِ ادراکچ خصوٗصیت لفظ سٟتۍ یوت مستند بنأوتھ ہیکن[6]۔ یہِ وَنن چھُ صحیح زِ دُنیاہچ پرٛزنتھ چھِ لفظہٕ تہٕ لفظہ تہٕ چھِ دُنیا تہٕ اَتھ اند رچیزو (Objects) سٟتۍ پرٛزناونہٕ یوان۔ یعنے دوشونےٚ چھُ پانہٕ وأنۍ اکھ اژھیٚن رِشتہٕ۔ انسأنی خیالن تہٕ جذبن ہندِ اظہارُک ذریعہ تہٕ چھِ لفظےٚ۔ ڈکشنری یا لغت تہٕ چھُ کُنہِ زبانہ ہندیٚن لفظن ہنٛز ترتیب وارسوٚمبرن آسان ییٚمہِ خاطرٕ أکس لغت نگارس لغت ترتیب دِنہٕ برٛونہہ لفظہ تہٕ اَمکہِ استعمالک تصور قأیم کرُن پیوان چھُ۔[7]

ڈکشنری یا لغت چھُ روایتی طور زبانہ ہُند معلوٗماتی ذریعہ یوان مانہٕ۔ ز زبانہ ہندۍ یم تہِ صوتیأتی اصوٗل آسن تمے یوت ہیکن امہِ زبانہ ہُند صحیح لغت ترتیب دِنس منٛز مددگار ثابتھ سپدتھ[8]۔ عام لوٗکن چھُ لغتس سٟتۍ اکھ عقیدتہٕ پرٛتھ آسان وابستہٕ۔ تِم چھِ لغتس اندر یہِ زانک توقع تھاوان زِ لفظُک کیا معنہٕ چھُ؟ لفظن کِتھ پأٹھۍ چھُ پانہٕ وأنۍ میٚل گرٛھان؟ لفظُک املا کیا چھُ؟ لفظس اندر کٕنٛژ رکن (Syllables) چھِ؟ لفظہٕ چھا شأیستہٕ کِنہٕ نہٕ؟ لفظہٕ چھا تکنیکی کِنہٕ غاًر تکنیکی؟

یمن سارنے چیزن ہُند پے چھ اَسہِ ڈکشنری ہندِ مطالعہ کرنہٕ ستی لگان تہٕ یوٚ ہے چھُ ڈکشنری ہُند بُنیاْدی مقصد تہِ ۔ امہِ علاوٕ چھُ زبانہ منٛز بولنہٕ یِنہٕ والێن علامژن، متراْدفن تہٕ مخففن ہُند علم تہِ گژھان ڈکشنری ستی حاْصل ۔ توضیحی بُنیاْز پێٹھ چھُ لغت بیاکھ مقصد یہ زِ یہٕ چھُ لفظن ہنٛزٕ صوتیاْتی (Phonological) ، مارفیمی (Morphological) معنویاْتی (Semantic) تہٕ نحوی (Syntatic) خوٚبین ہنٛزٕ تہٕ نشاندہی کران ۔ بلوم فیلڈ (Bloomfield) چھُ لیکھان:

(اکھ) ڈکشنری چھےٚ حقیقی طور گرامرُک ضمیمہٕ (Appendix) آسان۔ (تہٕ بیہ چھےٚ یہ) بُنیاْدی طور بیہ قاْعد گیہ ہُند فہرست تہِ آسان ۔ یہ سورے چھُ تمہِ وِزٕ ٹاکارٕ پاْٹھی نوٚن نیران ییلہِ (کُنہِ تہِ زبانہ ہنٛز ) معنویاْتی کیفیژ پێٹھ غور کرنہٕ چھُ یِوان تکیاز پرٛتھ کُنہِ مارفیمک معنہِ چھُ خودمختارانہٕ روایژن تحت اتھ ستیٚ آسان منسلک''[9]

ڈکشنری بناوٕنۍ چھےٚ اکھ پیچدٕ تہٕ کھٔری دارکاْم ۔ ڈکشنری مرتب کرنٕچ اَتھ کامہِ آوٕ بے زرٕ ێر جاکری تہِ وننہٕ ۔[10] اکھ لغت نگار چھُ پنٕن لغت ترتیب دِنہٕ وِزِ کیٚژن خاص تہٕ پیچیدٕ سوالن ہُند شکار گژھان ۔ تِسند سوٚنچ چھُ آسان یہ زِ ڈکشنری تشکیل دِنک یہ تجویز کتھٕ پاْٹھی چھُ عملاوُن ممکن؟ سُہ چھُ یتھ کتھِ پێٹھ غور کران زِ اکھ ڈکشنری گژھ لفظن ہنٛزٕ وێژھنے تھٕی صوٗرتس منٛز کرنۍ ییتھ کنۍ یِم بولنہٕ چھِ یِوان؟ یا یِمن لفظن متعلق گژھیا یِ کیٛنہہ تجویز بیان کرنۍ؟ لفظن ہنٛزٕ اتھ وێژھنے منٛز چھُ لغت نگارا کثر جاین راوان تہِ زن گوٚ ولفظ بجلی چھُ ۔ یوٚ دوے کاْنسہِ شخصس ونو 'بجلی' کیا گیہِ صحیح معنیس منٛز؟ باسان چھُ زِ کاْنسہِ نشہِ تہِ نیرِ نہٕ امیُک معقول جواب ۔ پرٛتھ کاْنہہ ونہِ یی زِ بجلی چھےٚ تتھ ونان یوٚسہٕ گاشراون

چھےٚ۔مگر یپاٗرٕ چھِ زوٗن، افتاب، تارکھ، گیس، لالٹین، چھتگیر، شمع بیترِ چیزٕ تہٕ گاش دِوان۔ ڈکشنری ہُند امہ پیچدگی ہُند اندازٕ کرتھ چھُ زگستالیڈس لو (Zegusta Ladislav) لغت نگاٗری لِسانٔی حرکژ ہُند اکھ مشکل تہٕ وردار پہلو مانان۔[11] امہِ علاوٕ چھِ دُنیاہکۍ بیٚیہ تہِ کینٛہہ نمایندٕ لغت نگار ڈکشنری ہنٛزٕ اتھ پُرپیچ عملہ پٔنٕہ پٔنٕہِ آیہِ ویژھناوان یمن منٛز سیموٗل جانسن(Samuel Jhonson)، اِرک پاٹرگ(Erick Patridge)تہٕ ایلن گیلسن (Allen Galeason)بیترٕ شاٗمل چھِ۔
ایلن واکر ریڈ (Allen Walker Read) چھُ ڈلشنری ترتیب دِنکۍ مشکلات یتھ کنۍ باوان:

> یێلہِ کانٛہہ زبان کُنہِ وسیع ترٟن علاقس اندر یِوان بولنہٕ چھےٚ (اتھ اندر چھےٚ کُنہِ چیزٕ چہِ ) مختلف بولنچہٕ کیفیژ ووتلان یم زن اُکس لغت نگارس درٕج کرنہٕ وِزٕ مختلف مَسلہٕ پاٛدٕ کران چھِ۔[12]

یمو باژوتلہ چھُ صاف ظاہر سپدان زِ لغت نگاٗری چھےٚ پزۍ کنۍ مشکل ترٟن کاٗم تہٕ یہ چھےٚ صاٗبرن ہنٛزٕ کاٗم تصور کرنہٕ یِوان۔ اوے تہِ چھُ ونُنہٕ آمُت زِ لغت چھُ قومکیٚن بہترٟن دانشورن تہٕ مفکرن ہنٛزٕن مسلسل کوٗشش ہُند اکھ عملی نتیجہِ آسان۔ ڈکشنری بناونٕی چھےٚ اکھ دایمی (Eternal)، مسلسل(Continuous)تہٕ تکنیٖکی عمل۔ امہِ عملہِ خاطرٕ چھُ ضروٗری زِ یہِ گژھہِ سنجیدٕ آسنۍ۔ ڈکشنری اندر شاٗمل پزتھ کُنہِ لفظٕچ باوتھ چھےٚ انفرادی سطحس پیٹھ سپدان۔ یێمہِ کنۍ لغت نگارس ڈکشنری ترتیب دِنہٕ برٛونٛہہ امہِ زبانہ ہنٛدٟن گرامری تہٕ صوتیاٗتی سرحدن ہُند خیال پیوان تھاوُن چھُ۔ امہِ کنۍ چھُ لغت نگار گوڈے لفظٕچ باگنے تہٕ شناخت گرامری سوٗتھرس پیٹھ بہم تکلمی جُزو(Parts Of Speech) ستۍ کران یمن منٛز ناوت، کراوت،

باوُت تہٕ ڈکھ کراوُت شامل چھِ نَتہٕ چھُ یتہِ ممکن زِ تلفظ روزِ املا ستیٚ تہٕ مشکوٗک۔

تکنیٖکی اعتبارٕ ہیکو أسی لغت دون حصن اندر بأگرتھ۔ یعنے انسایکلو پیڈک لغت تہٕ لِسانی لغت۔ بیشتر لۄکھ چھِ یتھہ غلط فہمی منٛز مبتلا زِ لِسانی لغتس تہٕ انساکلوپیڈک لغتس درمیان چھُ اژھٕنی واٹھ یا رشتہٕ۔ بذاتی چھِ یِم دوشوے زٕ مختلف قسمچہٕ حوالیاتی (Reference) کتابہٕ۔ یِمن دوشونے کتابن چھُ پَنُن پَنُن مقصد۔ لغت چھُ لفظن ہنٛز اکھ ترتیب وارسۄمبرن یتھ اندر لفظن ہنٛز معنیاتی وضاحت، یِہُند تلفظ اشتقاق تہٕ یِہنٛز گرامری خاصیت مختصر اندازس منٛز باوَنہٕ یِوان چھےٚ۔ انسکلوپیڈک ڈکشنری چھُ عام پأٹھی انسایکلوپیڈیا یِوان وَننہٕ۔ اتھ اندر چھِ کینٛہہ مخصوٗص لفظہ آسان یِم زَن بالا لِسانی دُنیاہچ خبر دأری دِوان چھِ۔ انسایکلوپیڈک ڈکشنری منٛز ہیکہِ نہٕ مول، مأج، بوے، بیٚنہِ لفظٕ أستھہ۔ اتھ اندر چھُ کینٛژن خاص بیٖمارِیٖن، کلیٖن، کٹیٖن، حیوانن، جاناوارن، سیأسی تہٕ ادبی چیزن متعلق وضاحتی تذکر میلان۔ تہِ زن گووکانٛہہ بیٖمأری چھےٚ۔ لِسانی لغتس منٛز چھُ امہِ بیٖمار ہُند صحیح تلفظ، املا، گرامری خۄبیہ تہٕ اتھہ متعلق متراوفات تہٕ متضادات میلان ییلہ زن انسایکلوپیڈہس منٛز امہِ بیٖمار ہُند وجہ، اشار، خأصیت، قسم، علاج تہٕ یہِ بیٖمأری لارٕنچ وَتھہ۔ غرض اتھہ بیٖمارِ متعلق وضاحتی زان حأصل سپدان۔

أزی کس جدید لِسانی دورس منٛز چھہ اکہِ ڈکشنری ہنٛز باگنے أکس خاص معیارس 14 تحت سپدان۔ یہِ مقصد چھُ ترٛیٖن نقطن پیٹھہ مشتمل، یعنے دأیرٕ (۱) (Range) (۲) تناظر (Perspective) تہٕ پیشکش (Presentation)۔




دأیرٕ (Range) ستۍ چھِ أسۍ ڈکشنری ہُند حجم (Size) تہٕ گُنجایش وٕچھان۔ امہِ ستۍ چھُ اخذ کرنہٕ یِوان زِ امہِ ڈکشنری کتھ حدس تام چھِ زبانہ ہنٛدۍ لفظہ وحاطہٕ گرتھ ہیٚکمتۍ۔ بقولِ ایس ایم کاتری (S.M.Katre): ''امہ ستۍ چھُ لفظن ہُند ہوٚژ تہٕ سیٚز (Size) وٕچھنہٕ یِوان[15]۔ امہِ ستۍ چھُ یتہِ پے لگان زِ ڈکشنری اندر کُژ زبانہٕ چھےٚ درج کرنہٕ آمژٕ مطلب یہ چھا یک زبأنی (Mono-Lingual)، یہِ چھا دُ زبأنی (Bi-Lingual) یا یہِ چھا کثیر زبأنی (Multi- Lingual)۔ تناظر (Perspective) ستۍ چھِ أسۍ لغت ترتیب دِنہٕ وألۍ سنٛدِ رویک تہٕ نظریہٕک مطالعہٕ گرتھ ہیٚکان یُس تمۍ پننِۍ ڈکشنری تشکیل دِنہٕ وزِ پانہٕ نوومُت آسہِ۔ امہِ ستۍ چھِ أسۍ یتہٕ وٕچھان زِ لغت چھا کثیر زبأنی / توأریٛخی (Diachronic) کِنہٕ یک زبأنی / توضیحی[17] (Synchronic)۔ بیہ چھِ أسۍ امہِ ستۍ یتہٕ وٕچھتھ ہیٚکان زِ ڈکشنری کمن اصولن تحت چھےٚ ترتیب دِنہٕ آمژٕ۔ یعنے یہ چھا اَچھرٕ وار، کِنہٕ صوتی طور، کِنہٕ نظریأتی طور ترتیب دِنہٕ آمژٕ۔ امہ ستۍ چھُ یِیمُک تہٕ بغور جایٕز ہیٚنہٕ یِوان زِ لغت

نگار سُند رویہ کتھ حدس تام چھُ اتھ اندر غأر معتصبانہٕ، مزاحی تہٕ مدرک۔ پیشکش (Presentation) سٟتؠ چھِ أسؠ یہِ زأنتھ ہیکان زِ ڈکشنری ہنٛدِس تناظرس منٛز کتھہٕ کٔنؠ چھہ مواد شیرنہٕ آمُت۔ امہِ سٟتؠ چھِ أسؠ سہٕ طریقہٕ کارتہِ زانان یُس لغت نگارن جامع وضاحژ تہٕ غأر تحریری موادٕ ڈکشنری اندر شامل کرنہٕ خأطرٕ ورتومُت آسہِ۔ امہِ سٟتؠ چھِ أسؠ ڈکشنری ہنٛدٕ یٚن باتصویر وضاحژن تہٕ تلفظ چیٚن خۄبین ہُند تہِ تجزیہ ہیکان کرتھ۔

زبانن ہنٛدی تعداد رنٛگؠ تہِ چھےٚ ڈکشنریہِ منقسم کرنہٕ یِوان۔ تہِ زن گوو کانٛہہ ڈکشنری چھے یک زبأنی (Mono-Lingual)، کانٛہہ چھے دُ زبأنی (Bi- Lingual) تہٕ کانٛہہ چھے کثیر زبأنی (Multi-Lingual)۔

یک زبأنی (Mono-Lingual) ڈکشنری چھے صرف أکسےٚ زبانہ منٛز ترتیب یِوان دِنہٕ۔ امہِ قسمہ ڈکشنری چھےٚ تِمن بولن والیٚن ہنٛدِ خأطرٕ مرتب یِوان کرنہٕ یِمن اتھ ڈکشنری اندرورتاونہٕ آمٕژ زبان ماجہ زیٚو آسہِ یا کُنہِ وزِ چھے یہِ تِمن لۄکن ہنٛدؠ خأطرٕ تشکیل یِوان دِنہٕ یِم زن ڈکشنری ہنٛزٕ اتھ زبانہ دۄیمہ زبانہ ہنٛدؠ رنٛگؠ ہیچھن آسن یژھان۔ تہنٛدِ خأطرٕ چھُ ضرۆری زِ تِم گژھن گوڈٕ امہِ زبانہ ہنٛدٕ یٚن نحوی، معنوی تہٕ ترکیبی ساختژن زانان آسنؠ۔ اکھ یک زبأنی ڈکشنری چھےٚ اندراجاتن متعلق وضاحتی اطلاع فراہم کران۔ تہِ زن گوو امہِ زبانہ ہُند پرٛتھ کانٛہہ لفظہ چھُ امےٚ زبانہ ہنٛدِ لفظہٕ یا وضاحژ سٟتؠ باونہٕ یِوان۔ دُزبأنی (Bi-Lingual) ڈکشنری چھےٚ کُنہِ زبأنی ہنٛدٕ یٚن لفظن ہنٛز اکھ ترتیب وار سۆمبرن آسان۔ أتھ زبانہ چھےٚ ڈکشنری ہنٛز ماخذ زبان (Source Language) یِوان وَننہٕ۔ امہِ ماخذ زبانہ ہنٛدٕ یٚن لفظن ہنٛدٕ یٚن معنیٚن ہنٛزٕ وضاحژ چھےٚ بیٚیہ

زبانہ یعنے ہدفی زبانۍ (Target Language) ہندۍ لفظو ستۍ یوان کرنہٕ۔ دُ زبانٔی ڈکشنری ہُند بنیادی مقصد چھُ تمن پرن والین مدد کرُن یم ڈکشنری اندر شامل کرنہٕ آمژن زبانن منزٕ اَکس زبانہ زانن آسن۔ یتھ پأٹھی چھُ زیادٕ پہم قیاس کرنہٕ یوان زِ دُ زبانٔی ڈکشنری اندر یوسہ زبان پرن وول گوڈے زانان چھُ سو چھےٚ تسنز مادری زبان یا مقامی زبان آسان۔ دُ زبانٔی ڈکشنری یہِ چھِ دوِیہ قسمچہ یعنے اوٚک ستمی (Uni-Directional) تہٕ دُستمی (Bi- Directional)۔ اوٚک ستمی ڈکشنری ین منزٕ چھُ دوٚیو زبانو منزٕ صرف اَکِس زبانہ کُن خاص توجہِ یوان دِنہٕ۔ تہِ زن گو امہِ زبانہ ہندۍ ین لفظن ہنزٕ نحوی، معنوی ترکیبی، صوتی تہٕ مارفیمی ہیژٕ چھِ جامع پأٹھی یوان ویٚژھناونہٕ۔ دُستمی ڈکشنری ین چھُ دوشونے زبانن کُن یکسان توجہ یوان دِنہٕ۔ امہ کنۍ چھِ یم دون زبانن ہنزٕ زٕ مختلف ڈکشنری یہِ بنان۔

کثیر زبانٔی (Multi-Lingual) ڈکشنری یہِ گیہِ تِم ڈکشنری یہِ یمن اندر کُنہِ زبانہ ہندۍ ین لفظن ہُند معنہِ دوِیہ کھوتہٕ زیادٕ زبانہ ہندۍ مترآدفو ستۍ ہاونہٕ چھُ یوان۔

یمن تریشونے قسمہ چین ڈکشنری ین ہندِ خاطرِ چھُ ضروری زِ یم گژھن توارٟخی، تقابلی تہٕ توضیحی آسنہِ تہٕ لفظہ کین صوتی، گرامری تہٕ مارفیمی ساختن متعلق تہِ گژھن زانکأری دِنہٕ۔ امہِ علاوٕ گژھن یم گرامری تبدیلن، نحوی اصوٗلن تہٕ معنین متعلق تہِ خبر دار کرنہِ۔

أزی کس عصری دورس منزٕ آیہِ ڈکشنری ہنزٕ بے شمار صنفہٕ بروٚنہہ کُن یمن منزٕ اشتقاقٔی ڈکشنری (Etymological Dictionary)، تلفظ ڈکشنری (Pronounciation

محاورٕ ڈکشنری (Idiomatic Dictionary) ، تھسارس (Thesaurus) (Dictionary)، عام ڈکشنری (General Dictionary)، خاص ڈکشنری (Special Dictionary)، عالمانہٕ ڈکشنری (Scholarly Dictionary)، تجارتی ڈکشنری (Commercial Dictionary)، ڈیسک ڈکشنری (Desk Dictionary) چنٕد ڈکشنری (Pocket Dictionary)، سی ڈی یا کمپیوٹر ڈکشنری (CD or Computer Dictionary)، کاموٗس نماڈکشنری (Encyclopedic Dictionary)۔

لغت نگاری ہنٕدیٚن اصوٗلن ہنٛزٕ صحیح وضاحت کرنہٕ خاطرٕ چھُ لغت شناسی (Lexicology) ستۍ ضروری زان پیٚوان کرٕنۍ تکیازِ لغت شناسی (Lexicology) ہُند بُنیاُدی مقصد چھُ لفظہٕ کِس معنیس تہٕ آگرس لِسانٕی سوتھرس پیٹھ تجزیہ کرُن۔ یٚو دوے لغت نگاری تہٕ لغت شناسی لسانیاتکۍ زٕ مختلف شعبہٕ چھِ تہٕ گرتھ چھُ یِمن پانہٕ وانٕی اکھا اژھیٚن رشتہٕ۔




اکھ لغت نگار ہیٚکہِ تیلے کامیاُبی سان پٔنٕنۍ لغت ترتیب دِتھ ییٚلہِ سُہ گوڈٕ لغت شناس تہِ آسہِ۔ تِس گژھہِ لغت نگاری تہٕ لغت شناسی ہُند یکسان علم آسُن۔ گلوبل انسکلوپیڈیس (Global Encyclopedia) منٛز چھےٚ اَمِچ وضاحتھ یتھ کٔنۍ کرنہٕ

آمژ۔

لغت شنأسی گو لفظن ہندین مؤلن تہٕ معنیس ہُند مطالعہ۔ لغت نگأری ڈکشنری بناوُنچ عمل۔ لغت شنأسی چھُ اکھ نظریأتی سأینس۔ اکھ جان لغت نگار چھُ اَیے وقتہٕ لغت نگار تہٕ لغت شناس تہٕ آسان۔ یِم دوشوے علم چھِ لسانیاتچ سوئنڈ بناوان۔ یتھ پیچیدٕ شعبہ معنیات (Semantics) تہٕ صاف تہٕ واضح فن ڈکشنری ستۍ رشتہٕ چھُ۔ 18

لغت ترتیب دِنکۍ چھِ کینٛہہ اوصوٗل، یِمن متعلق أکس لغت نگارس زان کرٕنۍ لأزمی بنان چھِ تِکیاز یِمنۍ اوصوٗلن تحت ہیکِہ اکھ کامیاب ڈکشنری تیار کرنہٕ یتھ تہٕ لفظن متعلق ہیکِہ صحیح زانکأری حأصل کرنہٕ یتھ۔ یِم اصوٗل چھِ لسان دانو ڈکشنری بناونہٕ خأطر معتین تہٕ مقرر کٔری متۍ۔ یِمو اصوٗلو ورأے چھےٚ اکھ مثبت ڈکشنری تیار کرٕنۍ ناممکن۔ یۆ دوے کرنہٕ تہِ ییہ، تتھ روزِ نہٕ کانٛہہ تہِ لِسانی أہمیت۔ یِم اصوٗل چھِ یتھ کٔنۍ:

(۱) لفظن ہُند انتخاب..... (The Selection Of Lexical Items)

(۲) ہجِہ تہٕ تلفظ..... (Spelling And Pronounciation)

(۳) تکلمی مدتہٕ تصرف..... (Parts of Speech and Inflection)

(۴) اشتقاق..... (Etymology)

(۵) لفظن ہنٛدۍ تعریف تہٕ ویٛژھنے..... (Definitions)

## لفظن ہُند انتخاب:

لفظن ہُند انتخاب چھُ ڈکشنری ہُند (Front Matter) یعنے بُنیأدی معاملہٕ۔ لغت نگارس چھُ ڈکشنری مرتب کرنہٕ برٛونٛہہ لفظن ہُند انتخاب کرُن پیوان۔ تِس چھِ یِم

ساری لفظ صوتی بُنیادٕ پیٹھ پیوان پرکھاونہٕ تکیازِ یمن لفظن ہٕنزن آوازن، علامژن، حرکژن تہٕ ٹھہراون ہندِ خاطرٕ چھُ تَس املاًیی نشانٕین ہُند تعین پیوان کرُن ۔ ڈکشنری اندر یمن گرامری تہٕ صوتی نشانٕین ہُند لغت نگارس استعمال کرن چھُ پیوان تم چھِ تَس مثالہٕ ہیتھ ڈکشنری ہندِس گوڈس پیٹھ پیوان ظاہر کرنہٕ تاکہ پرن واٲلس یِہ نہٕ لُغتُک مطالعہ کرنہٕ وِز کانٛہہ تھوس یِہ ۔ یِہ کتھ وَننہٕ یِتین وثوقہ سان زِ کانٛہہ تہٕ لغت آسہِ نہٕ دُنیاہس منٛز مکمل تہٕ حتمی یوٚ دوے تمیک تعلق گژھہِ تہٕ ترقی یافتہٕ یا غارترقی یافتہٕ زبانہ سٍتۍ آسہِ ۔ اکھ ڈکشنری چھنہٕ تمن سارنی لفظن کوم ہیکان گرتھ یم امہ ڈکشنری ہنٛزِ زبانہ منزورتاونہٕ آسن یِوان ۔ وُچھنہٕ چھُ آمُت زِ یٚیلہ کانٛہہ ڈکشنری انگریزٕ زبانہ اندر ترتیب چھے دِنہٕ یِوان یوسہٕ پرٛتھ رنگہٕ مکمل تہٕ آسہِ ، توٚپتہٕ تہِ چھ اتھ اند ریاٗنژے لچھ اندراجات اکہِ لٹہِ سپدان ممکن ۔ یِہ چھُ لغت نگاروسرِ کوٚرمُت زِ اکہِ ڈکشنری ہندٕین دہن شمارن اند رہیکہِ شیٚے لچھ لفظن ہُند اضافہٕ سپدتھ ۔[19]

## ہیٚچہٕ تہٕ تلفظ

پرٛتھ کُنہِ زبانہ چھُ اکھ مخصوٗص تہٕ منفرد لہجہ آسان ۔ ووٚنی گوو اَکس زبانہ اندر چھِ تتھی تہِ کینٛہہ یم معنہٕ لِفظ یمن بولنہٕ وزِ صوتی طور مختلف علاقن اندر اختلاف گژھان چھُ ۔ مثالے انگریزی لفظ 'Tomato' یا (Economics) چھِ ۔ یوٚ دوے کاٗنسہِ تہٕ ونوٕ یٚہُند تلفظ کیا چھُ ؟ پرٛتھ کانٛہہ چھُ یمن پننہِ پننہِ مطالعہ تہٕ لہجہ مطابق بولان ۔ انگریزی سے منٛز چھِ تم تہٕ لفظہ یٚہُند نہٕ صرف تلفظ الگ چھُ بلکہ چھُ تحریری صوٗرتس منٛز تہٕ یٚہندس املاہس منٛز پھیر گژھان ۔ مثالے:

Millenium Millennium

Memorandam Memorandum

کأشرس منز تہِ چھِ بے شمار لفظ یہندس تلفظس منز علاقہٕ وار پھیر گژھان چھُ مثالے:

| کمرأزی لہجہ | مرأزی لہجہ |
| --- | --- |
| کۆر | کۆڈ |
| ہۆل | تۆل |
| بیٚہ | بیٚہِ |

امہ علاوٕ چھُ بالہٕ اپارِ بولنہٕ ینہٕ وألس کأشرس منز تلفظُک تہٕ املا ہُک پنُن اکھ منفرد انداز۔ یم سأری چیز تظر تل تھأوتھ پزِ لغت نگارس ڈکشنری اندر پڑتھ کُنہِ لفظُک جغرافیأیی تہٕ سمأجی تلفظ بڑونہہ کُن انن۔ گلوبل انسکلو پیڈیا (Global Encyclopedia) چھُ اتھ متعلق لیکھان:

''لغت نگار گئے وونی لفظن ہندِ جغرافیأیی تہٕ سمأجی تلفظ دِنہٕ خأطرٕ آمادٕ۔ ونیس تام أسی تم یمن اُصولن پانہٕ ناوسنس پیٹھ بے غرضی ہُند اظہار کران''20۔

زبأنی اندر چھِ تلفظ تہٕ املاہس متعلق کینہہ مقرر صوتیأتی اُصوٗل یمن ہُند ماہر أکس لغت نگارس ضرؤری پزِ پنُن تکیازِ پڑتھ لفظس چھےٚ پنٕنۍ اکھ صوتی تہٕ بصری صوٗرت آسان۔ یہ کتھ چھےٚ اہم زِ پرتھ کُنہِ لفظچ بصری صوٗرت چھےٚ اَمچِ صوتی صوٗرژ ستۍ یوان پزٕ زناونہٕ۔ اوے تہِ چھُ سیموٗل جانسن (Samul Jhanson) اتھ متعلق پنٕنۍ رائے دِوان:

''ڈکشنری ہنٛز اکھ اہم کأم چھےٚ یہ زِ یہ گژھِ زبأنی اندر لفظن ہُند صحیح تلفظ مقرر کرتھ امچین خۄبین برٕزر کرتھ ہیکن''21

## تکلمی مدتہ تصرف

پڑتھ کُنہِ لفظس چھے پنُن اکھ منفرد گرامری صۆرت آسان یعنے یہِ چھا ناوت(Noun) کراوت(Verb)، باوت(Adjective) ہُر کراوُت(Adverb)، پرناوت(Pronoun) کِنہ ڈکھہِ کراوت(Auxiliary)، واٹنے(Connective) کِنہ پنکچوشین(Punctuation) .... مطلب یمنے اُٹھن گرامری صورژن تحت چھے لفظہٕ باگے ہیکان سپدتھ۔ مثالے انگریزی لیس منز چھُ لفظہ 'Intercede' چھِ گرامرِ لحاظہ چھُ یہ لفظ کراوت، امیُک ناوت چھُ (Intercession)۔ اتھ لفظس چھِ ییہ تہِ گرامری صۆرژ مگروننُک مطلب چھُ یہِ زِ اُکس لغت نگارس پزِ ڈکشنری بناونہٕ وزِ پڑتھ کُنہِ لفظس امکیٖن نحوی صفتن ہنزِ باوتھہ انفرأدی طور کرنۍ تاکہ لفظہٕ سارے گرامری خۆبیہ ین بڑونہہ کُن۔ محدۆد موٗضوٗع آسنہٕ کِنۍ ہیکہ نہٕ بہٕ تفصیلہٕ سان کأشر زبأنۍ اندر مثالہٕ دِتھ۔ توتہِ کرِ بہٕ مثالہ رٔنگۍ اکھ لفظ پیش یعنے 'کھیٛوان'۔ گرامرِ مطابق چھُ یہِ 'کراوت' ییلہِ یہِ لفظ ناوت آسہِ بناوُن یہِ چھُ 'بنان کھیٛن'۔ تصرفچ بیاکھ مثال چھے۔ یتھ کِنۍ زِ عربی لفظہ 'صلوٰت' ییمیک معنہِ 'نماز' چھُ۔ ییلہ اُردوٕہس منز یہِ لفظہ جمع صۆرتس منز بولان یا لیکھان چھِ امیُک اصلی معنہِ چھُ بدلان۔ اتھ چھُ 'لیکھ' یا بےعزتی معنہِ نیران۔

جدید لغت نگارن سپُد یہِ احساس زِ لفظ گژھہِ تمام گرامری خۆبیوسان ڈکشنری اندر درج کرنہٕ یِن۔ موٗجوٗدِ زمانس منز ہیژن واریہہ ڈکشنری یہِ منظرِ عامس تام واتنہِ یمن اندر لفظہٕ شناخت کرنۍ سیٹھا سہل چھے گژھان۔

## اشتقاق

ڈکشنری اندر چھُ پڑتھ کُنہِ لفظس پنٕز اکھ الگ تأریخ آسن یعنے لفظ چھا مستعار؟ یوٚ دوٚے چھُ کمہِ زبانہِ یا زبانن ہنٛدِ ذریعہ چھُ آمُت ؟لفظہ چھا زبانہِ ہُند پنُنے پأداوار؟ یوٚ دوٚے چھُ تہٕ کتھ پس منظرس تحت چھُ وٚوجوٗدس منٛز آمُت ؟ یہ لفظہ چھا اختراعی؟ یوٚ دوٚے چھُ تہٕ کمن حالتن منٛز آوُتھرنہٕ؟ یِمو غلط فہمیونشہِ بچنہٕ خأطرٕ چھُ ونن یہ ضروٗری باسان زِ لفظچ چھنہٕ اندٕ پیٹھٕ اٰخرس تام تأریخ دِنی تکیازِ ڈکشنری ہُند اصوٗل چھُ یہ زِ یہ گژھہِ لفظچ صحیح تہٕ محدوٗد طریقس منٛز باوتھ کرٕنۍ۔ انگریزی یس منٛز چھِ ساسہٕ بدۍ ہینٛد یوٗرپی خاندانکی لفظ یِم زن وسطی جرمنی کہِ ذریعہ موٚجوٗدٕ انگریزی یس منٛز دأخل سپدۍ۔ کأشرچ مثال تہٕ چھےٚ یژھےٚ۔ اتہِ تہٕ چھِ ساسہٕ بدۍ لفظہ یِم زن مختلف زبانوہنٛدۍ ذریعہ اتھ اندر شأمل سپدۍ مثالے اوٚگُن۔ (اگنی۔ سنسکرت)، آتش۔ (آشا۔ عبرأنی)، نار (نار۔ عربی) بیترِ بیترِ۔

## لفظن ہنٛزٕ ویٚژھنے تہٕ تعریف

لفظن ہنٛدۍ تعریف تہٕ ویٚژھنے چھُ لغت ترتیب دنک اکھ اہم پڑاو۔ امہِ ورأے چھےٚ ڈکشنری بےرُح۔ لفظن ہنٛدۍ تعریف تہٕ ویٚژھنے کرٕنۍ چھےٚ سوٚ عمل یتھ تحت لفظن ہنٛزٕ ترتیب جمع کرنہٕ آمتیٚو حوالوستۍ دِنہٕ چھےٚ یِوان۔ ڈکشنری بناونہٕ وزِ چھُ لفظن ہُند صحیح معنہٕ دِنہٕ خأطرٕ اکس لغت نگارس تحریری دستاویزن 'یِمن منٛز کتابہٕ، رسالہٕ، اخبار تہٕ اشتہار شأمل چھِ' مطالعہ کرُن پیوان۔ امہِ علاوٕ چھُ تس ریڈیو۔ ٹی۔ وی تہٕ انٹرنیٹ پیٹھ تہِ لفظن ہُند ذخیرٕ جمع کرُن پیوان۔ لغت نگارس چھُ تِمن لفظن ہُند زیادٕ معنہِ تہٕ مفہوٗم ہاوُن پیوان یِم زبانہِ اندر نہایت عام فہم آسن۔ امہِ پتہٕ چھُ سُہ تِمن لفظن ہنٛزٕ باوتھ کران یِم کُنہِ خاص علاقس، ٹولہِ یا کُنہِ خاص ماحولس ستۍ منسوٗب آسن۔ بقول سیموٗل جانسن ''لفظن چھےٚ لغتہٕ کس

تعبیرس منز وضاحت (ستی) اختصارچ تہٕ وسجارٕچ ضرورت آسان"۔ اوے تہٕ گژھِ لفظن ہنز وضاحت علمہٕ کِس تناظرس منز صحیح آسنۍ مگر ستی گژھن عام پرن والۍ یہٕ آسانی سان سمجھتھ تہٕ پرٕتھ ہیکنۍ۔ یتھ کتھ، پیٹھ سپُد واریہہ ژیرِی اتفاق زِ اکھ لغت نگار گژھہ غارٕ جانبدار پاٹھۍ لفظن ہنز وضاحت کرُن۔ اتھ کتھِ پیٹھ آو گوڈنکہِ پھِرِ ٹھوس بُنیاد پیٹھ 'ایکسفورڈ انگلش ڈکشنری اندر دل دِنہٕ:

یہٕ ڈکشنری چھےٚ اپھرِ وارتوہہِ برونہہ کنہِ۔ اتھ اندر چھ تم ساری لفظ شامل کرنہٕ آمتۍ یم پتھ کال پیٹھ ازکال تام انگریزی لفظ راشکِ حصہٕ بنیے۔ لفظن ہنز شناخت آیہِ متراٗدف ہیژن (Forms)، فکری تاریخچہ (Sens History) تلفظچہ تہٕ اشتقاقچہ بُنیاد پیٹھ کرنہٕ۔ یتھ اندر چھنہٕ ترقی یافتہٕ زبانہٕ تہٕ ابلاغس دَل دِنہٕ آمُت۔ ٹلی کہِ چھُ خاص تکنیکی لفظ راشس تہٕ بےشمار عامیانہٕ بولئین متعلق سرنہٕ سونچنہٕ آمت۔22

غرض لفظن ہُند معنہِ گژھِ باوُن تتھۍ صوٗرتس اندر یمیک یم حصہٕ آسن۔ پرٕتھ لفظُچ کُنہٕ باوتھ گژھِ کم از کم تریٚیو ہم پلہٕ مفہوستۍ کرنہٕ ینۍ۔ یہٕ وضاحت گژھِ ترتیب وارتموے لفظوستۍ کرنہٕ ینۍ یم لفظ کِس اتھ معنیس نزدیکھ آسن۔ اٗکس لفظس ہیکن مختلف معنہِ اٗستھ تم گژھن صحیح تہٕ مختصر لفظو یا جملوستۍ واضح کرنہٕ ینۍ۔ یوٚدوے کُنہِ جایہِ لفظس کانہہ تہِ ہم پلہٕ معنہِ آسہِ نہٕ تمہِ وِزِ گژھہِ تمن جُملن ہُند استعمال کرنہٕ یُس یم امکہِ معنہِ خاطرِ موافق تہٕ موزُون آسن۔ امہِ علاوٕ گژھِ معنہِ خاطرِ ترکیبن علامژن، استعارن، محاورن تہٕ شکلن ہُند تہِ استعمال کرنہٕ یُن تاکہِ لفظ واضح گژھنس منز ییہِ نہٕ کانہہ تہِ تھوس۔ لفظُک معنہِ ہیکو اٗسۍ ڈکشنری اندر ترٚین حصن اندر باٗگرتھ یعنے (ا) تصوراٗتی معنہِ (Notional

(Meaning (۲) حوالیاتی معنہٕ (Referential Meaning) (۳) بیانیٲتی معنہٕ (Contextual Meaning)

تصورٲتی معنیک مطلب گوو یہ زِ لغت نگار گژھہِ لفظُک معنہٕ مترٲدفوتہٕ جامع اظہاروستۍ دِیُن۔ امہِ علاوٕ گژھہِ لفظکہِ تصورٕچ، خیالٕچ تہٕ محسوسٕچ تہٕ باوتھ ینٛز کرنہٕ۔ حوالیٲتی معنیک مطلب گوو یہ زِ ڈکشنری اندر گژھہِ لفظُک معنہٕ باوِنہٕ خاطرٕ شکلن یا وضاحژن ہُند استعمال کرنہٕ یُن یمہٕ ستۍ لفظُک معنہٕ صاف تہٕ واضح گژھہِ۔ بیانیٲتی معنیک بنٛیادی مقصد چھُ یہ زِ ڈکشنری اندر گژھہِ لفظُک معنہٕ تمنٛہٕ اصوٗلن تہٕ ضابطن تحت وِژھناونہٕ یُن یمن تحت ٲمی لفظن زایُن آسہٕ لوٗبمُت۔

ٲخرس چھے یہ کتھ وننٛ ضروری باسان زِ ڈکشنری اندر لفظُک معنہٕ واضح کرنہٕ خاطرٕ گژھہِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ مترادفن ہُند استعمال کرنہٕ یُن۔ امہ علاوٕ گژھہِ مترادفن ستۍ ستۍ متضاد لفظہ تہِ دِنہٕ ینٛ تاکہ لفظٕچ پرٛتھ کانٛہہ معنوی صوٗرت یِیہٕ بڑونہہ کُن۔ کُنہ تہِ لفظکۍ مترادف چھنہٕ امہِ لفظہٕ کِس معنیس صحیح معنہٕ آسن بلکہ چھِ یم اتھ معنیس نزدیک ہیکن ٲستھ۔ لہٰذا گژھہ یہ خیال ذِہنس منٛز تراوُن زِ کُنہِ لفظس کیا چھُ بیاکھ کانٛہہ ہم پلہٕ معنہٕ بلکہ ہیکہِ نس کینٛہہ رلہٕ وِنی معنہٕ ٲستھ۔

## حوالہ تہٕ حاشیہ

1۔ لغت چھُ عربی زبانہِ ہُند لفظہٕ ییمُک معنہٕ زبان، بوٗلی یا تمہِ ثقیل لفظ یم فکر ترنٛ مشکل آسن۔ موجوٗدٕ معنیس اندر چھ لغت تتھ کتابہِ وننہٕ یِوان یتھ منٛز کُنہِ زبانہِ ہنٛدین لفظن ترتیب وار معنہٕ دِتھ آسہٕ۔

2۔ عملی لسانیت چھُ اکھ مجموٗعی اصطلاح لسٲنی علمہٕ کیٛن تمن مختلف شعبن ہنٛد خاطرٕ یمن منٛز

لغت نگأری بالترجمہٕ ،شارٹ ہینڈتہٕ وو پرزبانہٕ ہیٚچھنہٕ شأمل چھِ۔

3. R.R.K.Hartman 'Lexicography: Principles and Practice' (London: Academic Press 1938) P.4

4۔ مالک رام 'لغت نویسی کے مسائل'۔ مرتبہ گوپی چند نارنگ (نئی دہلی: ماہنامہ کتاب نما 1985ء) ص۔13۔

5. *General Linguistics* IV Ed. (London: Longman 1989) P. 380

6. Bishnupada Bhattacharya, *A Study in Language And Meaning.* (Calcutta: Progress Publishers 1962) P.19

7. Hartman, *Lexcigraphy: Principles and Practice* P.4

(8) Bloomfield, *Language* (Rept. Delhi: Motilal Bahnasidas, 1994 P.365

10. S.M.Katre, *Lexicography* (Madras: Annamali University 1965) P.1.

11. Zegusta Ladislav, *Manual of Lexicography* (The Huge: Mouton: Prague; Academic 1971) P.15.

12. "The Labeling of National and Regional Variations In Popular Dictinaries" in *Problems in Lexicography*, 2nd Ed. by House-holder and Saporta (The Hague: Mouton and Co. 1967) p.217.

13. Sidnay I.Landau, *Dictionaries: The Art and Craft Lexicography,* (London: Cambridge University Press 1989) P.5.

14۔ امہِ معیارک نظریہ دیُت سارِوے کھوتہٕ برٛونہہ یاکوملکا اِلن (Yakov Malkiel) پننس أکِس مقالس اندر یتھ 'A Typological Classification of Dictionaries on the Basis of Distinctive Features' ناو اوس۔ یہِ مقالہ آو انڈیانہ ینورسٹی بلوم انگٹس طرفہٕ لغت نگأری ہندِس مسلس پیٹھ بلاونہٕ آمژ أکِس کانفرنسہِ منٛز پرنہٕ۔ یہِ کانفرنس سپٕز 11 نومبر، 1960ء منٛز منعقد۔ یہِ مقالہ گوو 'Problems in Lexicography' ناوچہِ کتابہِ اندر1962ء منٛز کتابہِ ہُند مزید تفصیل زانٕنہٕ خأطرٕ وِچھوٚیمہِ مقالک حوالہٕ نمبر 12۔

15. Lexicography, (Madras: 1965) P.17

16۔ کشیر ذبأنی/ تواریخی لغتس اندر مٔز چھِ گٔنہِ زبانہِ ہندِ اکہِ خاص مدتکۍ لفظہٕ شأمل کرنہٕ یوان۔

17۔ یک زبانی/ توضیحی لغتس اندر چھُ زمانک امتیاز کرنہٕ ورأے لفظہٕ شأمل کرنہٕ یوان۔

18. *Global Encyclopedia* (Reprinted 1983) P. 308

19. Dr. Vershney, *Linguistics and Phonetics* (Bare illy: Noori Enterprises, Sandagran 7th Ed.) P.313

20. *Global Encyclopedia* (rept. 1983) p.308.

21. *The Plan of a Dictionary of the English Language*, (London: Scholar Press, 1970).

22.. See Dew.T.Starnes and G.E.Noyes, *The English Dictionary from Cawdrey to Jhonson* 1604-1755(Chapel Hill 1946).

# گلوبلائزیشن
# تہٕ کشیرِ ہنز بدلونٕ لسانی شکل

سجاد حسین وانی

عادل امین کاک

**تعارف:**

زبان چھ سماجی، اقتصادی، سیاسی، تہٕ ثقافتی عملن ہنزا کھ بنیادی اکائی۔ زبانہ ورأے ہیکو نہ کنہٕ تہٕ سماجی عملہ ہُند قیاس کرتھ۔ عالمی سطحس پیٹھ چھُ کنہٕ زبانہ ہُند استعمال گلوبلائزیشن عملہ ہنز عکاسی کران۔ گلوبلائزیشن لفظُک استعمال چھُ دُنیا اُکی ہے رزِ منز گنڈنہ خاطرِ استعارٕ پأٹھی استعمال گژھان۔ دُنیاہچ یک جہتی ونتوس یا گلوبلائزیشن، یہ چھ کُنی کتھ۔ البتہ اگر پونسہٕ کس بٔیس طرفس نظر تراوو، گلوبلائزیشن چھ نہ ییژ شفاف عمل۔ اگرزن گلوبلائزیشن ستۍ کینژ و ملکو اکہ طرفہ ترقی کرمگر ستۍ گیۍ امہ عملہ ستۍ کینہہ مُلک پتھ، خاصکرتم مُلک یم زن برونہی اقتصادی طورکمزورأسی۔ تہٕ ستۍ پیوٚ امیک منفی اثر تہنزن زبانن پیٹھ تہٕ۔ گلوبلائزیشن ستۍ کر کینژ و زبانو ترقی تہٕ مقبولیت حاصل ییٚلہ زن واریاہ زبانہ دوارس منز آیہ تہٕ ما گژھن ختم۔ یتھ زن لنگویج ڈیتھ (Language Death) ونہ چھ یوان۔ اتھ سلسلس منز چھُ کرسٹل

(Crystal 2000) ونان زِ اکہ تخمینہٕ مطابق چھ دون ہفتن منز اکھ زبان مران یا ختم گژھان (2000:19)۔ کرسٹل نہ مطابق چھ دُنیاہچہ 96% فی صد زبانہ کُل آبادی ہُند صرف 4% فی صد حصہ بولانؔ (Crystal 2002: 14)۔ امہِ ستۍ چھ یہ کتھ ثابت سپدان ز آزی کسِ دورس منز چھ کینہ اقتصادی طور مضبوط زبانہ دوہ کھوتہ دوہ زیادٕ زیادٕ بولن وٲلۍ حاصل کران ییٚلہ زن اقتصادی طور کمزور زبانن ہندی بولن وٲلۍ دوہ کھوتہ دوہ کم گژھانؔ چھ۔ امیوک مطلب دراوز گُنہ تہ قومُک ذہنی شعور تہ طاقتُک اندازٕ ہیکہ تہنزِ زبانہ ہنز ساخت تہ استعمال وچھتھ کرنہ۔ مُختلف لسانی تحقیقن منز چھ یہ کتھ ثابت کرنہ آمژ زِ گُنہ تہ قوٕچ ترقی چھ تہنزِ زبانہ منز صاف ظاہر گژھان تہ سُہ قوم چھُ مُردٕ یُس زبان مُردٕ آسہ۔

ییٚمہ ساتہٕ زن گلوبلایزیشنہ ہنز کتھ کرو یوٚسہٕ زبان زن بروٚنہہ کُن یوان چھ سوٚ گیہ انگریزی یا انگلش۔ انگریزی زبان آیہ گُذشتہ دورس منز گلوبل زبانہ ہنز شکلہ منز لوکن بروٚنہہ کُن۔ انگریزی زبانہ ہُند استعمال تہ ترقی چھ اتھ زبانہ ستۍ وابستہ لوکن ہنز ترقی تہ طاقتُک مظاہر کران۔ انگریزی زبان چھ ونکین اکھ کثیرُ الصفت (multivalent) تہ کثیر الجہت (multidimensional) زبان بنیمژ تہ یہ سورُے چھُ گلوبلایزیشنہ ستۍ ممکن سپدیومُت۔ کثیرُ الصفت تہ کثیرُ الجہت زبانہ ستۍ چھُ سون مطلب اکھ سو زبان یوٚسہٕ زن زندگی ہُند پرتھ کانہہ شعبہ پننس وشس منز کرِ۔ سہ علمی شعبہ آسِتن یا غیر علمی، سائنسی آسِتن یا غیر سائنسی، اخلاقی آسِتن یا غیر اخلاقی؛ انگریزین بنوو گلوبلایزیشنچہ بدولت پرتھ گُنہ شعبس منز اکھ مخصوص جاے۔ انگریزی

زبان میوٗل یہ پوچھر کیازِ وہم صدی اند واتنس ستی چھ انگریزی بولن والی مُلک خاصکر امریکہ دُنیاہس منز سارؤے کھوتہ زیادٕ تیزی سان اقتصادی ترقی کرن وول مُلک بنیومُت۔

یتھ کِنی چھُ انگریزی وَنکین دُنیاہس بروٗنہہ کنہ امریکچ برتری تہ طاقتُک مُظاہر کران۔ انگریزی چھُ وَنکین ادبی، غیر ادبی، سائنسی تہ تکنیکی ترقی ہنز علامت بنیمژ تہ کُنہ تہ شعبس منز ترقی کرنہ خاطرِ چھُ دُنیاہس انگریزی زبانہِ لول بھرُن۔ یہ عمل چھ جنوبی ایشیاہس خاصکر ہندوستانس منز زیادٕ لاگو گژھان ییتہِ زن انگریزیک زیادے چِکہ چاو چھُ۔ انگریزین چُھ گلوبل سطحس پیٹھ مقابلہ ورائے لنگوا فرینکا ہیچ (Lingua-Franca) حیثیت حاصل کر مژ۔ گلوبلایزیشن عملہ ہنزِ علامتہ طور چُھ انگریزین وَنکین واریاہن علاقائی زبانن ہنز جاے رٹمژ یمہ زبانہ زن دوہ کھوتہ دوہ کم کم استعمال کرنہ ییوان چھ۔ گلوبلایزیشن ستی چھُ سوروی دُنیا اکس گلوبل وِلیجس (Global Village) منز تبدیل گوٚمُت تہ اتھ منز روزنہ خاطرِ چھُ انگریزیک علم سیٹھاہ ضروری۔ انگریزی چھُ وَنکین زندگی ہندین خوبصورت چیزن ہُند ضامن بنیومُت (English for good things of life)۔ گلوبلایزیشنہ ستی چھُ انگریزی زبان سیٹھاہ کم وقتس منز واریاہ زیادٕ ترقی کرمژ۔

یٚمہ مقالکُ مدعا تہ مقصد

یٚمہ مقالک مدعا تہ مقصد چھُ کشیرِ ہندِس لسانی صورتحالس گلوبلایزیشن ہندِ وساطتہ جایزٕ ہیوٚن۔ مقصد چھُ یہ کہ گلوبل زبانہ کتھ کِنی چھ کشیرِ ہندِس لسانی صورتحالس منز تبدیلی آمژ۔ یہ وچھُنچ تہ ییہ کوشش کرنہ کہ

بِکتھ کنہ چھُ لسانی سطحہ علاوٕ انگریزین پٔنُن چھاپ کأشرِس سماجس تہ کأشرِس دماغس منز ترووُمت۔

کشیرِ ہنٛد لسانی صورتحال ماضی پیٹھ حالس تام:

کأشر زبان چھےٚ کأشرین ہنز مادری زبان تہ اَمِچ تاریخ چھ واریاہ پرأنی۔ برہمن دورس (13th century AD) برونٛہہ چھ کأشرِس متلق واریاہ کم علمیت۔ برہمن دورس منز اَس کأشر زبان عام لوکن ہنز زبان تہ سنسکرت اَس عالمن ہنز زبان۔ یہ ہیکو ونتھ زِ سنسکرتس اوس علمی زبانہ ہنٛد درجہ ییٚلہ زن کأشرِس گرچہ زبانہ ہنٛد درجہ اوس۔ کأشرِ ادبچ تأریخ چھ تیژاہ پرأنی ییژاہ زن انگریزی ادبچ چھےٚ یعنی ستھ ہتھ وری پرأنی۔ کأشر اوس برونٛہہ کالہ شاردا رسم الخطس منز لیکھنہ ییوان تہ مُسلم دورِس منزآو اتھ فارسی۔عربی (Perso-Arabic) رسم الخط دِنہٕ یُس زن وٕنہِ تہ رائج چھُ۔ کأشر زبانہ اوس پریتھ سو چیز یُس زن اَکس زبانہ آسُن گوژھ، مگر اکہ چیزِچ روز کأشرِ زبانہ ہمیشہ کمی یوسہٕ زن پتھ کالہ تہ اَس تہ ونکین تہ چھس۔ یہ کمی چھےٚ سرکأری امدادچ کمی۔ کأشر زبانہ ستی آو پننس گرس منز دوٚیمِ سلوک کرنہ تہ یہ دوٚیمِ سلوک چھُ وُنہ تہ جأری۔

کشیرِ منز روٗز ہمیشہ دوٚیمِ زبانن ہنز برتری تہ یِمنٕے دوٚیمِ زبانن آو دفتری امداد دِنہٕ۔ پرأنس دورس منزآو یہ امداد سنسکرتس دِنہ تہ منزِمس دورس منزآو یہ امداد فارسیس دِنہ تہ نٔوِس دورس منز نیو سرکاری زبانہ ہنٛد درجہ اُردوہن یوس زن ونکین صرف ناوٕ کنہ سرکاری زبان چھ کیازِ کہ تقریباً چھ ونکین سارِے دفتری کأم انگریزیس منز یوان کرنہ۔

یتھ کنی وچھ اِمہ زِیُس دباو ونکین دُنیاہچن زبانن گلوبل انگریزی ستۍ چھُ نہٕ دباو چھ کأشرس واریاہ برونہہ پیٹھ ژالُن پیومُت ۔کأشر زبان بچیہٕ تکیازِ کأشر أس مقبول زبان۔عام لُکن ہنز زبان یم زن اکثریتس منز ناخوانده یا انپڑ أسی۔ لُکن ہنُد یہ ناخوانٕد آسُن روٗد کأشرِ زبانہ خأطرہ مُفید۔ سینسس(census) (شکل نمبر 1-2) پیٹھ نظر تراونہ ستۍ چھےٚ یہ کتھ ثأبت سپدان ز وُہمہ صدی ہندس آغازس منز چھ سرینگر شہرچ 96% آبأدی ناخوانده أسمٕژ۔ امہ ستۍ سپُد ثابت ز کأشرِ سماجُک ڈھانچہ اوس امہ ساتہ تیُتھ ز کأشر رود محفوظ۔ البتہ لسانی طوراگر اسی وچھو، سنسکرت تہٕ فارسیُک اثر رود کأشرس پیٹھ صرف لفظن تامے محدود۔ سنسکرت تہٕ فارسیک لفظ ژائے کأشرس منز۔گوڈنیتھ کوڈ مکسنگ (code mixing) ہنزِ شکلہ منز۔وقت گذرنس ستۍ ستۍ چھ یمو لفظو منز واریاہ لفظ غیب گژھان تہٕ واریاہ لفظ چھ زبانہ منز پننی جاے بنان تہٕ یمن لفظن چھ بارووِنگ(borrowing) ونان۔یم لفظ چھ امہ دوٗیمہ زبانہ ہندحصہ بنان تہٕ چھ اتھ زبانہ منز روزان۔سنسکرت تہٕ فارسیُک اثر رود کأشرس پیٹھ صرف بارووِنگن تامے محدود ۔کشیرِ منز ییوتاه وق گذارنہ پتہٕ تہٕ بنیہ نہٕ سنسکرت تہٕ فارسی عام لوکن ہنز زبان تہٕ روزٕ کشیرِ منز غیرملکی زبانہ ہنزِ حیثیژ (Foreign Languages)۔ یم زبانہ آے نہٕ زانہہ تہٕ عام لوکن ہندس بول چالس منز تہٕ بنیہٕ نہٕ زانہہ تہٕ کشیرِ منز دوٗیم زبان (Second Language in Linguistic Terminology)۔

گریرسنن(Grierson 1911) چھُ لفظن ہندس خزانس پیٹھ کأشر دون

قسمن (Dialects) منز تقسیم کۆرمُت یعنی مُسلم کاشرتہ ہندو کاشر۔ مُسلم کاشرس منز چھ فارسی لفظن ہنز بُہتات تہ ہندو کاشرس منز چھ سنسکرت لفظن ہنز بُہتات۔

| نمبر | 1911 | 1921 | 1931 | 1941 | 1961 | 1971 | 1981 | 2001 |
|---|---|---|---|---|---|---|---|---|
| کُل | 2.42 | 2.78 | 3.67 | 7.46 | 16.80 | 21.71 | 33.90 | 59.8 |
| مرد | 5.04 | 4.94 | 6.40 | 11.83 | 23.7 | 29.39 | 31.97 | 69.6 |
| زن | 0.06 | 0.20 | 0.32 | 2.12 | 8.52 | 12.68 | 24.66 | 48.1 |

شکل نمبر 1.1 چھےٚ وادی منز 1911 پیٹھ 2001 تام تعلیمی شرح ہاوان۔

فارسی پتہ یوسہٕ زبان کشیرِ منز آیہ سو اٚس اردو۔ اردو زبان کرڈوگرہ راجو وادی منز وُہمہ صدی ہندس آغازس منز بحیثیت سرکاری زبان لاگو۔ اردو آو کشیرِ منز تمہ ساتہ ییٚمہ ساتہٕ وادی ہندس سماجس منز تیزی سان تبدیلی یوان اٚس۔ اسی ہیکو ونتھ کہ اردو آو کشیر منز اکس نٔوس سماجی ڈھانچس منز۔ وہم صدی ہُند کاشر سماج اوس اکھ نۆو سماج تہ امیوک ثبوت چھ شکل نمبر 1.1 منز تہ صاف نظرِ گژھان۔ کاشرِ لوکھ گیے وہمہ صدی منز تعلیمہ ہندِ نورِ ستی آشنا تہ یہ تعلیم اٚس بُنیادی طور اُردوہس منز دنہ ییوان۔ اردوہس میلی تمام موافق چیز کشیر منز سماجی سطحس پیٹھ تہ لسانی سطحس پیٹھ تہ یم زن اکس زبانہ ہنزِ ترقی خاطرِ ضروری چھ۔ سرکاری امداد پیٹھ مذہبی پہنچان۔ اردوہس میلیوٚ تہِ سوروی کشیرِ منز یہ نہ زن سنسکرتس تہ فارسیس تہِ میلیومُت اوس۔ لسانیاتی الفاظن منز ونو اسی ز اردو زبانہ میلیو کشیر منز ساروی کھوتہ زیادٕ اتھنولنگویسٹک وایٹیلیٹی (Positive Ethnolinguistic Vitality)۔ لسانیاتی علمس منز چھ اتھنولنگویسٹک وایٹیلیٹی تمن

سارنے عنصرن (سماجی تہ لسانی سطحس پیٹھ) ونن یم زن اکس سماجس منز اکس زبانہ ستۍ وابستہ آسان چھِ۔ کشیرِ منز اردوہس ستۍ وابستہ مختلف عنصر ہیکو کھاسی شکل نمبر 2.1 منز وچھتھ۔

یمن سارنی عنصرن ہُند نتیجہ دراو ز اردو زبان روٗز نہ کشیرِ منز اکھ وۄپر زبان (Foreign Language) بلکہ بنیہٕ کشیرِ ہنز پننی زبان یعنے دۆیم زبان (Second Language)۔ اُردو زبان روٗز نہ کشیرہ منز دفترن تامی محدود بلکہ وأژ یہ زبان گرن تام۔ اردو زبان روٗز نہ افسرس تہ ماتحت سنز زبان بلکہ بنیہٕ دوستن منز استعمال گژھن واجنی زبان۔ ونکین چھ کشیر منز واریاہن گرن منز بچن کأشرس ستۍ اردو تہ ہیچھناونہ یوان تہ کینژن گرن منز چھُ اردو زبانۍ بچن ہنز گوڈنچ زبان بنیمژ۔ اتھ عملہ ستھ منز ژن اردو زبان سکولو پیٹھ گرن منز داخل گئے، اَتھ ونو ٹرِکلنگ آف اردو فروم سکول ٹو ہوم۔

(Trickling of Urdu from School to home, Kak : 2000)

- ❄ سرکاری زبانہٕ ہُند درجہ
- ❄ کشیرِ منز اکھ صدی کھوتہ زیادہ وق
- ❄ 2003ء تام تعلیمہ ہنز زبان
- ❄ قرآنی رسم الخط
- ❄ تعلیمی شرحس منز اضافہ
- ❄ اسلامس تہ مسلمانن ہنز پہچان
- ❄ ہندیس ستۍ ہیشر اردو
- ❄ کینژن اردو بولن والین ہنز موجودگی

* فارسی لفظن ہنز بُہتات
* باقین ہندوستانن ستۍ لنگوا فرینکاہچ حیثیت
* ماس میڈیاہچ مشہور تہ اکثریتی زبان

یہ وچھنہ ستۍ چھُ صاف ظاہر گژھان زاردوہس کوتاہ موافق ماحول میلیوٚو کشیرِ منز۔ لسانی علمہ طوراگراسۍ وچھو یہ کتھ چھ صاف ظاہر گژھان ز کأشرس تہ اردوہس منز چھ وٚنکین واریاہ ہِشر آمُت۔ کأشرس تہ اردوہس چھ وٚنکین ہتہ بد الفاظ ہوی۔ یمو الفاظو منز چھ واریاہ الفاظ فارسی پیٹھہ کأشرس منز داخل گمتۍ تہ واریاہ چھ اردو پیٹھہ سیدِ سیوٚد کأشرس منز داخل گمتۍ۔ تعلیم یافتہ کأشرِن چھ وٚنکین اردُوہس منز اتھ حدس تام مہارت گمژ کہ تِم چھ پوٚتُس پتھ کأشرس جُملس ستۍ اردو جملہ استعمال کران تہ اتھ عملہ یتھ منز زن دون زبانن ہند جُملہ پوٚتُس پتھ استعمال گژھنس چھُ ''کوڈ سوئچنگ (code switching) ونان۔ کأشر تہ اردو زبانہ چھ وٚنکین کشیرِ منز کوڈ سوئچنگ ہندس عملس منز استعمال گژھان (کاک تہ وانی، 2004)۔ یتھ پأٹھی دُچھ اِمہ ز کأشر۔ اردو زبانن ہنُد رلن (Kashmiri-Urdu contact) چھُ کأشر۔ سنسکرت تہ کأشر۔ فارسی زبانن ہندہ رلنہ نشہ قدرے مُختلف لسانی بُنیادن پیٹھ تہِ تہ سماجی بُنیادن پیٹھ تہ۔ سماجی طور روز سنسکرت تہ فارسی کشیرِ منز وویرِ زبانہ یا علمی زبانہ یێلہ زن اردو زبان کشیرِ منز دوٚیم زبان یا عام لگن ہنز زبان بنیے۔ سنسکرت تہ فارسیک اثر رودکوڈ مکسنگ تہ باروونگ تامی محدود یێلہ زن اردوٕک اثر امہ ہیوٚر کوڈ سوئچنگ ہندس پالیس تام ووت۔ کأشر۔ اردو کوڈ سوئچنگ ہنزِ

کینہ مثالہ یم زن اسہِ ریکارڈ کرِ مژ چھے:

۱۔ سُہ چھُ کنجوس، مگر نرم مزاج ھی ہے۔

۲۔ مہ چھ نہ پتہ کہ وہ مجھے بُرا کیوں لگتا ہے۔

۳۔ اُس کو پتہ ہے کہ بہ چھُس نہ حلوٕ کھیوان۔

گلوبلائزیشن عملہ ہنز زبان

دُنیاہچ لنگوا فرینکا

۲۰۰۳ پیٹھ تعلیمی زبان (Medium of Instruction)

سائینس تہ ٹکنالجی ہنز زبان

امیرن ہنز زبان

متُبادل سرکاری زبان

ونکینس کاشرِس منز لفظن ہنُد ساروے کھوتہ بڈ سرچشمہ انگریزی

کشیرِ منز پرنٹ میڈیاہس منز فبون زبان

جوانن ہنز زبان

(-) مختلف رسم الخط

(-) درسگاہن تہ پاٹشالہن منز لُکن ہنُد رجحان

(-) زبانن منز وارِیاہ زیادہ لسانی فرق

(-) لُکن ہنز شروعاتی مزاحمت

شکل نمبر 3-1 چھ کشیرِ منز انگریزیس سٍتۍ وابستہ وارِیاہ مثبت تہ منفی (-) عنصر ہاوان

کشیرِ منز اردو پتہٕ یمہ زبانہٕ ہنُد ذکر ووتھِ سو چھ بلاشک انگریزی۔ دی گلوبل لنگویج۔ انگریزۍ یک آ کرمن تہٕ گو کشیرِ منز تمی ساتہٕ یمہ ساتہ زن اردو

کشیرِ منز آو۔ مگر انگریزٕ یک سفر رود نہ کشیر منز تیوتاہ ہموار یوتاہ زن اُردوہٕک رووو۔ شکل نمبر 3-1 وچھنہ ستۍ چھُ صاف ظاۂر گژھان ز انگریزیس سپدٕ یے کشیرِ منز گوڑ گوڈ مزاحمت۔ لُگن اوس درسگاہن تہٕ پاٹشالہن منز پڑنس کُن زیادہ رُجحان۔ انگریزی زبانہٕ آو شیطانی زبان ونہ۔ کرسچن مشنیری یمو زن وُہمہ صدی منز انگریزی زبان کشیرِ منزٕ اَنی تھوپٕنٕزٕ کاٗم جاری تہٕ ترٲوِکھ کشیرِ منز واریاہ مشنیری سکول۔

اگر زن انگریزی زبانہ کشیرِ منز شروعاتی مزاحمت وُچھنٕ پیٚے مگر یہ صورتحال روٗز نہ زیادہ وقتس۔ گلوبلایزیشن عملہ ہندس وجودس ستۍ ہُریو کشیرِ منز انگریزیس مول۔ لُکو ییٚژاہ ترقی کٔر تہٕ تعلیم پر، تیوتاہ تیوتاہ آیہ تمِ انگریزیس نزدیک۔ انگریزی آیہ لُگن برونہہ کُن اکھ سائنسی تہٕ تکنیکی زبان بنتھ۔ لکن توٚگ بوزُن ز برونہہ پکنہ خاطرِ چھُ انگریزٕ یک علم ضروری تہٕ کینژن وریٚین منزٕ ییٚنے انگریزین اردو ہیٚچ جاے۔ سماجی سطحس پیٹھ تہٕ نفسیاتی سطحس پیٹھ تہٕ۔ أکس تحقیقس منز آو کشیرِ منز وچھنہ ز وٕنکین چھ کشیرِ منز لُگن سماجی تہٕ نفسیاتی سطحس پیٹھ سارِوٕے کھوتہٕ مثبت راے انگریزی زبانہ متعلق۔ (کاک: 2002ء)۔

ییٚلہ زن اتھ تحقیقس منز کاشرین پرژھنہٕ آو ز تعلیم کتھ زبانہِ منز گژھہ دنہ ییٚنٕ تموٚ منزٕ وٚون اکثر لُکو، خاصکر جوانوٚ ز انگریزی زبانٕے چھ وٕنکین تعلیمہ ہنٛد سارِوٕے کھوتہٕ بہتر ذریعہ (Medium of instruction) (کاک 2002ء)۔

امہ تحقیقہ ستۍ چھُ یہ نتیجہ اخذ کرنہ آمُت ز وٕنکین ہیکو کشیرِ منز زبانہٕ أکس ترتیبس منز تھاٛوِتھ۔ اتھ ترتیبس منز روزِ انگریزی زبان سرس، ییٚلہ زن کاشرِ زبانہ سارِوٕے کھوتہٕ کم درجہ میلہ تہٕ اردو زبانہ میلہ منز باگگ

درجہ۔(کاک 2002ء) ۔امہ تحقیقہ نشہ چھےٚ یہ کتھ نناں ز گلوبلایزیشنہ ستۍ چھ انگریزین کشیرِ منز تہ پنٕن اکھ سرٕون اثر تروومت تہ چھن اردوہچ جاے رٹمٕژ۔

لسانی بُنیادن پیٹھ اگر نظر کرو، انگریزی زبان چھ وٕنکینس کأشرس ستۍ کوڈ مکسنگ ہندس رشتس منز۔ ہتہ بدی انگریزی الفاظ چھ وٕنکین کأشرس منز استعمال یوان کرنہ۔ کیٚہنہ ضرورتہٕ موجوب تہ کیٚنہہ پرسٹیجہ (Linguistic Prestige) موجوب۔ یم انگریزی الفاظ چھ وٕنکینس کأشرِ زبانہ منز فارسی تہ اردوکۍ الفاظ نیبر کڈان تہ تہنز جاے نِوان۔ (Relexification of Kashmiri with English Lexicon and delexification from Urdu, Wani 2005) کیازِ کہ زیادٕ انگریزی الفاظ گٔے زیادٕ علم تہ زیادٕ پرسٹیج (Prestige)۔دوہ کھوتہ دوہہٕ چھ زیادہ زیادہ الفاظ انگریزی پیٹھ کأشرس منز استعمال گژھان۔ کأشر۔انگریزی کوڈ مکسنگ چھ وٕنکینس کشیرِ منز اکھ عام عمل بنیمٕژ۔(وانی 2004ء)۔سانہ ریکارڈنگ منز چھ کیٚہنہ مثالہ یتھ پأٹھی:

4۔ بہ کرن نہ سہٕ پاس۔(Pass)

5۔ سہٕ چھُ انٹلیجنٹ۔(Intelligent)

6۔ تمِس چھ رژ سمایل۔(Smile)

7۔ سہٕ کر, تمِس ٹوارچر۔(Torture)

## کشیر ,ہندس پرنٹ میڈیاہس منز زبانن ہند رُجحان:

کشیرِ ہندس پرینٹ میڈیاہس منز چھ بُنیادی طور اردو زبان تہ انگریزی زبان استعمال گژھان، مگر اگر زن أسی از برونہہ دَہ۔ بہہ وری نظر تراوو،

یعنے 1991 تس کُن، صرف اکھ انگریزی اخبار اوس کشیرِ پیٹھ شایع گژھان۔
1991ء تس منز اوس صرف اکھ انگریزی ہفتہ وار سرینگرِ پیٹھ شایع سپدان۔ اگر اسۍ 2005ء منز انگریزی اخبارن کُن نظر تراوو، یہ تعداد چھُ تقریبن اٹھن انگریزی اخبارن تام وِوتمت تہ ستۍ چھُ انگریزی ویکلیین ہُند تعداد بہن تام ووتمت۔ اگر زن اتھۍ مدتس منز کشیرِ منز اردو اخبارن تہ ہفتہ وارن ہندس تعدادس کُن نظر تراوو، یہندس تعدادس منز چھ نہ کانہہ قابل ذِکر اضافہ گومت۔ پرینٹ میڈیا ہکۍ یم اعداد وشمار چھ کشیرِ منز گلوبل انگریزیک بڑونہِ اَثرچ نمایندگی کران۔ انگریزی زبانہ چھ پتمہ دہاییہ منز پننۍ قدم مضبوطی سان کشیرِ ہندس پرنٹ میڈیاہس منز ٹھہراوِمتۍ تہ یہ کتھ چھ نہ ناممکن زِ ینہ وألس وقتس منز ما آسہِ انگریزی زبان تعدادِ طور پرنٹ میڈیاہس منز کوڈنیکس نمبرس یُس نمبر زن وَنکین اردو زبانہ چھُ۔
کأشرس پرینٹ میڈیاہس منز انگریزی زبانہ ہنز مقبولیت چھ یمہ کتھہ ستۍ تہ ثأبت سپدان ز وادی ہند مشہور اردو اخبار ''الصفا'' والیو کوٚر 2000ء منز اکھ انگریزی ویکلی شروع تہ اَمچ مقبولیت روز بیٖٹھ ز 2002ء پیٹھ آو **الصفا بحیثیت** اردو۔ انگریزی بائیلنگول اخبار اِجرا کرنہ۔ اتھ طرزس پیٹھ آو 2006 منز اکھ اردو۔ انگریزی بائیلنگول اخبار **اطلاعات** اِجرا کرنہ۔ کأشرِ پرنٹ میڈیا ہُک رُجحان چھُ وَنکینس بلاشک انگریزی زبانہ کُن تہ یہ چھُ گلوبلایزیشنہ ہندس بڑونس اثرس کُن اشارٕ کران۔
ہیرِ یم اعداد وشمار برونہہ کُن آیہ، تموستۍ چھُ ثأبت سپدان ز گلوبلایزیشن عملہ ستۍ چھ لُکن منز انگریزی ہیچھنُک جذبہ بڑیومُت۔ کأشر چھ وَنکین انگریزن

دُنیاہس منز سارِوے کھوتہ ذہین، با مقصد، حقیقت پسند تہ جدید مانان۔ کشیرِ منز لُکن ہندر رجحان تہ انگریزی زبانہ ہُند بڑوُن ضرورت وچھتھ چھُ سرکارن 2003ء پیٹھ پرایمری سطحہِ پیٹھے انگریزی زبان تعلیمہ ہُند ذریعہ (Medium of Instruction) بناؔمژ۔

کشیرِ منز ہندی زبان:

کشیرِ منز چھُ نہ ونکین ہندیس کنُ کانہہ خاص رُجحان لبنہ یوان۔ 1989 تا 1990ء برونہہ یعنی تحریکہ آزادی برونہہ اوس کشیرِ منز کاشرِ زبانہ کُن اکھ خاص رُجحان لبنہ یوان لیس زن شمالی ہندوستانچہ ہندی تحریکہ ستی وأبستہ اوس۔ کشیرِ منز أس ہندی زبان یو۔جی تہ پی۔جی (U.G and P.G.) دونوِنی سطحن پیٹھ چکہ چاوِ سان پرناونہ ییوان۔ 1970ء منز اوس کشمیر یونیورسٹی ہُند ہندی ڈپارٹمنٹ طألبہ علموستیِ برِتھ آسان تہ طالبہ علمن ہُند تعداد اوس امہِ ساتہ تقریبن پانژہأٹھ۔ 1980ء منز ووت یہ تعداد صرف پندہن طالبہ علمن تام تہ امہِ ستیِ أسی ہندی پرن وألی صرف ہندو۔ باقی مُلکی پأٹھی آیہ کشیرِ منز تہ ہندی زبان ہندوون ستیِ وابستہ کرنہ تہ امیوک فأیدٕ آو اردو زبانہ کشیرِ منز یوسہٕ زن کشیرِ منز واریاہ پھبیہِ۔ ملٹنسی دوران ییلہ ہندیو کشیرِ پیٹھ جوٗم ہجرت کٔر، ہندی ڈپارٹمنٹ گو خألی۔ ونکین چھ ڈپارٹمنٹس منز تقریبن پانژھ یاشےٚ طالب علم۔ یتھ پأٹھی چھُ ثأبت سپدان زِ کشیرِ منز چھُ نہ ہندی زبانہ ہُند کانہہ خاص کردار کیاز ِکہ ہندیک ضرورت چھ اتھ ستیِ نزدیکی وابستہ زبان اردو پورِ کران۔

نتیجہ:

یہ مقالہ اوس کشیرِ ہنزِ لسانی شکلہ متعلق تہ ستۍ اوس یہ مقالہ کشیرِ ہنزِ لسانی شکل گلوبلایزیشن عملہ ستۍ رلاونچ اکھ کوشش۔ یتھ مقالس منز آو یہ اخذ کرنہ ز کأشر۔ سنسکرت یا کأشر۔ فارسی کنٹیکٹ (Language Contact) ہیکون نہ کأشر۔ اردو یا کأشر۔ انگریزی کنٹیکٹس ستۍ رلأوتھ کیازہ یم چھ اکس اکھ نشہ سماجی تہ لسأنی طور مختلف۔ کأشرِ سمانٛج سماجی تہ اقتصأدی حالت چھےٚ ونکین قدرے مختلف۔ تمہ ساتہ نشہ ییٚلہ زن کشیرِ منز سنسکرت یا فارسی زبان آسہٕ۔ سنسکرت تہ فارسی زبان روزٕ کشیرِ منز ہمیشہ ووپر زبانہ ییٚلہ زن اُردو کشیرِ منز دوٚیم زبان بنیہ۔ سنسکرت تہ فارسیک اثر رووٗ صرف لفظن تامی محدود ییٚلہ زن اردو کشیرِ منز اکھ کوڈ سوئچڈ زبان بنیہ۔

کشیرِ منز آو پتمین کینژن دہاین منز وچھنہ ز انگریزی زبان چھ گلوبلایزیشن ہندِ بدولتہ کشیرِ منز تہ باقی دُنیاہکۍ پأٹھۍ واریاہ برونہہ پکمٕژ۔ لسانی طور چھ انگریزی کشیرِ منز ونکینس اکھ کوڈ مکسیڈ زبان۔ سماجی تہ نفسیاتی سطحس پیٹھ چھ انگریزی زبان ونکینس کشیرِ منز سارِوٕے زبانو کھوتہ بہترین مانہ یوان۔ کشیرِ ہندس پرنٹ میڈیاہس منز تہ چھُ ونکین انگریزی زبانہِ کُنُے رُجحان لبنہ یوان۔ انگریزی زبان چھ کأشرین جوانن ہنز زبان بنیمٕژ۔ گلوبلایزیشن عملہ ستۍ چھ انگریزی زبانہ کشیرِ منز لسأنیاتی، سماجی تہ نفسیاتی سوٗتھرن پیٹھ اکھ اہم جاے رٹمٕژ۔ ینہ وول وق کرِ فیصلہ ز گلوبل زبان انگریزی کتھ حدس تام کرِ کشیرِ ہنزِ لسأنی شکلہ منز بدلاو۔

# کتاب نامہ

1۔ایسٹمین ،سی۔ایم ۔1992۔کوڈ سوئچنگ ایز۔این۔اربن لنگویج کنٹیکٹ فینا منا اِن جرنل آف ملٹی لنگویل اینڈ ملٹی کلچرل ڈیولپمنٹ:(17-1)

2۔ ڈنلیپ ،بی۔2000ء۔ ویر اِن دی ورلڈ اِز گلوبلائزیشن لیڈنگ اُس؟10۔

3۔ <http://glreach.com/eng/ed/art/rep-eur13.html>

4۔ سریتھر،ایس۔این،اینڈ سریتھر۔کے۔1980۔ دی سنٹیکس اینڈ سائیکولنگوسٹکس آف بائیلینگول کوڈ مکسنگ۔

5۔ کنیڈین جرنل آف سائیکولوجی134 :7-16۔سیرو،ایس۔ایل۔1980۔ ہسٹری اینڈ گروتھ آف ایجوکیشن اِن جموں اینڈ کشمیر 1872-1973۔سرینگر:علی محمد اینڈ سنز۔

6۔شوق، شفیع ۔2007ء۔ کشمیری لنگویج:اُوریجن اینڈ ڈیولپمنٹ اِن این۔سی۔پی۔ایل۔ڈپارٹمنٹ آف لنگوئسٹکس۔یونیورسٹی آف کشمیر

7۔کاچرو،بی۔بی۔1983ء۔ دی انڈیانایزیشن آف اِنگلش: دی اِنگلش لنگویج اِن انڈیا۔دلی:اکسفورڈ یونیورسٹی پریس۔

8۔کاک،عادل امین۔1995ء۔یکسیپ ٹی بیلٹی آف کشمیری۔انگلش میکسڈ سینٹی نسز اے سوشیو لنگویسٹک سٹڈی۔انپبلیشڈ اِیم۔فِل۔تھیسز۔یونیورسٹی آف دہلی۔

9۔کاک،عادل امین۔ 2002۔ لنگویج مینٹی نینس اینڈ شیفٹ اِن سرینگر۔پی۔ایچ۔ڈی۔تھیسیز۔یونیورسٹی آف دلی۔

10۔ کاک،عادل امین۔ 2003ء۔ون سٹیپ فردر ڈاوین: کشمیری اِن دی کونٹیکسٹ آف گلوبلائزیشن۔ پیپر پریزنٹڈ ایٹ انٹرنیشنل سمینار آن اپلائڈ لنگویسٹیکس اِن اے گلوبل ورلڈ۔ یونیورسٹی آف دلی۔

11۔کاک،عادل امین۔ 2005۔ اِنگلش اینڈ ایٹز سوشیو سائیکولوجیکل کوریلیٹس

اِن کشمیر۔ پیپر پریزینٹڈ ایٹ دی سیکیسٹھ انٹرنیشنل کانفرنس آن تھ ایشین لنگویجز۔ آئیکوسال۔6۔ثمانیہ یونیورسٹی۔
12۔کاک،عادل امین اینڈ،وانی،سجاد۔حسین۔ 2005۔کیس فار بیس: دی نُوشن آف بیس لنگویج اِن کشمیری۔انگلش کوڈ مکسنگ۔پیپر پریزنٹڈ ایٹ دی25Th اینوَل سَوتھ ایشین لنگویسٹک اَینلیسز رونڈ ٹیبل ہیلڈ ایٹ دِی یونیورسٹی آف اِلیُونُوس ایعسٹ اَربانیا۔یو۔ایس۔اے۔
13۔کاک،عادل امین اینڈ وانی،سجاد۔حسین۔ 2005۔میڈیا اینڈ گلوبلائزیشن: کنفلیٹنگ سگنیلز فروم پرنٹ اینڈ ایلیکٹرانیک میڈیا اِن کشمیر: فورتھ کومنگ۔
14۔کرسٹل،ڈیویڈ۔2000 ۔ لنگویج ڈیتھ۔ کیمبرج: کیمبرج یونیورسٹی۔
15۔کرسٹل،ڈیویڈ۔ 2001۔ لنگویج اینڈ دی انٹرنیٹ۔کیمبرج: کیمبرج یونیورسٹی۔
16۔کرسٹل،ڈیویڈ۔ 2003۔ انگلش ایزاے گلوبل لنگویج۔دویم یڈشن۔کیمبرج: کیمبرج یونیورسٹی۔
17۔ کُول،اومکارناتھ۔2007۔ سٹیڈیزاِن کشمیری لنگویسٹکس اِن این۔سی۔پی۔ ایل۔ڈپارٹمنٹ آف لنگویسٹکس۔یونیورسٹی آف کشمیر
18۔گاندھی،وی۔پی۔1995۔میڈیا اینڈ کمونیکیشن ٹوڈے: پوالیسی ٹرینگ اینڈ ڈیولوپمینٹ۔وولیوم۔3۔نیودلی: کالیندی۔
19۔گریڈول،ڈیویڈ۔1997۔دی فیوچرآف اِنگلش۔لندن: دی بریٹش کونسل۔
20۔گریرسن،۔جی۔اے۔1911۔سٹنڈارڈ مینول آف دی کشمیری لنگویج۔وولیوم۔1
21۔گوسوامی،راہول۔2003۔گلوبلائیزیشن چلینجز ایشین لنگویجز۔ ایشین ٹائمز۔1 نومبر۔
22 ۔ لیبُو،ولیم۔1972۔سوشیولنگویسٹکس پیٹرنز۔یونیورسٹی آف پینی سلوینیا پریس۔

23۔ مُوسکن ،پی ۔2000۔ بائلینگول سپیچ :اے ٹاپولیجی آف کوڈ مکسنگ ۔کیمبرج
یونیورسٹی پریس
24۔ میرس سکوٹن، کیرول ۔1993۔ ڈیولنگ لنگویجز: گرامیٹیکل سٹریکچر اِن کوڈ
سوئچنگ ۔کلیرینڈ ان ۔
25۔ وانی، سجاد حسین ۔2004۔ فارمل اینڈ فنکشینل آسپیکٹس آف اِنگلش ۔کشمیری کوڈ
مکسنگ ۔اَنپبلیشڈ ایم ۔اے ۔تھیسز ۔ڈپارٹمنٹ آف لنگوئسٹکس ۔
یونیورسٹی آف کشمیر
26۔ وانی، سجاد حسین ۔2007۔ دی ریزیسٹنٹ کوور: لیکزیکل اُور فنکشنل :اے سٹیڈی
آف کشمیری ۔اُردو کنٹیکٹ اِن این ۔ایس ۔پی ۔ایل ۔ڈپارٹمنٹ
آف لنگوئسٹکس ۔یونیورسٹی آف کشمیر
27۔ وانی، سجاد حسین ۔اینڈ سہراوت، اَنیل ۔ 2006۔ لنگویج سیوسائڈ :اے سٹیڈی
آف کشمیری ۔اردو کنٹیکٹ ۔پیپر پریزنٹڈ اِن سمینار آن پَرسپیکٹوز اِن لنگوئسٹکسن ۔
ڈپارٹمنٹ آف لنگوئسٹکس ۔یونیورسٹی آف کشمیر
28۔ وینرک ،یُو ۔1953۔ لنگویجز اِن کنٹیکٹ ۔دی ہاوگ ۔مووٹون

# کأشرِ صوتیات تہٕ اتھ پیٹھ اثرات

اُویسا فاروق پنزو
ناظِمہ مہدی

{یہٕ مقالہٕ چھُ ڈاکٹر عادل امین کاک سٕنہٕ رہنمایی منز تیار کرنہٕ۔}

تعارُف:

علمِ صوتیات چُھ آوازن سٕتۍ تعلق تھاوان۔ اتھ منٛز چھےٚ تمہٕ سارے آوازٕ شأمِل یمہٕ انسان أسہٕ کڈِتھ تہٕ کَنو بوٗزِتھ ہیکہٕ۔ یایتھ کٕنۍ وَنو زِ انسأنۍ آوازٕ بولن تانن ہِندِ ڈٕسۍ یمہٕ تہٕ مُختلِف آوازٕ کڈنہٕ یتھ ہیکَن گژھنہٕ تہٕ زبانہِ منٛز چھےٚ تمَو منٛزِ کینٛہہ آوازے ورتاونہٕ یِوان۔ علمِ صوٗتیات چھُ آوازَن ہِندِس ورتاوَنس، بأگراونس تہٕ ویژھناوَنس سٕتۍ تعلق تھاوان مثلاً کأشرِ زبانہِ منز چھُ واولن تہِ کانسونٹن ہند اکھ مقرر تعداد۔ صوتیأتی نظامُک مجموعہ چھُ آوازَن ہنٛز ذہنی حقیقت بارَسَس انٛز۔ صوتیاتَس منٛز چھِ مارفیم، لفظ تہٕ ر ٚوکنَس منٛز کانسونٹَن تہٕ واولن ہنٛز بأگرَن تہٕ ترَتیب بیترِ یِوان۔ امہِ باوجوٗد چھُ صوتیات سُپر اسیگمنٹلَن سٕتۍ تہِ تعلق تھاوان۔ سُپر اسیگمنٹلن منٛز چھےٚ یِوان تمہٕ سارے خصوصیٚژ یِم پھورٕ اثرَن ہُند نتیجہِ چھَ آسانٕ۔ أکِس تِتھِس سماجس منٛز ییٚتہ اکھ کھوتہٕ زیادٕ زبانہٕ بولنہٕ یا پرناونہٕ چھِ یِوان تتۍ چھےٚ یِم زبانہٕ پانہٕ وٕنۍ رٕلِتھ اکھ أکِس پیٹھ پنُن اثر

ژ اوان حالانکہ یم زبانہِ ہیکن اکہ کھوتہٕ زیاد خاندانن ستی تعلق تھاۄتھ اچھِ بہترین مثال چھِ تِمن سماجن ہنز یتکی نفر اکہِ کھوتہٕ زیادٕ زبانہٕ بوٗلتھ چھِ ہیکان۔ییلہِ کُنہ زبانہِ منز اَکس دون زبانن ہُند رآبطہٕ چھُ سپدان امہِ ستی چھ اتھ زبانہِ منز کأفی تبدیلیہ یوان مثلن صوٗتیأتی، مارفیمیأتی نحوی تہٕ معنیأتی بیترِ۔

یتھ مضموٗنس منز چھَ یہِ وِچھنچ کوشش آمٕژ کرنہٕ زِ اُردو تہٕ انگریزی زبانو کیاہ اثر چھُ کأشرِس صوتیاتس پیٹھ ترووٗمت۔یتیتھ چھِ یہ گتھ ضروری زِ تیٚس تھاوِنی زِ مضمون مُختصر آسنہٕ موٗجوٗب چھُ کینژنے تبدیلین تہٕ تفریقن ہُند ذِکر آمُت کرنہٕ۔

**طریقہ:**

ییمہِ مضموٗنہٕ خأطرِ آیہ تِمن نفرَن ستی کتھ باتھ کرنہٕ یہنز مادری زبان کأشر اَس تہٕ یِہ اوسکھ اُردو تہٕ انگریزی زبانن ستی کُنہ حدَس تام تعلق۔یعنی تِم اُسی گَم سے کَم یمہ زبانہِ سمجھتھ ہیکان۔یِمن ستی یوسہٕ کتھ باتھ کرنہٕ آیہ سو آیہ رِکارڈ کَرنہٕ تہٕ تمہِ پَتہٕ آو تمیک صوتیأتی تجزیہ کرنہٕ۔

**تجزیہ:**

ییٚمہِ مضموٗنہ کس تجزیس منز آیہ ژ ے تبدیلیہ وِچھنہٕ یم زَن یتھ پاٹھی چھَ۔

1: /ف/ صوٗتچ کأشرِس منز آمد:

یتھ حصَس منز آو یہِ وِچھنہٕ زِ صوتیم /ف/ یُس زَن اُردو تہٕ انگریزی زبانہِ ستی چھِ تعلق تھاوان۔یہ آو وِچھنہٕ زِ صوٗتیم /ف/ چھ کأشرِس منز /پھ/ صوٗتیم چہ جایہِ استعمال یوان کرنہٕ۔البتہٕ یہ تہٕ آو وِچھنہٕ زِ /ف/ صوٗتیم چھُ سرینگرس منز زیادٕ پہٕن تہٕ سرینگرٕ نیبر کَمے پہٕن یوان استعمال کرنہٕ۔یتیتھ چھُ یہ ضروری

وُنن زِ اُردوزبانہِ ہُند تعارف سَپد یوو کُشیرِ منز گنو ہمہِ صدی ہِندِس آخرس پیٹھ تہٕ انگریزی زبانہِ ہُند تعارُف سَپد یوو وُہمہِ صدی ہِندِس شُروعاتَس منز عیسائی مشنریزو ذریعہ۔ وقتس ستی بنیہ یم زبانہٕ نصابُک اہم جُز۔ ستی ستی سَپد یوو کشیرِ منز یِہُند پھالاوتہٕ۔ یتیتھ چھِ کینہہ الفاظ دِتھ یم زَن ساٲ مطالعس منز آیہٕ۔

| /ف/ صوتیمہ واٲلی الفاظ | /پھ/ صوتیمہ واٲلی الفاظ |
|---|---|
| فیرُن | پھیرُن |
| فوٚت | پھوٚت |
| فش | پھش |
| فِرُن | پھِرُن |
| فِراک | پھراک |
| فیرَن | پھیرَن |
| فینٹان | پھینٹان |
| پوف | پوپھ |
| فُل گوٗبی | پھُل گوٗبی |
| فرٛوژ | پھرٛوژ |
| فلاٗنی | پھلاٗنی |
| فٹُن | پھٹُن |

{ٹیبل:1}

یِمو الفاظو تلہٕ چھُ سیوٚد باسان زِ /ف/ چھُ /پھ/ چہٕ جایہ استعمال یوان

یہ آو وچھنہٕ زِ گرنہٕ۔ البتہٕ /ف/ صُوتیمہٕ کس استعمالس منز آو پھیر تہٕ وِچھنہٕ۔ یہ آو وچھنہٕ زِ کینہہ لُکھ چھِ /ف/ صوتیم صرِف تمَن الفاظن ستی استعمال کران یم زَن انگریزی تہٕ اُردوز بانو پیٹھ چھٕ پہہ آمتی ننہٕ۔ مثلاً فراک، فایرِ نگ، فُل گوبی، بیترِ تہٕ /پھ/ صوتیم چھِ صرِف تمَن الفاظن ستی استعمال کران یم زَن بذاتی کاشرِ چھِ۔ کینہہ لُکھ چھِ تم تہِ یم /ف/ صوتیم چھِ تمَن لفظَن منز استعمال کران یمَن منز /پھ/ صوتیم چُھ یوان۔ امہِ علاوٕ آو یہِ تہٕ وِچھنہٕ زِ کینہہ لُکھ خاص کرِتھ تم یم سرینگرٕ نیبر چھِ روزان تم چھِ خأیلی /پھ/ صوتیم استعمال کران۔

2: کانسوننٹن تہٕ واویل صوتیمن منز تفریق:

یتھ حصَس منز آو یہِ وِچھنہٕ زِ /ف/ صوتیم باوجوٗ دتہٕ چھِ باقی صوتیم مثلاً کانسو ننت تہٕ واویل یمَن منز فرَق چھِ آمٕژ۔ یہِ فرَق چُھ بوٕنہٕ کنہِ کِس ٹیبلس منز ٹاکارٕ پأٹھی لبنہٕ یوان۔

| واویل تفریق روٚس الفاظ | واویل تفریق دار الفاظ |
| --- | --- |
| ازکل | آزکل |
| جاناوار | جانٕور |
| موسَم | موسَم |
| دامانہٕ | دامَن |
| پاژٕہ | پنژٕہ |
| ناماوار | نامٕور |

{ٹیبل: II}

| کانسونَنٹ تفریق روس الفاظ | کانسونَنٹ تفریق دار الفاظ |
| --- | --- |
| جوٗرِتھ | جوٗڑِتھ |
| کوٗنج | کوٗن |
| سمسار | سنسار |
| سنگتر | سنتر |

{ٹیبل: III}

یموٗ ٹیبلَو تلہٕ چھُ یہِ نَنان زِ کاشرِس منٛز چھےٚ وارِیاہ جاے ییٚتِنس کاشُر بولَن والی اکہِ کھوتہٕ زیادٕ لفظ ہیکِن استعمال کٔرِتھ ییٚہِ چھےٚ تمَن الفاظَن پانہٕ وٕنی مُشابہت۔ یِتھ مطالعس منٛز آوٕ یہِ وُچھنہٕ زِ ییٚلہ کُنہِ چیزٕ خاطرٕ اکہِ کھوتہٕ زیادٕ الفاظ آسَن تیٚلہِ چھِ لُکھ سُے لفظ استعمال کرُن پسَند کران ییٚتھ لفظَس بڑٕ پایمانچہٕ زبانہِ سٕتی تعلق آسہِ۔ یِم الفاظ ہیرِمِین ٹیبلَن منٛز دِنہٕ چھِ آمٕتی تمَن چھُ اُردووَس سٕتی زیادٕ قریبی تعلق۔ سائنس کاشرِس سماجَس منٛز چھُ اُردووَس تہٕ انگریزِیس کاشرِس مقابلہٕ زیادٕ رُتبہٕ توٗے چھِ تِھیٚن موقعن پیٹھ لُکھ زیادٕ تر تمہِ زبانہِ ہِندی الفاظ استعمال کران ییٚمَن تھوٚد رُتبہٕ زبانہِ ہِندین الفاظَن سٕتی مشابہت چھےٚ۔

3: کانسونَنٹی پنگتھ:

یہِ چھُ اصوٗل زِ ییٚلہ تہٕ زٕ یا دوٕیو کھوتہٕ زیادٕ زبانہٕ رابطس منٛز چھےٚ آسان کینہہ الفاظ چھِ یِم اکھاٚ کِس پیٚٹھ دِوان مثلن اگر انگریزی زبانہِ ہِندی کینہہ الفاظ نموکھ۔ سکوٗل /sku:l/ سٹرایک /strike/ سپلِٹ /split/۔ یِموٗ لفظو

تلہٕ چھُ سیٚود ننان کہِ انگریزی کانسوننتی پنگتھ واٲلی الفاظ یم زن کاشرِس صوٗتیاتَس منٛز چھنہٕ تَمن منٛز چھُ کاشُر صوٗتیات نزدیک اننہٕ باپتھ واویل یوان لگاونہٕ۔ مگر سائنس مطالعس منٛز آو یہ وچھنہٕ زِ یہ اثر چھُ دوہ پتہٕ دوہ کم گژھان تعلیم تہٕ exposure بڑونہِ وَجہٕ ہاتو ستی بلکہ چھُ یتہٕ یوان وچھنہٕ زِ یہ کانسوننتی پنگتھ چھِ بلکل انگریزی صوٗتیاتہٕ حسابہٕ استعمال یوان کرنہٕ۔

نتیجہ:

یم تہٕ مثالہٕ پیٹھ گنہِ چھے دِتھ تموٗ ستی چھُ ٹاکارہٕ ننان زِ کاشرِس صوٗتیاتی نظامَس چھے انگریزی تہٕ اُردو زبانن ستی رابطہٕ تھاونہٕ ستی تبدیلیہ آمژ۔ انگریزی تہٕ اُردو زبان چھے کشیرِ منٛز یوان بڈِس پیمانس پیٹھ مانہٕ تہٕ یمَن زبانن ستی رأبطہٕ تھاونہٕ ستی چھے کاشرِس منٛز مختلف سطحن پیٹھ تبدیلیہ آمژ۔ یمو منٛز کینہہ صوتیاتی تبدیلیہ یتھ مضموٗنَس منٛز پیش کرنہٕ آیہ۔ Chomskian paradigm چھُ صوٗتیاتک اکھ اہم کِردار ادا کران تہٕ زبانہٕ ہندِس ویژھناوِنس منٛز تہٕ چھُ امیک اکھ بے مثال رول۔ چنانچہ صوتیاتی تبدیلی ہُند مطلب چھُنہٕ صوٗتیاتَس تامتھ محدوٗد بلکہ چھُ یہ پوٗرِ زبانہِ پیٹھ پنُن اثر تراوان۔

